# کأشِرِ ڈکشنَری



جلد (٦)

# کأشِر ڈِکشنری

## جِلد (۶)

## ل ـــــــ ن




طابع وناشر ــــــــــــ

سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف
آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز۔ سرینگر

نگران ــــــــــــ

محمّد یوسف ٹینگ۔ (سیکریٹری)

آفیسر انچارج پبلیکیشن ــــــــــــ

محمّد احمد اندرابی

خوشنویس ــــــــــــ

محمّد یوسف مسکینؔ

چھاپ ــــــــــــ

جے۔ کے۔ آفسیٹ پرنٹرس۔ دہلی

دَری ــــــــــــ

# عَرضِ ناشِر

مِتھ چھےٚ سیٚٹھا فراغتھ باسان زِ کاشُر ڈِکشنری ہُندِ یہِ سِلسِلہِ ہیٚوتُن اَندٕ واتُن۔ یہِ چھُ وُہ زٕ شینیُم جِلد۔ یَتھ کُن روز صِرف اَکُے جِلد۔ مِتھ چھےٚ پوٗرٕ ووٚمید زِ یہِس نٔے نَوِ وَرِیہِ اَز اَز تام آسہِ سُہ تہِ تَھیٚندِ ین اَتھن مَنز۔ یہِ جِلد ہیٚکہِ چھُ لگ بگ ۔۔۔۔۔ ۲۰ لفظ محاورِ بیستر ڈیٚر ھِنا دِتہِ آمتی۔ مانے دِنہِ عَلاوٕ آیہِ ضٲروٗرتہِ موجوٗب سُہ لَفظَن ہِندی موٗل آگُر بیترِ تہِ سیٚٹھا ژھوٚنڈِ دِتھ دَرج کَرنہِ۔

یہِ چھُس کاشُر ڈِکشنری ہِندِ ین ایڈیٹوریَل بوٗرڈکین ممبرَن تہِ ڈِکشنری پرٛوجیکٹکین سارِنے اَہلِ کارَن یِمَو یہِ کٲم اَکھ اَکھ لَفظ وُچھتھ تہِ لَفظَن ہِندی مانے بیترِ سَر کَرِتھ پوٗرٕ کٔرٕ ، کامہِ بابتھ مُبارکھ کران۔ مِتھ چھےٚ پوٗرٕ ووٚمید تِم سارِی تہِ یِمَن کاشرِ ہِیکہِ ژٕھک چھُ کَرن کاوِش تہِ ایڈیٹوریَل بوٗرڈٕ والین ہُندِ یُتھ کامِ کامیاب پاٹھۍ اَتھٕ دِنچ قَدر۔ یہِ بُنیادی کٲم پوٗرٕ کَرِتھ روزِ کاشرِس اَدبَس مَنز دِلچسپی تھاوَن والین خاص پاٹھۍ تہِ کاشرِین عام پاٹھۍ اَکھ کاشرِ پَننار بَرٕ ونہِ کَنہِ۔ اَتھ ہیٚکَن نٔوی نٔو دلیل کَھستھ تہِ نَو نَو رَنگ روغَن کَرنہِ یِتھ مگر تَنہِ کِنہِ بُنیاد پوٗختہ آسِ چھےٚ بڈ کٲم۔ یہِ وُچھُن چھےٚ تِمَن ہُند کام یِم کاشرِ ڈِکشنری ہُنزِ اَہمیتھ زانان چھِ زِ یہِ بُنیاد کاژاہ پوٗختہ چھےٚ۔ اُسی چھِ تَھیٚندِ ین مَشوَرَن ہِندی طَلَبگار۔

محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

۲۰، فروری ۱۹۶۸ء

# گوڈکتھ

یہ چھ کأشرِ ڈِکشنرِی ہُند شیتیم جِلد۔
اَمہِ پتہٕ چھ یِمہِ سِلسِلک اَکے جِلد یُس گوڈنیُک تہٕ پتیُم۔ یتھ منٛز چھ ۴۲۰۷ لفظ، فِقرٕ تہٕ لُکہٕ کتھہٕ درج۔ برۄنٹمین جِلدن ہنٛدی لفظ بیترِ بلہٕ ناوتھ سمیتہٕ یِمہِ جِلدِ سان ۳۹۹۴۲، لفظ۔ یہٕ چھس پوٗرٕ پأٹھی زانان زِ کأتیاہ تم لفظ یِم کأشرِس لفظ راشس منٛز آسنہٕ گژھن چھ بیمتی۔ تِموٗ منٛز چھ یِتہٕ پأٹھی تم کینٛہہ لفظ یِم شیخ نوٗرالدیٖنؒ صابنین شُرکین، اوتار بھٹنہِ بانا سور کتھایہِ تہٕ صاحب کولنِس سومہِ دوہہِ چرِترس، پرانین کأشرین کتابن اندر چھ، تہٕ یِہنٛد لفظ ہاوُک (INDEX) ازتام چھنہٕ کأنٛسہِ بنووُمُت۔ مِثالہِ پأٹھی تِموٗ کینٛہہ لفظ۔ سُت، نیٖچھوٗ، دوہہ، کوٗر تہٕ شِنَن، کنٛو بوزُن۔ وُذکین چھنہٕ کأشرِس منٛز کنٛو بوزنس کانٛہہ لفظ، دوٗذیہِ کانٛہہ "بوزُن" لفظے چھ تہٕ یتھ کِنٛہ وِزٕ پھٮ۪ے۔ "بوزُن" لفظ گوٗ مؤلہٕ تلہٕ زانُن، ژیٚنُن، اَدے چھ اَچھو وِچھنس تہٕ وَنان بوزنہٕ یُن۔ حِساب کرنس تہٕ وَنان لکہٕ بوزُن۔ کتھ بوزنہٕ یا کنٛو بوزنہٕ باپتھ اوس برٛونٛہہ شِنُن وَننہٕ یوان۔ بانا سور کتھایہِ منٛز تہٕ شُرکین بیترِ منٛز چھ کنٛو بوزنہٕ باپتھ یوہے لفظ۔ للہٕ دیدِ ہنٛدین واکن منٛز چھ کنٛو سیتی، بوزُن واکِی سِندِ باپتھ "شُرتہٕ وون" لفظ آمُت۔ مثال:

زوٗرتہٕ کوٗل شُرتہٕ وون زڑ پیٚ آسس      (للہٕ واکھ)

اُتھو سِتی چھُ یہِ تہِ یاد تھوُن زِ پیٚشہِ وَرَن ہِندۍ لفظ ہیٚنتھ ناوُد گژھن۔ چھان، ڈُسل بیٚتر چھِ دیوٗن۔ وُنٕس مَنٛز چھان۔ تیتھ چھِ اَز کَل تمہِ پلنتھ (PLINTH) وَنان، داسہٕ ژاکس چھِ وَنان ڈی. پی. سی (D.P.C.)۔ دوٗلبس چھِ وَنان پٹ (PIT)۔ یِمن بٔرانٛۍ لفظ بولنٕس چھنہٕ اَسہِ کال تہِ گَلہِ زٕ گژھان۔ وۄنہِ پرٕ زَبانَن ہِندۍ لفظ تہِ یِمن ضرورتہِ مۄجوب پانہٕ ناوٕنۍ، مگر یوٗت گژھِ کارتہِ کیاز، یِمن بٔرانٛۍ لفظ ژھٕنوکھ موٗلہِ موشِجی گژھِ لیکھنہٕ۔ یِم ساری لفظ یِمن بیٚیہِ زِ تہِ کرٕنۍ سیٚٹھا ممکن چھُ زِ تُستمہِ جِلدِ پتہٕ بیٚیہِ اَکھ پُتش جِلد یا ضمیمہ تہِ کڈُن، یتھ مَنٛز تمہِ ساری لفظہ تہِ محاورہ آسَن یِم کُنہِ نَتہٕ کُنہِ سببہٕ کُنہِ رۄزِتھ چھِ گامتۍ۔ دۄیمہِ جِلدِ وِزِ اَژن یِم لفظ تہِ محاورہ تِمَن تِمَن جِلدَن مَنٛز یِتہِ تھٲوِ اَصلی جاے چھنہٕ۔ یِتھیتھ شاید گژھِ تہِ یہِ وُنی بیمانہِ بٔتہِ مہ جِلدِ بٔرونٛہہ یِتہِ وٲلِس جِلدَس گوژھ وُنی کُنہِ یِتیٚم۔ دیتہٕ پاٹھۍ تِژہ برٛونٛٹھمہِ گژھِ چھِ وَنان کُنہِ تِژہ تہِ سَتہِ برٛونٛہہ گژھِ چھِ دِیان کُنہِ سَتِتھ بیٚتر بیٚتر۔ تۄ کُنہِ چھُ یہِ کُنہِ یِتیٚم جِلد۔

بٕ چھُس ایڈیٹوریل بورڈکین میمبرَن ہُنٛد، ایڈیٹوریل سٹافُک، کاتبَن تہٕ نقل نویسن ہُنٛد شکر گُزار یِہنٛدِ ہمتہٕ ستہٕ سیتی یہِ جِلد تہِ وقتس پیٚٹھ کڈُن سُپد ممکن۔

جناب محمد یوٗسف ٹینگ صاب یِم پرٛتھ کُنہِ کلچرل کامہِ مَنٛز ذاتی دِلچسپی چھِ ہاوان، چھِ اَکھ تِژہ متحرک شخصیت، یِہنٛدِ اَتھ واسہٕ وَرٲے یہِ کام اَنٛد واتھنۍ اَس ناممکن، تِمَن تہِ اَسن میٚون شکریہ۔

**ایس. کے. توشہ خانی**

ایڈیٹر۔ اِن۔ چیف

# رَسمِ خَط

یینِمہِ ڈِکشنرِی اَندر رَسمِ خط چُھ یُس جموں وکشمیر رِیاسَتہٕ منظوٗر چُھ کورمُت، اگرچہ وَرتاوَس اَندر اُسہِ نہٕ لیکھن واجِنہٕ گنڈِتھ طریقس اندر لیکھان۔ پزِ کانہہ اوس یہِ رَسمِ خط پننِہ پننہٕ مرضی موٗجب استیمال کران۔ اَمہِ باپتھ بُلاو چیف ایڈیٹرن گوڈٕ اُدبن ہنز اکھ میٹنگ ۱۹۶۷ء اَندر۔ توَیتہٕ آیہِ بیاکھ میٹنگ ڈِکشنرِی ہنٛدِین دوٚن ایڈیٹوریل بورڈن ہنز ۲۷۔ نومبر تہٕ ۲۔ دسمبر ۱۹۷۱ء منز چیف ایڈیٹرس سٕندِس دَفتس پیٹھ بُلاونہٕ، تتھ اَندر یِمہ ریٚژ کینہہ کتھہ طے یِمن ہنز ذِکر یتہٕ کرنہٕ چھےٚ:

۱۔ اَسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدیؐ اَندریم نمہٕ نمتھ تہٕ نمہٕ نمتھ لفظ یوان چھِ، تم ییٚن تِتھے پاٹھی یوٚہوٚ نَستعلیقس اَندر عربی موٗجب لیکھنہٕ۔

۲۔ ث، ص، ح، خ، ذ، ض، ط، ظ، غ، ف، ق، ییٚن تمن سارِنے لفظن اَندر لیکھنہٕ یِم عربی یا فارسی پیٹھہٕ آمتۍ آسن۔ مثلن ثواب، صاف، حد، خطا، ذلیل، نظر، غرض، قلم بیتر ییٚن نہٕ لیکھنس اَندر بدلاونہٕ۔ صِرف ییٚنہٕ تَلَفُظ تکہٕ آسہِ کانہہ اَوراُچھر ( VOWEL ) بدلان۔ تتہٕ ییہِ تیٚہِژے یاژ تبدیلی کرنہٕ۔

۳۔ " ع " اُچھر ییہِ اَر اُچھر چھِ اُدلابدلی سان لفظس گوڈٕ تہٕ پتہٕ لیکھنہٕ۔ مثلن، عمل، عقل، علم، عاشق، عارِف، عانکہ، طالیع، شمع، نفع بیتر۔ مگر ییٚتہٕ آخرس اَندر اَمہِ برونٛہہ زیٛوٚٹھ اَور اُچھر ( VOWEL ) ییہِ تتہٕ ییہِ ترٛاونہٕ مثلن: شوٗروع بدل شوٗروٗ۔ تہٕ " الوداع " بدل " الودا " بیتر۔

۴۔ یُس " ع " فارسی یا عربی لفظس منزس ییہِ تمہٕ بدل ییہِ ' اَور اُچھر ( VOWEL ) لیکھنہٕ یتھ منز تمِچ آواز کاشرِس منز بدلیمژ آسہِ مثلن: تاشوق، ماشوق، جافر، تاریف، تاجُب، تامیر، تالیم شاعر، تولُق، موملی، شولہِ، جماتھ بیتر۔

۵۔ عربی تنوین ( ً ٍ ٌ ) بدل پیہ، اَن، شوںہٕ مثلن: فورن، جبرن، آنن فانن۔

۶۔ دست، وقت، سخت، بیترِ ہی لفظ ہیکرِ لیکھتھ یتہِ پیہ 'ت' ورائے تہِ۔ مثلن
دس، وق، سخ بیترِ۔

۷۔ یمن لفظن عربیس اندر "ال" یوان چھُ، مثلن، ابن الوقت، بالکل بیترِ، تم ین ییتہِ کنی
لیکھنہٕ۔ اِبنل وَقت، بِل کُل۔

۸۔ یمن فارسی یا عربی لفظن گوڈ "اح" یوان آسہِ تہٕ یمن کاشر آواز "ایٖنچ" شوونہ نیرِ، تم ین
انیچ سیتی شورُ کرنہٕ۔ مثلن: احسان تہٕ احترام ین لیکھنہٕ ایٖحسان تہٕ ایٖحترام۔ مگر اَحد، اَحمد
تہٕ اَحمق ہی لفظ ین ییتھے کنی لیکھنہٕ تہٕ کیازِ یمن منز چھُنہٕ "اح" ایٖنچ، آواز دِوان۔

۹۔ عام پاٹھی گژھہ یہ یاد تھوَن زِ کاشر لفظ ین کاشر آوازِ موجوب لیکھنہٕ۔ مثلن، پیدا، میدان،
شاعر، خواہش، جرأت بیترِ بدل گژھہ لیکھُن پاٗد، مٲدان، شاٗیر، خاٗہش، جُرَتھ۔

۱۰۔ ییتہِ کانہہ عربی لفظ "اع" سان شورُ آسہِ سیدان تتہِ پیہ "اع" اکھ دُکھانٛٹ (DIGRAPH)
شروٗنٹ اُچھر مانتھ۔ "اع" سیتی شورُ کرنہٕ مثلن: اعتبار، اعتراض، ین تیتھے پاٹھی لیکھنہٕ
ییتھہ پاٹھی عربیس اندر چھہٕ۔

۱۱۔ کھنے، ژنے، منے ہی لفظ ین ییتھے پاٹھی لیکھنہٕ۔

۱۲۔ ۓ چھُ نشانہٕ دوَن ژری اَچھرن منز اَڈر اُچھر تہٕ آسنک: ہم: بژم، کیا۔

# علامَتھ تہٕ ژھوٚٹرٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| ــــــ ہ | برٚونٛہہ لوٚگ | ہ ــــــ | پتٕ لوٚگ |
| ؟ : | اَمہِ پتہٕ مَشکوٗک | ؟ : | اَمہٕ برٚونٛہہ مَشکوٗک |
| < : | آگُر، کھوورِ لَفظہِ مَنٛز دٔرامُت | > : | آگُر: دٕچھنہِ لَفظہِ مَنٛز دٔرامُت |
| ش : | (زٔری) اَچھر بلہٕ وۄن | س : | سنسکرت |
| اَنٛگ : | اَنٛگریزی | ف : | فارسی |
| ع : | عَربی | ہ : | ہِنٛدُستٲنی (اُردو/ ہِندی)۔ |
| ل م : | لَفظی مانے | م : | مِثال |
| مُ : | مُقابلہٕ چھُس | م : | مادٕ ، ن : نَر |

(اَمہِ ہَرِ چھہ بینہِ دٕکینٛژن زَبانَن ہِندی لَفظ یہِنٛدی ناد ژوٚر چھہِ دِنہٕ آمٕتؠ)

# تَشریح

کأدی علامَتھ چھےٚ لَفظُک آگُر ہاوان۔ یورکٕن یہِ کوٚو وَہرٲوِتھ آسہِ تَتھ چھُ تَمہِ لَفظُک آگُر دِتھ یُس کأشِس کوٗنٕس نِش ہیکھتھ آسہِ۔ مثلَن [ اَچھ < س : اَکشہِ > پراکرت: اَچ چھ] گو زِ کأشُر لَفظ، اَچھ چھُ سنسکرت، اَکشہِ، لَفظہِ پیٹھٕ آمُت۔ اَمی پیٹھٕ چھُ پراکرِت "اَچ چھ" آمُت یُس کأشرِس لَفظس سیتؠ میلان چھُ۔ سَوالیہ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗکیتھ یہِ چھُ مَشکوٗک کتھِ گوٗڈٕ ہاوان ہیتھ یاٹھی : مِثال ؟ اَنتہٕ کال چھُ دٔرامُت، اِنتِقال لَفظہِ مَنٛزٕ۔ اِنتِقال لَفظہِ مَنٛز چھُ اَنتہٕ کال دٔرامُت۔

●

# اَچھرَن تہٕ لَفظَن ہٕنٛز ترتیٖب

یہٕ ترتیٖب چھےٚ ڈِکشنرٟی اسیسمینٹ کمیٹی DICTIONARY ASSESSMENT COMMITTEE ہٕنٛد رپوٚرٹ نَظرِ تل تھوٚوتھ یُس تمہٕ جوٗن ۲۱، ۱۹۶۵ء عیسوی اَنٛدر دِیُت تہٕ ایڈیٹورِیَل کمیٹی ہٕنٛدِ فاصلہٕ موٗجوب دِنہٕ آمُت۔ اَچھرَن ہٕنٛز ترتیٖب چھےٚ یِتھہٕ پٲٹھۍ:

## اَری اَچھر

ـَ ـآ ـٲ ـٔ ـِ ـٖ/ی ـُ ـٗ ـٕ ـۄ

اۆ اۄ او اوٚ ـٚے ـے ـےٚ ـٟے ی اع

## زری اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ د ڈ ذ ر ڑ ز ژ

ژھ س ش ص ض ط ظ ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے

یِموٗ منٛزٕ چھُ 'اع' اَکھ دُکھانٹھ سٕنٛدۍ اَچھرُن (DIGRAPH) مانٛنہٕ یِوان۔ یہٕ چھُ ایڈیٹورِیَل کمیٹیٖن ہٕنٛزِ سُفارشہٕ موٗجوب تتھ جایہٕ استیمال آمُت کرنہٕ یتہٕ کانٛہہ لفظ عَربی پیٹھٕ آمُت آسہٕ

اَتھ چھِ ضۄرۄرتھ مۄجوٗب زٕ آوازٕ نیران۔ مثلن: اعتبار، اعتراض، لفظن ہُنٛد نتہٕ آوازٕ مۄجوٗب ’ییتبار‘ تہٕ ’ییتراض‘ لیکھنہٕ، بیٚیاکہ آواز چھُس نیران ییلہٕ اعراب" ہیوٚہ لفظ آسہٕ۔ یہ اَچھر چھُ نوتہٕ تہٕ توٚرکی چھُ سارِنٕے اَرَبی اَچھرَن پتہٕ دِنہٕ یوان۔

عام پاٹھۍ چھِ فارسی تہٕ اُردوٗ ڈکشنریَن ہِنٛز ترتیب اعراب زیر زبر پیش ترٛاوِتھ حروفِ تہجی موجوٗب دِنہٕ یوان مگر یوسہٕ اسہِ پیٚٹھ کنہِ اَچھرَن ہِنٛز ترتیب دِژ تمہِ موجوٗب چھنے لفظَن ہِنٛز ترتیب تہٕ بدلان۔ مثلن: فارسی یا اُردوٗ ڈکشنری منٛز پیٚیہٕ ’باد‘ لفظ گوڈٕ تہٕ ’بد‘ لفظ پتہٕ۔ مگر کأشر ڈکشنری‘ اَنٛدر پیٚیہٕ ’بد‘ لفظ گوڈٕ تہٕ ’باد‘ لفظ پتہٕ۔ تہٕ کیازِ ’بد‘ لفظس چھُ ’ب‘ تہٕ ”زبر“ (ـَ) تہٕ ’باد‘ لفظس چھُ ’ب‘ تہٕ ’ا‘۔ اسیسمینٹ کمیٹی (ASSESSMENT COMMITTEE) ہِنٛز سفارشہِ موجوٗب پیٚیہٕ زبر (ـَ) گوڈٕ تہٕ ’ا‘ پتہٕ۔ یتھے پاٹھۍ ’کرم‘ گوڈٕ تہٕ ’کرم‘ (ہاکھ) یتھ ’ک‘ پتہٕ ’ر‘ چھُ سارِوٕے ’ک‘ تہٕ تتھ سِتۍ اَروٕ اَچھرو پتہٕ۔

# لَفظ ہاوَک

## ل

# م

# ن

**لَبہِ ڈج** ۔ آرِش ۔ پیوَند ڈِت ۔ سہ ڈج یوسہ ژھینِہ مِتس پلوس واٹس بیٹھ لگہِ۔

**لَبہِ ڈَج لاگنہٕ** ۔ کانٛسہِ ہٕنز کتھِ لیب تعوٗپ کرُن ۔

**لَبہِ روزُن** ۔ ۱۔ اَندکُن پٕہن ۔ اکھ پاسے یا اکھ طرفہِ روزُن ۔ ۲۔ الگ روزُن ۔ دٔخل نہٕ دیُن (کُنہِ ماملس مَنٛز) ۔ (کُنہِ کامہِ) شُرکھ نہٕ آسُن ۔

**لَبہِ ژوک** ۔ لَبہِ اَنٛدر دارِ پٕتھ یا کُٹ چوکاٹھ ۔ وٕڈبِ ژوک ۔

**لَبہِ کَنہٕ** ۔ اَنٛدرکنہٕ ۔ اکھ پاسے ۔

**لَبہِ کَنیک** ۔ سُہ یُس اکھ پاسے چھُ ۔ یُس اَنٛدس پیٹھ چھُ ۔

**لَبہِ لَبہِ** ۔ بیرِ بیرِ ۔ اَنٛدہِ اَنٛدہِ ۔ اکھ پاسے ۔

**لَبہِ بِنہٕ** ۔ ۱۔ کتھ نہٕ دِنہٕ یا زِد ونہٕ ۔ ۲۔ زکھ ہِنہٕ ۔ توٗہِنہٕ ۔ سپھ شِنہٕ ۔ برکٔٹۍ گرٔژھن ۔

**لَبہِ تاپس بِہُن** ۔ پٔنٛنہِ کام ہٕنٛدِس پٔشرٛاونہٕ پانہٕ بے کار روزُن ۔ پانس توب ہیوٗن ۔ دِلچسپی نہٕ دِنہٕ ۔

**لَبہِ تاپس تھوٗن** ۔ ۱۔ تُلنہٕ تھوٗن ۔ دِچھِ وُن تھوٗن ۔ ۲۔ پرواے نہٕ کرُن ۔ بالایطاق تھوٗن ۔ ۳۔ نوکری نِشہِ الگ کرُن ۔

جواب کرُن ۔

**لَبہِ تاپہٕ** ۔ لوسہِ وِنہٕ سِرکِیہ گاہ یُس مکانس لَبہِ پیوان چھُ ۔

**لَبہِ تہٕ موٗنہٕ پٕنہٕ** ۔ ژوٗرِ بِہُن ۔ کونٛجن اژُن ۔ ژھیپِن اژُن ۔

**لَبہِ پاگی دَوسنہٕ** ۔ رینٛچہِ نیرنہٕ ۔ ژہ پاری ژھیپُن ۔ ترِ وسنہٕ ۔

**لَبہِ چوک** ۔ پھیرنس بیٹھ دامنس دِچھِ نہٕ کھوڈِرۍ چاکھ ۔

**لَبہِ دونہٕ** ۔ سیخ تھاپر کڈنہٕ ۔ گٔلہِ آرِدِنہٕ ۔

**لَبہِ ژوٗل** ۔ (سہ کُٹھ ، بانہٕ یا پلوٗ بیتر) یتھ ڈٕیوار اَنٛد یاکُن خراب آسُن گامٕتۍ ۔ یتھ لَبہِ آسُن ہیرکھ آترِیا ڈوڈکہِ آسہِ گامٕتۍ ۔

**لَبہِ ژوک** ۔ ۱۔ لرِ ہٕنٛز ژٕدن طرفٕن ہٕنٛز دیوار بُنٛدی ۔ چیرا ژٕدن طرفٕن ہٕنٛز لَبہِ ۔ ۲۔ مکانٕچ کُرسی ۔

**لَبہِ ژٕرُپ** ۔ یتھ ڈٔنٛدرِن یا اَندُن ژربہٕ آسُن لَبہِ مٕژ ۔ یتھ کھرٕ نیبی آسُن ژامٕتۍ ۔

**لَبہِ شینکہِ/شنگھا** ۔ [س : لگہٕ شنکا] ۔ آبریز کرنک حاجتھ ۔ مٕتیرِ ٕن زل ٕن ۔

**لَبہٕ والنہٕ۔** شور گرُن۔ ودہ سہ یُن۔ کھرُن گرٕز۔

**لَبہٕ ووزلِنہٕ۔** بُتھ ودہ شلُن۔ بُتھس خمار کھسُن۔ ودہ شان کھسُن (شرمندگی کِنہٕ یا تویہنہٕ کِنہٕ)۔

**لَبہٕ وہ مسہرنہٕ۔** بے اَڈُن۔ نٕمٹ اَڑٕنی۔ بِزیاد ڈٕلنی۔

**لبہٕ ہوٗل۔** یَتھ دُنٕد ہیجہٕ آسن۔

**لَب پراٹھنی۔** مکانس دوس دیوار ژُٹھتھ ژور اَڈُن۔ بُر ژٕٹُن۔ نَقب دِیُن۔

**لُب دِنٕی۔** ۱۔ دیوار لدُن۔ دوس دِنٕی ۲۔ ژمین دِیُن۔ زٕ حِصہٕ اَلگ کھرِنی۔ مٔنز رُکاوٹھ کرِنی۔ کھنڈر گرُن ۳۔ (درگہٕ پاٹھو) بیوٗن نیرُن۔ توٗلی ژٕٹُن۔

**لَب ژٕٹھنی۔** بُتھ ترُکُن۔ کانہٕ پتہٕ کِنہٕ تمہٕ شُند گرُن کرادُن سپدُن۔ غایبہٕ غایبہٕ کرِنی۔ چُغلی کھیٚنی۔

**لَب گَنڈِنی۔** ۱۔ پٔنہٕ نِس بٔنس نِشانہٕ ترادُن۔ دوس دِنی۔ ۲۔ حِصہٕ بٲگے گرٕز۔ بیوٗن نیرُن۔

**لَب لگنی۔** مٔنز دیوار کھسُن۔ کھنڈر روزُن۔ ۲۔ کُنہٕ کھیتہٕ چیزس سیٹھا جوش لگنہٕ کِنہٕ وُزُن کھسُن باسہٕ دِزُن۔

**لَب نٕہرِتھ ژٲپنی۔** ۱۔ دیوار آدٕسُن اَوگ طرفہٕ دُستہٕ پیوٗن۔ ۲۔ کھر چھٹنی۔ ڈٕکھ نہٕ روزُن۔

**لَب**[۲]**۔** [ن۔ مُول: لَب (ف: لب]۔ وٹھ۔

**لَبَل۔** [(وُچھو۔ لَب]۔ یَتھ طرف آسن۔ یَتھ لَر یا پاس آسن۔ م: اَوک لَبَل۔ اُتھٕ لَبَل۔ ۲۔ یتھ لَبہٕ آسن دٔرامٕژ تہٕ بٔنے سوم آسہٕ۔

**لَبَیک۔** [(ع: لَبَیک]۔ (ل۔م: حاضر چھُس) اِقرار۔ آنکار۔ مانُن۔ م: دِیتھے صدرن تقریر کوٗر سارِو بوزُن دٲلیو کوٗر لَبیک۔

**لَبَیکہٕ۔** (ل۔م۔ حاضر چھُس) خانہٕ کعبس طواف کرنہٕ وِزِ حاجی ہُند اِقرارِ توحید۔

**لبیک کرُن۔** مانُن۔ تسلیم کرُن۔ اِقرار کرُن۔ ایمان اَنُن۔

**لَبالَب۔** ڈُنٕدرِ تام۔ ٹیپا ٹیپ۔ پُورِ بٔرِتھ۔

**لبار۔** [(وُچھو۔ لَب]۔ سیٚتر ووٚن۔ بے بوٗشس۔ بٔریٹھ۔

**لَبُر۔** [ن۔ مُول: لُبر (وُچھو۔ لَب]۔ ۱۔ کھر ژٕمینہٕ ہنٛز چرائے۔ اَڈوون ۲۔ دکھورس کھرٕزمٕژ) شٔچ اِش بتھ

سینہٕ وگ چھِ آسان ۔

**لبرس ہیُن** ۔ ١۔ چھمبس ہیُن ۔ ٢۔ خطر تلِ ہیٚون ۔ ٣۔ (زاُری کِنہٕ) چھنگتھ ژٕلُن ۔ سورُے ہارِتھ ژٕلُن ۔

**لبرس تراوُن ، تھوُن** ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) اُوری تراوُن ۔ گال کھانس کرُن ۔ پردِلے نہٕ کرُن (کانٛسہ یا کُنہِ کامہِ ہُنٛدا) ۔

**لبرن گھسُن** ۔ بڈِین مۆہنیوِن ہیتی درشیہ دیُن ۔ تھدِین گرِین گھسُن ۔ پانس کُن تہٕ منسوب کرُن یا تھیکُن یہ تلہِ اپزِ سے آسہِ ۔

**لبُن** ۔ [ن ۔ مۆل و لَب <س : لَبھَن ] ۔ ١۔ اَتھہٕ منٛزِ یُن ۔ حاصِل سپدُن ۔ وۄدمۆل سپدُن ۔ ٢۔ (رودُمت چیز) اَتھہِ یُن ۔ ژھاٗرِتھ کانٛہہ چیز ہیُن ۔ ٣۔ دَیہِ کڈُن ۔ سمکُن ۔ بُتھہِ ہیُون ۔ میلُن ۔ ٤۔ واتُن ۔ بِنُن ۔ ہیُون (آرام ، سزا ، بیترِ) ۔ ٥۔ ڈے زانُن ۔ مُفتے زانُن ۔ مُفتے بوزُن ۔

**لبن گری** ۔ بُل ہَوسی ، خام طمٲیی ۔

**لبن گری بوزنی** ۔ خام طمع گرٕھن ۔ ڈے آمُت زانُن ۔ مُفتُے زانُن ۔

**لبن گوٚر** ۔ یُس یہ دِتہٕ ڈے آمُت بوزِ ۔ یُس ٹلِ کُنہِ مپٹھ چھُن حق زانِہ یا تھتھ تھپھہ دِیہِ ۔ تھہِ بَر ۔ بُل ہَوُس ۔

**لبہٕ وُنی** ۔ رودمُت کانٛہہ چیز بیترِ اَتھہِ اَنِیچ ہۆزۆری ۔ پیتاپہِ ۔

**لۆبمُت تہٕ کۆرمُس لبے ناو** ۔ تہٕ دُپہِتھ گو : کانٛہہ چیز اَتھہِ لگِتھ نہٕ ویژُن ۔ لۆبمُت تہٕ بکرِگمُس ۔

**لَبور** ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بےٚ ہوش ۔ بے سمجھ ۔ بے شور ۔

**لَبریز** ۔ [< ف : لبریز ] ۔ ژُندرِ نام بُرِتھ ۔ ٹیپاٹیپ ۔ پوٗر بُرِتھ (پیالہِ یا گِلاسہِ کُنہِ ترل چیز سیتی) ۔

**لپر** ۔ [<م ہ ۔ لپرٹ شپرٹ ] ۔ بکواس ۔ پزاگی ۔

**لپر شپر** ۔ اۆدرک بۆرک بکواس ۔ فاتر کلامہِ ۔ فتارِتھ ۔

**لپھ** ۔ [< آوازِ پیٹھ ۔ م : س ۔ لمپھ ] ۔ ژرژوٹھ ۔ ژنڈ ۔

**لتَل** ۔ [< پزاکرت : لت نا ] ۔ ٹھپل (اگر بیترِ) ۔

**لتار** ۔ [< وُچھ "لت" ] ۔ ١۔ لتہٕ مۆنٛڈ ۔ لتو سیتۍ دبار ۔ ٢۔ (وَرگہٕ پاٹھی) آڈ زاڈ ۔

**لتارس آسُن** ۔ ١۔ دروازس تل آسُن ۔ ٢۔ گَنس آسُن ۔

**لتارِ کرُن** ۔ آڈ زاڈ کرٕنی (شرِسس بیترِ)

دبارٕ کرُن۔

**لنارِ گژھن**۔ ۱۔ کھور بانو سان ہیٹھو بکنہٕ سیتی لتہِ موٗنڈ سپدنی۔ (لتو سیتی) دباونہٕ یُن۔ ۲۔ (درگہٕ پٲٹھی) ذٔلیل گژھن۔ نیٚے یژتھ گژھن۔ ۱۔ دارِ واتُن۔

**کنارُن**۔ زیٚنہٕ لتہِ دِنی۔ کھور دسیتی زین مانڈُن۔

**لتہِ**۔ [ ن۔ سؤل : لت (س) ، لکنگ ] ۔ ۱۔ وچھ "لتہ"۔ ۲۔ ژٕل ۔ چار۔ ۳۔ وٕہ۔ ٹھنگ۔ ۴۔ بوٚنڈ قس شور پیترٕ ژبلیہ باپتھ دجہِ برتی۔ ۵۔ نژ۔ کاک۔ ۶۔ عرقہِ دجی یمہ بیمارس دنہٕ یوان چھے۔

**لتہِ اُنُن**۔ ۱۔ پتھ کرُن۔ پسپا کرُن۔ اکانٛہ ہندِس تجارتس یا شعبس (ژ پیترٕ) ژکھ واتناوُن۔ م : نوٗر ایکٹرن اوٚن سارنی فنکارن لتہِ۔ ۲۔ ژٕل اُنُن۔ زور اُنُن۔ ۳۔ کامہِ پیٹھ۔ چار کرُن۔ چھار پاونی۔

**لتہِ دِیُن**۔ ۱۔ ترٛ ہوٗنی۔ ٹھوپ تھوُن۔ ۲۔ وٕہ دِیُن۔ ٹھنگ دِیُن۔

**لتہِ لگُن**۔ دٕہ لگُن۔ مالس ژ خریدار یُن۔ پتھ گژھن۔ ڈولُن۔

**لتہِ بُن**۔ وچھ "لتہِ لگُن"۔

**لتیسچ پتیسچ**۔ پژھ ترٛہ (شکل پیترٕ) کو کار۔ بنے کار۔

**لتہِ وُن**۔ لتہ دِتھ سوٗم کرُن۔ شیرُن۔

**لتہ**۔ [ م۔ سؤل : لت (ہت اکرت ، لت تلا۔ ۱۔ تکہِ پزد۔ کھور سیتی دکہ ، طاس یا دباو (پیترٕ ) ۲۔ ٹھپہ۔ ۳۔ کھور سیتی مانڈُن۔

**لتن ہند ماز وتن لارُن**۔ یسیح مینعتہ پٹھی بناواتُن۔

**لتہِ تل تھوُن**۔ ۱۔ دبادِتھ تھوُن۔ وولنہ نہ دِیُن۔ ۲۔ ذٔلیل کرُن۔

**لتہِ گٹھ**۔ گوڈنکہِ پوٚرک سُہ گٹھ یتھ منز نمد وگوس لتہ چھ تلان۔

**لتہِ موہنیو**۔ سُہ یُس نمدس پیترٕ لتہ دِتھ تلنس پیٹھ آسہِ۔ سُہ یُس لتہ دِنہٕ چی یاژ کام آسہِ۔

**لتہِ داس**۔ نوکر۔ غولام۔ یُس نہ کانٛہہ بوٚر آسہِ۔

**لتہِ سار**۔ ۱۔ کھور دستی ژمارن (آبس منز) ۔ ۲۔ (اٮ گٹہ منز) کھور دستی ساری سار یکن۔

**لتہِ کرٛم**۔ لتہِ پیٹھ لتہ (لاینی) یوٚس پتہ ٹھپادِین) کھورن تل ژٹھ دباوُن۔

کُنہٕ جایہِ پٕھن گژُھن جٲری آسُن ۔

لٹہٕ ڈِنۍ ۔ پھیر دِیُن ۔ پھیٖر کرُن ۔ کُنہٕ جایہِ گژھن پایُن ۔

لٹہٕ موکلاوٕنۍ ۔ (دٲپِتھ) پھیرِ نٕہ گژھن ۔

لٹہٕ ۔ [م ۔ مؤل : لُٹ < س : لُٹ ] ۔ ۱۔ مرگی ۔ دورٕ ۔ اَکھ بیمٲری یَمیُک دورٕ پیٚنہٕ سیٖتۍ انسان واریاہس کالس بےٚ ہوش چھُ گژھان تہٕ نُوزِنگہٕ چھُ دٲری دٲری دِوان ۔ ۲۔ تَصرُف دیٚراہ مُوڑھا ۔ ۳ ۔ گٹن ۔ ۴ ۔ ھونگہٕ ۔

لٹہٕ لَد ۔ ۱۔ یَس مرگی آسہِ پِوان ۔ یَس دورٕ آسہِ پیٚوان ۔ ۲۔ سیٹھہٕ لَد ۔

لٹہٕ گرٹ ۔ بےٚ ہوشی ۔ بے حِسی ۔

لٹہٕ پیٚنۍ ۔ مرگی پیٚنۍ ۔ دورٕ پیٚون بےٚ حِس گژھنہٕ بیمٲری پیٚنۍ ۔

لٹھ ۔ [ن ۔ مؤل : لٹھ < ہ : لٹھا ] ۔ اَکھ قسمُک سفید کپُر ۔

لٹھہٕ وٕژ ۔ سفید کپر چھل ۔ رُمال ۔

لٹھہٕ ژٕن ہیوٚہ ۔ شکہٕ روٚس ۔ شتہٕ پاٹھی ۔ یِکِرٕ پاٹھی ۔

لُٹھُر ۔ [ن ۔ مؤل : لُٹھر (بزاکیت : لُشٹھ) ] پاَرِتھ مَس لَنگ (زنانہٕ ہٕنْدِ) ۔

لٹھ پٹھ تہٕ گیٹنگنٹھ ۔ اُبرُے ہاو باو ۔ ٹلہٕ ٹھ ۔ اُبرُے چکر چاو ۔ ٹیل ۔

لچر ۔ [ ہ : لچر ] ۔ وُسر باپہ ۔ کمیٖنہٕ ۔ بے مقاچھ ۔

لچرگی ۔ کمینگی ۔ وُسر پایٕس ۔ ثنٕد ٹلپیر ۔ بے مَنٕد تھگی ۔

لچکدار ۔ [ ہ : لچکدار ] ۔ ۱۔ تُزِ یہ لمنہٕ سیٖتۍ زیٹھ تہٕ پیٚتہٕ پیٚنہٕ پٕھنی ڈُنجہٕ روزن ۔ ۲۔ یہٕ حالژ موجوب بدلنہٕ ہیٚکہِ ۔

لچہ رآزی ۔ دیکھو "لچرگی" ۔

لچکہٕ ۔ ۱۔ بولن قصابہ ۔ زیٚو ٹہٕ دود ڈیلہٕ قصابس پیٹھ پیٚزر ۔ ۲۔ (اہز لہٕ) دستارس پتہٕ کنہِ لُٹھو تراوتھ بُھکہٕ ۔

لچکہٕ دیُن ۔ (دارِگہٕ پاٹھی) کُنہٕ بچنس مُنز اُبرِتھ شرمندٕ کرُن ۔ ہارناوُن —— رشکس دیُن ۔

لچھ ۔ [ مؤل : لچھ < س : لکش ] ۔ ہتہٕ ساس ۱۔۰۰۰۰۰

لچھن ہنٕد کر لچھ ۔ گژھنہٕ روٚس ۔ بےٚ شمار ۔ لاتعداد ۔ سیٹھا (روپیہ بیترِ) ۔

لچھہٕ آر دِتھ کچھہٕ تژن ۔ (کاٹھہٕ بانس کن پھِرنہٕ باپتہٕ) حد روٚس تعریف تہٕ

یُژرتہ کُرِتہ موعلی کتھ موکچھ راوُرن۔ یُژ
کانمک لحاظ موملی کتھ پیٹھ راوُرن۔

**لچھ آرُدن** ۔ کانہہ لچھ ژنگی رَنزُدن یا تَس
تاریف کرِنی یا اَتھ سندی گون گیونی۔

**لچھ بوٗد**۔ ہتہ بُدی ساس۔ داریاہ لچھ۔ گژژ
رژس۔ بےشُمار۔ داریاہ۔ اُنٹھ رژس۔

**لچھ پھیر**۔ ۱۔ دون منز تیژ فرق یتھ زلیکھ
ہیکن۔ آسمان زمینچ فرق۔ ۲۔ سہ
حساب کتاب یا لکھ یتھ منز سیٹھاہ
رو ہین جیتر ہند پھیر یا غبن آسہ۔ ۳۔
(تجارتس منز) بےشمار آمدنی۔

**لچھ ترُوگن آسے**۔ (ترگن) ہتس ساسس
ورییس زندہ روزن۔ سیٹھا زیٹھ
واُنس۔ م: گژھ ژیتہ لچھ ترُدگن
آسے۔

**لچھ گون آسے**۔ وُچھو "لچھ ترُدگن آسے"۔

**لچھ نوو**۔ یُس بے شُمار ناو آسن۔ (دُرگہ
پاٹھی) دے۔ خودا۔

**لچھ وول**۔ یُس لچھ واد رہ پیہ آسن۔
سیٹھا آسن وول۔

**لچھ ہیون**۔ ۱۔ اکس ہتس ساسس رہ پیش
لٚمہ ہیون۔ ۲۔ (دُرگہ پاٹھی) داریاہ دُزنگ

ہیون۔ سخ میٹحنتھ کرِتھ لبُن۔ (کینہہ
حاصل کرنہ خاطر سیٹھا کوشش کرِنی۔

**لحد**۔ [م۔ مول: الحد > ع: لَحَد]۔ قبرِ منز
قبلہ طرفہ کھنہ بڑ ہوے یتھ منز مُردہ
تھوان چھ۔

**لحن**۔ [ن۔ مول: الحن > ع: لحن]۔ میٹھ آواز۔
موذر ہرٗے۔

**لخت، لخت**۔ [ن۔ مول: لخت > ف: لخت]۔
۱۔ ماز چھل۔ ۲۔ ٹُکرٕ۔ م: گُنیٛ
لخت گوس۔

**لختِ جگر**۔ [> ف: لختِ جگر]۔ (دُرگہ)
دِلُک کھونڈ۔ ڈوٗٹھ ٹیٹھ۔ عزیز۔

**لختہ کرُن**۔ کام کرناوی کرناوی تھکراوُن۔
اکی ہے جایہ کنہ کامہ لاگتھ اُڈ موِد کرُن۔

**لختہ گژھن**۔ ۱۔ ٹکرٕ گژھنی۔ ۲۔ اسخ
کام پینہ کنی) پنہ پنہ گژھن۔ سخ
تھکن۔

**۵۔ لد**۔ ز[> س: لبدہ/لددہ]۔ داہ۔ ودل۔
م: پچھکہ لد۔ بادِ لد۔

**لداخ**۔ [ن۔ مول: لداخ]۔ کشیرِ ہند
شمالہ مشرقہ طرفک۔ اکھ علاقہ۔

**لداو**۔ [> پراکرت: لددہ > س: لردہ]

۱۔ تامبر۔ ۲۔ تامبر کرِنچ لاگتھ۔

**لَداوکھشن۔** تامبر ہیوٗرکُن بڈُن۔

**لَداخ۔** ۱۔ لداخک روزن وٲل۔ ۲۔ لداخس منٛز بوٗدُن یا بنہٕ دُن۔ ۳۔ لداخچ بوٗل۔

**لَدِوٗنی۔** ۱۔ سوزنچ موزوٗری۔ رنہٕ دُنی۔ ۲۔ ریڈس یا چھاکرس بیتر پیٹھ (چیز بیتر) کھارنچ موزوٗری۔ لدٲے۔

**نَدِوٗن۔** وُچھو: "لَدَن"۔

**لَدُن۔** [ن۔ مٔول: لَد < پراکرت: لَدٕہ < س: لَرد]۔ ۱۔ سوزُن۔ رَوانہٕ کرُن۔ ۲۔ برُن۔ م: بوہرِ منٛز ہکہ لدُن۔ زانہٕ منٛز ژو چِھ لدِنہٕ۔ ۳۔ رُسُن۔ ژھلُن۔ ژانُن۔ م: موندٕ قس لدُن۔ پیٹھن لدُن۔ گُدامس لدُن۔ ۴۔ (پیٹھس پیٹھ) کھارُن۔ م: زینُ لدُن۔ ہکہ لدُن۔ ۵۔ بناوُن۔ تامبر کرُن۔ م: مکانہٕ لدُن۔ دوٕس لدِنی۔ ۶۔ (باتس کیتہٕ) شیرُن۔ م: بتہٕ لدُن۔

لَدِ بتہٕ۔ سُہ رنتھ بتہٕ یُس نخانُ ماکین بیترِ منٛز شیرتھ لوٗکن باگراونہٕ یِیہ۔

**لَدِ سار۔** باگراوُن۔ سوزُن۔ وانتاوُن (اکا تہہ نیاز، توحفہٕ، ہیونت دُیت بیتر)

**لَدِ وٗنی وُہرِ وَدِ وٗنی گرٕ ژھنی۔** ۱۔ کھسہٕ دِنی جوانی ضایہ گرژھنی۔ ۲۔ (دوہ ہو) ڈُہرٕ ژاس گرژھُن۔

**لَدِتھ لُہرُن گرژھُن۔** سُری گری ترنہٕ کینہٕ سارُن۔ سٕتی کٕتی آچھر گرژھن۔

**لَدَوَن۔** نالہٕ دامنس، کھسہٕ وُن لبُر یتھ جنگل آسہٕ آمُت۔

**لَڈُر۔** [ن۔ مٔول: لَڈر < پراکرت: لَٹھِم]۔ اَکِہ قِسمچ ترکاری یوسہٕ سَرس نمبلہٕ بیترِ دو پدان چھنے۔ یہ چھ ژیوٗکھ گنڈر ہیوٗہ آسان۔ م: ژوکرِ لَڈر۔ دَے لَڈُر بیترِ۔

**لَذَتھ۔** [ن۔ مٔول۔ لَذت < ع: لَذّة]۔ ۱۔ مزٕ۔ حظ۔ میچھر۔ ۲۔ لُطُف۔ آرام۔

**لَذَتھ تُلُن۔** حظ تُلُن۔ مزٕ کرُن۔ عاشِش کرنی۔ لُطف ژُٹُن۔ نظارٕ وُچھُن۔

لَذَتھ دار۔ لُطیف۔ مزدار۔ میوٹھ۔

**لَذَتھ ہیوٗن۔** وُچھو "لَذَتھ تُلُن"۔

**لَذَتھ یُن۔** آرام یُن۔ لُطف یُن۔ مزٕ یُن۔

**لَرِ ٹھ۔** [م۔ مٔول: لَر < پراکرت: لَٹّی ...

۲۔ دُشمنی دٕنۍ گژھنۍ۔ نیٛائے ژھینٛن۔ جگرٕ ٹمُن۔ صُلح گژھُن۔

**لَڑائے ترٛاوٕنۍ۔** پانہٕ وٲنۍ صُلح کرُن۔ مَلالہٕ دوٗر کرُن۔ نیٛائے ژٔٹنُن۔ تَنازٕ مو کلاوُن۔

**لَڑائے تھٲوٕنۍ۔** لگ تھٲوٕنۍ۔ فَساد تھوٗن۔ ٹھوسہٕ ٹھوس تھٲوٕنۍ۔ نیٛائے روزُن۔ لین دین ژٔٹنُن۔ واسطہٕ نہٕ تھٲوُن۔

**لَڑائے کَرٕنۍ۔** ہَر کَرٕنۍ۔ جَگرَس بُتھہٕ نیرُن۔ فَساد تُلُن۔ نیٛائے کرُن۔

**لَڑائے گَژھٕنۍ۔** جُگرٕ ووٚتھُن۔ فَساد گژھُن۔ ہَر گژھٕنۍ۔ نیٛائے گژھُن۔ تَنازٕ ووٚتھُن۔

**لَڑائے لَگٕنۍ۔** جُنگ ووٚتھُن۔

**لَڑائے لاگٕنۍ۔** ۱۔ ہَر کَرٕنۍ ہیٚنۍ۔ ۲۔ لَڑ لاگٕنۍ۔ ژٕوٕنۍ۔

**لَڑائے تُلٕنۍ۔** زٕ رٕ یوٚرے فَساد تُلُن۔ یوٚرے جگرَس زٕ ریہِ دِنۍ شرارتھ دِیُن۔ زور نیٛائے تُلُن۔ زٕ رٕ کرٕنۍ۔ ہَس دِیُن۔

**لَڑائے موکلٕنۍ۔** وُچھو "لَڑائے ژھینٛنۍ"

**لَڑائے ووٚتھٕنۍ۔** ۱۔ (دنہٕ ذرٕنۍ یا ...) جُنگ گَژھُن۔ ۲۔ فَساد ووٚتھُن۔

**لَڑُن۔** [ن۔ مُوٗل: لَڑ (پراکرت۔ لَڈ]۔ ۱۔ لَڑائے کَرٕنۍ۔ ہَر کَرٕنۍ۔ ٹھوسہٕ ٹھوس بِلہٕ وٕنۍ۔ ۲۔ ضِد کرُن۔ آکر کرٕنۍ۔ ٹکر کرٕنۍ۔ ۳۔ مُقابلہٕ کرُن۔ ۴۔ جِدوجُہد کرٕنۍ۔ ژلُن۔

**لُڑِتھ بوزُن۔** لَڑائے کَرِتھ، ہُتھی لاگے یا لحاظٕ ژٔٹِتھ مُشخص کرُن۔ مُ: آنچہ مینہٕ۔

**لُڑِتھ کھیوٚن۔** ۱۔ مُقابلہٕ کَرِتھ ہُوزِتھ ہیوٚن۔ مینتھ تہٕ تولِتھ ہیوٚن۔ ۲۔ وُچھن کس کس پوشہٕ۔

**لُڑِتھ ہیوٚن۔** وُچھو "لُڑِتھ کھیوٚن"

**لُڑی لَڈی ہیوٚن۔** ہُتھر لاگے کَرِتھ حاصِل کرُن۔ ہُوز ہُوز ہیوٚن۔

**لَز۔** [م۔ سُوٗل: لَز < س: لَجاّ / لَجّ]۔ ۱۔ شرم۔ حَیا۔ ۲۔ گال۔

**لَزِ روٚس۔** بےٚ شرم۔ بےٚ حَیا۔

**لَزٕ لانٛتھ۔** سو یا سہٕ پَسندی کِنۍ لوکَن مَنٛز شرمندگی تُلٕنۍ پیٚیہِ تہٕ اِنسان گژھہِ تھوکہٕ تھوکہٕ۔ مُ: یژھہٕ کوٗر گیہٕ لَزٕ لانٛتھ۔

**لَزا۔** [م۔ سُوٗل: لَزا < س: لَجاّ]۔ شرم۔ حَیا۔ گال۔

**لزُن۔** [ن۔ مؤل: لز < س: لبدٗہ/ پراکرت: لدٗ ہٗ < س: لردنہ]۔ ہینہ دِنگ رسم رواج۔ لوازمات۔ لازماری (کورِ ہشارِ یا بلنہ ہشارِ وارِ کرِ خاطرِ)

**لزُن پزُن۔** وار وہستار۔

**لَژہ۔** [م۔ مؤل، لَژہ < ؟ س: لوشٹ]۔ ژھوٹھ۔ گرد۔

**لَژدہ کرُن۔** ا۔ بے قدری کرنی۔ قدر نہ کرنی یُور نہ تھوُن۔ ۲۔ ضایہ کرُن۔ راوراوُن۔

**لَژہ گژھُن۔** یور نہ روزُن۔ یژس خلل گژھُن۔ بے قدری گژھنی۔ ضایہ گژھن۔ لوژر لگُن۔ قدر نہ روزنی۔

**لَژہِ گومُت۔** ا۔ بے یژھ۔ یُس نہ کانٛہہ آسہ پژھان۔ کھوتہ گومُت۔ ۲۔ ضایہ گومُتہ۔

**لَژہ تُلنی۔** گردِ غبار تُلُن۔ ژھوٹھ کرُن۔

**لَژدہ کرنی۔** ا۔ ژھوٹھ کرُن۔ ۲۔ یژھ دالُن۔ لوژر دیُن۔ ذلیل کرُن۔ بے قدری کرنی۔

**لَژہ گژھنی۔** بے یژتی گژھنی۔ نادِس ربہ لگُن۔ اکہنی قدر نہ روزُن۔ ذلیل۔ گژھُن۔

**لَژہ وانہنی۔** لبُن، طاقچن بیتر لَژھلہ بیتر گرد تہ لاے بیتر والنی۔

**لُژِھج۔** [م۔ مؤل: لژھج < ڈُچھو۔ لَژہ]۔ زیکھن تجن بنومُت ڈُدہ یا پیٹھ اکہ سامانہ۔ ڈُوِنی۔ مازُن۔

**لَژھج بِنی ڈُو دیُن۔** اَندہ پیٹھ مو کلاوُن (یہ چھ اکہ دہ ہو)۔

**لُژھج لگنی۔** ڈُو لگُن۔ اَندہ پیٹھ مو کلُن۔

**لژھجو بیتر دیار ڈُوِنی۔** یژ پونسہ زینہ، یژ نفع یُن۔

**لَژھجہ بٹول۔** اکہ بوٗڈ بوسہ شر بُرش بیتر لگان چھے۔ ژرِ لَژھجہ ہُند بٹول۔

**لَژھجہ گاسہ۔** اکہ قسمُک گاسہ یتھ مازنہ بناوان چھہ۔

**لُژھل۔** [ن۔ مؤل: لژھل < ڈُچھو۔ لَژہ]۔ اکہ ڈُونک سامانہ۔ کھژر ردٗلین بیتر ڈُوِنی۔

**لَسُن۔** [ن۔ مؤل: لَس < س: لَسنہ]۔ ۱۔ زُدُن۔ زِندگی پزاونی۔ زِندہ روزُن۔ ۲۔ بچُن۔ تلُن (کانٛہہ سخ بیماری گَدٗنہ پتہ)۔ ۳۔ چکُن۔ پزنُن (زندگی مُنزِ)۔ ۴۔ (اَمی پژھو) زیٹھ فاقس

پڑاوِ۔ نوٗن تہٕ پھوٗلُن۔

**لَسن بیوٗل۔** شُرِ بستہٕ خاطرٕ تم طاقتی چیز بیتر یمو سیتی شہ اوٗر دٲر روزِ۔ کینژھا مینژھا۔

**لَسُن لَبُن۔** [ < س: لَسنہٕ + وَسنہٕ ]۔ ۱۔ زِندگی پڑاوِ تہٕ وُڈی ییک ویوہار یکہٕ ناوُن۔ ۲۔ (آہی) نوٗن تہٕ پھوٗلُن۔ گرہ بار کرُن)۔

**لَسُن لایق۔** سہ شریس جان اطوار آسن۔ شریف تہٕ خود مانبردار شُر۔

**لَستہٕ لَگُن۔** بنْد الگ گژھن۔ ژِستہٕ لگُن۔

**لَسنہٕ۔** [ن۔ مؤل: لَسن < س: لَس]۔ اکہٕ قسمٕچ قیمتی کنی۔

**لَشکرٕ۔** [م۔ مؤل: لَشکر < ف: لَشکر]۔ ۱۔ فوج۔ سپاہ۔ ۲۔ جماعت۔ واریاہ لُکھ۔ ۳۔ بر۔ ہجوم۔ لَسابہ۔ مم: ریٖتہٕ لَشکر۔

**لَشکرِ شِکس۔** [ < ف: لَشکر + ف: شِکست]۔ ۱۔ عاٗبِ شِکس لد۔ نوٗکوسنتہ لد۔ ۲۔ (بیٖیَن پانس سیتی) وَتہ راوٕرن ول۔ بے ہمت کرُن وول۔

**لَطافتھ۔** [م۔ مؤل: لطافت < ع: لطافۃ]۔ ۱۔ مزٕ۔ لذت۔ میچھر۔ شیرینی۔ ۲۔ زاد جار۔

**لَغزِش۔** [م۔ مؤل: لَغزِش < ف: لَغزِش]۔ ۱۔ سہو۔ ژلنہٕ۔ پھیرنی۔ ۲۔ زل۔ آلایِش۔

**لَفنگہٕ۔** [ن۔ مؤل: لَفنگہ۔ < ہ: لَفنگ < ف: لاف]۔ بدراہ۔ بدچلن۔ غُنڈٕ۔ لُنڈٕ۔ رفع تبلہ۔ دربدری۔ آوار۔

**لَفنگہٕ گی۔** وُچھو "لَفنگل"۔

**لَفنگل۔** دربدری۔ بدمعاشی۔ لُنڈٕگی۔ آوارگی۔

**لَفظ۔** [ن۔ مؤل: لَفظ < ع: لفظ]۔ ۱۔ کتھ کرنٕچ اکائی۔ کتھ۔ تہٕ یہ کینژھا زیوِ ہیٖرٕ، یہ زیوِ سیتی ونہٕ یِہ۔ یہ زیو کڈِو۔ شبد۔ ۲۔ واد۔ اِقرار۔

**لَفظ بہٕ لَفظ۔** اکہٕ اکہٕ لَفظ۔ حَرفہٕ حَرفہٕ۔ کانٛہہ کتھ یا لفظ منٛز تراوُنے۔ اکہٕ اکہٕ حرفہٕ۔ پزاد پڑود۔

**لَفظ پوٗرٕ کرُن۔** واد پوٗرٕ کرُن۔ یہ زباہ سوداگوٗمت آسہ سُہ پوٗرٕ کرُن۔

**لَفظ پھیرُن۔** کانٛہہ معاملہ یا خبر خطے کرِتھ پتہٕ نہٕ تتھ پیٹھ روزُن۔ کُنہ کتھ بیتر یقرار کرِتھ پتہٕ اِنکار کرُن۔ زبان پھیرٕنی۔ وادس ڈلُن۔

**لَفظ پھٹُن۔** ۱۔ واد ڈلُن۔ وادس پیٹھ نہٕ روزِتھ ہیکُن۔ ۲۔ پننِس وٗزِتس

پیٹھ ؠ روزُن۔

**لَفظ دیُن۔** وادٕ کرُن۔ زبان کرٕنۍ۔ سودا گژھُن۔

**لَفظ کرُن۔** ۱۔ وادٕ کرُن۔ یِقرار کرُن۔ ۲۔ (تِبرٕ بیتر) طے کرُن۔ مُشخص کرُن۔ سوداگژھن۔

**لَفظ گژھُن۔** ۱۔ وادٕ گژھُن۔ کیٚنہہ مُشخص گژھُن۔ زبان گژھنۍ۔ فاصلہٕ گژھُن۔ سودا سپدُن۔ کتھ طے سپدٕنۍ۔

**لفظس پیٹھ روزُن۔** یہ فاصلہٕ گومُت آسہِ تتھ پیٹھ دٔرتھ روزُن۔ یہ سودا آسہِ طے گومُت تتھ ؠ زبان پھیرٕنۍ۔

**لفظی ترجمہ۔** سُہ ترجمہ یُس لفظ ؠ لفظ آسہِ۔ حرفہٕ پتہ حرفہٕ اکہِ بولہِ منٛز بیٚیس بولہِ منٛز تارُن۔ (خاص کرِتھ) سُہ ترجمہ یتھ منٛز اصلی مانیک خیال آسہِ ؠ تھوومُت۔

**لفظی مانے۔** لغوی مانے

**لَقَب۔** [ن۔ مٗول: لَقب <ع: لَقَب]۔ سُہ ناو یُس کانٛسہِ تارٕیفہٕ پٔٹھ دِنہٕ آسہِ آمُت۔

**لَقَب دیُن۔** ۱۔ سرکارٕ کہِ یا کُنہِ مُستند جماژ ہنٛدِ ذٔریہ کانٛسہِ کانٛہہ بوٚڈ ناو عطا کرُن۔ ۲۔ (کانٛسہِ) تارٕیف کرٕنۍ۔ بجر دیُن۔ شہژر دیُن۔ اہمیت دِنۍ۔

**لَقَب کھارُن۔** ۱۔ (کانٛسہِ) تانیم کرُن۔ یِزت کرُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ) دوش کھارٕنۍ۔ تُہر کھارٕنۍ۔

**لکہ ٹُر۔** [ن۔ مٗول: لکوٹ <س: لیکھ + پٹ]۔ ۱۔ لوٚر ہیوٚ ڈلیتھ تھوو ؠ آمُت کاکد بیتر۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) دستاویز۔

**لکلہِ۔** سیوٚد ساد۔ پوٚر۔ سپھرُت۔

**لَچھ۔** [م۔ مٗول: لکھچھ <س: لکشمی]۔ اکھ زنانہ ناو۔ یہ سپد شرہش آسہِ۔

**لگن کرٕنۍ۔** شکس دیُن۔ ہار ناوُن۔ لاجواب کرُن۔ کھلر کرٕنۍ۔

**لگہچ گژھٕنۍ۔** ۱۔ کمزوری ہِنۍ۔ کھلر گژھٕنۍ۔ ذنو انی ینٛز۔ ۲۔ شکس لگُن۔ ہارِتھ پتہ پشیمان گژھُن۔

**لکھُن۔** [ن۔ مٗول: لکھ <س: لکھ]۔ (کٔنتِر) ژانُن، بٔرُن، وٚسٹُن، ٹلُن، تھکُن۔ بم: موٚنڈ لکھُن۔

**لکھبن۔** [م۔ مٗول: لکھبن <س: لکشنہ]۔ ۱۔ (بان یا ناکارٕ) صِفت۔ کوٚڈ پھٹیچ۔

کیٚرن۔ یم، رٕتۍ لکھچن، کو لکھچن۔
۲۔ شوٗگوٗن۔ فال۔ ساتھہٕ نیٚتھ نِشانہٕ
یِیٚمہٕ تِلہٕ شوٗگوٗن نی تہٕ۔

لکھچھن۔ [ن۔ مۆل: لکھچن < س: لکشن]۔
دَکھنہٕ جایہِ ژَمہٕ پٔٹھ) کَرہٕ ن) دانہٕ ہیوٚہ۔

لگ ڈٕا۔ [م۔ مۆل: لگ < س: لگ]۔ رِواج۔
دٔستوٗر۔ رُوش۔

لگ لگِتھ ڈٕر دٔستوٗر بَنُن۔ رِواج نیرُن۔

لگ ڈٕر لڑ۔ مان۔ ٹھوٗسہٕ ٹھوٗس۔ فساد۔
ٹَکَر۔ آکَڑ۔

لگ آسُن۔ مان مان آسُن۔ لڑ آسُن۔
ٹھوٗسہٕ ٹھوٗس آسُن۔

لگ لگِتھ ڈٕلہٕ ٹھوٗسہٕ ٹھوٗس وۄتھنۍ۔ لڑ لگنۍ۔
مان مان لگنۍ۔

لگَن۔ [م۔ مۆل: لگَن < س: لگنہٕ]۔ ا۔ کَل۔
دِیان۔ ۲۔ (کانہہ ہِنز) ملاے
مُحبَت۔ عِشق۔

لگَن ہار۔ ۔ [< س لگنہٕ + ہار]۔ ا۔ بکار یوٚن۔
کار آمد۔ لگہٕ ہار۔ ۲۔ قابل۔

لگاتار۔ [< ہ: لگاتار]۔ پۆتُس پَتہٕ۔ اَژھین۔
ژِھہ رَوس۔ پیاپے۔

لگام۔ [م۔ مۆل، لگام < ف: لگام]۔ لاکم۔
راس۔

لگام دِنۍ۔ ا۔ رُکاوُن۔ بَند کرُن سا ژھہ پر
کَرناوُن۔ آ بسس لاکم کَرنۍ۔

لگان۔ [ن۔ مۆل: لگان < س: لگ/لاگ]۔
مالیہ۔ سو آمدنی یوسہٕ ژمینہٕ وانِس
نِشہٕ ٹیکسہٕ پٔٹھ وۆصول یِیہِ کرنہٕ۔

لگاو۔ [< ہِزاکرِت: لگاو < س لگ + ۵ +:
آو]۔ ماے۔ مُحبَت۔ لَے۔ مالَے۔

لگاوُن۔ [ن۔ مول، لگاو]۔ ا۔ (کُنہٕ) لایُن۔
پٔرِتھ دِیُن۔ ۲۔ کُنہٕ کامہِ منز تھاوُن۔
کامہِ ترٛاوُن۔ ۳۔ ملازِم بَناوُن ۴۔ ناکی
ترٛاوُن۔ ژھنُن۔

لگہٕ۔ [ن۔ مۆل: لگ < س: لگ]۔ پُشرِ۔
(یہ دِیُن پیٚیہِ) جیٚیر۔ ڈَنٛڈ (خاص کرِتھ
زارِس منز)۔ تاوانہٕ۔ جُرمانہٕ۔ ۲۔ سُہ
پوٗنٛسہٕ یُس پوٗنٛسہٕ گَتہٕ گِنٛدَنُس منز کُنہِ
غلطی پیٚتھ پٔٹھ ڈَنٛڈ ہٕرِ دِیُن پیٚیہِ۔
۳۔ دوٗش۔ خطا۔ چھوہ۔

لگہٕ برُن۔ (زارِس منز) پُشرُن۔ تاوانہٕ
دِیُن۔

لگہٕ بَزُن۔ وُچھو "لگہٕ برُن"۔

لگہٕ ٹلُن۔ (زآری کُنہٕ) جِھتِل ٹلنۍ۔ نال کڈُن۔

۲۱۔ لگہ ہار آسُن۔ رم: یہ شُر لگہِ نہٕ
اَتھ کھری لہٕ۔ کاہسہٕ لگنٕ۔ ۔ ۲۲۔
بیٚنہِ زُو روزُن جَل روزُن۔ رم:
شُر لگُن ہاوِ قدریُن۔ رم ابلایہِ لگن۔

**لگُن لایق۔** نہٕ وَنَن یا کَرُن، بیٚنہِ ہِنتی
دل دُکھی گَژھ۔ بیٚنہِ ہِنتی مَن پھُٹہِ۔

**لگتھ گژھُن۔** ۱۔ شِشُر بَنُن۔ ہوٚتارُن۔
۲۔ بَند گژھُن۔ بَچھُن۔ ۳۔ تارِ گژھُن۔
روٚٹہِ گژھُن۔

**لوٚگ نَتہٕ جوٚگ آو لوٚت پھیرتھ۔** تہٕ ژھ
گوہُس چیز بیترِ بیٚمِئک نہٕ فَضُو رُذرتھ
آسہِ (سہٕ لوٚگ آسہٕ تَن یا نا لگہِ ہار آسہِ تن
یا بہٕ جان آسہِ تَن یا ناکار آسہِ تَن)
تَمِیُک آسُن تہٕ نہٕ آسُن چھ اَکھی کتھا۔

**لگ تگ۔** ۔ [م۔ ہ: لگ بھگ]۔
تَقریبَن۔ یہ ڈُپِزِنہٕ۔ اَمہِ بیٚنہِ۔ اَندازن۔
اَلہِ پَلہِ۔

**لَل ۱۔** [م۔ مؤل: لَل]۔ ۱۔ بَدنُس کُنہٕ جایہِ
اَلوٚند ماز۔ ۲۔ (پانَس کُنہٕ جایہِ) ماز
ہیوٚہ کھسُن۔ ہُنہ۔ وَرم۔ ماز لَبتہٕ۔

**لَل کھسنی۔** (پانَس کُنہٕ جایہِ دَزنہٕ کِنی یا
لگنہٕ کِنی) ماز ہیوٚہ کھسُن۔ ہُنُن۔

**لَل وُسنی۔** ۱۔ بَدنَس کُنہٕ جایہِ ماز اَلوٚند گژھُن۔
۲۔ (دُرگہِ یا اَٹھی) وٕہٹُن۔ بیڈ کھسنی۔

**لَل ۲۔** [< س: لَلا]۔ ۱۔ لل دید، للا تُل،
نات۔ اَکھ مشہوٗر کاشُر زنانہٕ
صوٗفی شاعرہِ ہُند ناو۔ اَمہِ ہِندی واکھ
چھ مشہوٗر۔ ۲۔ سو زنانہٕ یوٚس سیٹھا
شریف آسہِ۔ شہج ماج۔ پاک تہٕ
خوٗلقی زنانہٕ۔ شلہِ مان۔

**لَلہِ واکھ۔** [ن۔ مؤل: لَلہِ واکھ < س:
للا + واکیانہِ]۔ لَل دیدِ ہُند کلامہ۔

**لَلہِ پوٚت۔** [ن۔ مؤل: لَلہِ پوٚت < پنجابی:
للا پتر < ج س: لَل + پُتَر]۔
۱۔ چور۔ فاتُر۔ ۲۔ بے مانہِ کتھہٕ۔
بکواس۔

**لَلہِ پوٚت وَنُن۔** ۱۔ بے بُنیاد کتھہٕ وَننہٕ۔ ۲۔
(کانسہِ) پننہٕ مطلبہ اپزی تاریف کرنی۔
خوشامہ کرنی۔

**لَلہِ کھوٚل۔** [ن۔ مؤل: لَلہِ کھل < س: لَل]۔
یابُم۔ ویوہار۔ خرچ برچ۔

**لَلہِ کھوٚل کَرُن۔** یابُم کَرُن۔ خرچ برچ
کَرُن۔

**لَلہِ ناوُن۔** [ن۔ مؤل: لَلہِ ناو < س: لولہ۔ لَل،

۱۔ (شُرِس) کھوٗ بہٕ مُشٕر گوٗر گوٗر کرُن۔
کھوٗ بہٕ ٹلُن۔ کھوٗ بہٕ کھوٗ بہٕ پھِرُن۔ ۲۔ رُژھُن۔ پالُن۔ ۳۔ پیٚتھرُن۔ اَندری ہیٚتُن۔ اَندری تُرٕو تھاوُن (کانہہ مُصیٖبتھ یا دوٗد ژٕگ بیترٕ) ۴۔ کانٛسہِ دوٗد ژٕگ شیٚہلاوُن۔

**لٔلہٕ وُن۔** وُچھِو "لٔلہٕ ناوُن"۔

**لٔلہٕ وُن تھاوُن** ۱۔ ہیٚب تھاوُن۔ ہیٚم تھاوُن۔ ۲۔ شرٕتھوُن۔ اَرمان تھوٗن۔

**لَل بُگ۔** [ن۔ مُول: لَل بُگ]۔ اَکہٕ قسمُک ژٕونٹھ۔

**لَم ۱۔** [ن۔ مُول: لم (؟، س: لمپ]۔ ۱۔ میٚتر بوٗن۔ میٚتر لیبرٕ۔ ۲۔ سوٗ جلے بیتِن شیٚر گۄڈتھ کھٹ ہیوٚہ اَسہِ گومُت۔

**لَم وُسنہٕ یُن۔** ۱۔ میٚتر بوٗن یا لیبرٕ آدِ سُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) ہٕنگہٕ تہٕ منگہٕ سیٹھا روٗپیہ بَنُن۔ خزانہٕ بَنُن۔ کینہہ تھیٚتھ اَتھہِ لگُن ییٚمیک تہٕ وۄمیدے آسہِ۔

**لَم ۲۔** [م۔ مُول: لَم (س: لَمبہٕ]۔ ۱۔ دٕرٕسہٕ دَر۔ زوٗر رٕٹن۔ کھچ۔ ۲۔ ہیٚٹھ، اَڈکاڈر۔ گُنشرٕ۔ ۳۔ چار۔ تہٕ یمہٕ زوٗر لگاوُن پییٚتھ۔

**لَمُن۔** لَمہٕ۔ دٕرٕسہٕ۔ کھیٚنچ۔

**لَمُن رَز۔** [م۔ مُول: لَمُن رَز (س: لَمبنہٕ + رَجُہ]۔ سوٗ رَز ییٚمہٕ سیتی دٕرٕسہٕ رٔٹان چھہٕ۔ سوٗ رَز ییٚمہٕ سیتی لمان چھہٕ (ناوِ بیترٕ)۔

**لَمہٕ۔** [م۔ مُول: لم (س: لَمبہٕ]۔ ۱۔ اَیچھُن۔ دٕرٕسہٕ۔ ۲۔ تار۔ اَڈکاڈر، بِسرٕ گوٗش۔

**لَمہٕ تار۔** تاکھِر۔ ژیر سُستی۔

**لَمہٕ رَز۔** [م۔ مُول: لَمہٕ رَز (س: لَمبہٕ + رَجُہ]۔ تیلہٕ دانی وانہٕ چھہٕ کاڑ مُشٕر بَند۔ سوٗ رَز ییٚمہٕ سیتی (دانس لَمہٕ موکھ)۔ دانہٕ گَنٹہٕ تہٕ چھہٕ لوان۔

**لَمہٕ لگُن۔** ژیر گژھُن۔ ہیٚٹھ لگُن۔

**لَمہٕ لَم۔** ۱۔ نرٕ کھیٚنچ بِیٹھا کٔلیس۔ اَکہٕ طرفہٕ تہٕ دٕرٕسہٕ رٔٹُن تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ تہٕ دٕرٕسہٕ رٔٹُن۔ دوشوٚے یا سوٗ لَمُن تہٕ لَمُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) دوٗر دوٗر۔ (اَدٕ نَ جانہٕ ژن ہُنٛد) پانس پانس کُن کھیٚچُن۔ ۳۔ ہیٚٹھ۔

**لَمہٕ لَم کرُن۔** رَزہِ بیترٕ دوشوٚے طرفو دٕرٕ کرُن۔ دٕرٕ دٕرٕ کرُن۔

**لَمُن۔** [ن۔ مُول: لَم (س: لَمبنہٕ]۔ ۱۔ کھیٚچُن۔ دٕرٕسہٕ کرُن۔ زٕریسان پانس کُن اَنُن۔ ۲۔ نیرُن۔ گژھُن۔ قدم دِیُن۔

برزِشہ پکُن ۔۲۔ ناوِ پکناوِنی ۔ ناوِ چلاوِنی

**لمَن وول** ۔ ۱۔ سوزوُر (یُس ریڈ س پکناوان چھ)۔ تُہ سوزوُر سو ہنیٹوُ یُس مدتہ باپتھ ناوِ چلاوِنہ خاطرِ آنتہ ییہِ۔ ناو چِلاوُن وول۔ ۲۔ یُس نیروُن آسہِ۔ یُس نیرنُس تیار آسہِ۔

**لُمی لُمی**۔ [(وُچھو۔ لَم] زورِ زارِ۔ بڑِ مُشکلَن۔ کشالہِ۔

**لَموُڈ**۔ [م۔ مؤل: لموُڈ (س: لمبَہ + توَ]۔ ہیٹھ۔ زیر۔ تاخیر (کُنہِ کامہِ منز)۔

**لَموُڈِ لَد**۔ یُس (کُنہِ کامہِ منز) ژیر کرنک عادت آسہِ۔

**لَموُڈ لگُن**۔ ہیٹھ گژھن۔ ژیر گژھن۔ تاخیر گژھن۔

**لَمب**۔ وُچھو لَم۔

**لَمبَر**۔ [ن۔ مؤل: لمبَر (انگ: نمبر (م ۲۷ ۔۔ ۲۸)] عدد۔ گرُند۔ نمبر۔

**لمبَردار**۔ [ن۔ مؤل: لمبَردار (انگ: نمبر + ف: دار]۔ مِہ قدم۔ گامُک زیٹھ۔ سرکارہ طرفہ گامہ منز مقرر کورمت تُہ زیٹھ یُس سارِنے گامس منز وصول کران چھ تہ سرکارِ ہند خزانس برا ان چھ۔

**لَمباسہ**۔ دراز۔ دراز ہتھ بالن ترا وُن۔

**لمباسہ ڈیون** ۔ دراز دِیُن۔ ژنگہ وہرتہ شونگُن۔

**لمبابے**۔ زیٹھر۔ کاڈہ۔ ماو=

**لَمبہ**۔ زیوٹھ۔ تھوُد۔ قدآور۔

**لَمبُکھ**۔ [ن۔ مؤل: لمبک (س: لمبکَ]۔ گوُن (راوُر یا دِہہ)۔ تکیہ۔ گِنتھ (اکہ۔ اکہ وٹہ (دوہتہ گُن، دِہہ وُن دِہہ آب بیترِ لماوُر یا دِہ گنژ چَل۔

**لَمبری)**۔ [(انگ: نمبر]۔ ۱۔ یُس نشانہ کرتھ یا ترآوِتھ آسہ۔ ۲۔ یُس پولیسہِ مجرم رجسٹری منز ناو درج آسہِ۔ سزا یافتہ۔ (م: علاقہ نمبری۔

**لَمبری بدماش**۔ تُہ ژوُر یُس سزا آسہ ہیوُمت تہ پلیس رجسٹری منز آسیس ناو درج۔

**لَمبری چاے** ۔ تیاری نہ رژ چلے۔

**لَمبری گز**۔ تیاری گز۔

**لَمپ**۔ [ن۔ مؤل: لمپ (انگ: لیمپ ۲۹ ۔۔ ۳۰]۔ (بجلی) بتی۔

**لَمس**۔ [ن۔ مؤل: لمس (ع: لمس]۔ ساریتھ موحسوس کرُن۔ اتھ لاگتھ وُچھُن۔

**لَم لیسَر**۔ کاوُرُن۔ (کام بیترِ) اُنہ رادِنی۔

کاین کَنُن۔ گوٗش۔

**لَم لِسَر ترٛاوٕنۍ۔** گوٗش دِیُن۔ کَنہٕ ڈول دِیُن۔ اَڈٕ کاپُر لاگُن۔ شوٗنگ ترٛاوٕنۍ۔

**لَم یَزَل۔** ۔ [< ع : لَم یَزَل]۔ لازوال۔ ہمیشہ روزٕوُن۔ یہ چھُ خُدایہ سٕند اَکھ صِفَتھ۔

**لَن ترٲنۍ۔** [م۔ مؤل، : لَن ترٲنۍ < ع : لَن ترانی]۔ ل۔م : ژٕ ہیککھ نہٕ مےٚ وُچھتھ۔ (وَرگہ، تَعَلّیُن، پھٕٹہ۔

**لَنٛجَر۔** [ن۔ مؤل : لَنٛجَر < س : لَنشکَر]۔ لَنگَش۔ زَنگہٕ ہَجَر آسَن مَنٛز قَدَم تُلنَس ترٛاونَس مَنٛز) کَسَر آسٕنۍ۔

**لَنٛجَل۔** [ن۔ مؤل : لَنٛجُل < س : لَنٛجہٕ]۔ ۱۔ یَتھ (کُلس بیتَر) یَسلہٕ شاخ آسَن۔ ۲۔ یَتھِس بوٚڈ قَبیلہٕ آسہِ۔ یَس واریاہ رِشتہٕ داری آسہِ۔ شُرۍ مُرۍ دول۔

**لَنٛجرُن۔** (کُلس بیتَر لَنٛجَن) ترٛاش ہیوٚن۔ لَنٛجہٕ ہیٚنہٕ۔

**لَنٛڈُر۔** [ن۔ مؤل، : لَنٛڈُر < پراکرت : لَنٛڈا]۔ یُس نہٕ شُرۍ بٲژ آسَن۔ یُس نہٕ کُنہِ آسہِ۔ سُکُلے۔

**لَنٛڈَر۔** باپار۔ (وَرگہ) نمادٕ ذِمہ وآسنی۔

لَنٛڈُر موٚنٛڈُر۔ ۔ یُس نہٕ کانٛہہ آشناو بے آسہِ۔ چھوٚکُر گُلے۔ ۱۔ لَنگہٕ لَنٛجو روٗس کُلۍ۔ ۳۔ (وَرگہ پاٹھۍ) نماد ذِمہ وار۔

**لَنٛکا۔** [م۔ مؤل : لنکا < س : لَنکا]۔ راونہٕ بٕنٛز راز داٗنۍ۔ ایشیا ہَس مَنٛز اَکھ مُلک، ناو سیلون۔

**لَنگ۔** [ن۔ مؤل : لَنگ]۔ ۱۔ کُلیک اَکھ بوٚڈ شاخ۔ ۲۔ زَنگہٕ ہُنٛد پیٹھیُم حِصہٕ (کوٹھہٕ پیٹھہٕ ونٛکَس تام) ۳۔ کُنہِ طرفہٕ کینٛہہ زِیٛٹھوٗ دُمت آسَن۔ کَوَس۔ م : لَنگ کاسُن۔ ۴۔ یُس کھیٚش یُس بوٚنٛٹھ (زَنانہٕ ہُنٛد)۔

**لَنگ تھوٗن۔** اَڈٕ تھوٗن۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کَسَر تھوٗنۍ۔ تیٚتھ کیٛچ تھوٗنۍ۔ کوس تھوٗن۔

**لَنگ روزُن۔** کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کَمی، جگہ یا کھٔنٛگ روزُن۔ اَتۍ توتہٕ کینٛہہ کَسَر روزٕنۍ۔

**لَنگ کاسُن۔** ۱۔ کھَکھ کَڈُن۔ نَدرُ لماوُن۔ کوٗس کَڈُن۔ ۲۔ بے کھٔنگ روزُن۔ کُنہِ ذِمہ داری ہُنٛد بار توٚر راوُن۔ ۴۔ تَنازہٕ موکلاوُن۔

**لَنگ لَنٛدٕ۔** رِشتہٕ داری

لنگہ یُن۔ کوس یُن۔ کھریُن۔ دریُن۔
پیچ یُن۔ ٹھوریُن۔ رکاوٹہ پیٖنۍ۔

**لنگرا۔** [ن۔ مول: لنگر < ف: لنگر]۔ ۱۔ سولہٕ ہر رنٛنہٕ جاے۔ ۲۔ بیتہٕ دار یا ہن لوکن بتہٕ خاطرٕ رنٛنہٕ یِیہ۔ ۳۔ غارانہٕ خانہٕ۔ یتہٕ مسکینن تہٕ مسافرن کھین یِیہ دینہٕ۔ یتہٕ عامہ کرِ خاطرٕ رنٛنہٕ یِیہ۔ بتہٕ تیٖن کھین بیتر وقف آسہٕ۔ (یہ چھُہ خاص کرِتھ گنہٕ استانس نکھہ آسان)۔ ۴۔ ڈیرٕ ڈگہٕ۔

**لنگر پکُن۔** ۱۔ آسن بسُن پوشن۔ دان چلاوُن روزُن۔ آباد روزُن۔ ۲۔ گزارٕ چلاوُن روزُن۔

**لنگر ترٛاوُن۔** ڈیرٕ ترٛاوُن۔

**لنگر تھوُن۔** کنہٕ جایہ غریبن ہنٛدِ خاطرٕ کھینہٕ پینک انتظام تھوُن۔ عامکہٕ خاطرٕ کھینک چینک مرکز بناوُن۔

**لنگری ہوُن۔** (ورگہٕ) یُس ڈیرٕ ڈیرٕ آسہٕ پھیران۔ دربدری۔ گرٕ گرٕ پھیروُن۔ یُس بیچھ میوٚنٛد آسہٕ ژامت۔

**لنگرٕ۔** [ن۔ مول: لنگر < س: لنگر]۔ لب ژوٚن، دیوارٕ کلامی دار یا ہوٚل۔

**لنگر پیوٚن۔** ہوٚل گژھن۔ سیود نہٕ گژھن۔

(ژوٚن، دیوارٕ بیترٕ بناوُن ویز)۔

**لنگر گژھُن۔** دولہٕ روزُن (تھم بیترٕ)۔

**لنگن۔** [ن۔ مول: لنگن < س: لنگھن]۔ بتہٕ ڈنگس تھکہ۔ فاقہٕ۔

**لنگن کرُن۔** فاقہٕ تھوُن۔ اکہٕ کالک کھین ترٛاوُن۔

**لنگری، لنگاری۔** [م۔ مول: لنگری < ف: لنگری]۔ ۱۔ بتہٕ بیترٕ تیار آسن (لنگرس پیٹھ)۔ ۲۔ بتہٕ بینگ۔ م: اکھ لنگری کھیتین۔

**لنگُن۔** [ن۔ مول: لنگ < س: لنگ/ف: لنگ]۔ (زنگہٕ لگنہٕ بیترکنہٕ) قدم نہٕ سیود ترٛاوُن، ہیکتہٕ نہٕ ہیکُن۔ لونگ کرِتھ پکُن۔

**لنگوٚر۔** [ن۔ مول: لنگوٚر < پراکرت: لنگوٚلی < س: لانگوٚلی]۔ اکھ واندرٕ ذاتھ یمن چھُہ لوٚٹ زیوٚٹھ آسان۔

**لنگوٚر۔** [ن۔ مول: لنگر < ف: لنگر]۔ بتہٕ بیچھہٕ۔ یُس لنگرس پیٹھ مفت کھینہٕ آسہٕ گژھان۔

**لوٚ۔** [ن۔ مول: لو < س: لو]۔ ہوکھ گاسک ژرٕ۔ وُشنی دِتھ ہوکھ گاسہٕ۔

**لوبروٚر۔** گاسہٕ لوٚن ہنٛد بوڈ بور۔ ڈکھس

اَلوٗنار ترٛ دوٗمت)۔

لَوگاسہٕ۔ جنگلہٕ منٛز لۅ بناونہٕ باپتھ سۅمبرٛدوٗ مُنڈ گاسہٕ۔

لَوالے۔ زمینس بیرٛن بیترِ گاسہٕ لونہٕ نک وق۔ لوٚتیار گژھنک وق۔

لُوٹھ۔ [ن۔ مؤل: لوٗٹ]۔ اکہٕ قسمُک شِکاری جانادر۔

لُور۔ [م۔ مؤل: لوٗر<س: لوٗ]۔ لۅچانہٕ وُٹھبرٛ رز۔

لَونڈ۔ [ف: لوند]۔ (نیترِ روٗس) دربدری آوارٕ۔

لُواس۔ [ن۔ مؤل: لواس <ع: لوس]۔ اکہٕ قسمچ ٹمنز تہٕ وُہنہٕ وِتھ۔

لواسہٕ تھرٕ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) دَدَر بتھاپ کڈنہٕ۔

لَواحِق۔ [ن۔ مؤل: لواحِق<ع: لواحق]۔ (وارِث دَر) رِشتہٕ دار۔ آشناو رُوشناو۔

لوٚہ۔ [م۔ مؤل: لوٚ<س: لوٗ]۔ ۱۔ آبہٕ جھکہٕ۔ ۲۔ روٗدکہ نیٚک نیٚک چھرکاو۔ ۳۔ شبنم۔

لوٚڈج۔ [م۔ مؤل: لوٚڈج]۔ سو ماز یُس لوسہٕ دِلیے یوت آسہٕ تہٕ زنہٕ تلہٕ سیتنہٕ نہٕ۔ دِلہٕ ماز۔ ماز دِلۍ۔

لوٚدِنہٕ۔ ۱۔ آبہٕ جھکہٕ دِنہٕ۔ سوٚتلی چھرکاو کرُن۔ ۲۔ منساوُن۔ ترآوِتھ ژھلُن۔

لوٚڈوٗنی۔ تم ڈوٗنۍ یِم راتھ کیٚنٛت کلِین وُسی پیے بتی آسن تہٕ صُبحن پن سۅمبرنہٕ۔

لوٚگرنہٕ۔ ۱۔ لوٚ دِنہٕ۔ آبہٕ جھکہٕ ترٛاونہٕ۔ ۲۔ ورزُن۔ منساوُن۔ اَتھ منٛز ترٛاوُن۔

لوٚگاسہٕ۔ لوٚہوت گاسہٕ۔ مادانس منٛز یُس گاسہٕ یُس چارِ وآسے سیری پر گھسنہٕ بژ دنہٕ کھین۔

لوٚہوت۔ ۱۔ یتھ لوٚ آسہٕ پیمٕژ۔ یتھ آبہٕ چھرکاو آسہٕ کرنہٕ آمُت۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تر۔ اَدُر بشہُل۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تازہٕ (سبزی بیترِ)۔

لوٚہ۔ [م۔ مؤل: لوٚ]۔ آدمٕہ شَمپہ (چِنہٕ بیترِ سِنٛز)۔ پژاد۔

لوٚتلنہٕ۔ پژاہ ژُلراوُن۔

لوٚگژھنہٕ۔ ۱۔ تعرُف گژھُن۔ آدٕمہ گژھنہٕ۔ ۲۔ (تصرُف۔ آژنہٕ کنی) بے ہوش گژھن۔ مُرژھا گژھن۔ ۳۔ ژک یُور دُن۔

لوٚووتھنہٕ۔ پژاہ ژلُن۔

لوٚٹ۔ [م۔ مؤل: لوٗٹ]۔ (واژپژ) کوٚر۔ اُر دُر کٹ۔

**لوٗوٹ۔** [ن۔ مول : نوٹ]۔ اڈر دوٗر کوٹ۔ چھ بُر۔

**لوآٹز۔** سہ زیوٹھ ژرِ کوٹ یُس پشہِ کِس سرِ دُلس تَلہِ چھ تژاونہٕ یوان۔

**لوژٲرِ۔** [م۔ مول : لوژار]۔ خازِ کہ تھم یم لبہِ سینہِ ٹھونہٕ چھ یوان۔

**لولاک** [ مول : لولاک < ع : لولاکَ ]۔ حدیثہِ قدسیک ابتدأیی لفظ۔ حدیث چھ لولاکَ لما خلقتُ الافلاکَ ، یانے اگر تُہی آسہو نہٕ یتہٕ دُنیہس منز ینہٕ وٲلی یہ کرہٕ ٲنہٕ کاینات پأدٕ۔ اوے چھ آنحضرتؐ صلعم ہُند اکھ لقب "صاحبِ لولاک"۔

**لہرٕ۔** ژمہِ کھرٕ منز لبتہٕ ہشہِ (مورٕ ٹاسس ہبتہِ پہشتہِ کنی)۔

**لہہ کھشہٕ۔** موٗرِ یا چھانٹہٕ بیترٕ سیتی چوب دِنہٕ کنہِ ژ لبتہٕ ہشہِ کھشنہٕ۔ سیخ مار پیٹھون۔ سیخ شلکہ کرُن۔

**لہہ کھارنہٕ۔** موٗرِ یا چھانٹہٕ بیترٕ سیتی چوب دِنی مُتہ ژمہِ پیٹھ داغ گژھن۔ اَبسہِ اَبسی دِنی۔ وُلٹہِ شلکہ کرُن۔

**لہرٕ ۱۔** [م۔ مول : اَبرٕ < ف : اَبر]۔ ۱۔ تُلر۔ ۲۔ (ترنگ) موج (تمنج) زیر۔ ۳۔ (ودیچ) زیٹھ کڑکہ۔ ۴۔ خوش یوٗزی آواز۔ راگ۔

**لہرٕ بہرٕ۔** [ < وچھو لہرٕ۔ م۔ ه : لہر بہر]۔ سوکھ ساوٕے۔ دَنہٕ دیار۔ آسُن لبُن۔ یہ چھنے اکھ آہی۔

**لہرٕ گژھنی۔** کنہٕ کُن ہاوُن۔ شکل گنڈنی۔ وُٹھنہٕ یُن۔

**لہرٕ ہینی۔** تہٕ کرُن یہ پانس ، خوش پیہ تنگ موج یُن۔ گلن گژھنی۔ شکل گنڈنی۔

**لہرٕ ۲۔** [م۔ مول : لہر < س : لہری]۔ خوش بُد آواز۔ موذرٕ ہوٗٹ۔

**لہر تراونی۔** ممدرٕ ہنہٕ گیون۔ خوشہِ نہٕ لیہ گیون۔

**لہہِ۔** [ < س : لگھ]۔ لوٗز گژا سے۔ لوٗتہٕ وادِ گژلے۔ اَبہ پراہ گژھن۔ تُشرُن گژھن۔

**لہرُن۔** [ن۔ مول : لاہ < س : لاس لس، ہ : لاسنا]۔ ۱۔ تلہِ یا عیوبرِ پلچہِ بیترٕ سیتی ڈوٗڈی ہیچہِ سہ ہرِ ونُن۔ وروشن کرُن۔

**لٲہرن ٹُل ، لارن ٹُل۔** (ڈوٗڈی لگہ) ممدرٕ ہندِ گُلپ

لہرن موہر۔ اکھ شیشہ پو تیج یتھ ستی روشن کرنہ یوان چھ۔ پلٹ۔

لے۔ [مؤل، لے <س، لیہ]۔ ۱۔ سلیتہ گژھنچ حالتھ۔ لین گژھنچ حالتھ۔ مجذوبیتھ۔ ۲۔ یتھ اندر دزاد تیتھی ستر یتھ اژن تہ دیتھ گو قیامتھ گژھنی پژلے گژھن۔ ۳۔ مالے۔ مالے بشریتھ ہال۔ ۴۔ سور تال۔

لیہ اُن۔ پانس کن سپرن۔ پانس کن محو کرن۔

لیہ روزن۔ ۱۔ ڈنجہ روزن۔ داروتہ روزن۔ ۲۔ ہال گژھنی۔ کانسہ ہندِ وار (موجب) روزن۔

لیہ ین۔ وزین۔ سیود گژھن۔ مانہ لس تیار گژھن۔

لے روزنی۔ ہال روزنی۔ ملے روزنی۔

لے ہمنی۔ گیونس ستر گیون والین ہنز آواز ستر ہنر ین۔ گیونس ستر آواز رلنی۔

لے کرنی۔ پانس ستی ہال کرنی۔ لال بزن۔

لے کرن۔ دکہ ستر الین کرن۔

لے گژھنی۔ ہال گژھنی۔ مالے بڈنی۔

لے گژھن۔ محو گژھن۔ جذب گژھن۔

لے نیرنی۔ سور برابر ین۔ وہ کھنہ ینی۔

لے ینی۔ ۱۔ برزین۔ لطف ین، مس گژھن۔ ۲۔ مالے گژھنی۔

لین۔ [ن۔ مؤل، لے <س: ارہتہ]۔ قیمتھ آسن۔ مول آسن۔ لون۔

لین ہار۔ موٗل۔ قیمتی۔

لیلتُہ القدر۔ [<ع: لیلۃُ القدر]۔ شب قدر۔

لا۔ [<ع: لا]۔ ۱۔ کلمۂ طیبک گوڈنیک لفظ۔ چھنہ۔ ۲۔ کورٗے۔ روس۔ ہچھ۔ ژھنر۔ ۳: لاعلم۔ لاپتاہ۔ لاپروا۔ ۴۔ نکار۔ اِنکار۔

لاالٰہ۔ (کلمے طیبک گوڈ حصہ) چھنہ کانہہ معبود۔

لاالٰہ الّااللہ۔ چھنہ کانہہ معبود سوا یہ اللہ تعالیٰ۔

لاالٰہ الّااللہ محمد رسول اللہ۔ کلمہ طیب۔ چھنہ کانہہ معبود تہ دایس سواے۔ حضرت محمد چھ خودایہ سندی رسول۔

لاانتہا۔ [<ع: لاانتہا]۔ یتھ نہ کُنہ اندے آسہ۔ انتہ روس۔ حد روس۔

لا اُبال۔ خودایہ سند اکھ صفتھ۔ بے نیاز۔

لا اُبالی۔ [م۔ مؤل، لا اُبالی <ع: لااُبال]۔ ۱۔ شانِ بے نیازی۔ ۲۔ بے پروائی۔ بے فکری۔ بے غمی۔

لۆر۔ [م۔ مۆل، لۆر < س: لگُڈ]۔ لکرِ کون یُس ڈکھناونس بیترِ لگان چھ۔ چھٹوی۔ مۆر۔ ڈُنڈ۔

لۆرزلاین۔ سنح شلگہ کرُن۔ لورِ سیتی چوب دِنی۔

لۆر تُلنی۔ ڈنڈ سیتی چوب دِنی۔ لورِ سیتی ماردِیُن۔ لڑایہِ منز لۆر استیمال کرنی۔

لۆر کَڈنی۔ (شُرس بیترِ)۔ ہابتہ کرُن، ہیم ہاوُن۔

لۆر لاینی۔ لورِ دَب دِیُن۔

لۆر وایِنی۔ ا۔ لۆر گلہِ ناونی۔ ۲۔ چوب دِنی۔

لۆر ہاوُنی۔ روب کرُن۔ ہیم کرُن۔ پُرَدب تھوُن۔

لورِ پِرَتھ۔ ا۔ لورِ ہنز ژُنڈ، دَب، ٹاس۔ ۲۔ (زَرگہِ پاٹھی) آبتہ۔ وُحشتھ۔ ۳۔ صَدمہ۔ سو بدخبر واتنی یا بوزنی ییٚمہ سیتی کوٚٹھ گژھن بہتھ۔

لورِ ہیٚنٹھ تسٚر کِیہ تارُن۔ کنتہ کنتہ منز فریب دیُن۔ اَتھِ پیٚنٹھ تارنی۔ پتھ لاگتہ بھرُن۔

لورِ ٹاس۔ وِچھو: لورِ پِرَتھ۔

لورِ دَب۔ وِچھو: لورِ پِرَتھ۔

لورِ زور۔ زَبَردستی، جَبرَن۔

لورِ ژُنڈ۔ وِچھو: لورِ پِرَتھ۔

لورِ ژُنڈ بِہنی۔ ا۔ سخ صَدمہ وانُن۔ ۲۔ پانہ بِہُن۔ وُحشتہ سیتی کوٚٹھ گژھنی بہتھ۔

لورِ شلگہ۔ لورِ سیتی چوب (لُنس بیترِ)۔

لورِ گُٹھ۔ ا۔ مۆرِ ہَن۔ لوکُٹ لورِ ہَن۔ ۲۔ (زَرگہِ پاٹھی) یُس نہ کُنہ بُجرا اَس آسہِ۔

لورِ گُر۔ [< وِچھو "لۆر"]۔ ا۔ تھُبابہِ زمَرتھ۔ ۲۔ زَرَد۔ ناجایز فایدِ۔

لورِ گُر کرُن۔ زَرَو لدُن۔ ناجایز فایدِ تُلُن۔

لورِ گُر گژھُن۔ کو وَرِ رَٹنہِ یُن۔ تَل لگُن۔

لورِ ہَر۔ سو لڑآے یتھ اَنْدر اندِ لور ڈنڈ ووتھن۔

لۆرُن، لُہرُن۔ [ن۔ مۆل: لۆر < م، س: لوپہ ہَرنہ]۔ ا۔ (مکانہ بیترِ) دالُن۔ پَنڈ پَنڈ کرُن۔ ۲۔ نہناوُن۔ پھیش دیُن۔

لۆط۔ [مۆل: لۆط < ع: لوط]۔ اَکھ مشہور پاغمبر سُند ناو۔

لوک۔ [ن۔ مؤل: لوک < پراکرت: لُکّ / س: لُگنُ]۔ ۱۔ لوکٹ (شُربیتر)۔ موقُم۔ ۲۔ وآنسہ کم۔ تاتجربہ کار یُس بہ زان کآری آسہِ۔ یتھمِہ تہ دُنہ کینہہ ہیو چھُٹ آسہِ۔

لوک بوڈ بوزُن۔ زِ چھرِ تہ کانسہِ بوزُن۔ بوز شوژ کرِنی زِ بڈس کیا شوبہِ تہ لوکٹس کیا پزِ۔

لوک دوہ۔ وَندک دوہ۔

لوکے۔ [م۔ مؤل: لوکے < س: لوکَ]۔ لُکہ آرساتھ۔ بیہرِ۔ شُمنہ وارِیاہ لوکھ۔ لوکہ جِسر۔

لوکے کرِنی۔ لُکہ آرساتھ سوٗمبراوُن۔ لوکہ جِسر اُنُن۔

لوکر۔ [م۔ مؤل: لوکر < اُلکَرنہ]۔ سیٹھا دولتھ۔ دنہ دیار۔ بٹیچ نہ دوہ میدے آسہِ۔

لوکر پھر تہ شہنز۔ دیار رَستہ دِنی۔ ٹھُد بخشاپیشا کرِنی۔

لوکرو لوکرو۔ ٹیز پاٹھی، گُتُل۔ دارِیاہ۔ ٹھپو ٹھپو (دیار بیتر)۔

لوکُن۔ [< وِچھو۔ لوک]۔ ۱۔ لوکٹس۔ ۲۔ ۲۔ شرل کرِنی۔ تہ ترن بہ لوکٹ ٹُشر کرِ۔

لوکھ۔ [مؤل: لوکھ < س: لوکَ]۔ ۱۔ عوام۔ خلقت۔ وارِیاہ اِنسان۔ ۲۔ وارِیاہن اِنسانن ہُنز ہوجوم۔ ۳۔ قوم۔ فرقہ۔ کُنہِ ملکس اَندر رُزن والی۔ رَیتھ۔ ۴۔ (ووژگر پاٹھی) دوہ پر۔ پَرُد۔ ۵۔ عالم۔ دُنیا۔ رم: پَرلوکھ۔

لوکہ آرساتھ۔ دارِیاہ لوکھ۔ لُکہ لُکے۔ لوکن ہُنز ہِربار ے۔

لوکہ بارے۔ دوہ پر زِناپہ۔ سو یُس سیتی بہ کانہہ زان کآری آسہِ، یُس سیتی بہ کانہہ رِشتہ آسہِ۔

لوکہ بانتھ۔ [م۔ مؤل: لُکہ بات < س: لوکَ + ع: بیت]۔ عام لُکن ہُنز رلوآیتی شاعری۔

لوکہ بزی۔ بہ ناخفہ لوکن اتھ توگمُت آسہِ۔

لوکہ بزی گرژھن۔ دہ بہ رُسند ہُن۔ لوکن اتھ کھیاونا وُن یا کھینہ یُن (مال بیتر)۔ ضایہ گرژھن۔

لوکہ پال۔ [ن۔ مؤل: لوکہ پال < س: لوکَ پالَ]۔ دُنی بیکھن لوکن ہُند اَچھدر۔

لۆکَن ہِچھِن دول (حاکم)۔

لۆکہٕ پامہٕ۔ لۆکہٕ ہِشہٕ دُسی دِنہٕ آمُت کَتھ۔

لۆکہٕ چھوکھ۔ لۆکہٕ جماتھ۔ وارِیاہ لۆکہ (سُمتھ)۔

لۆکہٕ راج۔ [ن۔ مۆل: لۆکہٕ راج <س: لوکہ راجیہ]۔ عوامی راج۔ جمہور۔ جمہورِیت۔

لۆکہٕ ساوے۔ [م۔ مۆل: لۆکہٕ ساوے <س: لوکہ سوبھاگیہ]۔ عامہ بیہبودی۔ لۆکَن ہِنز جانی یِمہٕ سیتۍ سارِنٕے فائدٕ آسہٕ۔

لۆکہٕ کتھ۔ [م۔ مۆل: لۆکہٕ کتھ <س: لوکہ کتھا]۔ ۱۔ یہ عام وَنان آسہٕ۔ یِمہٕ کَتھہٕ ہِنز شوہرتھ یا شوٕے آسہٕ۔ ۲۔ سو ڈیل یُس زَبانی زَبانی چلان روزِمُت آسہٕ۔

لۆکہٕ کتھن گرٕٹھن۔ بیٚیے سِندِس دِنہٕ نس کَن تھوَن۔ نہٕ کَرُن یہ زٕکھ وَنان آسَن۔ پننہٕ عقلہٕ نِہ کام ہیٚنی۔

لۆکہٕ گیلُن۔ وُچھو "لۆکہٕ پامہٕ"۔

لۆکہٕ لَدا۔ لۆکہٕ مَنٛدٕچھ۔ دُنیاہُک شرم۔

لۆکہٕ لۆکہٕ۔ [< وُچھو۔ لۆکہ]۔ ہر بارَے۔ لۆکہٕ جبر۔ وارِیاہ لۆکہٕ۔ لۆکہٕ اَرساتھ۔

لۆکہٕ نۆت۔ ۱۔ عوام۔ ۲۔ بٔنے بٔنج لۆکھ۔

لۆکہٕ نۆتٕ گو اَنہٕ گۆٹ۔ عام گو خام۔ تہٕ ڈیٚنٛتھ گو عام چھُنہٕ مانان کانٛہہ داوا ڈیل، عام ہیٚلہٕ یکطرف گرٕعان چُھ تہٕ پَتہٕ چھُنہٕ نان حقیقتھ کیا چھےٚ۔

لۆکہٕ وہمہٕ ہۆر۔ لۆکَن ہُنٛد تابہٕ خاطرٕ، آنٛچھ ہوٕرنہٕ خاطرٕ۔

لۆکہٕ ہُنٛد۔ ۱۔ بیٚیے سُنٛد۔ دٔرِتھ ہُنٛد۔ ۲۔ یُس نہٕ زانۆن یا یُس سیٚتۍ نہٕ کانٛہہ رِشتہٕ آسہٕ تمۍ سُنٛدے۔

لۆکہٕ ہُنٛد کٔنتھ بتہٕ نۆن پان، لۆکہٕ ہُنٛد رٕچھتھ نیٚیے پۆترٕ پان۔ تہٕ ڈیٚنٛتھ گو لۆکَن ہُنٛد باپتھ بکیٛنہٕ بٕرِتھ چھُنہٕ پٔنٛس الناس کیٚنٛہہ تہٕ لارُن۔

لۆکہٕ ہُنٛد مال۔ ۱۔ دٔرِہ پرٕسُنٛد چیز۔ بیٚیے سُنٛد مال۔ ۲۔ اَزمُت کانٛہہ چیز۔ ۱۔ (دَرگہٕ یا مٹھ) گۆر۔ بیٚنہٕ۔ م: دٔر چھےٚ لۆکہٕ ہُنٛد مال۔

لۆزٕ۔ ۱۔ شانہٕ۔ یہ نہٕ بٔرتھ نہٕ زٕچھی بیٚرمُت آسہٕ۔ ۲۔ (ہۆرلہٕ) مٕنٛزتابہٕ (ہوکٕل) آستھ

ترٛ یَتھ یا ییٚس سٕتھ کوارنہٕ آسہِ آمُت۔

**لۆلۍ وۄچھُن۔** (ہَزلِہ) تہٕ وۄچھُن یہٕ زَنتہٕ وُچھمٕتۍ آسَن۔

**لۆلۍ اَنزُن۔** [ن۔ مؤل: لۆلۍ اَنزن] اَکھ قٕسِم زٕگ تہٕ خوشبوٗدار تٔمِلہٕ دانہٕ۔

**لوٗم۔** [ن۔ مؤل، لوٗم ‹ انگ۔ لوٗم: Loom] وووٕرِ کٕرِ وان، خاص کٔرِتھ یُس بجلی سٕتۍ چلاونہٕ یِیہِ۔ دۆری۔

**لوٗم پہرُن۔** پاوَر مشینہٕ پٮ۪ٹھٕ رَکَل بیترِ وونُن۔

**لۆنٛٹھ۔** [م۔ مؤل: لۆنٛچھ]۔ ۱۔ دَجِ یا پۆتِرٕ ہٕنٛد کانٛہہ کوٗن۔ کُنہٕ پَلوٗکھ وُٹھتھ لَکوٹہٕ ہیوٗہ بنوومُت اَنٛد۔ ۲۔ زُنٛدٕ گُچھ (اَگُنہٕ ترکارِ بیترِ ہٕنٛد) رم: بُمہٕ لۆنٛٹھہ۔ ہَنٛدِ لۆنٛٹھ۔ ۳۔ واٹھ یا گنٛڈہٕ ٹھکُلہ (اَگُنہٕ ترکارِ بیترِ ہٕنٛدۍ)۔

**لۆنٛٹھ ہیٚنۍ۔** ۱۔ پَلوٗ تَمتۍ یوت چھِلَن یٮ۪تۍ تِہنٛز بۆڈمُت آسہِ۔ ۲۔ اِستِنجا کَرُن۔

**لۆنٛچِہ گنٛڈ۔** ۱۔ وٮ۪سہِ تون، یارانہٕ (زَنانَن ہُنٛدا)۔ ۲۔ یادٕ ژٕری ہُنٛد گنٛڈ۔

**لۆنٛچِہ گنٛڈُن۔** ۱۔ (ہَزلِہ) اَوری پانَس سٕتۍ تھَوُن۔ سٕتۍ تھوٗن۔ ۲۔ خط دیُن۔ خُلع لیکھ پٕژ پَلوٗس گنٛڈِتھ تھوٗن۔

**لۆنٛچِہ لَمُن۔** ۱۔ دٕژسہ دیُن۔ زبر دٔنی پَلوٗس کُنہٕ اَنٛدَس دٕژسہ دیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) مبس دیُن۔ اِشارٕ دیُن۔ زٮ۪نہٕ دَن دِنۍ۔ ۳۔ (اَگانٛہہ زَنانہٕ) بدنظرِ وُچھُن۔ ہیٚستاد تُلُن۔

**لۆنٛچِہ نیٚرنہٕ۔** سوٗنٛچ نیٚرنۍ۔ اَنٛدٕ بٮ۪ترِ خراب گژھُن۔

**لۆنٛگ۔** [م۔ مؤل: لۆنٛگ ‹ ف: لنٛگی]۔ ۱۔ چھیٹہِ صافہٕ۔ کھیش۔ ۲۔ ہَلہٕ گنٛڈُن۔ بوٗل (اَگُنہٕ کپٕر لاگُن)۔ ۳۔ تہمَنہٕ (اَدٕ دَن ہُنٛد) ژھوٗٹ دۆتۍ۔

**لۆنٛگِہ پۄژھ۔** ۱۔ ہَلہٕ گنٛڈِنک پَلہٕ۔ ۲۔ لۆنٛگہٕ ہُنٛد اَنٛد یتھ ماپہٕ کٔرِتھ آسان چھُہ۔

**لۆنٛگِہ ٹیکُھر۔** دَستار ژُٹ۔

**لۆنٛگِہ لاٹھ۔** ۱۔ ہَلہٕ گنٛڈنک لۆنٛگہٕ پَلوٗ۔ ۲۔ رنگین دَستارُک اَکھ وار۔

**لوٗب۔** [‹ وُچھو۔ لَب]۔ ۱۔ دَنٛدرٕ۔ حاشیہٕ۔ ۲۔ بۆٹھ۔ کِنارٕ۔ بیٚرٕ۔

**لُبہٕ لُبہٕ۔** [‹ وُچھو۔ لَب]۔ ۱۔ بیٚرِ بیٚرِ۔ اَنٛدٕ اَنٛدٕ۔ اَوک پاسے۔ ۲۔ دۆرِ دۆرِ۔ ۳۔ ژۆرِ ژۆرِ یا دَتہٕ ڈٔلِتھ (اَگُن گژھُن)۔

**لُبُو لُبُو پکُن** ۔ ۱۔ (دَنہٕ) اُنٛدٕ اُنٛدٕ پکُن۔ ۲۔ ہیٚرٕ نہٕ ہیٚوُن۔ ذِمہٕ داری لِنٛشہٕ پوٚت ہیٚوُن۔ لیف اُلیف نہٕ تھوُن۔

**لوب تھوُن** ۔ ۱۔ اَنٛدکُن یا اڈک پاسے تھوُن۔ ۲۔ دَس گاہ نہٕ دِیُن۔ بَختیار نہٕ تھوُن۔

**لوب روزُن** ۔ ۱۔ اُنٛدَس یا اُنٛدکَنہٕ بِہُن۔ اڈک پاسے بِہُن۔ دوٗر روزُن۔ ۲۔ کُنہٕ مامَلس یا جماژ سیتؠ نہٕ لیف اُلیف تھوُن۔

**لوب کُن** ۔ ۱۔ اُنٛدَس پیٹھ۔ پَتہٕ کُن ہَنٛز نہٕ۔ ۲۔ لاتعلُق۔ کُنہٕ کامہٕ بیتٕر مَنٛز نہٕ۔ ۳۔ اَلگ پاٹھی۔ کانٛسہٕ سَتھی نہٕ۔

**لوب لوب** ۔ [< وُچھو۔ لب]۔ اَنٛدٕ اَنٛدٕ ہیر ہیر۔ اڈک پاسے۔ ڈُلِتھ۔

**لوب لوب ہیٚوُن** ۔ اڈک پاسے روزُن تہٕ زَن گو دوٗر روزُن، پَتہٕ روزُن (کُنہٕ کامہٕ بیتٕر لِنٛش)۔ کُنہٕ مامَلس مَنٛز نہٕ اَژُن۔

**لوب ہیٚوُن** ۔ ۱۔ اَنٛدکُن روزُن تہٕ ڈُپھتھ گوکانٛہہٕ کام بیتٕر کَرنس پَتہٕ روزُن۔ کُنہٕ مامٕلہٕ یا جماژ مَنٛز اَلگ روزُن۔ مَنٛز نہٕ اَژُن۔ ۲۔ خلوَتہٕ روزُن۔ بیٚوان تہٕ بِدوٗن روزُن۔

**لوہمُت** ۔ [< س: لُبھ]۔ ۱۔ اَتھہٕ آمُت۔ ۲۔ دَنہٕ کوڈمُت۔ لوزنہٕ آمُت۔ ۳۔ وُسِنہٕ آمُت۔ وُسے آمُت۔ ۴۔ تیٚتھہٕ کینٛژھا پژوٗمُت، یتھ نہٕ وَدہ میدرے آسہٕ ہے۔ ۵۔ (اَہزِلہٕ) مُساوی لوزمُت۔

**لوت** ۔ [ن۔ مول: لوت < س: لَگھُ + تا]۔ ۱۔ آہِستہٕ۔ وارٕ وارٕ۔ ۲۔ وَزنہٕ کینٛہ کَم۔ ہلکہٕ۔ ۳۔ ضامِنیر نہٕ وَراٹے۔ ۴۔ کَم ظرف۔ اوٚپ۔ یَس نہٕ کینٛہ وِیپہِ۔ ۵۔ یَتھ کَم نَشہٕ یا اَثر آسہٕ۔ م: لوت تموکھ۔

**لوتِس گوٚبِس کھیما** ۔ ہیٚوُر بوٚن گرٛھنَس یا کُنہٕ قِسِمچ کَمی روزنَس ماٚنی۔

**لوت بوزُن** ۔ ۱۔ کَنَن گو بیٚر آسُن۔ نزدیٖکٕی آسُن۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) گوش دِیُن۔ ڈیان نہٕ دِیُن۔

**لوت پاٹھی** ۔ ۱۔ ژِوٚرِ ژِوٚرِ۔ کانٛسہٕ سَتھی نہٕ۔ ۲۔ بَڈ نہٕ

**لوت زانُن** ۔ ہیٚچھ نَظرِ وِچھُن۔ وُسر یا یہٕ زانُن۔ حِفارَتھ کَرٕنۍ۔

**لوت گوب** ۔ ہیٚوُر بوٚن (اَثر بیتٕر)۔ کُنہٕ قِسِمچ کَمی۔

وٗہ کنُو ۔ نی ماُنی ۔ م: لوٗت گوٗب ہے
گوم ماُنی دِیُوم ۔

**لوٗت گوٗب گژھُن** ۔ ہیوٗر بہ اِن گژھُن ۔
نی ماُنی گژھُن ۔

**لوٗت لوٗت** ۔ [ < دٕچھو ۔ لوٗت ] ۔ ۱ ۔ وار وار ۔
آہستہ آہستہ ۔ ۲ ۔ ہلکہٕ ہلکہٕ ۔ یتھ ییتھ
وزن کم آسہ ۔ م: لوٗت لوٗت چیز
تُل ژٕ ۔ ۳ ۔ ہیر سان ، ژوٗر ژوٗر ۔

**لوٗت دُن** ۔ ۱ ۔ تھد بہ دُن ۔ یتھ پاٹھی
دُن ییتھ پاٹھی وزن ووے یوت
بوزٕ ۔ ۲ ۔ آہستہ دُن ۔ نرمی سان
دُن ۔ یتھ پھرتہ بہ دُن ۔

**لوٗٹ** ۔ [ن ۔ م ؛ لٹ < پراکرت : لُٹھا ] ۔
۱ ۔ دُم ۔ جیواہ سُند پوٗژھ ۔ ۲ ۔ دن
رمپوٗک یا سبزی ہُند ۔ م: ہاکہ لوٗٹ ۔
دٕچھ لوٗٹ ۔ ۳ ۔ دن تھپہ (اکثر
ہتھی یا رکھ بیتر) ۴ ۔ (دُرگہ پاٹھی) لانجہ
ہانژہ ۔ ۵ ۔ پٮ۪ٹھ سُند اکھ عدد ۔
م: گاڈ لوٗٹ ۔ ۶ ۔ (دُرگہ پاٹھی) اُنگ ۔

**لُٹہ تارک** ۔ دُم دار تارک ۔ تارک ییتھ
نبہ اکہ طرفہ لٹ ہیش آسہ ۔ (یہ چھ
بدشگون مانہٕ یوان)

اُڈ رود ۔ اکھ کیوم یُس رٮ۪ہ ۔ نجاستس
بیتر منز آسان چھُ ۔

**لُٹہ کھٕیچ** ۔ ۱ ۔ پلوکس دامنس دزامہ لوٗنچہ
۲ ۔ (دُرگہ پاٹھی) پلو ۔

**لُٹہ لد** ۔ ۱ ۔ یُس توٗہمتہ آسہ تھٕو وزٕ یُس
ہانژ آسہ آوژ ۔ ۲ ۔ یُس گرگہ لانجہ
یا کھر آسہ یوان ۔

**لُٹہ مرٕژ** ۔ مرژک اکھ قسم ۔

**لُٹہ موٗرُن** ۔ ۱ ۔ (گاڈ یا گوٗرسس بردنہ
کُن پکنہ بہ ناٹھرا) لُٹس ورِ دِیُن ۔
۲ ۔ (دُرگہ پاٹھی) وقت پٮ۪ٹھ سزا
دِیُن ۔ اُکہ وارہ ہیش ہیتھ ۔

**لُٹہ موٗنی** ۔ سُہ زِ چار دوٗرے (خاص کرِتھ
دانٛد) یس پوٗژھ سفید رنگہ آسہ ۔

**لوٗٹ اُتھس کِتھ وزن** ۔ افسوس
لاگُن ۔ کیہنی بہ اتھ یُن ۔

**لوٗٹ کھٮ۪ن** ۔ ہانژہ زین ۔ توٗہمتہ گژھن ۔
الزام لگُن ۔

**لوٗٹ کھارُن** ۔ بلہ ہانژہ لگن ۔ توٗہمت
لاگُن ۔

**لوٗٹ نٮ۪ آسہ لٹژھل** ۔ لوٗزرن یا لاگہ ۔
تھوُن ۔ کینہ نتہ کینہ ہرو مرد ہانژہ دیٔنی ۔

توتہٕ کینہٕ لاگِتھ اَنُن۔

**لۆٹ یُن۔** ۱۔ کھریُن۔ ۲۔ ہانژہ بِہنۍ۔ تومُہنہ لگِنۍ۔ اِلزام گَژھُن۔

**لۆٹھ ۱۔** [ن۔ مۆل: لٹھ < پراکرت: لَٹھٹ]۔ ۱۔ ڈَنٛڈ۔ ڈیس۔ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ لۆر۔ م: دوٚہنہٕ لوٚٹھ۔ ۲۔ سہ ڈاٹھ یمہِ سیتۍ لٹھ کیچھ گنڈنہٕ یوان چھےٚ۔

**لُٹھۍ دِنۍ۔** لٹھہِ سیتۍ چوب دِنۍ۔ مار دِیُن۔ شاکھ کَرُن۔ اَلبہٕ اَلبسی دِنۍ۔

**لُٹھۍ کج۔** سہ گرٛیٚتھ یتہٕ ژُرِتھ لوکٹ لوٚر ٹُکرِ یتہٕ لُٹھہِ سیتۍ رٕژری اَٹھان گنڈان چھےٚ۔

**لُٹھرِ کج لوٚکھ۔** لورِ سیتۍ ٹھان گنڈ یتھ اکہٕ کھیل۔

**لُٹھۍ ہُر۔** اَڑایہٕ منٛز ڈَنٛڈٕ تہٕ ڈیمہٕ تِلُن۔ لورِ لڑاے۔

**لۆٹھ گَژھُن۔** ڈیس گژھُن۔ سَخ تھکُن۔

**لۆٹھ ۲۔** [ن۔ مۆل: لٹھ\ پراکرت: لَٹھو]۔ اَویزان تس لَنگ۔ پورمُت تس لنگ وانکھ۔

**لوٚٹھ پارُن۔** مُتنس دانکھ کرٕنۍ۔

**لۆچھ۔** [ن۔ مۆل: لوچھ < س: رُوکشہ]۔ ۱۔ خوشکی۔ ۲۔ سَخ۔ سیٹھا دِر۔ ۳۔

مَنٛزِ تلہٕ پُرٕٹھ۔ لکھینہٕ آمُت۔ ۴۔ اِنسان یُس نہٕ اَنٛدرٕ کینہہ تہٕ۔ یُس نہٕ کیہنہٕ کیٛچھ گژھہِ۔ مُنہٕ نہٕ پُرٕٹھ۔

**لۆد۔** [ن۔ مۆل: لُد < س: لُرد]۔ ڈالۍ۔ توحفہٕ۔ یہِ کانسہِ سوزنہٕ یِیہِ۔

**لۆدپۆد۔** ڈالۍ۔ توحفہٕ۔ یہِ کورِ وقتہٕ وقتہٕ وارِ نوسوزنہٕ یِیہِ۔

**لۆدر۔** [ن۔ مۆل: لُدر < س: لودھرٕ]۔ مہرجان۔ (یہِ چھُ سمندرٕ منٛز گژھان)۔

**لۆدر مال۔** لۆدر پھلین ہنٛز بناونہٕ آمٕژ مال۔

**لۆدرِ ہوٚٹ۔** [م۔ مۆل: لۆدرہِ ہرٕٹ < س: لودھرٕ + پیشٹہِ]۔ لۆدرہٕ پھلین بنومُت ہٹہِ وس۔

**لۆڈ۔** [ن۔ مۆل: لڈ < س: لڈُّک]۔ اکہِ قسمُک دوہ گل مِٹھاے۔

**لڈۍ ہُم۔** لڈین ہُنٛد ہاران۔

**لۆر ۱۔** [ن۔ مۆل: لر]۔ تالو۔ تالوَس پیٹھ یُس بُرٕ تہٕ زَب ہیتھ تراوان چھےٚ۔

**لۆر ۲۔** [ن۔ مۆل: لر < ہ: لٹھ]۔ لۆدار۔ داوِدار۔ داون ہُنٛد بنومُت۔ رٕم: اوٚک لوٚر، ترٕ لۆر بیترِ۔

**لۆژراوُن۔** ۱۔ وَزن کم کرُن۔ بار کم کرُن۔

۲۔ آسان کرُن ۔ نرمی کرٕنۍ ۔ ۳۔ خٲلی کرُن ۔ ۴۔ پھرُن ۔

**لۆژلٕتھ** ۔ ۱۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) آسٲنی ۔ راحتھ ۔ آرام ۔ ۲۔ فرق گژھنۍ (بیمارِ بیتر) سۆتۆ لٕتھ ۔

**لۆژلٕتھ کرٕنۍ** ۔ آسان بنُن ۔ سَہل بنُن ۔ پژرٕ بنُن ۔ بلاہ ڈٕلتھ گژھنۍ ۔

**لۆژلٕتھ گژھنۍ** ۔ وُچھو " لۆژہ لٕتھ کرٕنۍ " ۔

**لۆژہ** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ لوژہ ] ۔ ۱۔ کٕنہ ماچھرٕ دار چیز کٕ ڈیر ۔ م : تھۆو کٕ لۆژہ اکھ لۆژہ ۔ ۲۔ بڈ لوزبر ۔ گینوڈ ۔ م : گیُن لۆژہ ۔

**لۆگ** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ لگ < س : لگ ] ۔ ۱۔ برابر ، ہیوٗس ہیُوہ ۔ ۲۔ پہ وَینہٕ ۔۔ وَیہ وُن ۔ بُراہ ۔ راس ۔ ۳۔ وار دلیتار ۔ قرار ۔ ۴۔ لگہ ہار ، ییٚمہٕ سیٚتۍ کٲم نیرِ ۔ موٲفِق ۔ ۵۔ سیپہٕ ۔

**لۆگ آسُن** ۔ ۱۔ نکھہٕ آسُن ۔ نزدیکہٕ آسُن ۔ قریب آسُن ۔ ۲۔ وَیہ وُن آسُن ۔ راس آسُن ۔ دأیس دوا آسُن ۔ کارگر آسُن ۔ موٲفِق آسُن ۔

**لۆگ بوزُن** ۔ مٲدی زانُن ۔ سہلی بوزُنا ۔

**لۆگ گژھُن** ۔ ۱۔ (دَوا بیترِ) کارگر گژھُن ۔ موٲفِق یُن ۔ بُراہ یُن ۔ سیپہٕ ییُن ۔ ہیوٗس ہیُوہ بنُن یا یُن ۔

**لۆگ لون** ۔ اکِس کُن سٕے بہ قسمتِس آسُن ، کیٚنہ تہٕ بنُن بہ لاٲرِس آسیہ ۔ م : پنُن اوٗسِس لۆگ لون ۔

**لۆگ یُن** ۔ ۱۔ ہُرلہ یُن ۔ پہ پیٚٹھ ہی زتی بنُن ۔ راس یُن ۔ ۲۔ آکار بکار یُن ۔ حاجتہ وزِ لگُن ۔ ۳۔ تنِس برابر یُن ۔ مرضی موجِب آسُن ۔

**لۆگمُت** ۔ [ < وُچھو ۔ لۆگ ] ۔ چھ رتہٕ کٕنہ ہۆتہ بنِد ۔ پھیشومُت ۔

**لۆل** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ لَل < س : لَل ] ۔ (اِہرلہ) سوچھ ۔

**لۆنڈ** ۔ [ن ۔ مۆل ؛ لنڈ ] ۔ مکانُک یا دیوارِ بیترِ گُک زمیہ یتھ بُرزِ یا ژھیپے بیترِ دِتھ آسہٕ ۔

**لُنڈِس نار دِیُن** ۔ برہم کرُن ۔

**لُنڈِس نار گَنڈُن** ۔ ۱۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) تتہٕ گژھُن ۔ سخ غوصہٕ کھسُن ۔ شرارتہ سیٚتۍ وودزُن ۔ ۲۔ تباہ گژھُن ۔

**لۆنڈ وٚٹُن** ۔ بُرزٕ لَشہ چہ زمیہٕ یا مَنڈٕلِس بارزینہٕ سیٚتۍ اندوٚٹنۍ ۔

لۄنگ ۔ [ن ۔ مۆل : لنگ < س : لنگ ]۔ ۱۔ یُس اَکِس زَنگہٕ لۄتھِس یا زَنگہٕ پھٹیٚمُت آسہِ ۔ یُس لنٛگر آسہِ ۔ یُس نہٕ قدم سیٚود پٔلیہِ ۔ ۲۔ جور اَندرٕ اَکھ پیٚومُت آسُن ۔

لنگی جوڑ ۔ ہزلہٕ پاٹھۍ لنگس یوان وَننہٕ ۔

لۄنگ کَرُن ۔ ۱۔ کانٛسہِ زنگ بیکار کَرٕنۍ ۔ ۲۔ سُند لنگس منٛز اَکی زنگہٕ بکُن یا دۄن ۔ ۳۔ کانٛسہِ ہنٛد کھۄ زبانہٕ بیتر ژۄر ژھۄن تہٕ سُہ نہٕ ادر یور پھیرُن تھورُن لایق تھوٚن ۔ بیکار کَرُن ۔

لۄنگ گژھُن ۔ ۱۔ زنگہٕ لۄتھِس گژھُن ۔ ۲۔ کانٛہہ چیز (بوٗٹ بیتر) نہٕ آسنہٕ کنہ اور یور نہٕ پھیرتھ ہکُن ۔

لۄنگ لیٚوژھ ۔ کمزور تھوٚک بۄٹھ ۔ اَکھ زنگہٕ لۄتھِس تہٕ پُشہِ ڈیٚول ۔ موذور ۔

لۄنگوٹ ۔ [م ۔ مۆل : لۄنگوٹ < س : لِنگ + پٹہ ]۔ ۱۔ ہَلِہ گنڈُن ۔ سُہ پلوٗ یُس شٔترن چھن جایہِ پردٕ کرنہٕ باپتھ گنڈنہٕ چھ یوان ۔ ۲۔ شٔرانہٕ پٹہٕ بیتر ۔

لۄنگوٹ کٔرتھ ۔ (ژ، یا پاٹھۍ) پورٕ تیار رٕ خاص کرنہٕ لڑایہ خاطرٕ ۔ کمر گنڈِتھ ۔ ہزل گنڈِتھ ۔

لۄنگوٹی یار ۔ ۱۔ جانۍ یار، سُہ یار یُس سارۍ دقیق آسہِ ۔ ۲۔ کانٛہہ بدکام کرنہٕ وِزِ سٟتۍ بوج ۔

لۄہ ۔ [ن ۔ مۆل : لۄہ < س : لوپاشہ ]۔ پۄزہ لوو ۔

لو ۔ یہٕ چھ یژھ پاٹھۍ شارس منٛز لیہہ پرٛتھ گردیٚنس سٟتۍ زلادنہٕ یوان ۔ رم : یہٕ چھ دُز یا نۄکھو تہٕ نۄو پیٚلو ۔

لوت ۔ [ن ۔ مۆل : لات ]۔ اَکھ زیرکانہ دار بوٗٹی یوسہٕ منٛزکہ باپتھ ژالنس لگان چھے ۔

لوٹ ۔ [ن ۔ مۆل : لوٹ < س : لُٹ ]۔ ۱۔ پیچش ۔ مروانہٕ ۔ ۲۔ یٔوت صلاح

لوٹ پھیرُن ۔ ۱۔ پیچش کرٕنۍ ۔ مردانہٕ پھیرُن ۔ ۲۔ یٔوت صلاح یوان ۔

لوٹہٕ ۔ [ن ۔ مۆل : لوٹ < ہ : لوٹا ]۔ اَکہِ قسمک آبہ بانہٕ ۔ ٹھیپہِ دار گڈو بیتر ۔

لوچر ۔ [ن ۔ مۆل : لوچر < ڈچھو ۔ لوک ۔ ]۔ لوک ۔ آیشنہٕ حاجت ۔ لوکچار ۔

لوچرس کوچہ پھیر گژھُن ۔ ۱۔ لوکیہ مصیبتہ پیژان ۔ کھسیہ وٕنس یا ونس تاوان پیوان ۔

۲. (دوہو) لوکہ چارے راوُن یا
کھاندرِ پتہٕ باژ زمینہٕ گژھُن۔

**لوچہ۔** [ن۔ مؤل: لاچہ < س: لونشہ]۔ اُمنل۔
بیہر پلو۔ ۲. (اُرگر پاٹھی) ہٹی پھیرُن۔

**لاچہ آمُن۔** بیہر بیترِ دزِ نک مُشکہ گنُن
مُشکہ۔

**لاچہ پلو۔** ہٹی پھیرُن۔ مُنلی پلو۔

**لاچہ جِنٛدرٕ۔** پژون مُنل۔ ژھیو مُت پھیرُن۔
گبہٕ آمُت مُنل۔

**لاچہ ژٹ۔** شہ مُنلی پلویتہ ریکچہ آسُن
دزِ ...

**لوحِ محفوظ۔** [ن۔ مؤل: لوحِ محفوظ < ع:
لوحِ محفوظ]۔ سو مشق یتھ پیٹھ خودا
صائبن ساری بنے ہندی کرتی تہٕ کراوتی
ابتدا پیٹھ انتہا ہس تام لیکھتھ
تھوٗ ومتی چھہ۔

**لوح و قلم۔** ۱. (خاص کرتھ) قودرتُک قلم
تہٕ سو لیکھہٕ پُٹ یتھ پیٹھ خودایہ سِنٛدی
احکام لیکھتھ چھہٕ۔ ۲. تقدیر۔ ۳. (اُرگرپاٹھی)
سورُے عالم تمام زِندٕ دلتہ۔ انسانی
میراث۔

**لوٗرمار۔** [ن۔ مؤل: لادپا]۔ اکھ کُل یس چھُن
ہُچن آبس منز پاکھ تأثیرہ رنگ
چھہ گنڈان۔

**لوٗرٕ۔** [ن۔ مؤل: لاد < ج: پڑاکرت: لُدری]۔
۱. اُمبار۔ ڈیر (خاص کرتھ سوزک،
گھینگ، لیٖنز بیترِ ہُنٛد) ۲. زمبہ حار۔

**لاد لوُبر۔** گہٕ ڈیر منز کوڈمت کانہہ
لوٗبرس زِ لیتھ تیل ہیزہ تراوان
چھہ تہٕ دأدس بیترِ نہلاوہ بدل لاگنہ
یوان چھہ۔

**لوٗد کھارُن۔** داریاہ قرض کھارُن۔ داریاہ
برداشت کرُن۔

**لود ــــہ۔** بزِ عقل۔ بے وقوف۔ یہ لفظ چھہ
شودِ لفظس پتھ صرف پاٹھی یوان۔
رُم: لودہ شود۔

**لودِ شود۔** بنہ وشِ۔ بے وقوف۔

**لورمار۔** ۱. ابتھن فرِتھ۔ ۲. پتھ رسئنی۔ ۳. مال خور

**لور آسُن۔** ۱. پتے آسُن۔ سیتر ہنی آسُن۔
۲. کرنہٕ منتھیتہ تہٕ تھ آسُن۔ لاگتہ آسُن۔
گنہٕ ترل، مادِ سیتی ہنٛد آسُن ۳. وفادار
آسُن۔ ہنٛدوت آسُن۔ رُم: شہ چھہ ماجہ لور۔
۴. ژوُر ہنٛدس مالس بیترِ اتھ دالنس
پیٹھ آسُن یا مال خور آسُن۔

۵. کُنہٕ سیتر لگاو آسُن۔ کُنیٖج ہاَل آسنٕی۔

لور روزان۔ ۱. کُنہٕ سیتی لگاو تھوُن۔ کُنیٖج ہاَل کرٕنی۔ ۲. پتےٚ روزن۔ پتھیپہٕ تلنی۔ سیتی سیتی روزُن۔ ۳. ژوٗرٕ مالس بیتر ہاَل خور روزُن۔

لور ہٕا۔ ۱. تہٕ یہٕ کُنہٕ سیتی لگتہٕ آسہٕ۔ کُنیٖج آلاٚیش۔ کُنہٕ مایہ دار چیٖزک بیتر کُنہٕ بانس سیتر لگتہٕ آسُن۔ ۲. (یُس) کُنہٕ کاسہٕ بیتر ہٕنزٕ بکی یا ملےٚ آسہٕ۔

لورُن۔ کمزور گژھن۔ شُس گژھن۔ لسُن۔ ہوکھن اژُن۔

لوزٕ۔ [ن۔ مول: لوزٕ (ع: لوز]۔ اَکہٕ قسمٕچ کنکہٕ اُلبہٕ بناوہٕ نہٕ بادام شکلہٕ یا بادام ترٛاوِتھ مِٹھاےٚ۔ ۱. (دٔرگہٕ پاٹھی) میوٕہٕ کھینہٕ باو۔ ۲. لولہٕ مَتہٕ لاے۔

لوز کرٕنہٕ۔ ۱. لوزٕ مِٹھاےٚ بناوٕنی۔ ۲. رنگہٕ رنگہٕ نیاتر بناونہٕ۔ ۳. (دٔرگہٕ پاٹھی) لولہٕ مَتہٕ لاے گژُن۔

لوسہٕ ۱۔ [ن۔م۔ لوسا]۔ مُس۔ تھکُن۔

لوسہٕ اژُن۔ تھکُن۔ لوس اژُن۔

لوسہٕ تہٕ غوصہٕ نیرُن۔ مُس تہٕ منالہٕ نیرُنا۔

پتیٚمُ ہرٕ دُشمنیُم اَرمان نیرُن۔ پتیٚ دوہ پھیرٕنی۔

لوسہٕ ۲۔ یہ لوسہٕ ملےٚ پیاہٕ ژ آسہٕ۔ لوسہٕ دُنہٕ یرن پیٹھےٚ آسہٕ۔ پیاوٗل۔

لوسہٕ آزار۔ پژٕسُن دود۔

لوسہٕ تب۔ پژٕسنہٕ پتہٕ کھسہٕ وان (گسیخ) بُخار۔

لوسہٕ زرد۔ وچھو لوسہٕ تب۔

لوسہٕ زٔری مُرُن۔ پژٕسنہٕ کہ بہانہٕ مرُن۔

لوسہٕ گاسہٕ۔ ۱. سہٕ گاسہٕ یُس سوندرٕ دعہٕ آبس منٛزٕ گزٕ کہٕ وِتھ لوسہٕ آب شیرنس لگان چھُ۔ ۲. سہٕ گاسہٕ یُس لوسہٕ دشنٛرٕنس تلی ترٛادان آسی۔

لوسہٕ لیٚیچ۔ سُہ بانہٕ یتھ منٛزٕ لوسہٕ کیٚت کھبن بیترٕ زنہٕ لوان چھُ۔ لوسہٕ ہٕنزٕ ہمہٕ ہیٚز لیٚیچ۔

لوسہٕ ہوٗر۔ سُہ گاسہٕ یُس لوسہٕ پژٕسُن وزہٕ تلہٕ چھُ ترٛادان۔

لوسہٕ ۳۔ بُمبہٕ بسنی۔ بُمبہٕ بسنی۔

لوسہٕ ناوُن۔ ۱. تھکہٕ راوُن۔ ہوٗ مراوُن۔ ۲. پژار ناوُن۔

لوسن۔ ۱. تھکُن۔ یٚنہٕ پنہٕ گژھن۔ ژھینتہٕ ہیوٗن (کاسہٕ سیتی یا کمزوری کنہٕ دترٕ)۔

۱. ژھۄکُن۔ م: جوانی لوٚسِتھ چھ بجر یوان۔
۲۔ غوروٚب سپدُن، ہری یک اَست
گژھُن۔ م: ہری پٲٹھ لوٚس، نگاشہٕ تارٕکھ
لوٚس۔

لوٚسِتھ پیٚون۔ سیٚٹھ تھکِتھ سۄ کام بیٚنہِ کرِ کرِ
ژھینِتھ پیٚون۔

لوٚسُمُت۔ ۱۔ تھوٚکمُت۔ ژھینِتھ پیوٚمُت۔
ژھۄکیوٚمُت، ژھیپتھ گوٚمُت۔ ۲۔ (وۄر گہ بابتھ)
موکلیوٚمُت۔ مرنس تیار۔ ۳۔ اَست گژھُن۔

لوکاٹھ۔ [ن۔ مؤل: لوکاٹھ < جاپانی: لکاٹ
LOQUAT ]۔ اَکھ زرد رنگہٕ اَکھ میوٕ۔

لول۔ [ن۔ مؤل: لوٗل < س: لول۔ لالہٕ ]۔
۱۔ عشق۔ لے۔ لگن۔ تۄلُن۔ مایہ۔
محبتھ۔ درد۔ ۲۔ یژھ۔ شوق۔ تمنا۔

لولہٕ۔ [< وُچھو۔ لول ]۔ مایہ سان۔ محبتہٕ
سیتی۔ درد سان۔ ییژرِ یژھ۔

لولہٕ باتھ۔ تِم باتھ یِمن منز حُسن تہٕ عشقکھ
مامِلہٕ وِژھناونہٕ آمتی آسن۔

لولہٕ بۄرُت۔ مایہ ہوٚت۔ لول بٔرِن دول۔

لولہٕ بیمار۔ ییٚمِس کانٛسہِ پٮ۪تھ ہورمُت آسہِ۔
یُس کانٛسہِ پٮ۪تھ متی آسہِ گوٚمُت۔ یُس
کانٛسہِ ہٕنٛزِ رنج آدرمُت آسہِ۔

لولہٕ بیمٲری۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) سیٚٹھ عشق آسُن
گوٚمُت۔

لولہٕ تَپ۔ وُچھو "لولہٕ بیمٲری"۔

لولہٕ سان۔ مایہ ہوٚتھ۔ محبتہٕ سان۔ دردِ سان۔

لولہٕ شٲیِری۔ سۄ شٲیِری یتھ منز عشقہٕ
ماشوقی ہِندی کتھ آسن وننہٕ آمتی۔
عشقہٕ شٲیِری۔

لولہٕ کار۔ سۄ کام یۄس ییژرِ تہٕ یژھِ کرنہٕ
پٮ۪ہ (کھاندر جنتر)۔

لولہٕ مۄت۔ عاشق۔

لولہٕ نار۔ محبتُک جوش۔ عشقُک تیہ۔

لولہٕ وول۔ ۱۔ یُس درد آسہِ۔ عاشق
یژھ بٔرِن وول۔ طمہٕ وول۔ ۲۔ یژھ دول۔
۳۔ یُس دردِ سان کینہٕ کران یا دِوان
آسہِ۔ یُس دِیہ سٮ۪ندی تادی کینہٕ دِوان
آسہِ۔ م: لولہٕ والہِ دِ خاراتھ۔

لولہٕ ہرِ۔ لولہٕ وژن تِم باتھ یِمن منز
حُسن تہٕ عشق دِکھناونہٕ آسہِ آمت۔

لولہٕ ہوٚت۔ مایہ ہوٚت۔ لولہٕ سان۔

لول بٔرُن۔ ۱۔ مایہ بَرُن۔ محبتہٕ بَرُن۔ ۲۔ (کانٛسہِ)
شوقہٕ سان ڈالہِ سوزنی یا دِنی۔ دِلبری
کرٕنی۔ ۳۔ ژھاین تہٕ گزاین وُچھن پیالہٕ

بَرداٗری کَرٕنۍ۔

**لول باگرُن** ۔ ملے محبتہٕ وَرتاوُن۔

**لول گرٛزھن** ۔ ملے گٔبنۍ۔ شوق گرٛزھن۔ لوٗب گرٛزھن ۔

**لول ییٚن** ۔ ملے ووتہ تاپنۍ ییٚنۍ۔ (کاشُر ہِندٕ وادٕ) ہول گرٛزھن۔

**لولکھ** ۔ [ن۔ مٔل : لوٗنک > س : لُن]۔ دوٗر۔ گوشوار۔

**لولکھ کٔن** ۔ دوٗرِ کَن۔ اَکہِ کَنٕک اَکھ گوشوار۔

**لولکھ ہوٗر** ۔ دوٗرِ جورِ۔ دۄن کنَن ہِندۍ زٕ گوشوار۔

**لولو** ۔ [ن۔ مٔل : لولو > لولابہ۔ راج ترنگنی]۔ کٔشیرِ ہِندِس شُمالہٕ مغربَس اَنٛدر اَکھ وادی۔ لولاب۔

**لولُر** ۔ [م۔ مٔل ، لولر]۔ ۱۔ کاشرِ لکہِ اَدبُک اَکھ (زنانہٕ) کردار۔ ۲۔ (دوٚیمہٕ پاٹھۍ) ماشوق۔ محبوب (زنانہٕ) ۳۔ ملے عشق۔

**لولرٕ** ۔ مایہٕ پرٛزھٕ دیر۔

**لوٚپچ** ۔ [ن۔ مٔل : لوپچ > س : لالسہ]۔ لالچ۔ برٛم۔ فریب۔ ژھل۔ خام طمٲعی۔

**لوٚپچ کَرٕنۍ** ۔ برٛم دِیُن۔ فریب دِیُن۔ ژھل کَرُن۔

**لولو** ۔ ۱۔ لِنگارو۔ ۲۔ غزلَن تہٕ لوکہٕ گیتَن منٛز لولَس آلو دِتھ پرٛژھو اَکھ لفظ یُس دوٚد بَرنۍ رنگۍ تہٕ گنڈِتھ بوان چھُ۔ ۳۔ کاشرِ لُکہٕ شاعری ہُند اَکھ صنف۔ لولہٕ وٕژُن۔

**لون ۱** ۔ [ن۔ مٔل : لان]۔ ۱۔ قسمتہٕ، نصیبہٕ۔ ۲۔ باژ (خاص کٔرِتھ نکن)۔

**لانہٕ باز** ۔ قسمتُک کھیل۔

**لانہٕ باگے** ۔ قسمتہٕ موجوب حِصہٕ ییِنہٕ۔ یہٕ دۄن باژَن تقدیرَس آسہٕ۔

**لانہٕ ژوٗر** ۔ ماشوق، محبوب۔

**لانہٕ کوس** ۔ قسمتُک کھر۔ ڈلِتھ پیوٗرُن۔ بدقسمتی۔

**لانہٕ ہلہٕ وُن** ۔ ۱۔ تقدیرُک واٹھ۔ ۲۔ باگہٕ بند۔

**لانہٕ نیٖر** ۔ وُچھو "لانہٕ ہلہٕ وُن"۔

**لانہٕ نیلے** ۔ تقدیرُک وَر۔ قسمتُک ہیر۔

لانہٕ کوس ۔ (دوٚیمہٕ پاٹھۍ) زنانہٕ ہندہٕ بیٛاکھ باژس ستۍ دٕ واد آسُن۔

**لون میلُن** ۔ کھانٛدرس پتہٕ پانَس برابر باژ بَنُن۔

**لون ۲** ۔ [ن۔ مٔل ، لون > انگ : لون۔ Loan]۔ قرض خاص کٔرِتھ سرکارُک قرض یُس کانٛسہِ کُنہٕ زٕنگ ترقی کرنہٕ باپتھ دِنہٕ ییہِ۔

لیکچر کرُن ۔ تقریر کرُن ۔

لیکچرار ۔ [ مؤل : لیکچرار < انگ ایکچرر LECTURER ] ۔ ا۔ کالجک وۄستاد ۔ زٕبانی تالیم دِنہٕ وول ماشٹر ۔ ۲۔ (لوکن منز) تقریر کرُن وول ۔

لیکھ ۔ [ م۔ مؤل : لیک < س : لِکھ ] ۔ ناشایان کلامی ۔ گاڈلہٕ ہنز کتھ ۔ بد زٕبانی ۔ تہٕ بیہ نہٕ دُنن پزِ ۔

لیکی ٹلُن تہٕ لیکی بیہناوُن ۔ نوٚر یا کانہہ ہتمہ سُنز بے یزتی کرِ کرِ کام کرناوُن ۔ (مُہنوس) بیتر پٔرتہ وزِ بے واری کرٕنۍ ۔ سیوٚد کتھ نہٕ کرٕنۍ ۔

لیکن ہلُم دارُن ۔ یٚژ شرافتہ ہاوِنۍ سیٹھا نیزی کرٕنۍ ۔ اصلی ورتاوِنۍ ۔

لیکن یِن ۔ ناشس فاش کرٕنہٕ موکھ حلہٕ کرُن ۔

لیکہٕ پوٚر ۔ سیٹھا لیکہٕ ۔

لیکہٕ پینہٕ ۔ بے یزتی گژھنۍ ۔ بیواری پینۍ ۔

لیکہٕ ٹھوکہٕ ۔ ا۔ ناشایان کلامہٕ بیتر ۔ ۲۔ بیواری ۔ پہانتھ ۔

لیکہٕ ٹوس ۔ لیکہٕ ہنا ۔

لیکہٕ زبول ۔ یُس زٕبانہِ پیٹھ لیکھ آسہِ لیوٚن ہرِ وزِ ناشایان کلامہٕ آسہِ کران ۔

لیکہٕ شلکھ ۔ سٕنز لیکہٕ یٚتر بد زٕبانی کرٕنۍ ۔

لیکہٕ ژاری ژاری پہانتہ کرٕنۍ ۔

لیکہٕ کڈنہٕ ۔ ناشایان کلامہٕ کرُن ۔ تہٕ دُنن پہ نہٕ پزِ ۔ بد زٕبانی کرٕنۍ ۔

لیکہٕ لوکھ ۔ ا۔ کتھِ کتھِ پیٹھ بد زٕبانی ۔ ۲۔ یُس کتھِ کتھِ پیٹھ بد زٕبانی آسہِ کران ۔

لیکہٕ لیکھ ۔ ا۔ بد کلامی ۔ ۲۔ ناشایان ترٛکتہٕ کوکار ۔

لیکہٕ واتُل ۔ یُس ناشایان کلامہٕ کرنک عادتھ آسہِ ۔ بد زبان ۔

لیکہٕ ہٕر ۔ سو کٔڑی یتہٕ منز حرف بد زٕبانی کرنہٕ ییہ ۔ (کُنہ اکس ستی ناشایان کلامہٕ کرُن) ۔

لیکہٕ چھاکھو کھ زلارنہٕ گژھ ۔ تہٕ دیچھ گوکانسہٕ ہنزِ لیکہٕ ژارِ ستی چھُنہٕ کینہہ تہٕ چھونان ۔ کانسہِ ہنزِ بد زٕبانی کرنہٕ ستی چھُ اتی تی بنان ۔

لیکہٕ دِنۍ ۔ (کانسہِ ستی یا تس متلق) ناشایان کلامہٕ کرُن ۔ بد زٕبانی کرٕنۍ ۔

لیکہٕ ژارٕنۍ ۔ وُچھو : لیکہٕ دِنۍ ۔

لیکہٕ کڈٕنۍ ۔ وُچھو : لیکہٕ ژارٕنۍ ۔

لگ ۔ [ م۔ مؤل : لگ ] ۔ اکہ سفید مایہ ہیوٚہ یُس انجینہ دود بیتر آسنہٕ کتی چھن منز

سُہ تھکنہٕ لوسنہٕ سٟتؠ یا شیٚنِس رُوُدس اَنٛدر سفر کرنہٕ سٟتؠ لیتھونہٕ یِنُک حالتھ۔

لیٚتھ کرُن۔ ۱۔ پَتھر پاوُن۔ وۄتھراوُن۔ پَمش پھٲرُن۔ ۲۔ ذلیل کرُن۔

لیٚتھ گژھُن۔ سُہ تھکنہٕ لوسنہٕ سٟتؠ یا شیٚنِس رُوُدس اَنٛدر سفر کرنہٕ سٟتؠ لِتھونہٕ یُن۔

لیٚتھہ۔ [ن < س: رُوکشہ۔ لۄکشہ]۔ ۱۔ سُہ کھینہٕ باوُس ژاپہٕ تلہٕ نرم آسنہٕ کھٔرُن۔ ۲۔ کمزور۔ لیٚوُژھ۔ ۳۔ کٔڈر۔ کٹرُوٹھ۔

لیٚکھ۔ [ن۔ مؤل: لِکھ < س: لکشیہ]۔ ۱۔ اَکہ کرنک نشانہٕ۔ گولہٕ بیترِ ہُند نشانہٕ۔

لیُن۔ [م۔ مؤل: لِنی]۔ جنگلس منٛز اکہ قسمک زنٛڈلہٕ یتھ جان تہٕ درِ لوُرِ چھِنہٕ بنان)۔

لِنیُو۔ [ن۔ مؤل: لرلِنُو]۔ لِنز زنٛدک۔ لِنہٕ ہُند بنیومُت۔

لِنہٕ کاٹھ۔ اکہ قسمہٕ چہ کانہٕ یمہٕ سبٹھ درِ چھِنہٕ آسان نہٕ کانگرِ سپنوتی بیتر وۄنِس لگان بنے۔

لیٚوُٹ۔ [ن۔ مؤل: لیٹ]۔ ۱۔ اَکھ دوائی کِھچ یا بُوٹی۔ م: بٹلِخ لیٚوُٹ۔ ۲۔ چھِر۔ چھِنہٕ کٹھ۔ م: وۄتھ دِ لیوٹ۔

لیٚوُنٹ۔ [ن۔ مؤل: لینٹ]۔ سُہ چھِر کٹھ یُس گوڈ رنجہٕ لۄٹہٕ نیتشنہٕ آسہ آمُت۔

لیٚوُب۔ [ن۔ مؤل: لیٚب < س: لِمپہ]۔ ۱۔ رَبہٕ یا گہہٕ بیترِچ تھپہ۔ ۲۔ گرِنہٕ بالِس رَبہٕ بیترِ سٟتؠ وۄلِمت گول۔

لیٚوُب تھوپ کرُن۔ یِتھہ یتھہ کنتھہ بیترِ نہٕ داشگاف گژھنہٕ دِیُن۔ کنتھہ بینز وُرن گرُن۔ معاملہٕ نہٕ زیٹھراوُن۔

لیٚوُب کرُن۔ ۱۔ گول دیُن (رَبہٕ بیترِ سٟتؠ) ۔ بالِس گول رَبہٕ سٟتؠ بنٛد کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) غالِب وُرن کرُن۔

لیٚوُٹھ۔ [ن۔ مؤل: لیٹھ]۔ ۱۔ ژھوٚٹ دٔتھ۔ ژھوچہٕ دٔتہٕ۔

لیٚوُدُر۔ [ن۔ مؤل: لینٛدر < س: ہرِدرا]۔ ۱۔ زرد۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) شُس، کمزور۔ م: ژھِچکھ بُتھ لیٚوُدر۔

لیٚوُدرِ بَم ژوُنٹھ ہیٚوہ۔ ۱۔ بَم ژوُنٹھی رنگہٕ، زرد رنگہٕ۔ سُہ لیٚوُدر (یتھ کم آسہ کینہہ) یا سُہ کمزور، یُسہ نیومُت۔ یُسہ لُہ۔

لیوٗدُر کوٗنگ ہیٚوٚہ۔ سَسِخ یوٗدُر۔ سَسِخ بُے ہیٚوٗمُت۔ کمزور۔

لیوٗدُر گگرٕ ہیٚوٚہ۔ ۱۔ سَسِخ لیوٗدُر۔ ۲۔ وَرگہٕ پاٹھۍ) کَم زور۔ ۳۔ یُس گُبِھس رَنگ ڈوٚلمُت آسہِ۔

لینٛژ۔ [ن۔ مول : لٚینٛژ]۔ ڈیٚول۔ کمزور۔ ناتوان۔ سُست۔

لینٛژلوٗنگ۔ ۱۔ کامہِ سٟتۍ یا بِکٕس کیٚت ڈیٚول یا نٕرِ زَنگہِ اگرٕمُت۔

لیٚوکھ ترٛوکھ۔ [ن۔ مول : لکھ ترٛکھ (س: لکھ + پوٚت صداہ۔ ترٛزکھ]۔ لکھہِ ہتھ۔

لیٚڈل۔ [ن۔ مول : لیٚل]۔ ۱۔ ٹُبہٕ لیٚبنچ۔ بوٚڈ بانہٕ۔ ۲۔ (ہزلہِ) نِٹہٕ۔

لیٚلر بوے۔ لیٚیچہٕ ہُنٛدمُتِک اَڈُن تہٕ دیچھ گوٚکھبَس گٔنٛڈی کل۔

لیٚلر کِترٕ۔ ۱۔ کِترٕ لیٚنٛنگ نو بٹت ژوٗک یُس کِترٕ ونادکٕنہٕ استیمال سپدان چُھ۔

لیٚار ہوٚکھ بتہٕ۔ بتہٕ یُس لیٚلِس منٛز ہوٚکھ ناوِتھ رپہٕ ہنہٕ یوان چُھ۔

لیٚول پٔھٹُن۔ (وَرگہٕ) آمدنی زوال یُن۔ گَر واران گژھُن۔ زی نہٕ روزٕنۍ۔ زی کٔل شُنٛد مرُن۔ یہِ چُھ اَکھ وہ ہوتہٕ۔

لیٚول ترٛکھ تہٕ گوٚل ترٛکھ گژھُن یتہٕ ہُن۔ ہوٚپ تہٕ دوٚپ گژھُن۔ ۲۔ سَسِخ شرارتھ کھُن۔ سَسِخ بلیش یُن۔ ۳۔ اَنٛدرِ رکھ پھوٚشہٕ کٕنۍ بتہٕ گھُن۔ ہوٚپ دوٚپ گژھُن۔

لیٚومب۔ [ن۔ مول : لیٚمب (س: لمپ]۔ سیٚومب۔ سو ہیٚژ بنہِ یوسہ زیٚو وَسولِس آلِس ژٔرِکس بہان چھےٚ۔

لیٚتر۔ [م۔ لیٚتر (س: لوتر]۔ آرِ کٕلہٕ ڈیٚر دَنٛد گرِتھ اَکھ سامانہٕ ینمہِ سٟتۍ لکر چیرنہٕ یوان چھےٚ۔

لیٚتر دِنۍ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)۔ منٛز پھاس دیُن۔ پانہٕ وانٛنۍ ژھین گرِتھ دیُن۔

لیٚتر یکنۍ۔ (وَرگہٕ) برباد گژھنۍ۔ تباہی گژھنۍ۔ یکشِ یُن۔ یہِ چُھ اَکھ وہ ہوتہٕ۔

لیٚتر والنۍ۔ آرِ کٔشی کرٕنۍ۔ ارکش کام شوٗروگرٕنۍ۔ ژٕلکہِ کرٕنۍ۔

لیٚتر واینۍ۔ ۱۔ آرِ کٔشی پیٚٹھ تذار کرُن۔ لیٚتنِس ہوٗز بدکرٕنۍ۔ ۲۔ ژٕلکہِ رِنٛز کرِتھ۔ پھاسن دٕنہٕ گرِتھ۔

لیٚڈر۔ [م۔ مول : لیٚڈر (س: ہر دژا]۔ اَکھ زَر دَرَنگہِ مسالہِ یُس رسنُس پنٛیرِ

ترادان چھہٕ

لیڈرِ ژاںٹ ہٕمہنہٕ ۔ (زہٕ ٹھ بانٹڈرٕ ہمارِ کنڈہٕ کنی) مُنجہٕس رَنگ بگرُن ، کمزور گژھُن ۔

لیڈرِ ژھنڈہٕ پھیرنی ۔ ١۔ اَتھ نُون گژھنہٕ کنی بُتھِس اَدلہٕ بَدلی گژھنی ، رَنگ ڈلُن ۔ دامہٕ کنی بُتھس رَنگ ڈلُن ۔

لیڈرِ گنڈر ۔ لیڈرِ موشہٕ ہُنٛد مُول ۔ لیڈرِ گجہٕ ہُنز مَتہٕ تارِ یوسہٕ زمینَس تل چھےٚ آسان ۔

لیڈرِ وَل ۔ اکہِ قسمُک لیوٚدُ پوش ۔

لیڈرِ وَل پوش (ذرگہا اُسہٕ) بیوٚمُت ۔

لیدرُن ۔ ل ن ۔ مژول : لیدر (وُچھ ۔ لیدر) ۔ ١۔ زَردُن ۔ ٢۔ رَنگ بگرُن ۔ ٣۔ کمزور گژھُن ۔ رُتبہٕ کھسُن ۔

لیدرِ یومُت ۔ ١۔ زرد یومُت ۔ بتہٕ فرد یار پھیوٚر مُت آسہٕ ۔ ٢۔ خستہٕ گومُت ۔ ژُہ کنی ہمہ کلیو مُت ۔ بگڑ یومُت ۔

# م

م ۔ عربی ناگری زبانہٕ ، فارسی ، اُردو کہ ، کٲشُر زبانِ ہُنٛد اکہٕ ترہٕ ہیم حرف ۔ کٲشُر ترہٕ ہیم اَبجد ابجد حسابہٕ چھُ اَتھ ژُتہٕ جیہہ مول ۔

مہٕ ۔ [(س : ما] ٹھاکہٕ کرنُک لفظ یمہٕ ساتھ وَنان ہیلہٕ کانسہٕ کُنہٕ ٹھاکہ کران آسہٕ ۔ رم : مہٕ کر ، ماکر ، مہ با ، مہ سا ۔

مبلغ ، موبلغہٕ ۔ [مژول ، مبلغ (ع : مبلغ] روپین ہنٛز تیداد ، دوبہٕ ، وژوناں ۔ رم : مہ بلغے داہ روپیہ ۔

مبنی ۔ [مژول ، مبنی (ع : مبنی] ڈرینٹھ ، منحصر ۔

مت ، متھ ۔ [ن ۔ مژول ، مت (س : مت] (مذہبی) عقیدہ ۔ نظریہ ۔ خیال ۔ رم : بُدھ مت ۔ شیو مت ۔

**مَتا، مَتہٕ۔** [< س : ماتُر ]۔ ۱۔ (پانہٕ پانہٕ کَرِتھ)۔ مَتَع کَرُنگ لفظ۔ تِمہِ ساتہٕ وَنان یِیٚلہِ کانٛسہِ کُنہٕ کٲم کَرِتھ پَتہٕ پانُن آسہِ زٕنیٚہ آسہِ پَنُنہٕ لانٛچھ۔ ۲۔ تِمہِ ساتہٕ نہٕ وَنان یِیٚلہِ یورٕک نہٕ بوزُن کانٛہہ پَننی مَرضی پٮ۪ٹھ تراوُن آسہِ۔ م: مَتہٕ کھیتو آسہِ کیا۔

**مَتُن۔** [< س : اُمَتّ ]۔ ۱۔ موت گژھُن، پاگل بَنُن۔ مَرٕ ریُت۔ ۲۔ پانٛچ نہٕ خبر رٔزِن۔ ۳۔ مَتی بسنہٕ، پٲٹھی کرٕ کرٕ دِنہٕ پاکینۍ زعارٕن کَرُن۔ ۴۔ بے داپہٕ اَگادِ گژھُن۔ ۵۔ رودٕ داب کَرُن، بیوآری کَرِنۍ۔

**مَتیومُت۔** ۱۔ موت گومُت۔ باوٕر گومُت۔ ۲۔ وُچھایہِ پٲٹھی اَگادِ گومُت۔

**مَتیٚ مَتیٚ درامُت۔** ۱۔ یُس پَنہٕ مَزر یا شرح طِبی حتہٕ کِنۍ موشۆر آسہِ گومُت۔ یُس کُنہٕ جایہِ سبزر آسہِ نہٕ دہان۔ ۲۔ مَد پٮ۪ٹھۍ لَد۔ یُس نہٕ کانٛہہ گَنٛد آسہِ۔ ۳۔ کُنہٕ چیٖز وودکھ پٲٹھی لوگمُت۔

**مَتیٚ مَتیٚ نیٖرُن۔** ۱۔ کانٛسہِ یا کُنہٕ چیٖزٕ دیوانہٕ گژھُن۔ ۲۔ دوہہٕ کھوتہٕ رٕژہہٕ آوارٕ گژھُن۔

**مُتھ۔** [ن۔ مٔل، مُتھ < س : مَتِہ ]۔ ۱۔ رائے، خیال۔ ۲۔ خواہش، یژھ۔

**مَتھ گژھُن۔** ۱۔ مَنَس گژھُن۔ خواہش گژھِنۍ، خیال گژھُن۔ ۲۔ کینہٕ کَرُنس سٕنٛز پٲٹھی میٚنگہِ دوشِنہٕ اَمادٕ نہٕ آسُن۔

**مَتھرٕ۔** [< س : مُتھرا ]۔ وُیٚتھ پٮ۪ٹھ تہٕ وکھٕر زنانہٕ۔

**مَنٛھُن۔** [< مَتھن ]۔ ۱۔ مٔلُن، پچھش دی دی کانٛہہ ترٕل ماد بیٚنٛزٕ گُنہٕ مَنٛزٕ شُترپراوُن۔ ۲۔ کانٛسہِ یا کُنہٕ اَشرٕ گردِ مَنٛز پکھہِ دِنۍ۔ ۳۔ (زنانہٕ کَتھ) تَکلُس دِنہٕ یا پَتہٕ گۆو یا تھٔنۍ۔

**مَتھنہٕ یِیُن۔** ۱۔ کُنہٕ لارُن یا شَرپُن۔ ملنانہٕ یِیُن۔ ۲۔ لَرٕ گژھُن۔

**مُتھ تراوُن۔** ۱۔ لِیتھ ڈُن۔ پِچہٕ رٕ پھشراونہٕ۔ ۲۔ مَنساد تہٕ تراوُن۔ ۳۔ مَسٕ کٔو بوزُن۔

**مَتھنہٕ نیٚنُن۔** ۱۔ ہیٚنہٕ کرمہٕ گُنہٕ میلتی ماردُن۔ ۲۔ کٲژ یا موژٕ، تُس اُمتھ ماریتھ زٕعلُن۔ م : ہمارٕ آس تیشہٕ تیز رٕ وتہٕ پیکان نہٕ نفر تار مَتھنہٕ۔

**مَتھور۔** [ن۔ مٔل اُتھور < س : مَہت تَر ]

ویوٚٹھ پوٚٹھ تہٕ ویوٚکھٕٹ انسان۔

**مٔشر۔** [ن۔ مؤل: مَطرٕ (ہ: مَشر)]۔ کرٕ۔ کرٕ ہیم۔

**مٹن۔** [ن۔ مٔل: اَٹن (س: مارتنڈ)]۔ اننت ناگ ضلعک اَکھ مشہوٗر قصبہ یتھ سیری مندر چھ۔

**مَٹہٕ۔** رشانن پیٹھ۔ بار، زِمہٕ۔

**مَٹہٕ آسُن۔** ذِمہٕ آسُن۔ کُنہِ ذِمہٕ داری ہُندس پٹھ آسُن۔

**مَٹہٕ کھسُن** کانٛسہٕ ہُنز ذِمہٕ داری پیٹھ یا اَتھ بیترِ بار کھسُن۔

**مَٹہٕ کھارُن۔** اَکِس ہُنز ذِمہٕ داری بیٚیس پٮ۪ٹھ ترٛاوٕنۍ۔ اَکِس ہُند اتھ بیٚیس ناو ژھُنُن۔

**مَٹہٕ گرٛزُن۔** کانٛسہٕ کینہہ بار کھسُن، زِمہٕ روزُن۔

**مَٹہٕ مَٹہٕ (دِنۍ)۔** شابٲش شابٲش کَرُن۔ پھیکِین پیٹھ کانٛسہٕ اَتھ نہٕ اَتھ تھوِتھ تس حوصلہٕ افزٲیی کَرٕنۍ۔

**مَٹہٕ مرکرُن۔** پٔشراوُن۔ کٲدِ کرُن، مَٹہٕ کھارُن۔

**مَٹہٕ مرگرٛزھن۔** نکھس کھسُن۔ بار لدنہٕ یُن۔ زِمہٕ گرٛزھن۔

**مَٹہٕ مرنہٕ یُن۔** رشانن پیٹھ کنہٕ نہٕ یُن۔ زورگہٕ پاٹھی ذِمہٕ کرنہٕ یُن، بار لدنہٕ یُن۔

**مٔٹہٕ ماتر۔** [ن۔ مؤل: مٔٹہٕ ماترٕ (س: مٔٹھ)]۔ سُہ ماترٕ یُس بجن بجن بہٕ ساتھ کیتھ زٕتن بیترِ ماران آسہٕ۔

**مَٹھ مل۔** [ن۔ مؤل: مَٹھ (پراکرت: مٔٹھ)]۔ نکہٕ کھول تہٕ زبہٕ ژلوم اَکھ بوٗدکتیو بانہٕ۔ بوٗد فوٹ۔

**مَٹھ مار۔** [ن۔ مؤل مٹ: س: مٔٹھ]۔ درویشن ہُند اَکھ قسمک مذہبی ادارٕ۔ مندر۔

**مٹھارُن۔** [ن۔ مؤل: مٹھار (ت: مرشٹ (پراکرت: مٔٹھ م۔ ہ: مٹھارنا)]۔ ۱۔ ژھٲو بیترِ ہیوت نوٗدُب دِتھ کھروٚپ کڈُن یا ہوا، پیتر یٮ۪تہٕ ژکراوُن یا سٹراوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سنٛخ شکلہٕ کرِتھ وتراوُن۔

**مٔٹھ مار۔** [ن۔ مؤل: مَٹھ (س: مُشٹ)]۔ ۱۔ دِلاسہٕ، تسلا۔ ۲۔ شابٲش شابٲش۔

**مٔٹھ مدار۔** تسلاہ۔ شاباش۔ مٹھ مٹھ۔

**مٔٹھ مدار کرُن۔** تسلا بیترِ دِیُن۔ شابٲش شابٲش کرُن۔ دِلاسہٕ دِیُن۔

مَٹھ ۱۔ ۱۔ ٹھُٹھُر، مَنزٕ کاڑ کِنہٕ اِہنہٕ ژٕلِنۍ۔ کام۔ م : ٹھٕٹھَس مَٹھ کَرٕن۔ ۲۔ ٹھُٹھ باشی۔ گَنٛڈ گَنٛڈ۔ م :

وَچھَس چھُہ قُلُف لَچھِس چھُہ ٹھُٹھ

کیا سَرٕ مَٹھا نو تَتہٕ لو

(اَحبہٕ خوتون)

مَٹھ کَرٕن۔ ٹھُٹھ کَرٕن۔ نزلہٕ کَرٕن۔

مَٹھ گَژھُن۔ ٹھُٹھ باشی اَندرٕ کاٹہٕ کانہہ چیز ہیٛنہٕ ژٕلُن۔

مَٹھ ۲۔ [< پراکرت، مَٹھ او]۔ ۱۔ آستہٕ لوٚت۔ قرار۔ ۲۔ رَنٛدٕ یَتھ تیز اَندرکُن آسہِ۔

مَٹھ رَنٛد۔ سُہ رَنٛدٕ یُس تیز اَندرکُن آسہِ موٚکھ ٹھیکہ پاٹھی کام دِیہِ نہٕ۔

مَٹھ مَٹھ پکُن۔ آستہٕ آستہٕ پکُن۔ ژٕ ار کَرٕ کَرٕ پکُن۔ پکان پکان بِہِ بِہِ گَژھُن۔ م : داند چھُہ مَٹھ مَٹھ پکان۔

مُٹھُن۔ [ن۔ موٗل : مُٹھ < س : مرِشٹہ مرِش]۔ مُشُن، مُشِنہٕ گَژھُن۔ ژیٚتس نہٕ روزُن۔

موٗٹھمُت۔ مُشِتہٕ گومُت۔

مَثَل۔ [م۔ موٗل : مَثَل (ع : مَثَل] لوکہٕ دَپُن لوکہٕ وَدُن، لوکہٕ کَتھ۔

مَثَلَن۔ [< ع : مثلاً] مثالہٕ پاٹھی۔

مَثنوی۔ [م۔ موٗل : مثنوی (ع : مثنوی]۔ شاعری ہٕنٛز اَکھ صِنف۔ اَتھ صِنفِ مَنٛز چھُہ پرٛتھ باتَس قافیہٕ بیٛون بیٛون آسان۔ منظوٗم داستان۔

مُج۔ [ن۔ موٗل : مُج < س : مارجکہ/مرجِتہ] دال زمین سوٚترادنہٕ باپتھ اَکھ خاص قِسمُک موٚنٛڈ۔

مُج پھیرُن۔ پھش اَنُن، تباہ کَرُن۔

مُج دِیُن۔ موٚنٛڈ یا پچھ بیتر مدتہٕ زمین سوٚتر کَرُن۔

مجسٹریٹ۔ [موٗل : مجسٹریٹ < انگ : میجسٹریٹ : MAGISTRATE]۔ علاقُک سُہ افسر یُس فوجداری مُقدمہٕ بوزان آسہِ۔ جج۔

مجاز ۱۔ [موٗل : مجاز (ع : مجاز]۔ بااِختیار۔ پانہٕ یختیارِ، یُس کُنہِ کامِک یختیار دِنہٕ آمُت آسہِ۔

مجاز ۲۔ (تصوفٕچ موجب) ظاہری۔ دُنیاوی (عشق)

مجال۔ [موٗل : مجال (ع : مجال]۔ جُرَأت۔ طاقت۔ ہمت۔ کانہہ کام بیتر کَرٕنٕس

مجموعہ۔ [ن۔ مؤل : مجموعہ <ع : مجموعة]۔ یتھ اَندر کینہہ جمع آسہ۔ یتھ اَندر کینہہ سوٗمبرتھ آسہ (شارن ہنز سوٗمبرن)

مجنوٗن۔ [ن۔ مؤل : مجنوٗن <ع : مجنون]۔ ۱۔ موٗت۔ پاگل۔ بادر۔ دیوانہٕ۔ ۲۔ لاکہِ ہُند عاشق یُس موٗت گژھِتھ شُجِہ وُنس پھیوٗر۔ ۳۔ عاشق۔

مجامہٕ۔ ۱۔ اَکہِ قسمچ کَر یا چِنہ ترٛاوِتھ سالہٕ دار ژٕٹُر۔ ۲۔ کاشرِن ہُنز اَکھ کرام۔

مجامی۔ پَچ مہٕ بناوُن یا کُنُن وول۔ یُس سُند پیشہٕ مجامہٕ کُنُن آسہ۔

مُجُل۔ ۱۔ پھیٚنکِن مَنٛز باگُک حِصہٕ۔ ۲۔ شُہُر زیرہ لُس دانٛدس پیٚٹھ شُہرِ پیٚٹھ آسان چھُ۔

مُجلہٕ ژُنُن۔ ہُنس مُجلس پیٚٹھ تاس (یہ آسہ بروٗنٛہہ کالہِ شُرِن سزاہ رُنگی دِوان)۔

مُجُل دُگُن۔ ہُنِس مجلس مُشتُو سیتی دِگہ بار سَروان۔

مجلِس لُدُن۔ ۱۔ کانٛسہ پھیٚنکس پَٹھ ہُد لُر تھُوُن۔ ۲۔ کانٛسہ زبردستی لور سازناوُن بیگارِ لاگُن۔

مُچُھر۔ [ن۔ مؤل : مُچھر <س : مرش]۔ کارِ بارُک مَنٛز، گسُر۔ کارِ بار مَنٛدٕ آسُنچ حالتھ۔ مُچُھر آسُن، گَژھُن۔ کارِ بار یا ہیٚوٗن کُنُن سٔنٛی مَنٛدٕ آسُن۔ کارِ بار کم گژھُن۔

مُچھر دانی۔ [م۔ مؤل : مچھر دانی <ہ : مچھر دانی]۔ جالی یوسہ مُہیو پیٚتھرِ نِش بچاوِ بابتھ چار پایہٕ اَنٛدی اَنٛدی گنٛڈان چھِ۔

مُچھُل۔ [<س : مکشکا + اُل]۔ مُچھو سیٚتی بریتھ۔ یتھ وارِیاہ مُچھ آسن۔

مَحض۔ [<ع : محض]۔ صِرف، فقط، خالِص۔ یوٗتاہ، چھرا۔

مَحَل۔ [م/ن۔ مؤل : محل <ع : مَحَل]۔ ۱۔ مَنٛدور۔ بُڈلر (خاص کرِتھ چھِ محل تَتھ مَنٛدورِ وَنان یتھ مَنٛز بادشاہ روزان آسہ)۔ ۲۔ موقعہٕ۔ فُرصتھ۔ موٗکل ۳۔ گُنجایش۔

مَحَل نہٕ آسُن۔ ۱۔ گُنجایش نہٕ آسٕنی۔ ۲۔ موقعہٕ نہٕ آسُن۔ فُرصتھ نہٕ آسٕنی۔ موٗکل نہٕ آسٕنی۔

مَحلہٕ خانہٕ، مَحلہٕ خانہٕ۔ ۱۔ زنانہٕ خانہٕ۔ زنانَن ہُنٛد کَمرٕ لُر یا مَنٛدورِ ہُنٛد سُہ کُٹھ بیٚترِ یتھ مَنٛز صِرف آسہٕ چھِ زنانہٕ وِدھان بِہان آسن۔ ۲۔ مَنٛدر۔ کوٗٹھ۔

مَحلدار۔ [<ع : محال + ف : دار]۔ جُنگی ہُنٛد

دفترک اکھ مُلازِم۔ گُزر دِل۔

**محلدار بلاے۔** سو زٔ ن یو سہ بد لحاظ آسہِ۔ بُجری دُر۔

**محلدار بکُر۔** محالدار بُتھ۔ کو بُتھ۔ بد بُتھ۔ بد لحاظی۔ محالدار سندی پاٹھی پوٚ ے مُت بُتھ۔

**محو۔** [مؤل : محو (ع : محو]۔ اکہِ سِتی آوُر، مشغوٗل، شُنتھ۔

**محو گژھن۔ محو سپدُن۔** ۱۔ کُنہِ (خیالس بیتر) اَسُن۔ ۲۔ (کُنہِ مُنزٕ) جذب گژھن۔

**محاذ۔** [ن۔ مؤل : محاذ (ع : محاذ]۔ ۱۔ سو جاے، یتِنہِ لُس دوٚن فوجن پانہِ وانی جنگ لگہِ۔ مورچہ۔ لام۔ ۲۔ سرحد یا بیتہ بیتر (خاص) کرِتھ یتِنہِ لُس جنگ سپدِ۔ ۳۔ مُقابلہ۔

**محاذس پیٹھ گژھن۔** جنگ کرنہِ گژھن۔ سرحدس پیٹھ جنگ کرنہِ گژھن۔ لامہِ گژھن۔

**محاذِ جنگ۔** سُہ یُنہِ یتِنہِ لُس جنگ تیلان آسہِ۔ لڑایہ ہنز جاے۔

**محاذ کھڑا کرُن۔** ۱۔ کانسہِ مقابلس ووتھن۔ کانسہِ برخلاف جنگ کرُن۔ ۲۔ (ورگہِ) ہنگامہ لاگُن۔

**محاذ لاگُن۔** مقابلہ کرُن۔ ہنگامہ لاگُن۔ مخالفتہ کرنس پیٹھ کمر گنڈُن۔

**محاسبہ۔** [ن۔ مؤل، محاسب (ع : محاسبۃ]۔ ۱۔ باز پرس۔ پرژھ گار۔ پرسِش۔ ۲۔ خرچُک بیتر حساب۔

**محاسبہ کرُن۔** حساب ہیوٗن (خرچ گامتس رقمس بیتر)۔

**محاصِر۔** [(ع : محاصر]۔ گیبر۔ گیبراو۔ ناکہ بندی۔

**محاصِر کرُن۔** گیبراو تراوُن۔ گیبر تراوِتھ وَتہِ بند کرنہِ۔ ناکہ بندی کرِنہِ۔

**محال۔** [مؤل : محال (ع : محال]۔ نہ بنن، ناممکن۔ یہ نہ سہل سپد تھ ہیکہِ۔ مشکل۔ کژوٚ ڈ۔

**محال آسُن۔** ناممکن آسُن۔ بنتھ یا اَنتھ نہ ہیکُن۔

**محاور۔** [ن۔ مؤل : محاور (ع : محاورۃ]۔ سُہ فقرٕ یتھ لفظی مانے علاوٕ تیُتھ کانہہ بیاکھ یا عجیب مانے تہِ آسہِ لُیس نہ امہِ کین لفظن ہنزٕ پاٹھی لبنہِ آسہِ وان۔

**مُحَبتھ۔** [ن۔ مؤل، حُبت <ع : محبة]۔ لول، ملے، پَژرے، پریم، عشق۔

**مُحَبتی۔** سُہ یُس مَحبتھ دَرناو۔ یُس نٕہ کانٛسہِ سیتی زٕدٕ زۆ کرِ۔ مُرٛ ھیٚل دٔرِ لۆبا میسلہٕ ون۔

**مُحَبتہِ ہِہ رَگہٕ مُژ رَنہٕ پَنہٕ۔** کانٛسہِ کُن ہمدردی دِہ تِلنی۔ کانٛسہِ ہٕندِ لول یُن، جوش یُن۔

**مُحَبتہٕ کرُن۔** کانٛسہِ لول برُن۔

**مُحَبتہٕ گَژھُن۔** کانٛسہِ ہٕندِ دِلس گژھُن۔ عشُن گژھُن۔ گَل گَژھنی۔

**مُحَبتہٕ دَرناوُن۔** کانٛسہِ ہٕنزِ دِے یا لفرقہٕ پٕتھونٕ۔ سارِنٕے سیتی لول دَرناوُن۔

**مَحبوُب۔** [ن۔ مؤل: مَحبوُب <ع : المحبوب]۔ ۱۔ ٹوٹھ۔ یار۔ ۲۔ ماشوق۔ دِلُن۔

**مَحبوُبُ العالم۔** ل۔ م۔ دُنیس دُنی پٔنُک۔ ٹوٹھ۔ حضُن سلطان سُند لقب۔ مخدوم صاَبٕن اَکھ ناو۔

**مَحبوُبہٕ۔** [<ع : محبوبة]۔ ۱۔ ماشوقہٕ۔ ٹاٹھ۔ لولِبر۔ ۲۔ پرٕچھ اَکھ ناو بٕہ۔

**محدُود۔** [مؤل: محدُود <ع : محدود]۔ ۱۔ گنٛڈِتھ۔ بوٚنِتھ۔ یتھ نٕہ ہُرُن پٔرُن پٔد نگ وار آسہِ۔ ۲۔ تنگ۔ دِسی نٕہ۔

**مُحَرم ۱۔** [مؤل: مُحرم <ع : مُحرم]۔ واقِف۔ بیٚزِد۔ واقِف۔ سُہ یُس کانٛسہِ ہٕندِ سرٕن واقِف آسہِ، یُس کانٛسہِ ہٕنز سارِنٕے خبر آسہِ۔ یُس یتی سیٹھا پانہٕ نیاز آسہِ۔

**مَحرمِ راز۔** رازدار۔ سِرٕ نوج سوٗ واقِف۔ بیٚزد۔

**مُحَرم کرُن۔** رازس واقِف کرُن۔ سر کانٛسہِ باوُن۔

**مُحَرم گژھُن۔** واقِف سپدُن۔ زان سپدنٕی۔ اَندرِ مُشترٕ گژھُن۔ سِرس واتُن۔

**مُحَرم ۲۔** [ن۔ مؤل: مُحرم <ع : محرم]۔ ہجری سَنہِ ہِنٛدِ جاہ ورُک گوڈنیک رِیتھ۔ (اتھ رِتَس اَندر چھ کربلاہک جنگ سپدمُت تہٕ تَوٕے چھ اتھ ماتمُک رِیتھ وَنان)۔

**مُحَرمُ الحرام۔** وُچھو "محرم ۲"۔

**محرُوم۔** [<ع : محروم]۔ وُچھو "مُحروم"۔

**مَحشَر۔** وُچھو "مُحشر"۔

**محصُول۔** [ن۔ مؤل: محصُول <ع : محصول]۔ چیزٕن پیٹھ سرکارٕی ٹیکس۔ مال اَتھٕ تَس کٕنہٕ جَس، سوزٕنس یا تھٕونس پیٹھ یمہ بارٕ قونونٕچ مُطابق حکومتس دٕنُن گژھان۔

**مَحضَر۔** [ (< ع : مَحضَر ]۔ کانٛسہِ خلاف مَحلہٕ والین ہُنٛد ایکٕت۔ یِکہٕ دِیِتھ رٕلِتھ مَحلہٕ والین ہُنٛد کانٛسہِ خلاف وَدٕ نَھُن۔

**مَحضَر نامہٕ۔** حاکِمَن ہِنٛدِ دِس تصدیق کرُنہٕ عام لُوکَن ہِنٛز کُنہٕ شکایژ ہُنٛد تحریر۔

**مَحضَر نامہٕ دِیُن۔** ایکٕت کرِتھ (مَحلہٕ والین ہُنٛد) کانٛسہِ خلاف شکایژ ہُنٛد تحریر دِیُن۔

**مَحفِل۔** وُچھِو "مَحفِل"۔

**مَحفوٗظ۔** [ مؤل : مَحفوٗظ (< ع : مَحفوٗظ ]۔ وُچھِو "مَحفوٗظ"۔

**مُحکَم۔** [ (< ع : مُحکَم ]۔ دٔرٕ، مضبوٗط۔

**مَحکمہٕ۔** [ن۔ مؤل : مَحکَم (< ع : مَحکمة ]۔ ادارٕ، کُنہٕ خاص مقصدٕ باپتھ قایِم کرنہٕ آمُت کانٛہہ ادارٕ یا دفتر زیٚتہِ پاٹھی سرکٲری کامِکہ سٕنٛد دفتر، سَرِشتہٕ۔

**مَحکوٗم۔** [ مؤل : مَحکوٗم (< ع : مَحکوٗم ]۔ ۱۔ ژُ۔ یَس پیٹھٕ حکم چلاوِی زِ۔ ماتحت، تابِع یا۔ ۲۔ شہ یَس پیٹھٕ ظُلم سپدِ۔

**مَحلہٕ، مُحلہٕ۔** [ن۔ مؤل : مَحل (< ع : مَحلة ]۔ ۱۔ شہرچ یا قصبہٕچ آبٲدی ہِنٛز کانٛہہ اکھ اکٲیی۔ ۲۔ مَحلکی ساری روزَن والی۔

**مَحلہٕ بوج۔** کانٛسہِ ہِنٛدِ بَنہٕ مَحلک بَناکھ زٕ دُن۔

**مَحلہٕ تُلُن۔** سخ کٔرِ کِہ ناد تہٕ شوٗر ماگُن۔ تِمہٕ شوٗر لاگُن یِتھ پانٛس اَنٛدی پکھی بَسَن والی بوزَن۔ بوڈ ہنگامہٕ کرُن۔ رم:
تمو ژُو ترِتھ زِ مَحلہٕ تُلکہٕ نکس۔

**مَحلہٕ زیٹھ۔** رٔیس یَنہٕ مَحلکہٕ مانٛز اَنٛزراد تٕک بختیار آسہِ۔ رٔیس مَحلَن یَنہٕ طرفہٕ بُتھ حکوٗمت آسہِ۔

**مَحلہٕ گنٛڈُر۔** مَحلہٕ والین ہُنٛد پانہٕ دٕنٛز سُمت۔ کُنہٕ کیتھ با مالس ہِنٛز پیٹھ مَحلہٕ والین ہِنٛز گٔتی موٚکھ۔ کُنہٕ مالس پیٹھ مَحلہٕ والین ہُنٛد اَکی رایہِ ترٛایہٕ کٔین۔

**مَحلہٕ مَحضَر کرُن۔** کانٛہہ تِکا بتھ آسنہٕ کِنہٕ مَحلہٕ والین ہُنٛد کانٛسہِ خلاف ایکٕت کرُن تہٕ سُہ مَحلہٕ اَنٛدرٕ کڈِتھ ژھینہٕ ناوُن۔

**مَحلہٕ مام۔** (ہزلہٕ) مَحلکہٕ طرفہٕ بُتھ لگن دول۔ سُہ یُس مَحلہٕ کِین ساری تی مالَن ہِنٛز یِژ ایژ دَخل آسہِ دِوان۔ یُس پرِتھ مالس مَنٛز زِنٛگ آسہِ ژھنان۔

**مَحلہٕ وٲلی۔** مَحلس مَنٛز روزَن والی مَحلکی بسکین تہٕ دُبہٕ گو: پانٛس اَنٛدی پکھی بَسَن والی۔

**مَخولہٕ۔** [ن۔ مؤل : مَخول (< ]۔ ٹھٹھہٕ۔

**مَخولہٕ زانُن۔** ٹھٹھہٕ باشی زانہٕنی۔ اَہستہٕ یا

منور ورته پہ شہر کرِتھ۔ سہل زاہتھ منساوُن۔
مخولہ کرُن۔ ٹھٹھ کرُن۔
مخولی۔ ٹھٹھ گوٚر۔ چاٹہ گوٚر۔ مسخر۔ اسہ ناوُن۔
مخدوم (صاب)۔ [ن۔ مؤل، مخدوم (ع : مخدوم]۔ حضرت شیخ حمزہ سُند ناو یہنز زیارتھ کوہ ماران پیٹھ چھے۔
مخرجہ۔ [ن۔ مؤل: مخرج (ع : مخرج]۔ بلی کانسہِ کھور رٹت یُہ۔ کام۔ شُر۔ چالی۔ چھل۔
مخرجہ کھارُن۔ چھل کھارُن۔ دش کھارُن۔ ٹُھر کھارُن۔
مخزان۔ [ن۔ مؤل: مخزن (ع : مخزن]۔ خزانہٕ۔ گنجینہٕ۔ گودام۔
مخصوص۔ [مؤل: مخصوص (ع : مخصوص]۔ خاص کُنہ بابتھ۔ کانسہِ یا کُنہ سِتی وابستہٕ۔
مخلوط۔ [ن۔ مؤل: مخلوط (ع : مخلوط]۔ بلہٕ مش دار رلِتھ۔ بہتہ رل آمہ۔
مخلوق۔ [مؤل: مخلوق (ع : مخلوق]۔ پادایش۔ سوئے دُنیا۔ یہ کینژھا خدایَن پاد کور۔ زُو ذاتھ لیہ یہ دُنیا پانس
اندر چھے۔
مخلوقاتھ۔ [ن۔ مؤل: مخلوقات (ع : مخلوقات]۔ یہ کینژھا پاد کرنہٕ آو۔ سارے زُو ذاتھ۔
مخمل۔ [ن۔ مؤل، مخمل (ع : مخمل]۔ ۱۔ روزگار سان اکھ خاص قسمک پشمل کپڑ۔
مخملی۔ [ع : مخمل + ی]۔ ۱۔ مخمل کپڑس بنومُت۔ ۲۔ ملس ہیوہ۔ تِتھے یتھ ملُل آسان چھُ۔ ۳۔ اکھ خاص قسمک کیک یُس کنکہ اٹلس ہیتر تھنہٕ پیٹھ بناونہٕ یوان چھُ یم۔ جافری پوشک اکھ قسم۔
مخمور۔ [ن۔ مؤل: مخمور (ع : مخمور]۔ خمار ہوٚت، مست۔ نشس منز۔
مد مار۔ [ن۔ مؤل: مد (ن : مد]۔ ۱۔ نشہٕ۔ نشاوَر چیز کھینہٕ یا چنہٕ سِتی اُچھن کھوتمُت خمار۔ ۲۔ ژھوکہ۔ کِبر۔ دُزُبز۔ ۳۔ شہ متریپہ بیتر یُس مستس بزیش لگہٕ یا سور بیتر گژھنہٕ رزِ تانگن پزیدان چھُ۔ ۴۔ (دور گیہ پانمی) شراب۔ یہ ترُل چیز یُس چنہٕ سِتی اُچھن خمار کھسِہ۔ تہٕ چے ہوش پانس اتھہ روزِ نہٕ۔

**مَدپان** (مَدٕ پان)۔ مہوٗس بَنٲوِنۍ شراب۔

**مَدٕ روٗس**۔ ۱۔ یُس نہٕ کانٛہہ نَشہٕ آسہِ۔ ۲۔ یتھ یتھ نہٕ نَشہٕ کھسہِ۔

**مَدٕ مازٕ والُن**۔ تیتھہٕ پھٹرٕ اوٚتھ چھنہٕ راوُن۔ تیتھہ دٲلتھ نہٕ کُنہ دِیُن لاوٕ تھوٚن۔

**مَدٕ ماتٕی پری**۔ مستی سان قَدَم مستانہٕ چال۔

**مَدٕ موت**۔ پُرخُمار۔ خُمارٕ ہوٚت۔

**مَدٕ موت یاوُن**۔ خُمارٕ ہُنٛز جوانی۔

**مَدٕ وُسُن**۔ نَشہٕ نہٕ روزُن۔ ہُسُن۔ گَمَنٛڈ پھٹُن۔

**مَدٕ والُن**۔ نَشہٕ ہمراوُن۔ نَشہٕ والُن۔ کانٛسہِ گَمَنٛڈ پھٹراوُن۔ دَگہٕ دَگہٕ والُن۔

**مَدٕ دوٚتھ**۔ یُس نہٕ وَدٕتھمُت آسہِ۔ یُس نہٕ وہہٕ نَشہٕ آسہِ۔ تہٕ ڈیٛنھ گوٚیُس سگہٕ زنٛگہٕ دَبہٕ لوٚگمُت آسہِ۔

**مَدٕ ہوٚت**۔ یُس سخ نَشہٕ آسہِ۔ یُس زھوگُن زوٚہمُت آسہِ۔

**مَدٕ ہوٚش**۔ [ل۔م] بَرٛلیشہٕ لَد ہوٚش۔ ۱۔ سخ مغروٗر نہٕ زبردَس۔ ۲۔ دیٛکھر بلاے یکھ نہٕ پوٚشی زٕ۔

**مَدٕ پھوٚنکُن**۔ سخ نَشس منٛز آسُن۔ تیٛتھ

کینٛہہ وَنُن یا کَرُن زَنتہٕ کانٛہہ فِکری آسہِ نہٕ کھسان مُہ دِیہ تراوُن۔

**مَدٕ کھسُن**۔ ۱۔ اَچھَن تراپہٕ جار گژھُن۔ خُمار کھسُن۔ نَشہٕ کھسُن۔ ۲۔ تیٚز گژھُن۔ گَمَنٛڈ گژھُن۔

**مَدٕ گژھُن**۔ ۱۔ نَشہٕ کھسُن۔ خُمار کھسُن۔ ۲۔ بَرٛلیش ییٚنۍ۔ سعو ر گژھُن۔

**مَدٕ ۲**۔ [ن۔ مؤل، مَد (ع : مَد]۔ ۱۔ دَمہٕ زُنہٕ سِلسِلَک)۔ ۲۔ اَکھ اوٚر اچھُر۔ اَلِفہٕ چہٕ زیٚچھہٕ آوازٕ ہُنٛد نِشانہٕ۔

**مَدٕ ذُمؤل**۔ ہُریساتہٕ۔ تہٕ یٚتھیٚک نہٕ بَرگز تہٕ نؤر روٚزتھ آسہِ۔

**مَدٕ نظر**۔ یہٕ اَچھَن برٛونٛہہ کنہٕ آسہِ۔ یہٕ اَکھین تَل آسہِ۔ یہٕ دِرِشٹھان آسہِ۔ یہٕ دیٚود آسہِ۔ یہٕ خیالس تَل آسہِ۔

**مَدح**۔ [م۔ مؤل، مَدح (ع : مدح]۔ تارٕیف۔ اَستوتھ۔

**مَدَح خٲنۍ**۔ تارٕیف کَرٕنۍ۔ گون گیونۍ۔

**مَدَد**۔ مَدَتھ۔ [ن۔ مؤل : مَدَد (ع : مَدَد]۔ اَتھ روٚٹ۔ پَلزُن۔ اکار بکارُن۔

**مَدَد دِیُن**۔ مَدَد کَرُن۔ پَلزُن۔ بکارُن۔ اَتھہٕ روٚٹ کَرُن۔

**مددگار۔** پلزن وول۔ یُس اکار بکار بییہ یا اَتھ رٹ کرِ۔

**مدکھ۔** [ن۔ مؤل ؛ مدک <س : مادَکہ]۔ اُفیِن رلاوِتھ پانہٕ وُتھرن بنوومت اکھ نشہِ دار جوہر۔ یہ چھ چرس کو پاٹھی چینہٕ یوان۔

**مدم / مدہم۔** [ن۔ مؤل : مدم / ماہم <کا : مدہم <س : مدھیَمہ]۔ سیتار چالِر اکھ ساز۔

**مداح۔** [مؤل ؛ مداح <ع ؛ مداح]۔ گُن گیوَن وول۔ اَستوتھ کرن وول۔ تاریف کرن وول۔

**مدار۔** [ن۔ مؤل ؛ مدار <ع : مدار]۔ ۱۔ گرزہٕ ہیدٕ نیک مَنٛزُل۔ سُہ دایرہ یتھ آندٕ آندٕ گرٛہ پھیران چھ۔ ۲۔ دار مدار۔ وسا۔

**مدار آسُن۔** بوسا آسُن۔ تُھسر آسُن۔

**مدارٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ مدار <ف : مدارات <ع ؛ مداراة]۔ مٔنٛڈِ مٔنٛڈِ ؛ دِلاسہ۔
**مدارٕ کرُن۔** مٔنٛڈِ مٔنٛڈِ دِین، دِلاسہ دِین۔ تسلا دِین۔

**مدٕی۔** [مؤل : مدٕی <س ؛ مدٕیَہ می]۔
سُہ نِیِن مدم (ساز) دایِن تمکان آسہ۔ یُس مدم وایہ۔

**مداری۔** [مؤل ؛ مداری <س ؛ مداز]۔ بازیگر۔ تماشہ باوَن وول۔

**مدُن** [ن۔ مؤل ؛ مدن <س ؛ مدنہ]۔ ۱۔ کامہ دیو۔ ۲۔ تہ ڈیٛتھ گژھ خوش یوٗن تہٕ شکیل ماشوق۔ سُہ یُس تنٛز پرے آسہ نہٕ یَس اندٕ گون بیٚزی ز۔

**مدنوار۔** دِلبر۔ ماشوق۔ یُس پیٹھ دِل لوگمُت آسہ۔

**مدٕنی۔** خوشبوٗنی تہ آری منٛز ڈزنی)۔ سو یوسہ دِل مُہتھ رٔنیہ۔ نازنین۔

**مدیان۔** [ن۔ مؤل ؛ مدیان <س ؛ مدھیانہ]۔ مٔندٕ چھن منٛز دزہ۔ ڈیٛہرک دق۔
مدیان وچھُن۔ جوتشس اندٕ رق گنٛزرادنہٕ باپتھ منٛز ڈیک وُدیٛتہ گنٛڈُن یا معیاری دق وچھُن۔

**مدرسہ۔** [ن۔ مؤل ؛ مدرس <ع : مدرسة]۔ سبق پراٹھ ہال۔ سو جاے یتہِ شُر بیتر پرنادنہٕ آسن یوان۔ سوکول۔
**مدرسس لڑکہ۔** سُہ شُر یُس سوکلس اندٕر پران آسہ۔

مَدفَن ۔ [ن ۔ مؤل : مَدفَن < ع : مَدفَن ] ۔ قبر
یِتھ یَتھ کانٛہہ دَفن آسہِ ۔ ژوٗرا و نیچ
جاے۔

مَدکی ۔ [ مؤل : مادکی < س : مادک+ی ] ۔ یُس
مُدکہ نَشہٕ کران آسہِ۔

مَدنی ۔ [ مؤل : مُدنی < ع : مدنہ ای ] ۔
۱۔ مدینُک ، مدینہٕ زامُت ۔ مدینہٕ
پیٹھہ آمُت ۲۔ اکھ کزام ۔

مَدہوش ۔ [ مؤل : مدہوش < ع : ۔ ہوش ] ۔
۱۔ مست نَشس منز ۔ ۲۔ بےہوش ۔
مَدہوشی ۔ مستی ۔ نَشہٕ ۔ خُمار ۔

مُڈگاڈ ۔ [ ن ۔ مؤل : مڈگاڈ < انگ : مڈگارڈ
MUD-GUARD ] ۔ بایسکلک ۔ یا گاڈِ
بیتر ہِنٛد سُہ حِصہٕ یُس پَیس پیٹھہ
لاگنہٕ آسان چھُ تہٕ رب بینہ رُکاوان چھُ ۔

مَذاق ۔ [ ن ۔ مؤل : مَذاق < ع : مَذاق ] ۔
۱۔ ٹھٹھہٕ ، مخول ۔ ۲۔ ٹھابہ ۔ اَپزٕ ے
تُسلا ۔ ۳۔ ہیمر ۔ ۴۔ یہ تہٕ اَچھُن لایق
آسہِ ۔ ۵۔ ( علمی ادبی ) ذوق ۔

مَذاق کَرُن ۔ ۱۔ مخول کَرُن ، مُسرا ژُن ۔
۲۔ تیتھ کینٛہہ کَرُن یا دیُن یہ ٹھٹھس
برابر آسہِ ۔ ۳۔ بے قدری کَرٕنی ۔
پروا سے نہ کَرُن ۔

مَذاق گژھُن ۔ ۱۔ موئس گژھنہٕ یہ ووہید
آسہِ تہ نہ بَنُن ۔ ۲۔ ہلو پِتھ ہیٛن ۔ پالش
گیتا ہتام بوزٕ نہ یُن ۔

مَذاقی ۔ [ مؤل : مذاقی < ع : مذاق + ی ] ۔
ٹھٹھہٕ باز ۔ مذاق کَرَن وول ٹھٹھہٕ
مسخری کَرَن وول ، مُسراوَن وول ۔

مَذکوری ۔ [ مؤل : مذکور < ع : مذکورہ + ی ] ۔
عدالتُک سُہ مُلازِم یُس سَمَن بیتر
تامیل کَرناوان چھُ ۔

مَذہَب ۔ [ ن ۔ مؤل : مذہب < ع : مذہب ] ۔
دین ۔ مت ۔ دَرم ۔
مَذہَب پالُن ۔ دینس پیٹھ بِکُن ، دینہٕ چہ
کامہٕ کَرنہٕ ۔ نیکی کرٕنی ۔
مَذہَب دار ۔ مذہب زانَن وول ۔
مذہب پالَن وول ۔

مَذہبی ۔ [ < ع : مذہب + ی ] ۔ ۱۔ مذہبُک ۔
مذہبہٕ مؤجب ۔ یتھ یا یُس کنہٕ مذہبس
سیتر واٹھ آسہِ ۔ ۲۔ دین دار ۔
۳۔ سُکھن ہِنٛد اکھ فرقہ ٹھِنیُو ۔

مَذہَر ۔ [ ن ۔ مؤل : مذہر < ع : مظہر ] ۔
( گورگہ ) دوباہ ۔ تپاڈ ۔ کون ۔ مرچ

مُذہرِلَد۔ دہ بازَد۔ لِس تپالی آئِر آسہ۔ یہ چھُ سانسہ دہ ہوتہ نفرٕ پرٕ ژھی دنان۔

مُذہر ووٗتھُن۔ دہ با دہ نتھُن۔ کون ین۔ مُرِچ ہیٚز۔

مُذہرِ یُن۔ دہ بایُن، تپالی ہیٚز۔ یہ چھُ دہ ہیو پاٹھی وَنان۔

مَرِٹھ ۔۔ ٥

مَرپھیر۔ [وُچھو "مَروانہٕ"]۔ گوڈکینہٕ کرُن تہ پَتہٕ نہ پھُٹہ ہنیو کو ٹھپو کرُن۔ کینہٕ بٲگرِتس کیٚت لُکہ امبہٕ ناوِنی۔

مَرِ ٹھ۱۔ [‹س: مَٹھ]۔ ۱۔ علاقہٕ، صوبہٕ۔ زٔمین۔ ۲۔ گرِ، ادل ہیتر۔

مَرِ ٹھ۲۔ [ن۔ مؤل: مَر ‹س: مَٹھ]۔ روزُن جلے، ٹھِکانہٕ۔

مَرِس ژونگ دزُن۔ ہمتہ کُن اولاد ہیتر روزُن، شُرد مُرد سٕندی کنہ گرِ آباد روزُن۔

مَراز۔ [ن۔ مؤل: مَراز ‹س: مَڈو راجیہٕ]۔ کٲشِیر ہٕنز وآدی ہُند سِری نگرہٕ ہیٚور کُن جونوٗبی حِصہٕ، اَتھ یک برٕ ذنٹھیتُم ناوچھُ مَڈو راجیہ اوسمُت۔ مُ: کمراز۔

مُراسلہٕ۔ [ن۔ مؤل: مراسل ‹ع: مراسلة]۔ خط پتر، چِٹھی۔

مُراقبہٕ۔ [ن۔ مؤل: مراقب ‹ع: مراقبة]۔ کُنہ نوترتھ دیان (فکر)۔

مُراقبس بِہُن۔ دیان کرُن۔ کُنہ نوترتھ وُظیفہٕ ہیتر پرُن۔

مَرازی۔ [مؤل: مَرازی ‹وُچھو: مراز]۔ مَرازک: یتھ پایس مَرازس سیتی واٹھ آسہ۔ مرازٕ دہ پدٕ یومُت۔

٥ ۔ مَرِ ۱۔ [‹ع: مرۃ]۔ گرٕنز ہُند اکھ پوت لوگ۔ لگ بگ۔ اکھ سٹھ پانٹی۔ ہیوٗہ۔ پھِر۔ ہم: اَٹھ مرِ، دلہ مرِ ہیتر۔

مَرِ ۲ ۔ ٥، مَرمَر۔ [مؤل: مَر ‹س: مُر + مُرا]۔ ۱۔ واریاہن لُکن ہُند اکھ اکس پَتہٕ مرُن اکِنہ ناگہانی بیمارِ ہیتر سببہٕ۔ ۲۔ مرِنہٕ سر۔ مَرنُس تیار۔

مُرمُر۔ مُرنگ بہ۔ (کانسہ) مَرنس کُن ہومُت آسُن۔

مُرمُر اَژُن۔ مَرنس کُن ناوُن۔ مُرنگ بہ اَژُن۔

مُرمُر گژھن۔ مرُن۔ مُرِتھ گژھن۔

مَرمَر ناگُن۔ مَرنس کُن ناوُن، مَرنس واتُن۔

مرنہٕ سرٕ آسُن۔

مَرد۔ [ن۔ مؤل، مَرد (ف ا مرد]۔ ۱۔ مُہنِیُو، زٕون۔ مَنُش۔ ۲۔ بُہودُر، دِلیر۔

مَردٕ بٕنُن۔ جوٗرٕ تہٕ ہاوُن۔ حوصلہٕ تھوُن۔

مَرد لاگُن۔ حوصلہٕ کرُن۔ ہِمتہ کرٕنۍ۔

مَردِ خودا۔ بُزرگ۔ دَرویش۔

مَردِ کامِل۔ کمالس ووتمُت (بُزرگ)۔ کامِل اِنسان۔ پٔرتھ رَنگہٕ پوٗختہٕ تہٕ باصلاحیتہ مُہنِیُو یُس نہٕ کُنہٕ رَنگہٕ تہٕ کمی آسہٕ۔

مَردِ مَیدان۔ بُہودُر۔ بلہٕ وِیر۔

مَردِ مُجاہِد۔ بُہودُر۔ نِڈر۔

مَردِ مومِن۔ ایماندار مُہنِیُو۔ پٔزۍ پور مُسلمان۔

مَردٕ زَن۔ مَرد تہٕ تہٕ زَنانہٕ تہٕ۔ زُنۍ کھیوٗ زَنہٕ تہٕ ڈِیتھ گوسارۍ، پٔرتھ کانٛہہ۔

مَردٕ مُہنِیُو۔ وُچھِو "مَرد"۔

مَرٕژ۔ [ن۔ مؤل؛ مَرٕژ (س؛ مَرِچ]۔ اَکھ قِسمُک خوشبوٗدار تہٕ مَرٕتلہٕ ٹیوٗٹھ دانہٕ یُس اَکِس کُلہٕ نیران چھُ۔

مَرٕژ زاپُن۔ ژکہٕ مَنٛز سِنٛز کرِکہٕ دِنہٕ، پھوشنہٕ سیٹھاہ شور مچٛنہٕ تُلُن۔

مَرٕژ مَتھُن۔ پھوشنہٕ سیٹھاہ یان پٔژُن۔ سر کرِنہٕ بٔتھ بیترِ لاگُن۔ شرارتس مَنٛز شور تُلُن۔

مُہ امیٖتر مَتھنۍ۔

مَرٕژ پوٗنٛد۔ تکبُر۔ کِبر۔ گنٛڈ۔ نشہٕ۔

مَرٕژ پوٗنٛدٕ تراونہٕ۔ پھوٗنکُن۔ دَبدبہٕ ہاوُن۔ نشہٕ ژھٕنُن (ریاسس کھوتہٕ کَم پایِن پیٹھ)

مَرٕژ پھلس سوٗمب۔ سیٹھاہ لوکٕٹ۔ پیوٗنٹ۔

مَرٕژ پھوٗل۔ (وَرگہٕ) تیز مِزاز۔ وُزُل۔

مَرٕژ ٹٔنٛچھر۔ (وَرگہٕ) تبیہہ۔ شرارتہٕ مَنٛز یا عادتہٕ کِنۍ مومُلی کتھن بیترِ پیٹھ وُٹھۍ وُٹھو گژھنچ حالتھ یا عمل۔

مَرٕژ گاسہٕ۔ اَکھ وُہنۍ گاسہٕ ذاتھ یتھ مَرٕژہٕ ژھٕنکہٕ آسان چھُ، یہٕ چھُ میٖنادٕ داگس دوا لگان۔

مَرٕژ گوسونۍ۔ (وَرگہٕ) تیز طبیعتہٕ۔ تَوہٕ تیٖکہٕ شُر۔

مَرٕژ مچُن نابدٕ کُنہٕ ڈُکھہٕ آسنہٕ۔ کانٛہہ گُذارہٕ آسُن۔ کُنہٕ رَنگہٕ نہٕ کانٛہہ وِشمے آسُن۔ پٔرتھ کانٛہہ چیز اُتل گتل آسُن۔ دِیار پیٖنٹھو گاہتی آسُن۔

مَرٕض۔ [ن۔ مؤل: مَرٕض (ع: مرض]۔ ۱۔ بیمارۍ۔ دود۔ مُشرَر۔ ۲۔ ناکارہ عادتھ۔ ہال۔ چینکی۔ ژاد۔

مَرضہٕ لَد۔ ۱۔ یُس کانٛہہ ڈٔلِتھ بیمارٕ آسہِ۔ یُس وُلتھ دود آسہِ۔

مَرگ[1] [ن۔ مؤل : مرگ < ف : مرگ ]۔ ۱۔ موت۔ اَجل۔ قضا۔ ۲۔ کانٛسہِ ٹاٹھِس ہُنٛد مرنُک دوکھ۔

مَرگ پھُرُن۔ کانٛسہِ ہُنٛد مرنہٕ سیٖتۍ سخ صدمہ سپدُن۔ وُجارِ گژھُن۔ تَباہی گژھنۍ۔

مَرگ رٹُن۔ کانٛسہِ ہُنٛدِ مرنُک دوکھ رٹُن۔

مَرگہِ مفاجات۔ اَلِہِ غافَن موت۔ ہَنگہٕ مَنگُک موت۔

مَرگہِ لُوٗنۍ۔ کُنہِ گَرِچ سو بُڈ زنانہٕ یَمِہ (یا یَس برٛونٛہہ) پَننہٕ نین واریاہَن ٹاٹھین ہُنٛدۍ جنازٕ وُچھمتۍ آسن۔

مَرگہِ زَدٕ مَرگہِ لَد۔ یُس مَرگ پھوٗرمُت آسہِ۔ یُس کانٛسہِ ٹاٹھِس سنٛز دگ آسہِ۔

مَرگہِ ویُوت۔ دوکھہٕ لَد۔ سُہ یُس کانٛسہِ ٹاٹھِس سٕنٛدِ مرنُک سخ دوکھ آسہِ ووتمُت۔

مَرگہِ ہیُوت۔ دوکھہٕ لَد۔ سُہ یُس کانٛسہِ ٹاٹھِس سٕنٛدِ مرنُک سخ دوکھ آسہِ ووتمُت۔

مَرگ[2]۔ [م۔ مؤل : مرگ < س : مارگہ]۔ بالس پیٹھہٕ کُنہِ سونٛٹہٕ گاسہٕ مادان۔ نَے۔

مُرِم۔ [م۔ مؤل : مَرم < س : مَرِمَہ ] ۱۔ جسمکہ کُنہِ تانٛگ سُہ نوزُک جایہِ یتھ کینٛہہ دکانہٕ گژھنہٕ سیٖتۍ مرنُک خطر آسہِ۔ ۲۔ کُنہِ کتھِ ہُنٛد اَصلی تہٕ کھٕٹِتھ لمنۍ۔ گُپتہٕ سارٕ۔ ۳۔ کانٛسہِ ہُنٛد اَندرُون، اَندرُونۍ رائے یا اَصلی اِرادٕ بیتر۔

مُرُن[1] [ن۔ مؤل : مَر < پراکرت : مڈھ < س : مرشٹہ ]۔ (مایہِ بیتر سیٖتۍ کینٛہہ کُنہِ سیٖتۍ) چپان کرُن یا لاگُن۔

مُرُن[2]۔ [ن۔ مؤل : مَر < س : مَرنہ ]۔ ۱۔ شاہ کھسُن بنٛد سپدُن۔ یمہٕ عالمہٕ گژھُن۔ زُولِنہٕ گژھُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) سخ زُو ژٹُن، سخ میٖتمنتہٕ کرٕنۍ۔ ۳۔ (کانٛسہِ پتھ) نِدائیدُن۔ دِل لگُن۔

مَرَن گَر۔ مرنُک وَق۔ موتُک سَے۔

مَرَن نِشانٛگ۔ مرنہٕ برونٛہہ زُوکھسنُک وَق، ییٚلِہ کالُس زُوکھسُن یا کانٛہہ مرنہٕ سر آسہِ۔

مَرَن وان۔ (کانٛسہِ ہُنٛدِ) مرنٕچ شاوٕے گژھنۍ یا اَفواہ پھٲلنۍ۔

مَرَن وان پیٚنۍ۔ (کانٛسہِ ہُنٛدِ) مرنٕچ افواہ یا شاوٕے گژھنۍ۔

**مَرَن وِزِ۔** مَرنک ترُیہ، موتک وقت۔

**مَرُون۔** ۱۔ مَرنَس ودیمت، یَس زُو کھسان آسہِ۔ ۲۔ سخ مُلیل۔ گُزر ثوٗمت۔

**مَرہاتہٕ گرکُس تھاوُن۔** تہٕ گو اِنسانَس چھہِ شرُہ، یا آزن ہیٚنہ کی تیٚشر ذمہٕ داری سَکلَس پیٹھ آسان زِ مَرِنہٕ کِس دَمَس تام تہٕ چھَس نہٕ تمَن ہٕنٛز فکر ترٛاوان۔

**مَرُن چھُ۔** یہ چھہِ تمہ وِزِ ونان ییٚلہِ کانٛہہ کُنہِ شکہِ ہٕنٛزِ باوَتھ کرنَس مجبوٗر گژھہِ۔ تہِ دُیتھ گو، پوٚزنے وَنہٕ تہٕ دوٚیمس عالمَس منٛز چھُم جواب دِیُن۔

**مَرُن زانُن۔** موت ژیٚنَس تھاوِتھ رٕژِ دَتہِ یکُن۔ گو نہک ثواہک خیال تھوٗتھ کینہٕ کرُن۔ کُنہٕ کامہِ بیتر منٛز مساوی نہٕ زانُن۔

**مَرُن زیٚوون۔** دوٚکھ تہٕ شادی۔

**مَرُن زیٚوون بدستہٕ خُدا۔** تہٕ دُپتہ گوٚ: مرنَس تہٕ زیٚنَس اَندر چھُنہٕ اِنسانَس کانٛہہ یخیتار۔ یہ چھُ خُدایس تام۔

**مَرَن ماشرِتھ۔** وُچھو "مَرُن مَشرِتھ"۔

**مَرَن مُشرِتھ۔** ۱۔ مَرُن مُشرِتھ یا مَرنک خیال ترٛاوِتھ۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) کانٛہہ کام کارتمہ اَنمانہٕ کرُن زَنتہٕ اِنسانَس مَرُنے چھُنہٕ۔ بےپروا پاٹھی کینہٕ کرُن۔ گو نہک ثواہک خیال تھوٗنے کینہٕ کرُن۔

**مَرُن مُشرِتھ بہُن۔** ۱۔ بُکرِ ذِکر روٗس آسُن۔ دوہ کھَن بیترِ یہ زیادٕ سُتُن۔ ۲۔ تمہ پاٹھی دُنیا یَس لوٗر روزُن زَن نہٕ مَرُنے آسہِ۔

**مَرُن مُشرُن۔** ۱۔ موتک یا مَرنک نہٕ کانٛہہ خیال تھوُن۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھی) کینٛہہ نہٕ پرواہی کرُن تہٕ پننِس کامہِ کارَس سیٚتی مشغول روزُن۔

**مَرنَس نہٕ فرصَتھ آسٕنۍ۔** کُنہٕ کامہِ اَندر سخ آوُر آسُن۔

**مَرنَس نہٕ وار آسُن۔** سیٹھا بڈ ذمہٕ داری کٔلَس پیٹھ آسٕنۍ۔

**مَرِنہٕ پیٚون۔** ۱۔ (کُنہِ مُصیبتہٕ موجُب) ۱۔ سیٹھا سختی گژھٕنۍ۔ بُرحالتہٕ گژھٕنۍ۔ ۲۔ (خوف کِنی) لاچار گژھُن۔

**مَرِنہٕ سُر۔** مَرنَس تیار۔

**مَرِنہٕ کِس دَمَس تام۔** یوٚت تام مَرُن واتہِ۔ ییٚمہِ ساتہٕ مَرِ۔ سارِ وآنٛسہِ۔ دُمبر دُران۔ ہمیشہِ۔

مَرِنِنۍ دِیاَنۍ۔ موتِنۍ نٹھ۔ مَرنیچ پَریشانی۔

مَرِنِنۍ زھرٗ ٹھ۔ ۱۔ موتنہٕ نٹہٕ وِدٕ تَل بُجہِ بگرنہٕ۔ ۲۔ (اُرگہ پاٹھی) اُمیچٕس منٛز پکسیپتہٕ بندِ زُرٕنگ۔

مَرِنِنۍ کبرٕن۔ ۱۔ کوٚ کبرٕن۔ ۲۔ ٹاٹھنیارٕ کِنۍ تیبٕز شُرِس بلاے دوٗر کرنہٕ باپتھ دِنان۔

مُرِتھہ۔ [(س، مرِتُا)] مَرنہٕ پتہٕ۔ بیٚیہِ عالمہِ گژھتہٕ یا گژھنہٕ پتہٕ۔

مُرِتھہ گژھن۔ مُرُن، گژھن۔

مُرِتھہ مَرتبہٕ۔ زِندٕ زُوس مازنہٕ بدل مَرنہٕ پتہٕ بُہ کھارُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کاٗشِہ ہُند بجر تھہ باسُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کاٗشِہ یِزتھ اَفزاٗیی کَرٕنۍ۔

مُرِتھہ مَرتبہٕ ہُرُن۔ (کاٗشِہ) زِندٕس نہٕ پرٕزٕ ژھن امابوٚز مَرنہٕ پتہٕ کھام کھارُن۔ مَرنہٕ پتہٕ کاٗشِہ ہُند بجر تھہ باسُن۔ چھہ تمہٕ ساتہٕ دِنان یِیلہٕ کاٗشِہ بنٕ زِندگی منٛز رَنگہٕ رَنگنہٕ موٚحتاج آسہٕ روٗدمُت امابوٚز یِیلہٕ مَرِتھ گَرٕس گژھ گاہ ــــ

مُ: زِندٕس نہٕ سوٗر ساس مُرِتھ اُملاس۔

مُرِتھہ یُن۔ مُرلِس وآتھہ تہٕ بیٚیہِ جیسرُن۔ سگُنہٕ سیخ دلہٕ یا حاآدی تہٕ بیترِ کلہٕ بُچھن۔

مُرِنۍ باَگ۔ مَرنیچہِ عَلاماژ۔ موتنۍ آثار۔

مُرِنۍ باَگ زبنۍ۔ مَرنٕکۍ نِشانہٕ یاد گژھنۍ۔ مَرنیچہِ عَلاماژ ظاہر گژھنہٕ۔ موتنۍ آثار آسنۍ۔ (وَدہ ہو بُرژھی تہٕ دِیان)۔

مُرِنۍ دراہ / مُرِنۍ وِداٗنۍ۔ یا بہٕ کِنٛشٕر ھا پِنہٕ کرٛیا کرمہٕ باپتھ بتہٕ کھۆ نکھوٚنہٕ ییہ۔

مُرِنۍ نِنگ۔ مَرنیچ وِز۔ مَرنک ساتھ۔

مُرِنۍ نِنگن۔ مَرُن وِز۔ ہران تِراوُن وِزِ۔

مُرِنۍ وان۔ (کاٗشِہ ہِندِ) مَرنیچ افواہ یا شاوٚے۔

مُرِنۍ وان پیٚنز۔ (کاٗشِہ ہِندِ) مَرنیچ شاوٚے گژھنۍ یا افواہ پھاٗلنۍ۔

مُرِنۍ وِناَنۍ۔ اَخراجاتھ بیترِ کوٚیہ کرمہٕ باپتھ سمباٗلِتھ تھوٚنہٕ یِن۔

مُرِنۍ ووٚنۍ۔ ۱۔ یُہ آب یُس جِنہٕ مُرِ زِ۔
رم: اَمی کیاہ مُرِنۍ ووٚنۍ جِنہٕ چومُت۔
۲۔ (اِہرگہ) مَرنک بَہانہٕ۔ موٚتک زرٕ۔

مُرِنۍ ووٚنۍ چومُت آسُن۔ تلہٕ موٚتک زر آسُن۔

مُرۍ مُرۍ۔ بدٕ مُشکِلن۔ زورٕ زارٕ۔ رم: مُرۍ مُرۍ دِژا بہٕ تَس کوٚ بجوٚتس کُل ترٛنے رُہ بیہ۔

مُرۍ مُرۍ زُوُن۔ سیٹھاہ مُشکِلہٕ سان زِندگی

گزارُن۔ ۳ اَنسہِ اَندر سیٹھاہ مُشکلاتھ
پیٚتھی یا بیمارین اندر گُمبر گژھن۔

**مُری مُری ئُن۔** ۱۔ واریاہ لٔژ مرنہٕ سۭتۍ آسنہٕ تہٕ بچُن۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) ییٚتہِ پیٹھہِ : کانٛہہ وۅں سیٹھاہ ہے آسہِ تہٕ پھیرتھ یِن۔ مُشکلو مَنٛز بچِتھ نیرُن۔

**مَرُون۔** [ن۔ مۆل : مَرُون < انگ : مرُون : MAROON ]۔ مولہِ رَنگ۔

**مُرید۔** [ن۔ مۆل : مرید < س : مرِدا] چِژنہٕ۔

**مُرید رِکھ / مُری دِ رِکھ۔** ۱۔ حدبندی باپتھ ترآد مٔژ چِژنہِ رِکھ۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) جایہِ نِشہِ ہلنس ڈلنس ٹھاکھ۔ حِصار۔

**مَرابضہ۔** [ن۔ مۆل : مَریض < ع : مرض] مرضہٕ ماند۔ عادتِ بد۔

**مَرتَبانہٕ، مُرتابانہٕ۔** [ن۔ مۆل : مَرتبان، مَرتابان < ف : مرتبان ۔ مُ : س : مِرت + بھانڈ] مِیٹژو یا چیٚنو رَوغن دار اَکھ خاص قِسمُک بانہٕ۔

**مَرتَبہٕ۔** [ن۔ مۆل : مَرتَب < ش : مرتب رُتبہ ]۔ تھزر یا بۆجرُ پوُر، درجہ۔ ہَد۔

**مَرتَبہٕ کھارُن۔** ۱۔ ہَد کھارُن۔ درجہ بڑراوُن۔

مُخرجہ کھارُن۔ کمام کھارُن۔ چاگی کھارُن۔

**مَرتہلوکہ۔** [ن۔ مۆل : مَرتہلوک < س : مرتیہ لوک]۔ دُنیاے فانی۔

**مَرثیہ۔** [مَرثیہ < ع : مرثیۃ]۔ شأیری ہُنٛد اکھ صنِف۔ یُس باتھ یتھ منٛز کانٛسہِ ہنٛدِ مَرنک یا شہادتُک بیان آسہِ۔ خاص کٔرِتھ یُس نظم یتھ منز کربلاکین شہیدن ہنٛد شہادتہٕچ واقعہ درج آسن۔ ماتم۔ ماتمس پیٹھ دِنہٕ یِنہٕ واجہٕ ویداکھ۔

**مرثیہ خانی۔** مرثیہ پرُن۔

**مَرثی۔** وُچھو "مرثیہ"۔

**مَرثی کَرٕنۍ۔** ماتم کرُن۔ وَدکھ ہیوٚن۔

**مَرحبا۔** [< ع : مرحبا]۔ شاباش۔ یِچھ تمہِ وِزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ کانٛسہِ ہنٛدِ گوُ کمِنہٕ کَرِ۔

**مَرحلہٕ۔** [ن۔ مۆل : مَرحل < ع : مرحلۃ] کانٛہہ کَرُڈ سفر۔ کریٹھ کام، مُشکل، دُشوأری۔

**مَرحلہِ پیوُن، یِن۔** کانٛہہ کریٹھ کام پیش، دُشوأری یِنۍ۔

**مرحوم۔** [مۆل : مرحوم < ع : مرحوم]۔ جنتی۔

سودرگہ واسی۔

مَردانہ۔ [ < ف: مردانہ ]۔ ۱۔ مَردَن ہُنُد، مَردَن لایق۔ ۲۔ بہودُر پَنٛدی پاٹھۍ۔

مَردانہ وار۔ مَردَن ہِنٛدی پاٹھۍ۔ بہودُر پاٹھۍ۔ نِڈر پاٹھۍ۔

مَردانگی۔ [ < ف: مردانگی ]۔ ۱۔ مَردِیتھ، مَردَس جِنسی جِس آسُن یا سود آسُن۔ ۲۔ بہودُری، دِلیری۔

مَراوُن۔ [ن۔ مؤل: مراو < س: مَردنہ ]۔ ۱۔ پھُش دیُن، کینہٕ مَلُن، مَتھُن، نرماوُن۔ ۲۔ گَبہٕ اَتھ (یاہ بیتر)، برزاوُن (ایکو بیتر)۔

مَرداونہٕ یُن۔ پھُش لَگُن، مُہناونہٕ یُن (یِچھہٕ بیتر یِک موکھ)۔

مَردِیتھ۔ [م۔ مؤل: مَردِیت < ف: مرد ]۔ وُچھِو "مردانگی"۔

مَردی۔ [م۔ مؤل: مردی < ف: مردی ]۔ ۱۔ مَرد آسُن، مَرد آسُنک طاقتھ۔ ۲۔ بہودُری۔ دِلیری۔

مَردُم۔ [ن۔ مؤل۔ مَردم < ف: مَردُم ]۔ عام لُکھ۔ اِنسان۔

مَردُم آزاری۔ لُکَن تکلیف دیُن۔ لُکھ سَتاوُن، تنگ کَرُن۔

مَردُم شَناس۔ اِنسان پَرچھانن ووُل۔ رُت تہٕ بَد انسان پرچھانن ووُل۔

مَردُم شُماری۔ لُکھ گَنزرُن۔

مَرُدن۔ [ن۔ مؤل: مَرُد < س: مَردنہ ]۔ مَلُن، مَتھُن۔ کَنیک پھُش پھُش دیُن۔

مَردوٗد۔ [مؤل: مَردوٗد < ع: مردود ]۔ ۱۔ یہ رَد کرِتھ آمُت آسہ۔ تِرٛووُمُت۔ تراونہٕ آمُت۔ ۲۔ ناکارہ، ذلیل۔

مَرژہ پیٖپنہٕ۔ [م۔ مؤل: مَرژہٕ پیٖپنہٕ < س: مَرت + پِپ پِپ آوازِ پیٹھ ]۔ ۱۔ اکھ گاڑی شکلِہ اَکہ قسمُک کَتُرو سِیٹی۔ ۲۔ اَکہ قِسمُک گِنٛدن تماشہٕ یُس تزناونہٕ یوان چھُ۔ اَکہ قسمُک بَرہ بَتھِنی۔ ۳۔ سُہ یُس نہٕ اَکِس جایہِ قرار آسہ۔ جایہ جایہ پھیرن واجینۍ۔

مَرژہ ویٚل۔ [م۔ مؤل: مَرژ < س: مَرچ ]۔ پھوپُنہٕ ژورٕنۍ۔ ژُکہ آسنۍ۔ پھِھنۍ۔

مَرژہ وٚل۲۔ واٹُھ کُرُس۔

مَرژہ وانگُن۔ [ن۔ مؤل: مَرژہ وانگُن < س: مَرچہ + واٹنگنہ ]۔ ۱۔ زِ بِچھہ گوژ شکلہِ اَکہ خاص کُلیک پھَل یُس سبزی تہٕ بیٛنہِ ذَیِن بیترِ نیٖچھہ باپتھ تُراوان چھُ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) تیز طَبعی ہنہ ووُل۔ ترٛوش مِزازٕ ووُل۔

**مَرٕز واٹگُن قورمہٕ۔** مَرٕز واٹگَن شیٖرس پیٹھٕ تیار کوٚرمُت اَکھ سیٖتُن۔

**مَرٕز واٹگُن لگُنی۔** ۱۔ کانٛہہ کتھ بیٚترٕ ناگوار گژھنی۔ برداش نہٕ کَرُن۔ ۲۔ اَکِس جاہِ پٮ۪ٹھ قرار نگُن۔

**مَرضی۔** [م۔ مؤل ؛ مَرضی < ع : مَرضی]۔ کٲنٛسہِ سٕنٛز دِلس اندر کانٛہہ ہُنٛز پٔنٛنی رأے۔ خٲہش۔ رِضا۔

**مَرضی آسنی۔** خوٚشی آسنی۔ کُنہِ کتھِ پٮ۪ٹھ رٲضی آسُن۔

**مُرضہٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ مرض < ع : مرض]۔ وُچھو "مرض"۔

**مَرضہٕ دِلو۔** عادتِ بد۔ عأبِ بد۔

**مَرضہٕ لاگُن۔** عادتہٕ بد لاگُن۔ ناکارٕ بَل گژھنی۔

**مُرغولہٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرغول < ف : مَرغول]۔ پیٖچھ۔ پیٖچہِ لاٹھ۔

**مُرغولہٕ پھیرُن۔** پیٖچھ پیٖنی۔ مروڑ پیٖنی۔ دوٚرگہ پاٹھی اَکھ کتھ وَنُن کَرنس نہٕ دوہ ثہدِ یُن یا ژھَرٕ مٕنٛز لگُنی۔

**مَرکبان۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرکبان < ع : مرکبت]۔ مٔٹ ووِل۔ گُرِ ہٕنٛدِ کھَرن ہنٛز ہُرٕ بوٚر سأرِن ووِل۔

**مرکز۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرکز < ع : مرکز]۔ ۱۔ (دأیرٕک بیٚترٕ) مٔنٛزیمُہ نوقطہٕ۔ ۲۔ سیٚنٛتر۔ ۳۔ صَدرٕ مُقام۔ سُہ عَلاقہٕ یا جاے یوٚت نَس پٔرتھہ طرفکو لوٗکھ واتان آسن۔ ۴۔ سینٛٹرَل۔

**مرکزی۔** سینٛٹرک۔ منٛزباگُک۔

**مَرگُزار، مَل گُزار۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرگُزار، مَل گُزار < س/ف ؛ مر+ف؛ گُزار۔ یہِ لفظ چھُنہٕ مرغزار]۔ قبرستان۔ سُہ جاے یتھ موٗرٕدن دٔفناوان۔

**مرگُزارٕ پٮ۪ٹھی آمُت آسُن۔** بُڈہٕ بیمارٕ آسُن۔ ردٕ مُت بیوٚد آسُن۔

**مَرمَتھ۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرمت < ع : مرمتہ]۔ ۱۔ پُرٕ ِسیٖد گومُت، پھُٹٕمُت یا گَسہٕ آمُت کیٚنہہ ٹھیٖکٕ سنبالُن۔ ۲۔ (ورگِہ) لاگُن۔ چوب۔ شَلکھ۔

**مُرمُر۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرمَر < ف : مَرمَر]۔ اَکھ خاص قٕسمُک تَشیح کَنی۔

**مَرمہٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرم < س : مَرمہٕ]۔ وُچھو "مَرم"۔

**مَرناثت۔** [ن۔ مؤل ؛ مَرناثت < س : مَرناثیہٕ]۔

مَرن گَر ، اَنتہٕ سَمے ، آخری وَق۔

**مَرنانتھ۔** [ن۔ مؤل : مرنات <س : مَرنانتھہٕ]۔
وُچھو "مَرنانتھ"۔

**مَرنانتھس تام۔** مَرن وَتَس تام۔ آنہِس تام۔

**مَروان۔** [ن۔ مؤل : مَروان <س : مَر+ وانی]
کُنہٕ اندیشہٕ کِنہٕ آئت بیاکھ خیال۔

**مَروانُن پھیُر / مروانُن پھیوُر۔** تیتھ کہ فیل پیٹھ سیتی فِتنہٕ وو تھو۔

**مروانُن پھیوُر تراوُن۔** فتنہٕ تُلُن۔ ٹھنڈی تُلنی۔

**مَروانہٕ۔** [ن۔ مؤل : مروان] کُنہٕ خاص وِز ہِنٛز کامہٕ پُرٛھی آندرُٹھم کانہہ وُلٹہٕ خیال۔ پیٹھ۔ کوڈُر۔

**مَروانہٕ پھیُرن۔** ۱۔ نیت بدلنی۔ ۲۔ فتنس کُن ہاوُن۔

**مَرہَم۔** [ن۔ مؤل : مرہم <ف : مرہم]۔ نہلاہ۔ چوٚٹ کَس پیٹھ مَتھنک دوا۔

**مَرہٹی۔** [ن/م۔ مؤل ، مرہٹی <س : مہاراشٹری]۔ مہاراشٹرٕ کہ روزن والی۔ ہندوستانٕ ہِنٛز اکھ ذاتھ۔

**مَریَم۔** [م۔ مؤل : مریَم <ع : مریَم]۔
حضرت عیسیٰ ہِنٛز ماجہ ہُنٛد ناو۔

**مَرگ / مرگ۔** [ن۔ مؤل : مرگ <س : مرگہٕ]۔
ہانگُل۔ روٗس۔

**مرگہٕ شوٚر۔** ۔۔ ۔ بُتھس مُنٛز پیٹھ نیچھر کہ ناو۔ اکھ ساتھ۔

**مَزار۔** [ن۔ مؤل ، مزار <ع : مزار]۔ مودٕ ڈٕڈراوَنہٕ جاے۔ قبرستان۔ گورٕبل۔

**مزارس آژُن۔** ۱۔ مرُن۔ ڈٕڈراونہٕ یُن۔ ۲۔ قَسم دِرے گرُنہٕ۔ ۳۔ لٲبتہٕ کِنہٕ ژھیپہ دِنی۔

**مزارٕبل۔** قبرستان۔ سۄ جاے یتہِ مودٕ ڈٕڈراوَنہٕ آسن یوان۔ گورٕبل۔

**مزارٕبل تام ہزار بلایہٕ۔** تہٕ دُیتھ گوٚمرُس تام چھُ سیٹھا ئِن مُشکلن مُقابلہٕ کران کَرُن۔ مُصیبتھ چھینہٕ زانہہ تہٕ ژٕلان۔

**مَزارٕبل واتہٕ ناوُن۔** دَفن کرُن۔ ڈٕڈراوُن۔

**مَزارپوٗشس۔** سوٗسن پوٗشہٕ۔ اکھ پوشہٕ ذاتھ یوس یُتھ پاٹھی مزارن پیٹھ رُونہٕ یوان چھنے۔

**مَزارٹینگ۔** سُہ مقبرِس وِڈر یتہِ آسہٕ دوگُن مزار۔

**مزار رٕٹُن۔** ۱۔ مرُن۔ یتھ وُذیا گرٹھن۔

مَزارشگهدر۔ ۱۔ مزار روچھ۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی) دوکھو تہ پیٹھل انسان۔

مَزارگڑھن۔ قبر گژھلی، مرن۔ یہ چھ دَہ ہُو تہ۔

مَزارموشجہ۔ سوسن موشجہ۔

مَزآری پیٹھی آمُت۔ رود مُت ہیوٗہ۔ بولہ گومُت۔

مَزآری۔ [ن/م۔ مؤل : مزآری <ع : مزار+ی]۔ ۱۔ مزارس نظر گزر تھوَن دوال۔ ۲۔ مزار طرفک۔ ۳۔ مزارس اَندی پکھو روزَن دوال۔

مَز۔ [ن۔ مؤل : مز <ف : مزہ]۔ ۱۔ چیزن ہُنز سو خوصوصیتھ یوسہ زیوٗ سیتی بنوجُس سیدِ، سواد۔ اَنبر، ژوکیر، ٹینچھر تہ بیٚیہ۔ ۲۔ لطف۔ آنند۔

مَزس مَنز۔ لُطفہ سان۔ کُنہِ فکرِ ذکرِ ورآے۔ عآشہ سان۔

مَز اَژن۔ چشکہ اَژن۔ پید اَژنی۔

مَز تُلُن۔ حض تُلُن۔ لُطف تُلُن۔

مَزدار۔ یتھہ سیتی لُطف یِیہِ۔ یہ کھینہ سیتی سواد یِیہِ۔ میوٗٹھ۔ یتھ مَزہ پیٚہ۔

مَزراوُن۔ یتھ کینہہ گژھن یَمہ سیتی نہ بژو نٹھیم ہیوٗہ لُطف باسہ۔

مَزژٹھنی۔ عآشس کرنی۔ لُطف تُلُن۔

مَزژانُن۔ شیر ژانُن۔ پید ژانہنی۔ ژاپھ ژانہنی۔ کاٗنہہ کٔنج ہال کرنی۔

مَزسان۔ بیٚیہ پھُرک پاٹھی۔ کُنہِ تکلیفہ بیترِ ورآے۔ عآشہ سان۔

مَزکرنی۔ ۱۔ عآش کرنی۔ ۲۔ (ونگہ پاٹھی) عُشُر کرنی۔ تماشہ یا ور کرنی۔

مَزلگُن۔ رَس لگُن۔ لُطف یُن۔ کینہہ وُچھتھ یا کَنٚیک تجربہ کرِتھ آنندیُن۔

مَزموٚت۔ سُہ یُس مَزس لور آسہ۔ عآشہ موٚت۔

مَزوُچھُن۔ ۱۔ سواد وُچھُن۔ سواد سر کرُن۔ ۲۔ عآشہ باپتھ کانہہ یا کینہہ آزماوُن۔

مَزہاوُن۔ بدلہ ہیوٚن۔ آنچ ہوٚرن۔

مَزہیوٚن۔ سواد وُچھُن۔ لطف تُلُن۔

مَزیُن۔ سوادیُن۔ لطف یُن۔

مَزیٹھ۔ [ن۔ مؤل : مزیٹھ <س : منجشٹھا]۔ ۱۔ اَکہِ قسمچ بوٗز یا کُل یتھ رنگ نیران چھُہ۔ ۲۔ اَکھ دال ذاتھ۔

مَژر۔ [ن۔ مؤل، مژر <س : مَتّہ/مُتسر]۔ مُترلاز، مُتجَن، مُتل، پاگل پن۔

مَژَر اُٹھ۔ ۱۔ کانٛہہ پاگل بناوُن۔ ۲۔ (درگہِ پاٹھۍ اَتِہ گِہ کرُن، ستاوُنلُن۔
اَتھ وُتھ نہٕ دِلہٕ۔

مَژَر تلُن۔ جیر اُٹھ۔ تنگ کرُن۔

مَژَر لاگُن۔ ۱۔ آکھِتھ موت لاگُن۔ ۲۔ ہُمتۍ دَر کَرنی۔ ۳۔ ڈامب تراوُن۔ ڈُٹھے لاگنی۔ ۳۔ اَگادِ گژھن۔

مَژَر یُن۔ ۱۔ موت گژھن۔ پاگل گژھن۔ ۲۔ سخ مآل پیوُن۔ ۳۔ سخ پریشان گژھن۔ تنگ یُن۔

مَژکُٹ۔ [م۔ مؤل، مَژَرکٕ (مَژِ + س: کَٹہٕ]۔ اَکھ قسمچ ترکارۍ، یُس آلس مَنز سوتھ تلان تہٕ پتہٕ چھنے رَنہٕ لوان۔

مَژِہ بار۔ [ن۔ مؤل، مَژِہ (پراکرت: مچھ < س: متسیہٕ]۔ ۱۔ بڈ گاڈ۔ ۲۔ وِشنو سُند گاڈ رِپہ اَوتار۔

مَژِہ گگر۔ اَکھ گگر ذاتھ یوسہ یَژ پاٹھۍ جنگلن منز آسان چھِہ۔ دَپان چھِہ زمین گگرن چھنے پکہ تہٕ آسان۔

مَژِہ ٹھ۔ [م۔ مؤل: مَژِہ (پراکرت: مچھ]۔ پھینکس تہٕ کھو تہٕ وُلس دَرمیان نرم جسم۔

مَژِہ اُندرِ خون گژھان۔ سخ ہیبتہٕ کَرنی زُو زُو۔

مَژِہ کھش دِیُن۔ پانس پیٹھ زَرہ ہیوُن۔ ژوپہ بینی۔

مَژِہ کھش لگُن۔ پننہٕ چنِد اُندرِ لوفس ٹونک بہتر گژھان ہیوُن۔

مَژِہ گر۔ مَژِہ گر۔ گریہ یس مَژِس گنڈان چھِہ۔

مَژِہ ماز کھیوُن۔ ۱۔ سخ تکلیف برداشت کرُن۔ پریشان گژھن۔ ۲۔ زبردست بے تاب گژھن۔ سخ بے قرار گژھن۔

مَژِہ بنٛد۔ مَژِہ گنڈنک اَکھ زیور۔

مَژِہ زور۔ ۱۔ طاقتھ، بَل۔ ۲۔ (وُگر پاٹھۍ) جَرَتھ، ہمتھ، جبروتھ۔

مَژِہ ژاپہٕ۔ سخ افسوس کھیوُن۔ دِیُن پیوُن۔

مَژِہ ۲۔ [م۔ مؤل، مَژِہ (پراکرت: مچھ]۔ ڈگِتھ ماز، گنٛتہٕ۔

مَژِہ دال۔ دال تہٕ مَژِہ یکہ دِٹھہ رَنِتھ اَکھ سیُن۔

مَژِہ دوگل ۱۔ ڈگِتھ ماز تہٕ بنٛدِمَت گولہٕ ہیوٗ بڑ وُٹھ لوکٹ انسان۔ گولہٕ ہیوٗ شر بامو ہنیُو۔

مژہ گنڈر۔ مژہ ہمژ ڈلام بیٹھ ہش۔
کبابہ گنڈ۔
مژہ گنڈ مس تھوَن۔ کانہہ چیز بیتر کانسہ
ہند بایتہ بڈ احتیاط سان تھوَن۔
مژہ مونڈ۔ تیلس منز تیار کرنہ آمت
مژہ ہند پیر میوہ۔
مژہ وَور۔ گفتس بناوبہ مونڈ۔
مژہ ہ [م۔ مول: مژہ (پراکرت: مچھ)]۔
لالچ، آنچھ، م: مژہ دنہ ناوہ والن۔
مژہ دِنی۔ لالچ دِین، کانسہ کنہ آنچھ تھوَنی۔
مس ہ [ن۔ مول: مس (س: مدیہ)]۔
مے، شراب۔
مس چاوُن۔ ۱۔ شراب چاوُن ۲۔ (ورگہ) برمراوُن۔
لالچ دِین، پانس کُن انُن۔
مس چوُن۔ ۱۔ شراب چوُن۔ ۲۔ نشہ کرُن۔
کیہر گژھُن۔
مس چھیور۔ سو زنانہ یس جوانی ہنز مستی
آسہ۔ مدہش۔
مس دِین۔ کینہہ کرناونہ بایتہ کانسہ لالچ
دِنی۔ برمراوُن، ترغیب دِین۔
مس کھاسی برن۔ پیالن شراب برن
پیالہ برداری کرنی۔

مس کھاسہ چشمہ۔ سیٹھاہ خوبصورتھ تہ
ہنوہ اچھ۔
مس کھوس۔ شراب چنگ بانہ، پیالہ، پیمانہ۔
مس لگُن۔ ۱۔ رس ننُن۔ گرفتار گژھُن۔
۲۔ مزہ ننُن۔
مس ملر۔ [ل۔ م۔ شراب نوٹ] پھٹہ پھٹہ
گرونہ تہ خمار برز ژلی۔
مس وؤنٹھ۔ بوڈ شرابہ نوٹ یا مٹہ۔
مس وؤنچہ پیٹھہ نیندر۔ شرابہ مٹس
پیٹھہ نیندر پینی، آسنی یا آزادی۔
(ورگہ) بے پروا پاٹھی روزُن۔ فکر ذکر
ورائے آسُن۔
مس ہ۔ [ن۔ مول: مس (س: مستہ)]۔
ٹوپ۔ انسانہ سندر کلکہ وال۔
مس پارسے۔ ۱۔ مس شیر تہ پیر تہ تھوپنچ
کام۔ ۲۔ کھر ییتہ سران کرتہ مس
پارتہ تھوونگ مدیہم۔
مس پارُن۔ مس شیر تہ پسرتہ تھوون۔
متس کنگنو دِلتہ وانگہ بیتر کرنہ۔
مس رہ سبنہ۔ سُہ مس یتھ زنڈ گامژ آسہ
پارئے تہ شیرنے مس۔
مس کلہ۔ ۱۔ دگلس اداریاہ مس۔ جچھ کلہ۔

کلس پیٹھ اَدٕ سرٕ کھوٗسرٕ مس آسُن۔

مس کلئسے۔ مہرازٕس کھاندرٕ کٕنہ دوٗ تہ
مس کاسنگ رٕسم۔

مس کاسُن۔ ۱۔ منڈن کرُن۔ کھورِ بیترِ ریتی
مس ہیون یا ہوناوُن۔ ۲۔ (دُرگرٕ پاٹھی)
کانہہ کُنہٕ نشہٕ لوٗزرٕ آدتہ ثھوُن۔

مس کاس۔ ۱۔ سو زُنانہٕ یس کُنہٕ اترِ یو کِہہ
مس آسکہ کو سمُت۔ ۲۔ بے شوٗب
بدنام تہٕ منحوٗس زُنانہٕ۔

مس لَٹھ۔ یکہ دٔٹہٕ پارِتھ تھوٗوُت مس لوٗٹھ۔

مس لَنگ۔ اَویزان مُتیچ کھیتش۔ زُلف۔

مس لوٗٹھ۔ پارِتھ مَتس بناوتھ داکمہ۔

مس وال۔ ۱۔ ووٗ ڈُہند وال۔ رُم۔ ۲۔
(دُرگرٕ پاٹھی) اَدٕیل زاَیل شُر۔

مس [۲] ، مست۔ [ مؤل ؛ مس ، مست < ف :
مست ]۔ ۱۔ ترٔشس مُتر۔ یس کاف
آسہ۔ ۲۔ سُہ یُس کُنہچ تہٕ فکرا ذکرا آسہٕ۔

مس قلندر۔ ووٗ تُمت درویش۔

مس گژھن۔ کاف کھسنی۔ نشہٕ کھسُن۔ کُنہٕ
کامہٕ یا تفریحس بیترِ پٔزرٕ پاٹھی سنُن۔
تزبہ عالمہ گژھنی یتھ اندرٕ نہٕ بییس
گُنیتھ تہٕ ہوش روزٕ۔

مس ، دوٗنجہٕ بہون۔ (دُرگرٕ) لوٗت پاٹھی ییٹے
ہسنٔدین دیارن تماشا گرُن۔

مس نِبنہٕ ر۔ گوٗب نیندٕر۔

مَسح۔ [ن۔ مؤل ؛ مسح < ع : مسح ]۔ یُو بل
یا دُنوٗ کرنہٕ برٔھرٕ اودُر اتھو کُنہٕ تانس
پیٹھ پھروُن۔

مَسخ۔ [ن۔ مؤل ؛ مسخ < ع : مسخ ]۔ شکل
بگراونی۔ شکل ڈالنی۔

مسخہٕ صوٗرتھ گژھنہٕ۔ [ ذلالتھ گژھنہٕ۔
خجل گژھُن۔ روسیاہ گژھُن۔ بےپُن
تمُن گژھُن۔

مَسالہٕ۔ [ن۔ مؤل ؛ مسال < ع : مصلح ]
۱۔ کانہہ چیز بناونکی ضروٗرٕیات۔ سُہ
سامانہٕ بیترِ ییمہ سیتی کانہہ چیز بنہٕ۔
مواد۔ ۲۔ چوٗنہٕ سُرخی بیترِ یوسہ لاوُن
لگہٕ۔ ۳۔ بیٹری ہُنٛد بیترِ سُہ خاص
چیز ییمہ سیتی تتھ لُہر دوٗخفان چھے۔
۴۔ گرم مصالہٕ۔ ۵۔ سوِتھ رازٕ نہا
یا کینکمہ بیترِ۔

مَسالہٕ دگُن۔ کھاندرٕ بیترِ باپتھ مسالہٕ
ژٹنگ ووٗ ژھب۔

مَسالہٕ کُنی۔ بسل ، بپھشہٕ کُنی۔ سوٗ خاص قسمچ کُنی

تُگو بُنہٕ پیٹھہٕ تھتھو بارس دار تیزٕ راوان چھہٕ۔

**مَسالہٕ کھارُن۔** وُنِس دِیُن تیزٕ راونہٕ باپتھ زیر زیر دِنی (لڑا یہ بیتر)۔

**مَسالہٕ گوٗر۔** مسالی یُس سونتھ راز مہا تہٕ کینکھ بیتر کینہٕ۔

**مَسالی۔** وُچھو "مَسالہٕ گوٗر"۔

**مَسام۔** [ مؤل : مسام <ع : مسام ]۔ بُدنکو تم زنکہ زنکو گڈی یمو کنی گُمہٕ نیران چھہٕ۔

**مَسامَسا۔** [ مؤل ، مَسامَسا < پنجابی : مسا ] گُمٹ تام کھوتام۔ بوٗڈ بُڈیم۔ نُمی نُمی۔ م : مَسامَسا آسہٕ تُہہٕ آٹھہٕ دُہرٕ۔

**مَساوات۔** [ مؤل : مساوات ]۔ ہشر، برابری، ہیُوٗے وہند سیٖچ حالتھ۔

**مَساوی۔** [ <ع : مساو ]۔ ا۔ برابرٕ ۲۔ سَہل آسان۔

**مَساوی بوزُن ، مَساوی زانُن۔** [ مؤل : مُساوی ]۔ ہشی کتھا زانِنی سٮ۪تھ اَنگاری دِرتا دِنی۔

**مَسایِل۔** [ ن۔ مؤل : مسایِل <ع : مسایل ]۔ دِیچھو "مسئلہٕ"۔ داریاہ مَسلہٕ۔

**مَستانہٕ۔** [ ن۔ مؤل ، مَستان <ف : مَستانہ ]۔ ا۔ سُہ یُس حقس سیٖتۍ لین آسہٕ گومُت۔ ۲۔ سُہ یُس نہٕ دُنی یاہس لیٖر آسہٕ۔ ۳۔ عاشقس تہٕ دِ پان ہوِیُس اَندرٕ کنی پنہٕ ٹِپیسے دیوہ بارس سیٖتۍ روزان آسہٕ۔ یُس نہٕ پننہٕ پانُک ہوش آسہٕ۔

**مَستانہٕ اَدا۔** مستو چال۔ نخرٕ۔ ناز۔

**مَستانٕگی۔** م۔ مؤل ، مَستانگی <ف : مستانہ + گی ]۔ مَستانہٕ سُند ہیوٗ طور طریقہٕ۔ مستانن ہنز ہِش چال ڈال آسنہٕ۔ دیوانہٕ گی۔ بے فکری۔

**مَستوٗر۔** [ م۔ مؤل : مستوٗر <ع : مستورة ]۔ زنانہٕ۔ پردٕ دار زنانہٕ۔ م : تھوٗن یُتھ داغ مستوٗرے رواچھا۔

**مَستوٗل۔** [ ن۔ مؤل : مستوٗل < پُرتگالی : مستو ]۔ ا۔ سمندری جہازک بیتر ہشنز یم کوٹ یُس دود دنہٕ آسان چھُہ تہٕ یتھ سیٖتۍ بادبان گنڈِتھ آسان چھُہ۔ ۲۔ بادبان۔

**مَسجِد۔** [ م۔ مؤل : مَسجد <ع : مسجد ]۔ مشید۔ سہ جاے یتہٕ مسلمان نماز پران چھہٕ۔ مسلمانن ہُند عبادت خانہٕ۔

**مَسجِدِ اَقصیٰ۔** ملکہٕ شامس اندر اکھ مشہور مسجد یتہٕ پیٹھہٕ آنحضرت معراجس گئی۔ بیت المقدس۔

مَسنَد وَتھرُن۔ وُچھو "مَسنَد پارُن"

مَسوَل۔ [م۔ مُول : مَسوَل <س : مَدھ + وَلی] ۱۔ اَکھ پوشاک ناو۔ ۲۔ (وَرگہ پاٹھو) تاری مَنز تہ شوبہ ہِنز زُرن۔ ۳۔ کاشرِ شاعری مَنز ماشوقس تہ وَنان۔

مَشاق۔ [ن۔ مُول : مُشاق <ع : مُشاق]۔ ماہِر تجربہ کار۔

مَشالچی۔ [ن۔ مُول : مَشالچی <ف : مشعلچی <ع : مشعل + چی]۔ وُچھو "مَشالِہ۲" لفظس تل مانے ۲۔

مَشالِہ۱۔ [م۔ مُول : مَشال <ع : مشعل + ی۔ م۔ ہ : مشال]۔ سو لوُر یتھ تہر س پیٹھ کاش ہاوِنہ باپتھ کُش ہِش دزان آسان چھِنے۔ درر۔

مَشالِہ۲۔ [ن۔ مُول : مَشال <ع : مشعل + ی م۔ ہ۔ مشال]۔ ۱۔ مَشالِہ تُلن وول۔ شُہ یُس کھاندرن پیتھ پیٹھ مَشالِہ تلان آسہ یا مَشالِہ ہیتھ پکان آسہ۔ مَشالچی۔ ۲۔ (ہزلِہ پاٹھو) اَچھ لوُتھ (کانسہ) پتہ پتہ پکن وول۔ ۳۔ وانُٹیر۔

مَشِہ، مَشہ گرھن۔ [ن۔ مُول : مَش < ] ۱۔ شُرِ سُنْد لولِہ نہ مایہ سیتی پنہِ نِس ماِلس ماجہِ اَکِہ وَلنہ۔ ۲۔ آلو۔ ناد (دُین)۔

مِشق۔ [م۔ مُول : مَشق <ع : مِشق]۔ ۱۔ کیتہِ پرنُچ یا لیکھنُچ تال۔ ۲۔ کُنہِ کامہ بیتر پیٹھ وارِ وارِ اَتھ دُر راوُن۔ پریکٹس۔ ۳۔ (وَرگہ) دوج۔ دوُجہ پُٹ۔

مِشق کَرُن۔ کیتہِ پرنُک یا لیکھنُک تال کَرُن۔ کُنہِ کامہ بیتر پیٹھ وارِ وارِ اَتھ دُر راوُن۔

مَشِک۔ [مُول : مَشک <س : مَشکَ] آب سارنہ باپتھ بَستہ۔

مَشکِہ وونی۔ بَستہ کیتھ سور مُت آب۔

مُشِکہ۔ [ن۔ مُول : مَشک <س : مَشکَ]۔ بَستہ یا مَشکہ سیتی آب سارُن وول یا چھکن وول۔ سقہ۔

مَشکھ۔ [م۔ مُول : مَشک <ع : مِشق]۔ دوج۔ دوُجہ پُٹ۔

مَشکِہ پُٹ۔ دوُجہ پُٹ۔ مَشکھ۔

مِشم۔ [م۔ مُول : مَشم < ]۔ تھسنہ بیتر کارنہ سیتی پیٹھ لُن گَھوتُمت مَل۔

مُشُن۔ [ن۔ مُول : مَش <س : مرشنہ] زہنس تہ روزُن، مَشتھ گرُھن۔ مَشُن۔

مُشتھ گرُھن۔ زہنس نہ روزُن۔ یاد نہ روزُن۔

مُش اُش۔ بے مالِہ پاٹھو۔ گوش دی دی۔

مُش مُش گرُھن۔ بینیہ تہ بینیہ مَشتھ گرُھن۔

ہرگز نہٕ یاد روزُن۔

**مَشیدٕ اَل۔** [م۔ مؤل: مَشیدٕ اَل (ع: مشہد اس: الاَبہ]۔ اکھ اَلہٕ ذاتھ یُس اَندرٕ دودٕ بج آسان چھےٚ۔ پَرم اَل

**مَشَرٕ۔** [ن۔ مؤل: مَشرب (س: مرشہ]۔ مُش مُش گژھنچ حالتھ۔ زِتھس نہٕ روزنچ حالتھ۔ مَشرُن۔ نُسیان۔

**مَشَرٕ کَرُن/مَشرِ کَرُن۔** ۱۔ مَشراوُن۔ زِتھس پتھوُن۔ ۲۔ (دَرگہٕ یا کَتھ) یَب کرُن یا کُنہ یَب کرُنہٕ باپتھ گوش دِیُن۔

**مَشرٕ گژھُن۔** مَشتھ گژھُن۔ یاد نہٕ روزُن۔

**مَشرِپھ۔** [ن۔ مؤل: مَشرِپھ (س: مرشہ]۔ وُچھِو "مَشرٕ"۔

**مَشرِق۔** [ن۔ مؤل: مشرِق (ع: مشرِق]۔ ۱۔ کھوُن طرف۔ سُہ طرف یَپاَری سِرئے کھسیہ۔ یَپاَری اَفتابہٕ کھسان چھُ۔ ۲۔ ایشیائی مُلک۔

**مَشرِقی۔** ۱۔ پوٗرنیک۔ پوٗر طرفُک۔ ۲۔ ایشیا تہٕ افریقاہُک۔

**مَشرِقی تہذیب۔** ہندوستان تہٕ اتھ ہمسایہ ملکن ہنٛز تہذیب۔ ایشیا تہٕ افریقا ہوین ملکن ہنٛدین لُکن ہنٛد دوڈھن رُسما بیترِ

**مَشروٗط۔** [مؤل: مَشروٗط (ع: مشروط]۔ یتھ شرط آسہِ۔

**مَشغلہٕ۔** [ن۔ مؤل: مُشغل (ع: شغل]۔ شوٗغُل۔

**مَشغوٗل۔** [مؤل: مشغوٗل (ع: مشغول]۔ آوُر۔ مَصروٗف، کُنہ کامہٕ بیترِ سیتی لگنہٕ اُسو یا مست آسُن۔

**مَشقت۔** [م۔ مؤل: مَشقت (ع: مشقۃ]۔ سَخ میٚحنت۔

**مَشکوٗر۔** [مؤل: مَشکوٗر (ع: مشکور]۔ شُکر گزار۔ اِحسان مَند۔

**مَشکوٗک۔** [مؤل: مشکوٗک (ع: مشکوک]۔ یتھ یا یس پیٹھ شکہ آسہِ۔

**مَشوٗر۔** [ن۔ مؤل: مَشوٗر (ع: مشورۃ]۔ پانہٕ وٲنۍ بوزِ شوز، پانہٕ وٲنۍ اکھ اَکس رٲے پرژھنۍ دِنۍ، دلیل دوپ۔

**مَشوٗرٕ پرژُھن۔** کُنہ مامُلس پیٹھ کانٛسہِ رٲے ہیوٗن۔ رٲے پرژھنۍ۔

**مَشوٗرٕ دیُن۔** کُنہ مامُلس بیترِ پیٹھ کانٛسہِ پنٛنۍ رٲے دِنۍ۔

**مَشوٗرٕ کَرُن۔** کُنہ مامُلس پیٹھ اکھ اکس سیتۍ بوزِ شوز کرٕنۍ۔ اکھ اکس رٲے پرژھنۍ دارے پرژھنۍ۔

**مَشوٗرٕ ہیوٗن۔** وُچھِو "مَشوٗرٕ پرژُھن"۔

مَشوٗریُن، مَشوٗرِ پیٛون۔ مُناسِب باسُن، جان لَبُنہٕ یُن۔

مَشہوٗر۔ [ مؤل: مَشہوٗر < ع: مَشہور ]۔ یُس یا یَتھ سیٹھا شۄہرَتھ آسہِ۔ سُہ یُس یا یَتھ یُژ پاٹھۍ لۄکھ زانان آسن۔ ناماوار۔

مَصالہٕ۔ [ن۔ مؤل: مَصال < ع: مصالح ]۔ ا۔ خوشبوٗ یا مزِ بیتر یاپَتہٕ ہم چیٖز یِمَن بیتر ترٛاوان چھہِ۔ ۲۔ سُہ سامانہٕ یَتھ کانْہہ چیٖز بَناونہٕ یِیہِ یا بِیمہِ سٕتۍ کیٛنہہ رَلاونہٕ یِیہِ۔ ۳۔ سوٗتھ وارِ مَنٛز بیتر۔

مَصالہٕ کھارُن۔ ٹلر کاٗنسہِ تھر کھارُن۔ رَنگ کھارُن۔ اَپزی تأریٖف کَرٕنۍ۔

مَصالہٕ گوٗر۔ ڈَب ماہ بیتر سوٗتھ کرُن دول۔ ڈَل مَصالہٕ بَناوُن تہٕ کرُن دول۔

مَصاٗلۍ۔ [ مؤل: مصاٗلۍ < ع: مصالح ]۔ وُچھو مَصالہٕ گوٗر۔

مَصدَر۔ [ن۔ مؤل: مَصدَر < ع: مَصدَر ]۔ اکھ لفظُک) آگُر۔

مَصرَف۔ [ن۔ مؤل: مَصرَف < ع: مَصرَف ]۔ ا۔ خرچہٕ۔ ۲۔ کُنہہ چیٖز بیتر ٹھیک استعمال۔ م: یہ قَلَم گَژھہ مُصرَفس لَگہِ۔

مَصروٗف۔ [ مؤل: مَصروٗف < ع: مصروف ]۔ اَوُر مَشغوٗل۔

مَصلَحَتھ۔ [م۔ مؤل: مَصلحَت < ع: مَصلحۃ ]۔ ا۔ صلاح، مَشوٗرٕ۔ کیٛنہہ مُناسِب زانُن۔ تہٕ یَتھ اَنٛدر وار زاتی زِ سا دَرگی فِرہ داٗری۔ مجبوٗری۔

مَصلَحَتھ زانٕنۍ۔ مُناسِب زانُن مَشوٗرٕ کرِتھ ٹھیکھ زانُن۔

مَصلَحَتھ کَرٕنۍ۔ پانہٕ واٗنۍ صلاح مشوٗرٕ کَرُن۔

مَصنوٗیی۔ مؤل: مصنوٗے < ع: مصنوع + ی ]۔ بَناوٹی۔ یہ نہٕ قودرَتی آسہِ۔ بَژومُت، گوٗڈٕمُت۔

مَضبوٗط۔ [ مؤل: مَضبوٗط < ع: مَضبوط ]۔ ا۔ دوٗر۔ پایدار۔ ۲۔ طاقتوَر۔

مَضبوٗطی۔ [< ع: مضبوط + ف: ی ]۔ دُرٕر۔ پایداٗری۔

مَضَرَتھ۔ [م۔ مؤل: مَضرت < ع: مضرۃ ]۔ ا۔ تَکلیٖف، اِذاہ، ۲۔ تھکاوُٹھ۔ (مُس اِژُن)۔

مَضَرَتھ تُلٕنۍ۔ ا۔ سیٹھ تھکُن۔ ۲۔ اِذاہ لگُن

مَضَرَتھ لَگٕنۍ۔ کانْہہ کام کار کَرِتھ سیٹھ تھکُن۔ ۲۔ اِذاہ واتُن۔

مَضموٗن۔ [ن۔ مؤل: مضموٗن < ع: مضمون ]۔

خاص موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ عبارتھ۔ سُہ تحریر یُس کُنہ خاص موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ یِیہ۔ تہٕ یتھ پیٹھ یا یتھ متعلق کینہہ لیکھنہٕ یِیہ۔

مَضمون نِگار۔ مَضمون لیکھن وول۔

مُطبوعہٕ۔ [ مؤل ، مُطبوع (ع : مُطبوعة ]۔ چھاپنہٕ آمُت۔

مَطلَب۔ [ ن۔ مؤل : مَطلب (ع : مَطلب ]۔ ۱۔ مُقصد ، مُدا۔ غرض۔ مُنشا۔ ۲۔ سُہ لفظ یُس ژارنہٕ یِیہ۔ مانے۔

مَطلَبس واتُن۔ ۱۔ کَتھ واتُن، کتھ فکرِ تَرٛنی۔ ۲۔ کُنہ مَلس منز کامیاب گژھن۔

مَطلبچ کتھ کَرٕنی۔ پنُن اَصلی مَقصد باوُن۔ یی غرض آسہِ تی وَنُن۔

مَطلَب آسُن۔ کُنہ قسمچ لالچ آسنی۔ غرض آسُن۔

مَطلب نیرُن۔ مُدا بائِل یُن۔ کام نیرٕنی۔ غرض پوٗرٕ گژھن۔

مَطلبی۔ [ مؤل ، مطلبی (ع : مَطلَب + ی ]۔ غرض مَند۔ خود غرضی۔ لالچی۔

مَظلوٗم۔ [ مؤل : مُظلوٗم (ع : مَظلوم ]۔ سُہ یُس پیٹھ ظُلم کرنہٕ آمُت آسہِ۔ یُس سیٹھا کانہہ سختی وَرتاونہٕ آسہِ آمژ۔ بچور۔ لاچار۔

مَظہَر۔ ۱۔ ظاہر سپدنچ حالتھ۔ اظہارچ شکل۔ روٗپ۔ ۲۔ (دوہ مُر)۔ (ڈُلہِ گژھن یا زنگہِ ژھٹنہٕ بیتر)

معراج۔ [ ن۔ مؤل : معراج (ع : معراج ]۔ ۱۔ کمال ، کمالس واتُن۔ ۲۔ (انتہائی) روٗحانی بُلندی۔ ۳۔ خدایہ سُنز بڈ مہربانی۔

معراجُ النبی۔ سُہ قرب الٰہی یُس آنحضور صلعم ستو وُہمہِ رجب قُرب آسمانن حاصِل سپُد۔

معراج عالَم۔ سُہ بوڈ دوہ یُس معراج النبی کِس شانس منز دُنیاہس اَندر مُناونہٕ یوان چھُ۔

معراج کَرُن۔ بوڈ ثواب زیُن۔

معذرَت۔ [ م۔ مؤل : معذرت (ع : معذرة ]۔ وُچھِو "ماذرتھ"۔

مَغز۔ [ ن۔ مؤل ، مغز (ف : مَغز ]۔ ۱۔ کوڈ۔ کاڈی۔ ۲۔ گُنیج گوٗج۔ گوٗل۔ ۳۔ (دِرگر یا ٹھی) لیہ د۔ گاٹہ۔ عقل یِم۔ (دِرگر یا ٹھی) کہ ڈر۔

مَغز ٹھوٗنی۔ حِس ہوٗشس ٹھوٗن۔ پۄر پٲٹھۍ دیان ٹھوکن۔

مَغز ڈٲلِنۍ۔ ۱۔ عناصرٕ ڈُنجِہ روزنہٕ۔ کینہ نہٕ سوچُن تَگُن۔ نَلہٕ گژھُن۔ ۲۔ پاگل گژھُن۔

مَغز راوٕنۍ۔ ۱۔ حٲران گژھُن۔ کَتہٕ نہٕ پَکرِ تَرٕنۍ۔ ۲۔ قٲرٕنہٕ دِنۍ۔ بکواس کَرُن۔

مَغز ژاپنۍ۔ سَخ شرارتہٕ کَرُن۔

مَغز کھینۍ۔ ۱۔ سِتگ کھینہٕ۔ ۲۔ بکواس کَرُن۔ شور بیتر لٲگِتھ کانْہہ سَخ تنگے کَرُن۔

۲۔ پر پر کٔرِتھ پریشان کَرُن۔

مَغز مٲری کَرٕنۍ۔ ۱۔ (کانْہہ سَمجاوِن) پانس سَکہٕ دود تُلُن۔ ۲۔ فضوٗل سوٗچُن اَکِتھ بکواس لٲگِتھ۔ کانْسہِ سَکہٕ دود تُلُن۔ سیٹھا سوٗچُن۔

مَغز وُڈٕنۍ۔ ۱۔ سَخ دَرٕ بُز آسُن۔ سیر سیر آسُن۔ شرارتس مُشر آسُن۔ ۲۔ کانْہہ خطرناکھ کٲم یا شیطنتہٕ کَرنس آمادٕ آسُن۔

مُغرِب۔ [ن۔ مۄل: مغرِب (ع: مغرب]۔ ۱۔ وَسہٕ وُن طُرف، سُہ طرف یَپارٕ کہر کِیہ لوسان چھُ۔ پچھم۔ ۲۔ یوٗرپ تہٕ امریکاہکۍ مُلک۔

مَغرِبی۔ [ (ع: مغرب + ی]۔ مَغرِبُک۔ مَغرِب طرفہٕ روزن وول۔ یوٗرپی۔

مَغرُور۔ [ مۄل: مَغرُور (ع: مغرور]۔ ژھوٗکی۔ شیکری۔ سُہ یُس تکبُر آسہِ۔

مَغفِرَت۔ [م۔ مۄل: مغفِرت (ع: مغفرة]۔ (گوناہن) بَخشاونس یا مٲفی۔

مَغفِرَت کَرٕنۍ۔ گوناہ بَخشُن۔

مُفلَر۔ [ن۔ مۄل: مُفلَر (انگ: مَفلر — MUFFLER]۔ گلوبَند۔

مَفہوٗم۔ [ن۔ مۄل: مفہوٗم (ع: مفہوم]۔ مانہٕ مَطلَب۔

مَقَد۔ [ن۔ مۄل: مَقَد (ع: مقعد]۔ آسَن، پون، ژرٕگ۔ بیٹھہ۔

مَقالہٕ۔ [ی۔ مۄل: مقال (ع: مقالة]۔ علمٲتی مَضموٗن۔

مَقام، مُقام۔ [ن۔ مۄل: مقام (ع: مقام]۔ ۱۔ سُہ جاے یِتھ تَس ٹھکانہٕ یِیِ۔ یِتھ تَس قرار کٔری زِ۔ ٹھکانہٕ۔ جاے۔ ۲۔ منزِل۔ یِکہِ جایہِ واتُن آسہِ۔ ۳۔ موسیقی مُنز راگ راگنی ہُنز اِصطلاح۔

مقامات۔ دادیاہ جایہِ۔ داریاہ منزِلہٕ۔

مقام ابراہیمؑ۔ خانے کعبس بِرونٛہہ کَنہٕ سُہ کَنۍ

یوسہ حضرت ابراہیم علیہ السلامن کعبہ
شریف تامیر کران ژکو کنہ بُول استیمال
کرِتھ اوس۔
مَقامِ محمود۔ روحانی دُنیہِ ہنس اَندرس منْزِ مقام
یُس تہجد پرن وا٘لس حاصل سپدِتھ
ہیکہ۔
مَقام بندی۔ موسیقی منْز راگ راگنی ہنز
درجہ بندی۔
مَقامی۔ کُنہ خاص مقامُک۔ لوکل۔
مَقبرٕ۔ [ن۔ مؤل: مُقبر (ع: مقبرة]۔
قبر۔ قبرستان۔ مَلہ گزار۔ مدفن۔ روضہ
مَقبوضہ۔ [مؤل: مقبوض (ع: مقبوضة]۔
یتھ قبضہ کرنہٕ آسہِ آمت۔
مَقبوٗل۔ [مؤل: مقبوٗل (ع: مقبول]۔ قبوٗل
کرنہٕ آمت۔ منظوٗر۔ مانِنہٕ آمت۔
پسند۔ ۲۔ مشہوٗر۔ ناماوار۔
مَقتَل۔ [ن۔ مؤل: مقتل (ع: مقتل]۔
یتھ نس کانہہ قتل سپدِ۔
مَقتوٗل۔ [مؤل: مقتوٗل (ع: مقتول] قتل
کرنہٕ آمت۔ مارٕ کڑمت۔ مارنہٕ آمت۔
مَقدوٗر۔ [ن۔ مؤل: مقدوٗر (ع: مقدور]۔
۱ حیثیت۔ گنجائش۔ ۲۔ طاقت۔ ۳۔
مال دولت۔ ۴۔ قیمت۔ لون۔
مَقدوٗر نمبر۔ عشریہ نمبر۔
مَقروٗض۔ [(ع: مقروض]۔ قرض دار۔
مَقصَد۔ [ن۔ مؤل: مقصد (ع: مقصد]۔
مطلب۔ مُدا۔ غرض۔ منشا۔ کتھہِ ہند مانہٕ۔
مقصد بامل یُن۔ مطلب نیرُن۔ مُدا نیرُن۔
مقطع۔ [ن۔ مؤل: مقطع (ع: مقطع]۔
لکھتہ۔ غزلہِ ہند آخری آتھ یتھ اندر
شاعر عام طور پنُن تخلص انان چھُ۔
مَکر۔ [ن۔ مؤل: مکر (س: مکر]۔ اکہ راتش
ہند ناو۔
مکار۔ [مؤل: مکار (ع: مکار]۔ دوکھہ باز۔
ژھلہ گوٗر۔
مکان۔ [ن۔ مؤل: مکان (ع: مکان]۔
جاے۔ یتھ منز کینہہ ویہہ یا روزن۔
مکان دار۔ مکانُک مالِک۔ تمہِ سندی کانہہ
مکانہ کرایہ دیتھمت آسہِ۔
مکانہٕ۔ [ن۔ مؤل: مکان (ع: مکان]۔
لر۔ گرٕ۔ ٹھنز۔ جاے۔
مکاری۔ [م۔ مؤل: مکاری (ع: مکار+ف:
ی]۔ دوکھہ بازی۔ ژھل بازی۔
مکاے۔ [م۔ مؤل: مکاے (س: مرکٹ]۔

اکہِ قسمک اَناج، اَکھ گُل چھُ سام فصلہٕ ڈُکھو کھوتہٕ تھدی آسان تہٕ یہ اَناج چھُ کشر پٹہٕ وینٹھین پھلین ہنٛز شکلہِ آسان۔

**مکایہِ پھوّل۔** ۱۔ مکایہ دانہٕ۔ ۲۔ کُنہ اکس جایہ سوّمبرتھ تھووٕمت مکاے۔

**مکایہِ تیوٗت۔** مکایہ داٹھ۔

**مکایہ جامہٕ۔** مکایہ وَپنہٕ ڈلتہٕ وُتھر۔ تم پَنہٕ ڈتھر یم مکایہ وَچہ ڈلتہٕ آسان چھہ۔

**مکایہ ڈج۔** سُہ زمینہٕ ژُکل بیتر یتھ مکاے وونہٕ آسہ یوان۔

**مکایہ ڈوٗنگ۔** شُرن پیٹھہ بنادہٕ آمژ مکایہ راچہٕ سنٛز جاے۔

**مکایہ ژوٗٹ۔** مکایہ اُٹس بنادہٕ یژ ژوٗٹ۔

**مکایہ سوٗت۔** توتھ مکایہ اوٹ۔

**مکایہ کشُر۔** مکایہ گُلنیک سُرحدیہ یُس ہمائش منٛز آسان چھُ تہٕ یتہٕ پیٹھہ مکایہِ پھلو آسان چھہ۔

**مکایہ کانٛڈ۔** مکایہ گُلہِ چہ لنٛگ لنٛجہ یا سورے زٕ بہ گُل۔ مکایہ گُلین ہنٛد سرہ لنٛگ۔

**مکایہ واٹھ۔** مکایہ وِگرہٕ۔

**مکایہ وُٹ۔** مکایہ پھلو وُرتہٕ کشر یہ جامن منٛز آسان چھہ۔ مکایہِ پھلو وُرتھ کشیر

**مکایہ وُٹ گژھنی۔** زبردست شُتلی یا غارش نیرنی۔ شُتلو سٕتی اَنگس اَنگ آدرد یُن۔

**مکایہ وُدر۔** مکایہ آٹیک ژوچہ وُور۔

مکٕہ۔ [ا۔ سوٗل : نک (ع : مکّۃ] عربہ ہٕنٛد مشہور شہرک ناو یتہٕ پیغمبر اسلام حضرت محمدؐ زامتۍ آسی تہٕ یتہٕ خانۂ کعبہ چھُ تہٕ یوت لوکھ حج کرنہٕ گژھان چھہ۔

**مکہٕ ڈج۔** خانۂ کعبہ چہ غلافہٕ ہنٛز تچھل یہ تو بُڈس پیٹھہ تراوان چھہ۔

مکٕر۔ [ن۔ سوٗل : مکر (ع : مکر] ۱۔ ڈامب۔ ۲۔ فنٛد، فریب، دوکھہ، دغا، ژھل کپٹھ۔

**مکٕر کرُن۔** تارٕنی۔ دوکھہ دِیُن۔ فریب کرُن۔ داس رنٛگ یا نخرٕ بیتر کرِتھ فریب دِیُن۔

**مکٕر زَن۔** زنانہٕ مکر۔ زنانہٕ ہنٛدی ژھل۔ زنانہٕ ہنٛدی فنٛد فریب۔

مکٕژ۔ [م۔ سوٗل : مکٕژ (ج) : مکٕہ]۔ بٕڈ تبر۔ نوکُرٹ مکھہ۔

**مکٕژ ژھنٕی۔** مکٕژ ہنٛد دب وانُن۔ مکٕژ سٕتۍ

مکش کرن۔

مکژ واہیٖن۔ ۱۔ مکژِ ستیٖ پھاوٗن تبر لاگُن۔
۲۔ پھاسس ژاوُن، چھلِ پھلِ کرُن۔

مکژ دَن۔ مکژِ ہُنز ہیچو تھپھ۔ ہیچوٗ ڈنڈِ یُس مکژِ ستیٖ بنِد آسان چھُ۔

مکژِ گونژھ۔ مکژِ ہنٛد تیشتِ دار اَند۔

مکُر، مکوٗر۔ [ن۔ مۆل : مکُر < س : مکُر]۔ بتھ وُچھنک شیشہٕ، آنہٕ۔ م :

مکرِس زن مل ژولُم مَنس
اَد مے لُبم زَنس زان!

(لل دید)

مکتب۔ [ن۔ مۆل : مکتب < ع : مکتب]۔ سبق، ژاٹہٕ ہال۔

مکتوٗب۔ [ن۔ مۆل : مکتوٗب < ع : مکتوب]۔ چِٹھی۔ خط۔

مکروٗہ۔ [مۆل : مکروٗہ < ع : مکروہ]۔ یتھ کراہت آسہِ۔ یہ کھیوٗن یا کرُن بیتر مذہبس منز ناجایز آسہِ۔

مکھ۔ [ن۔ مۆل : مکھ < س : مکھ]۔ لوکٹ مکژ، تبر۔

مکھ تبر۔ [م۔ مۆل : مکھ تبر]۔ لوکٹ تبر یتھ ستیٖ کُلس لنٛگ لنٛجہ ژھلان چھ۔

مکھ دِیُن۔ ۱۔ مکژِ ستیٖ مکھ دِیُن۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) مۆل گالُن۔ تباہی کرٕنۍ۔

مکھ ژھٕنُن۔ وچھو "مکھ دِیُن"۔

مکھ لگُن۔ ارکانس یا کُنہِ کامہِ بیتر دب لگُن، اُبلہ مکھ لگُن۔

مگ [۱]۔ [م۔ مۆل : مگ < س : مگھا]۔ جوتشس اَندر اکھ نیچھترک ناو۔ زٕدنہٕ ہنٛد ڈہیُم برُج۔

مگ [۲]۔ [< پراکرت : مگگو < س : مارگ]۔ ہنگن ہنٛدِ مس۔ کنَن پتہٕ کنیٖک تہٕ برٛونٛہہ گنیٖک مس۔

مگ [۳]۔ [م۔ مۆل : مگ < انگ : مگ Mug]۔ لوٹہٕ چانہٕ اکھ خاص تہٕ لیشہٕ بانہٕ۔

مگر [۱]۔ [< پنجابی : مگر]۔ اگادِ پتے۔

مگر تھوٗن۔ (کانٛہہ کانٛسہِ) پتے تھوٗن۔ تھپہ نہٕ تُلناوُن۔

مگر ورژُن۔ اگادِ گژھن پتے روزُن۔ تھپہ نہٕ تُلُن۔

مگر لگُن۔ تھپہ نہٕ نیُن۔ پتے روزُن۔ اگادِ گژھن۔

مگر [۲]۔ [ن۔ مۆل : مگر < س : مکر]۔ گژھہ لفظک ژھوٹ۔

**گمرمژہ** ۔ گرم ۔ اَکھ اَبی جانورُ سُند ناو۔

**گگر ۲** ۔ [(ف ؛ مگر = مہ + اگر]۔ امابوز۔ لیکن۔

**گگل** ۔ [مؤن ، مگل ( پراکرت ؛ مگگو (س ؛ مارگہ]۔ یِیمو تگہ تھومژ آسن ۔ یُس زیچھر زیچھ گگہ آسن۔

**گگن** ۔ [مؤل ، مگن (س ، مگنہ]۔ ا۔ مشغول۔ مست ۔ محو۔ لین ۔ کُنہِ کامہِ بیتر مستی لگتھ آسن ۔ ۲۔ خوش ۔ بے فِکر۔

**گگن آسن** ۔ ا۔ کُنہ کامہِ کارس سیتی دِلہ جانہ لگتھ آسن ۔ زبردس سوخبی متنز آسن ۔ محو آسن ۔ ۲۔ خوش آسن ۔ بے فِکر آسن۔

**گگن گژھن** ۔ کُنہ کامہ بیتر مستی مشغول گژھن ۔ محو گژھن ۔ لین گژھن ۔ کُنہ کامہِ بیتر مستی دِلہ جانہ لگُن۔

**گگہ** ۔ [ن ۔ مؤل ، مگ]۔ لٹہِ مرژہ۔ اَکھ خاص مرژہِ ذاتھ۔

**مل ۱** ۔ [ن ۔ مؤل ۔ مل (س ، ملہ]۔ ا۔ گندگی ۔ مالہ گی ۔ مکریر ۔ لژہ ژھہ بیتر۔ شہ سیتومب یُس پانس ستی بیترِ دستہ ڈوگرن بیتر متنز سمان چھ ۔ ۲۔ ادرار ۔ ۳۔ میل ۔ پاہ بیترِ سہ (ننگومتہ سنبزوب)

ادلوبگی ۔ گشافتہ ۔ یِیمہِ ستی کینہِ دِلنہِ پیہ ۔ ۵۔ گدوُرتھ۔

**ملس بُھٹن** ۔ ا۔ کھاندرِ برونہہ مہریِنہ ہُند کینژن دوہن مس ژٹریتھ بُھٹن (اسران کرنے) ۔ ۲۔ (ماتمس منز) تو تامتھ بیتھے پانٹھ روزن ینہِ تام رسمی طور مُجہلِ ژ چھکز ژ۔

**ملہ بیوگٹھہ** ۔ سیومب ہہتھ صاف گومُت یا صاف کرنہ آمُت آب بیتر۔

**ملہ بیوگٹھہ ملہ** ۔ سیومب بیتر سمنہ کنی بیوگٹھ گومُت زمین۔

**ملہ وھٹھن** ۔ ماتمہ منز نیرُن ۔ ماتمی پلو کڈنی۔ چھلُن۔

**مل بوُرُت** ۔ یتھ مل کھومُت یا پیومُت آسہ ۔ گندہ ۔ یتھ مالہ لور آسہ۔

**مل پلو** ۔ سہ موٹ پلوُیُس گرس زہنہ کاٹھ تل نہ عرق گیرِ پیٹھ چھ ترااوان۔

**مل پہا** ۔ روت پہا ۔ ادرار یا گُہ بیتر لُس پہا پڑھو زمینس ترااوان چھ۔

**مل پیون** ۔ کُنہ چیزس بیتر مل لاُرن ۔ کینژہ مالہ گژھن۔

**مل پوش** ۔ دانہ پیٹھ وہالتھ بانَن بیتر

کرٕنہٕ آمژ تژرہ۔

گل پھش ہیٚون۔ دانہٕ پھپھٕ دٲلِتھ بانَن بیتر تژرہ کرٕنی۔ کوٗنڈ کرٕن۔

گل پھوہرٕ۔ گل ژکل یم کُنہٕ بہتھ یا لگتھ آسن۔ واریاہ گل۔

گل ترٲوُن۔ ناَم ترٲوُن۔ ناَمہٕ کین دٔہَن ہِندِ پلو بیتر گنڈٕنی۔ ناَمہٕ پَتہٕ تھلُن۔

گل تان۔ مکانکی نٲم ڈکھ یم رہ بیتر ستنز آمان چھہ۔

گل تژرہ۔ گل بیتر دٔہ تھراونک پلو۔ گرٕد نہٕ لژرہ بیتر دٔہ تھراونک پلو۔

گل خور۔ (سہ پلو بیترا)۔ یتھ گل بوزنہٕ یپہ یہ۔

گل ڈج۔ زنانہٕ پھیرُس گرٕدنہٕ پیٚٹھ کیٚنہٕ لاگتھ ڈج یوسہ لٹھٕرنیک گل بیتر رٹان چھےٚ۔ مٹہٕ ڈج۔

گل ژنی۔ ۱۔ (زرگر) ہواری۔ آڈٕ زاڈٕ۔ یہانتھ۔ لیکھ ووہو۔ ۲۔ گنڈ زنانہٕ ششگس لدٕنی۔

گل کتر پیٚنز۔ لانتھ ہیٚنز (تس ونان پرٕنز سنخ دِے آسہٕ گامُتہٕ کنہٕ آسہٕ ژٹنی)۔

گل کتر ژھنی۔ ناَلہٕ بانہٕ ترٲوِتھ ژھنن، ترٲوِنیٔ متشاوُن۔ گنڈتھ ژھنن۔

گل کتُر۔ سہ بانہٕ ہیتر یتھ منز ناَلہٕ گی یا گنڈٕ گی بیتر تھوٚدرٕ۔

گل گٹُن۔ ناَمہٕ منز نیرُن۔ ناَمہٕ کین دٔہَن ہِندِ پلو گٹٕنی چھلُن۔

گل گرُن۔ زہبر نیرُن۔ ماَدان گرُن۔

گل کاسُن۔ ڈِگ، کوٚدٕ وُرتھ دوٗر کرُن۔ تکانہٕ منز بدظنی یہ دِلس اندر تھٲوِنی دِل ساف کرُن۔

گل کُت، کوٗنت۔ ملہٕ بوٗرت۔ یتھ گل آسہٕ یہ ناَلہٕ آسہٕ گومُت۔ یہ صاف آسہٕ نہٕ۔

گل کھارُن۔ (پاَش بانتھ) دِہن پازُن۔

گل گزاتے۔ ناَرٕ پلوٗن منز گنڈِتھ چھل چھن کھ۔

گل گز۔ سنخ یا لوٗرٕ بیتر یمہٕ ستہٕ نلی چِس گل گٹان چھہ۔

گل گزکرٕن۔ ۱۔ (جیبرا) نلٕچس یا پستس صفاے کرٕنی۔ ۲۔ سنخ یہانتھ کرٕنی۔

گل لدُن۔ ژھونک تہٕ لژرہ بیتر ہنٛد امبار کھارُن۔

گل لوٗن۔ اکہٕ خاص قسمُک لوٗن یمہٕ ستہٕ آیہ تلہٕ

میٚژ بیترِ کھارنہٕ یوان چھنہٕ۔ (رلوٚن چھِہ زمین کھنہٕ بجس اَکس ہتھ یارس وَنان)

**مَل مٲژ۔** گوڈنِچ مٲژ۔ مٲژ راژ باگک ییٚہ وُہ سیٚلہ کھرِتنہٕ مٲژ متھان چھِہ۔

**مَل واس۔** کامہِ وزِ پلو بچاونہٕ باپتھ لوگُت اَکہ قسمک کرتہٕ۔ وچھو مَل پلو۔ ہیٚر۔

**مَل وٚتُر۔** کِتابہِ کٲپی بیترِ ہُند کاکُد جلد۔ مَل وَرق۔

**مَل وونۍ۔** ۱۔ مٲژِ آب۔ ۲۔ سُہ آب یمہٕ منٛز بزٕ بیترِ آبہٕ کرمژٕ۔ ۳۔ سُہ گنٛدٕ آب یُس کھرٕ پٲنس ستۍ دولت آسہِ۔

**مَل ہیم۔** پلوس بیترِ پییمٕژ موٚٹ مَلہٕ رکھ۔

**مَل ہیٚون۔** ۱۔ مَل ژلُن۔ صاف کرُن۔ صفٲیی کرٕنۍ۔ ۲۔ (دگرِ پٲٹھۍ) مٲتس بہُن۔

**مَل ژرار۔** گنٛدگی۔ ناصٲفی۔ ٹھکریر۔ مَل بیترِ آسُن۔

**مَل ۲۔** گگنہٕ بیہہٕ منگن نام بُتھیک حصہٕ۔

**مَل ۳۔** [ن۔ مۆل ؛ مَل < س : مَلّ ]۔ پہلوان۔ ٹھکہ باز۔

**مَلاکھ ۱۔** [ن۔ مۆل ؛ مَلک < ع : مَلَک ؛ مَلاکِہ ]۔ فرِشتہٕ۔

مَلکن نہٕ خبر نگینہٕ کانہہ اَکس تہٕ تہٕ یِہ لگُن۔

زِندہ پرٕ دَم تھَرِتھ کانہہ کام کرِتھ ہیٚکہِ۔

**مَلکُل موت۔** یمراز۔ موتک فرِشتہٕ۔ عزرائیل۔ سُہ مَلاکِہ یُس رُو کڈان چھُ۔

**مَلکُل موتنیٚن نَٹھ۔** سخ بیم۔ تُخ بیہ۔ آہر۔

**مَلکھ بٹہٕ۔** مَلہٕ۔ آبہٕ اُہر۔

**مَلکہ وُدٕ تھنۍ۔** ملا آبس لبرٕ دُہ تھنہٕ۔ مَلہٕ دُہ تھیو۔ ۱۔ کزکہٕ ناد دُہ تھُن۔

**مَلنگ، مَلنگہ۔** [ن۔ مۆل ؛ مَلنگ < ف : مَلنگ] ۱۔ قلندر۔ ننگہٕ مستانہٕ۔ ۲۔ (دگرِ پٲٹھۍ) سُہ یُس کُنہٕ چیز فِکرا۔ ہیٚیہٕ نہٕ۔ یُس یِنۍ غم پٲٹھۍ پھیران نہٕ وران آسہٕ۔ ۳۔ نذوبٕ۔ سُہ یُس نہٕ کانہہ فِکرِ کھیہِ۔

**مَلالہ۔** [ن۔ مۆل ؛ مَلال < ع : مَلال]۔ دِلس لگُن۔ رٕنجش۔ روشُن۔

**مَلالہ رُٹُن۔** روشُن۔

**مَلالہ کرُن۔** تِیُتھ کیٚنہہ کرُن یمہٕ ستۍ بیٚیس دِلس لگہِ۔

**مَلالہ گرٛھن۔** رٕنجش گرٛھنہٕ۔ دِلس لگُن۔

**مَلامتھ۔** [م۔ مۆل ؛ ملامت < ع ؛ ملامة]۔ آڈٕ زاڈ۔ فضیحتھ۔ لانہٕ طانہٕ۔ بیوٲری۔

**مَلامتھ کرٕنۍ۔** فضیحتھ کرٕنۍ۔ آڈٕ زاڈ کرٕنۍ۔ بیوٲری کرٕنۍ۔

مَلنگی۔ [م۔ مؤل : مَلنگی < ف : ملنگ + ی]۔ ۱۔ قلندری۔ مستانہ گی۔ ۲۔ (ؤرگہِ پاٹھی) لاپرواہی۔

مَلاۓ۔ [م۔ مؤل : مَلاۓ < س : مثلوُاکا]۔ ۱۔ دوٗد کہ ہُر۔ دودِچ زیٖل یوس گرِکنادنہ سیتیٖ میٹھ کٕنۍ پہان چھےٚ۔ ۲۔ جوہر (کنٹینٹ)۔ سوٗری رنٛگ ہیوٚہ سُہ چیٖز یتھ مَلایہ رنٛگ آسہِ۔ ۳۔ (ؤرگہِ پاٹھی) نازنین۔

مَلایہِ کُلفی۔ یخ بستہ کرنہٕ آمٕژ مَلاۓ۔

مَلاۓ۔ [< پراکرت : مَلہٕ < س : مرد]۔ لیلہ وٲنی۔ وَچھ ژیٹھنۍ۔

مَلایہ کرنہٕ۔ وَچھ ژیٹھنۍ تہٕ لیلہ کرنہٕ۔

مَلائیکھ۔ [ن۔ مَلائیک < ع : ملائیک]۔ وُچھو "مَلکھ"۔ مَلکھ لفظک عربی جمع۔

مَلائیم۔ [مؤل : مَلائیم < ع : مُلائم]۔ نرم۔ حلیم۔

مَلایمی۔ نرمی۔ حلیمی۔

مَلہِ ح۔ [ن۔ مؤل : مَل < ع : مَلاح]۔ ماٚنز۔ ناوِ ہیٚنز چلاوُن وول۔

مَلہِ باۓ۔ مَلہِ سٕنز آشِنٛز۔ ماٚنزنۍ۔

مَلہِ کوٚٹ۔ ماٚنز کوٚٹ، ماٚنز کٕنۍ۔ یِہ چھِ بزلہ

پُرمژ تس وُنان یُس نہ کیٚنہہ بانٛہ ہُند باسِس آسہِ۔ یِتھ تِہنٛز نہٕ بیشُور لوکہ۔

مَلہ گوجہ کرنہٕ۔ (کیٚنٛہ یا ییٚنہ کانٛسہِ ہٕنٛز) دولتہِ بنےٚ وایہ پاٹھی تہ بنےٚ دردی سان وُڈاونۍ۔

مَلہِ مُل۔ [ن۔ مؤل : مَل < ترکی : مُلا < ع : مولی]۔ قبر کھنن وول۔ مورُدس وُڈراوُن وول۔ ۲۔ اوٚخُن۔ عالم دین۔

مَلس ٹُکہ مُشدِ تام۔ نہِ ڈیٚتہ گوٚ: یُس کانٛسہِ چھےٚ ییٚتھرے لَفُرِ یوت تس ہتھر باپلو آسہِ۔

مَلس گانٹھہ حلال۔ تہ ڈیٚتہ گوٚ غرضہ ورز چھِ یُس کانٛہہ فرض اصل تا ہتھ کرِنہِ چھنہٕ کران۔

مَلہِ بانٛگ۔ (ؤرگہِ) واریاہ شُل بکاش پنہٕ برتُوٚنہ۔

مَلہِ بانگہِ۔ (ؤرگہِ) سیٹھا سُلہِ۔

مَلہِ چینی۔ ۱۔ سرِ پُنبکا یہ بیتر یتھ اَندرا اوخُن صاحبس بتہ چھِ دِوان۔ ۲۔ شہِ بتہ یُس مَلس مورد پہنٛدِ مجوی دوان چھِ۔

مَلہِ ڈپیاز۔ اکبر بادشاہ سُنٛد اکھ درباری یُس تس دِل بہلاۓ کران اوس۔

مَلہٕ طَبیج۔ 1۔ مَلہٕ چھنہٕ یہٕ مَلہٕ شُند یڈ بٔرِتھ
کھین ایُس تَس رِنیاز زنگی میلان
چھُ)۔ 2۔ (اورگہٕ پاٹھی) یڈٕل شند
(بٔے اَنداز) کھیُن۔

مَلہٕ کھاہ۔ سِرینگرس اندر اکہٕ بڈٕ قبرستانک
ناو۔ بڑ مَلگزار۔

مَلہٕ کھاہ سوزُن۔ قبرِ لدُن۔ مارِتھ وُڈراوُن۔
(یِہ چھہ وَنہ موٚ)۔

مَلہٕ کھاش، مَلہٕ کھوش۔ 1۔ قبرِ کھنَن وول۔
2۔ (اورگہٕ پاٹھی) بٔے دَرد۔

مَلہٕ گُزار۔ مزار۔ قبرستان۔

مَلہٕ گُزار پیٚنٹھ آمُت۔ رووُمت۔
رٚدبوٚد۔ بودلِہ۔

مَلہٕ گُزارِچ ژھوپہٕ۔ 1۔ سخ ژھوپہٕ یُس
حالتہ بیتھ اَندر نہٕ کُنہٕ کینہ تہٕ آواز
گژھہ۔ 2۔ سخ دہشتہ بیٚمہ کِنی پرٚتھ
تہٕ نہٕ کمڑتھ ہیکِہ ز۔

مَلہٕ والہٕ واش۔ مَلہٕ شُند ہیم۔ مَلہٕ شُند
خوف زِ شہ کیا دِنہٕ۔

مَلہٕ عِد۔ [ن۔ مۄل : مَل < س : مَلَہ]۔
پَہ سلوان۔

مَلہٕ گُڈی نلِنی۔ کرٕکہٕ ناد ماگن۔ سخ شور لاگُن۔

مَلہٕ گُڈی وَدہٕ تھِنہٕ۔ سخ وَدٕ ژٕناٹھ وَدُن۔
گُبنی گُبنی وَدُن۔ بُرج لگُن۔

مَلہٕ دَر۔ [ن۔ مۄل : مَل دَر < س : مَلَہ + دَر]۔
ژٕمہٕ ہِنز اکھ بیماری۔

مَلِر۔ [م۔ مۄل : مَلِر < س : مَلَہ + اِر <
ژمو ژٕ بنادِنک پوٚت لوٚگ]۔ بوٚڈ نوٚٹ۔

مَلہٕ ماس۔ [ن۔ مۄل : مَلہٕ ماس < س : مَلَہ ماسہ]۔
مَلہٕ ماس۔ ژٕندرِ ماس (قمری) حسابہٕ شہ پُتُشہٕ
رِیتھ یُس ترٕیمہ ترٕیمہ ؤرِہ پتہٕ گنزرنہ
یوان چھُ تہٕ ییتھ کِنی بانہٕ ماس (شمسی)
حسابس براٚبری اَنان چھُ۔

مَلہٕ ماسی۔ مَلہٕ ماسچ رِیتھ پائن وٲلی۔

مَلُر۔ [ن۔ مۄل : مَلُر < س : مَلَہ] آبہٕ
ملکہٕ۔ آبہٕ لہر۔

مُلکہٕ۔ [ن۔ مۄل : مُلک < س : مَلَکَہ]۔
پانٕ مَلُر۔ گیتھ سیتی ہیوٚر کھوتمُت آب۔

مُلکہٕ وَدٕ تھِنہٕ۔ تیز داد بیتر کِنہٕ آبس
مَلُر وَدٕ تھِنہٕ۔ آبس لہر وَدٕ تھنہٕ۔

مُلُن۔ [ن۔ مۄل : مُل < س : مَلنَہ]۔
منتھُن۔ بُچھش بُچھش دِتھ کانہہ ژٕرُن
مادِ گُنہ شُتر پراوُن۔ آنتھو سیتی کُنہٕ
گگبر دِنی۔

مَلیچھ / ملیشرھ ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ملیچھ > س ؛ مٗلیچھ] ۔ ۱ ۔ گریوٗمٗت ۔ ترشٹھ ۔ ۲ ۔ گٔنٛد ۔ بدتمیز ۔

مَلیچھگی ۔ ملیچھ سٕند (ہیٛوٗ) طور طریقہ ۔

مَلیریا ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مٗلیریا > انگ ؛ ملیریا MALARIA] ۔ یہ بیمارٕ چھےٚ اکس خاص تٕہی سٕند ٹہ پٔرمتر بٔرِ گژھان تہٕ اَتہ اندر چھُ سخ تٕپہٕ گژھان ۔

ملیشیا ۔ [ن ۔ مؤل ؛ ملیشیا > انگ ؛ ملیشیا MILITIA] ۔ رضاکار فوج ۔

مَلبہٕ ۔ [مؤل ؛ مَلَب > پراکرت ، مٗلے آوٗ ، مٗ ۔ ہ ؛ ملبا] ۔ ۱ ۔ ژھوٹھ ۔ کوٗڈٕ ۔ ۲ ۔ کٔنہ بیرٕ تہٕ پٔچہٕ بیتر یمہٕ لُہراوِنہٕ آمتس یا وٕسی ہیمٕتس مکانس نیران چھےٚ ۔

مَل دَر ۔ [ن ۔ مؤل ، مَل دَر > س ؛ مٔلہ + دُھرا] ۔ ژٕمہ ہٕنٛز اکھ بیمارٕ ۔

مَل دَدٕر ۔ وٕچھو "مَل دَر" ۔

مَل سہٕبس ۔ [م ۔ مؤل ؛ مٔل سہٕبس > س ؛ مٔلہ + ؟] ۔ اَکہٕ قسمٕچ بیمارٕ یمیٛہ سٟتی ژٕمہ پیٹھ بٔڈی بٔڈٕ سفید داغ پادٕ چھِ گژھان ۔

مَل سہٕسَل ۔ یَس ژٕمہ مَل سہٕبس پیٚیمژ آسہِ ۔

مَلکوٗت ۔ [ن ۔ مؤل ؛ مَلکوٗت > ع ؛ مَلکوٗت] ۔ مَلایکَن ہُنٛد عالَم ۔

مَلکوٗتی صِفات ۔ فرِشتَن ہٕنٛز ہِشی خصلتہٕ ۔ نیک سیرتی ۔

مَلمَل ۔ [م ۔ مؤل ؛ مَلمَل > ف ؛ مَلمَل] ۔ ۱ ۔ اکہٕ قسمُک زٕ آدُیل سوٗتی کپٔر ، یہ چھُ کھجر کَم تہٕ زیٚچھر سیٹھاہ آسان ۔ ۲ ۔ دَستار ۔ صافہٕ ۔

مَل ماس ۔ [ن ۔ مَل ماس > س ؛ مٔلہ ماسہٕ] ۔ ژٔندرٕ ماس (قمری) حسابہٕ سٕتہ پُشہٕ رٕتہٕ یُس ترٕ یہٕ ترٕیہٕ وٕہرٕ گَنٛزرنہٕ یوان چھُ تہٕ بانہٕ ماس (شمسی) حسابس برابری آنان چھُ ۔

مَل ماسی ۔ مٔلہٕ ماسٕچ رٕچھ پالَن والی ۔

مَلمُلی ۔ ۱ ۔ دَستار ۔ صافہٕ ۔ ۲ ۔ اَکھ زٕ آدُیل سوٗتی کپُر ۔

مَلمُلی گٔنٛڈٕنی ۔ یَزَتھ اَفزایی کَرٕنی ۔ خِلعت بخشُن ۔ دَستار گٔنٛڈُن ۔

مَل واے ۔ [ن ۔ مؤل ، مَل واے > س ؛ مَلہ + دایہ] ۔ ۱ ۔ شُکٕلیوٗ حولچہٕ ، داپٔیوٗ پٔیتہٕ روٗزٕ ہٕنٛز کسرٕ بیترٕ ۔ ۲ ۔ دور کرِ اُلو رٔدشُن ۔ بٔدگژھُن ۔

کُل وآے گژھن۔ ژ ہِ ہنز کنہِ بیمار
پَیتھ کیٚنہہ کُسر روزُنی۔

مُماثلَتھ۔ ہِشر۔ برابٔری۔

مُمانیعَتھ۔ [م۔ مؤل: مُمانیعت (ع: ممانعة]۔
مَنع۔ ٹھاکھ۔ روک۔ روٚٹھ۔

مُمانیعَتھ آسنی۔ ٹھاکھ آسُن۔ اِجازَتھ نہٕ آسُن۔

مُمانیعَتھ کرٕنی۔ ٹھاکھ کرُن۔ مَنع کرُن۔

مَمی۔ [< اِنگ۔ ممی: MUMMY]۔ سُہ
لاش یوس مُختلِف دَوآے یا تَن
ہِندِ زورِ سٟتۍ لَش تہٕ محفوظ تھاونہٕ
آسہِ آمٕژ۔

مُمنا۔ [م۔ مؤل: مُمنا (س: مُمتا]۔ ا۔ میون
آسُنک اِنحساس۔ ۲۔ (خاص کٔرِتھ
ماجہِ ہُند) موہبَتھ۔

مُمتاز۔ [مؤل: ممتاز (ع: ممتاز]۔ ہیٚر دوٚل،
رٕتہِ ووٚل۔ ناوٕدار۔

مُملِکَتھ۔ (بادشاہی۔ حکومَتھ۔ تابعداری۔

مَمنوٗ۔ [ن۔ مؤل: ممنوٗ (ع: ممنوع]۔
یَتھ ٹھاکھ آسہِ۔ یَتھ مَنع آسہِ۔

مَمنوٗن۔ [ن۔ مؤل: ممنوٗن (ع: ممنون]۔
(کانٛسہِ ہُند) اِنحسان مَند۔ شُکر
گُزار۔ مَشکوٗر۔

مَمنوٗنِ اِنحسان۔ کانٛسہِ ہِندِ طرفہٕ ورتاونہٕ
آمتہِ بٔڈرک اِنحسان مَند۔ کانٛسہِ
ہُند شُکر گُزار۔

مَمنوٗن آسُن۔ اِنحسان مَند آسُن۔
شُکر گُزار آسُن۔ کانٛسہِ ہِنز مہربٲنی ہِشر
آسنی۔

مَن ہرا۔ [ن۔ مؤل: مَن (س: مَنہ]۔ ا۔ تہٕ
۔یِمہِ سٟتۍ سوچنہٕ، اِنحساس کرنہٕ تہٕ
کَل بیتر گَنڈنہٕ یوان چھِ۔ ژیتھ،
ووٚنۍ۔ ۲۔ دِل، رٔجز بات۔ م: کانٛسہِ
پَیتھ مَن گژھُن۔ ۳۔ یاداش، یاد
ووٚتُر۔ م: مَنس مَنز تھَو روزنی۔

مَنس ہیوٗن۔ دِلس ہیوٗن۔ پَژھ لایق
باسُن۔ سیٚپھ ہیوٗن۔

مَنس ہیٚٹھ بار ہیوٗن۔ فِکر بیتر کُنہِ فِکرِ
کِنۍ ووٚدآسی گژھُن۔ پوٚت کُل روزُنی۔

مَنس تھوٗن۔ ا۔ دِلس مَنز تھوٗن۔ کانٛسی
نہٕ ووٚنُن۔ ۲۔ زانٛہہ نہٕ مَشراوُن۔
ژٕھ پَس تھاوُن۔

مَنس روزُن۔ ا۔ کُنہِ کتھہِ بیتر ہُند مَنہ ہے
مَنز روزُن، ہیٚبُر نہٕ ژھٹہٕ یُن۔ ۲۔
دِلس مَنز کُنہِ کتھہِ ہُنٛد تُلی روزُن۔

کٔنہہ نہٕ مُژٕنی۔

مَنَس گژھُن۔ کہنہِ شوق یا طمع
گژھُن۔ وُزٕ وُزٕ گژھُن۔ دِل وٕنہ ٹھ
کڈُن۔

مَنہٕ بہُن۔ مَنَس برابر یُن۔ شُرٕ ہیتھ گژھنی
(کانسہِ ہُنز یا کُنہہِ)۔ دِلَس مُوافِق
یُن (کانٛہہ کتھ یا خیال بیتر)۔

مَنہٕ بیٚہناوُن۔ پَرٕ اُنیز یا بیہناوٕنی۔ دِل
سٕتہ کتھ یا خیالَس بیتر پیٚٹھ پَرٕ کرنادیٕ

مَنہٕ روزُن۔ مَنَس مَنز روزُن۔ مَنہٕ مَنز
نہٕ نیرُن)۔ ژہیس روزُن۔

مَنہٕ کامُن۔ مَنیچ پَژھے۔ اَندرِم پَرِژھ۔
دِلی خاہش۔

مَنہٕ کامُن آسُن۔ کانٛسہِ ہُنٛد وَسہٕ آسُن۔

مَنہٕ پوٚز۔ ییٚنہ مَن پَژٕ۔ ییٚتھ دِل اِجازتھ دِیہ۔
مَنَس ژُمہ دُن، پژیٚہ دُن۔ دِلَس
بیٚہہ دُن۔

مَنہٕ پیٚٹھ بار لوٚتُن۔ فِکر ژٕلُن۔ کانٛہہ اَندیشہٕ
نہٕ روزُن۔ پوٚت گَل نہٕ روزٕنی۔

مَنہٕ سود۔ دِلہٕ جانہٕ کام کوٚٹ کرُن ودُل۔
یُس مَن دِتھ کیٚنہہ کرِ یا کران آسہِ۔
دِلہٕ بوٚڈ۔

مَنہٕ خود۔ یُس معاف نہٕ آسہِ۔ یُس دِلَس
مَنز کانٛہہ کھوٚٹہ گُھٹاے آسہِ نہٕ۔

مَنہٕ کرٕ ہوٚٹھ۔ سنگدِل۔ دِلہٕ دوٗر۔ یُس نہٕ
سُہل سُہل اَثر گژھہِ۔

مَنہٕ کامنا۔ مَنہٕ کامُن۔ دِلُچ خاہش۔

مَنہٕ کامنا پوٗرٕ سپدٕنی۔ یہ دِل یژھہ تہٕ
بانٛل یُن۔

مَنہٕ کُھل۔ نَرٕم دِل۔ نَرٕم مِزاز۔ شریف۔

مَن بدلُن۔ راے بدلٕنی۔ دِل بدلُن۔ بدل
کُنہہِ چیزٕچ راے گژھنی۔

مَن پَژُن۔ وٕہ نہٕ یُن۔ دِل مانُن۔ دِلَس
مُوافِق آسُن۔

مَن پسند۔ دِلَس پَزٕ پیہ دُن، خوشس
گرُدن۔

مَن پھرُن۔ دیان ڈالُن۔ توجہ ڈالُن۔
راے بدلاوٕنی۔

مَن پھیرُن۔ مَن کرُن۔ مَن یُن۔ گرانہٕ
گژھنی۔

مَن پھیر لگُن۔ درہ کھاہش پھیرٕنی۔
آدلَن ہیٚوٕ یُن۔

مَن تعبیر گرُن۔ ذری باٹھی مَنَس سودُن۔

مَن لیکھ کرُن۔ کُنہہ پیٚٹھ مَن ژرادُن۔

پہ مُنٔس اَنٛدرٕ آسہٕ ژمہ سارِکُے جیس۔
مَنیچ آگہی۔ ظٕون، جیس۔

مَنسکار روزُن۔ پٔزِر پٔزِر ظٕون روزُن۔
پٔزِر جیس روزُن۔

مَنع۔ [ن۔ مؤل : مَنع < ع : منع ]۔ ٹھاکہ، روک، روٚٹ۔

مَنع کَرُن۔ ٹھاکہ کَرُن۔ روٚٹ کَرُن۔
کانٛہہ کُنہِ کامہِ نِشہِ بَنٛتھ رَٹُن۔

مَنَن ۱۔ [ن۔ مؤل، مَنَن < س : مَنَنَ ]۔
کُنہِ کَتھِ پیٹھ سوٚن وِژار یا سوٚنچ۔
کانٛہہ کَتھ مَنٔس سُنٛز راوٕنۍ۔

مَنَن ۲۔ [م۔ مؤل : مَنَن ]۔ ۱۔ کانہہ رُٹھِ مینٛژ یا گَترِ دٕکاٛنگر۔ ۲۔ اَنٛگِنٛٹھ
م، اَگِنہ مَنَن۔

مَننہِ تیل دَزُن۔ کُنہِ بَلایہِ مَنٛز پوٚرِ پاٹھۍ
ہیٚنہِ یا وَلنہِ یُن۔

مَننہِ تیل زالُن۔ کانٛہہ کُنہِ بَلایہِ مَنٛزٕ تھٕ
اِٹھ وَلُو، مُتھ [illegible]

مَنافہٕ۔ [ن۔ مؤل : مُناف < ع : منافع ]۔
نَفع۔ فایدٕ۔ اَصل زَرَس پیٹھ زیٛنٛمُت
پانٛسہٕ ٹۄنٛک۔

مَناوتھ۔ [م۔ مؤل : مَناوَت < ہ : مَنَوَتی ]۔

پَننہِ بَدل بٔنیس کانٛسہِ کُس تِرِضہٕ ہورِنہٕ
یا پَنٛتھ بَراتھ دِنۍ۔ قرض بیٛترِ دِگرادنہٕ
یا پَنٛتھ بیاکھ کانٛہہ بَنٛتھ ٹھٕوُن یا بٔنیس
کانٛسہِ بَراتھ دِنۍ۔

مَناوُن۔ [ن۔ مؤل : مَناد < س : مانَنَ ]۔ کُنہِ
ڈٕہک رَسم پالُن یا ریٛتھ پالنۍ۔

مَناہ۔ [ن۔ مؤل : مَناہ < س : مَنَہ ] ہِن گھنٛڈِ
(وَزنہِ تَلہٕ) سیٛٹھا، واریاہ، کٲفی۔

مَنادی۔ [م۔ مؤل : مَنادی < ع : منادی]۔
ڈٔنٛڈٕ دٕر۔ شَزاوے۔ شادے۔

مَنادی پھِرٕنۍ یا پھِرٕوٕنۍ۔ ڈٔنٛڈٕ دٕرٕ وایان
اعلان کَرُن یا اعلان کَران گَژھُن۔
ڈٔنٛڈٕ دٕرٕ دِیُن۔

مَنادی نیٛرٕنۍ۔ ڈٔنٛڈٕ دٕر دِنہِ نیٛرُن۔ شَزاوے
پھِرناونہِ نیٛرُن۔ اعلان کَرُن۔

مَناری۔ [م۔ مؤل : مُناری < س : مَنہِ + کاریہ ]۔ ۱۔ پارٕ وٕکہ سامانہٕ تہٕ نِکہٕ
نِکہٕ چیٖزٕ بیٛترِ کِنَن دول ۲۔ بِساطی
سامانہٕ۔ ۳۔ پارٕ وٕکہ سامانہٕ تہٕ باقی
نِکہٕ نِکہٕ چیٖزٕ بیٛتر۔

مَنارِ فروش۔ بِساطی۔ پارٕ وٕکہ سامانہٕ
یا نِکہٕ نِکہٕ چیٖزٕ کِنَن دول۔

مَنارِ وان ۔ بِساطِ وان ۔ بِساطِ دُکان ۔
سُہ وان یتہِ لَس پارا وُک سامانہٕ بیتر
کِنُن آسان چھُ ۔

مَناظِر ۔ [ مؤل : مَناظِر (ع : مَناظِر ] ۔ سیٹھاہ
نظارٕ گوش ۔

مَنہٕ ۔ [ن ۔ مؤل : مَن (س : مَنہٕ ] ۔ اَچھ ۔
اَچھ ہِندی لال ۔

مَنہٕ پھوٗل ۔ اَچھ ہُند لال ۔

مَنہٕ پھیرُنہٕ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) اَچھ پھیرِتھ گژھُنہٕ ۔
لِحاظٕ نہٕ روزُن ۔ اَچھن مَنز نہٕ
آب روزُن ۔

مَنہٕ پھیشُر ۔ اَچھن نہٕ لِحاظ روزُن ۔ ما ۔
محبتھ نہٕ روزُن ۔ بَدلِحاظ گژھُن ۔

مَنہٕ کامَن ۔ ۔ وُچھو "مَن ما" لفظس تل ۔

مَنہٕ سَلوا ، مَن وسَلوا ۔ [ (ع : مَن ، سلوا ] ۔
۱۔ سُہ خاص کھین یُس خُدا تعالا
حضرتِ موسیٰ ہِندِس وومتس سوزان
اوس ۔ ۲۔ خاص نِیامُتھ ۔ ۳۔ کھین
یُس گژھہِ میٹھنہٕ وَراۓ اَتھہِ لگہ ۔

مَنہٕ ناوُن ۔ [ن ۔ مؤل : مَنہٕ ناو (س : مانَنہٕ ] ۔
روٗشمت بیتہِ اُنُن ۔ ٹیٹھ میٹھ
کَرِتھ کانٛہہ کینٛہہ کَرنس پیٹھ آماد کَرُن ۔

خوشامد بیتر کَرِتھ کانٛہہ پانَس سُتھ
سپھرن ۔

مَنہٕ وُان ۔ وُچھو "مَنہٕ ناوُن" ۔

مَنہٕ ووٚنی ۔ [ن ۔ مؤل : مَنہٕ وانی (س ؛ مَنڈٕ + بانی ] ۔
سُہ پوٚنی یُس دوہ دِس شرامن بناوِتھ
پَتھ کُنی روزان چھُ ۔

مَنہٕ ووٚنی چومرٕت آسُن ۔ یکہٕ بکھ کرُنی کُنہ نہٕ
قرار آسُن ۔ بیٚہہ نہٕ آسُن ۔

مَنٛڈٕ ۔ [ن ۔ مؤل : مَنٹ (س : مَنہٕ + وٹ ] ۔
۱۔ لگ بگ ڈوڈ سیر یا ڈوڈ سیر
وُزنک ۔ ۲۔ لگ بگ ڈوڈ سیرِ ہُنٛ وَٹہٕ ۔
سُہ بانہٕ بیتر یتھ لگ بگ ڈوڈ سیر
داتان آسہ ۔

مَینٛٹھ دَب ۔ (وَرگہٕ) ۔ ۱۔ دُسرٕ نفع ۔ ۲۔
کھوٚر تاس ۔

مَینٛٹھ دَب پیوٚن ۔ کھوٚر تاس لگُن یُس نہٕ
زکھ داتُن ۔

مَینٛٹھ دَب کھیوٚن ۔ (دُسرٕ بیتر لگنہٕ پتہٕ)
زِمو پیٹھ دَم کَرِتھ بِہُن ۔ سِترٕ بِہُن ،
سَتھا دِلی جیبہٕ رَٹِن ۔

مَینٛٹھ مینٛٹھ کھیوٚن ۔ بانہٕ وِنی رَترٕ رَترٕ شَترٕ
ہیٚنتُس جاب بوزُن اَرسِخ رُوٚنی ۔

مَنٹھ میٹھ۔ پانژ دِ زرزِ تہٕ پیٹھس پیٹھس حِساب بوزُن۔ تیہٕ میٹھ۔ سنخ ژُودی

مُنَٹ پیٹھ گرٕزُھن۔ یُس نہٕ یُوت بانہٕ آسہِ تَس تیوٗت بُنُن، تہٕپٹُس پِیُن۔

مُنٹس پانژُو گرٕزُھن۔ تیوٗت بُنُن یُوت نہٕ پتر آسہِ۔ تہٕپٹُس پِیُن۔

مُنٹہٕ لیٚچہٕ پانژُو گرٕزُھن۔ وُچھو "مُنٹس پانژُو گرٕزُھن"۔

مُنٛر۔ [ن۔ مؤل؛ مُنٛر < س؛ مَنٛہٕ + کارٛ]۔ جواہرن بیترِ معلجن کنہِ ہُنٛد کارٕ بار کرن ووُل یا تمہِ گرٛن وول۔

مُنٛر تھاج۔ مَنٛرِ شُنٛد شہ چرخ یتھ بیٚہ ٹُہ جواہرن بیترِ چوٗدِ بناوِنہٕ باپتھ کھران چھہِ۔

مُنٛروان۔ ۱۔ شہ دُکان یتہِ جواہر بیترِ کنہٕ آسن۔ ۲۔ مَنٛرِ شُنٛد کارخانہٕ۔

مُنُش / مَنوٗش۔ [< س؛ مُنُشیہٕ]۔ اِنسان۔ موٗ ہنیوٗ۔

مَنٛشہِ لیٚے۔ اِنسان شُکل۔ ماتٛز بوٗے۔ یہٕ چھہ تمہِ ساتہٕ وَنان ییلہِ کٛنہٕ ترٛہ جایہِ تہٕ اِنسان موجوٗد آسہِ یتہٕ نہٕ شہ عام پاٹھی آسُن یژھ بے۔

مَنٛشہِ ذاتھ۔ آدم ذاتھ۔ اِنسان ذاتھ۔ اِنسان ذاتٛز مَنٛز۔

مَنٛشہِ لوٗکھ۔ (ج) دُنیا۔ ژگمہٕ۔

مَنوٗش۔ وُچھو "مُنُش"۔

مَنوہر۔ [ن۔ مؤل؛ مَنوہر < س؛ مَنوہرٛ] خوش کَرُن، لوٗبہٕ وُن۔ دِلس لَجن نوٗ وُن۔

مَینجَر۔ [مؤل؛ مَینیجر < انگ؛ مینیجر (MANAGER)]۔ مُنتظم۔ اِنتظام چلاوان وول۔

مَنتھر۔ [ن۔ مؤل؛ منتھر < س؛ مُنتٛرٛ]۔ ۱۔ ویدن ہُنٛد کانہہ داکھ، دیدِ واکھ۔ ۲۔ (کانٛسہِ دِوتا سنٛدِ ناوی)۔ ژھومبہٕ گنٛڈ۔ ۳۔ سو ژھومبہٕ گنٛڈ بیترِ یمہِ سیتی کانٛہہ کرامتھ بیترِ کرٛنہ یِیہ۔ مانٛتھر۔

مُنجَن۔ [ن۔ مؤل؛ مُنجَن < پراکرت؛ منجنم < س؛ مارجنَہ]۔ دَنٛد صاف کرنٛچ پھیکہٕ۔

مَنبجولہٕ۔ [ن۔ مؤل؛ منجول < ہ؛ منجولا]۔ ہموار ژوٗک کرتہٕ لوکُٹ پٹٛژلہٕ۔

مَنجہوٗر۔ [ن۔ مؤل؛ منجہر < س؛ مارگہ شیرشا]۔ دیسی حسابہٕ اٹھیم رِیتھ۔ شہ رِیتھ یُس کارتکہِ پتہٕ یوان چھہِ۔

مُنحوس۔ [مؤل؛ مَنحوس < ع؛ منحوس]۔ رُنیا

**مانگیہ پھوٚل** ۔ ۱۔ تہٕ موچہٕ پھوٚل یُس
طأیفہٕ دٕرٛن سوٚمبرِ ووٚمت آسہِ۔ ۲۔ بیچھہٕ
پھوٚل ۔ تہٕ یہٕ بیچھہٕ بیچھہٕ سوٚمبرٕ مُت آسہِ۔
**مانگیہ گرٛنٛدھن** ۔ ۱۔ بیچھنہٕ نیرُن۔ تنگے پھوٚل
سوٚمبرہٕ نیرُن ۔ ۲۔ کورِ یا گوبرٕ سُند
رِشتہٕ مَنگُن۔
**مانگیہ نیرُن** ۔ بیچھنہٕ نیرُن۔ موچہٕ پھوٚل
سوٚمبرہٕ گرٛنٛدھن۔
**مانگیہ رُن** ۔ مانگےٚ رِنہٕ رُن۔
**ماو** ۔ [م۔ سُل : ماو (س : ماپکہ]۔
۱۔ کِسہِ طرفہٕ اِچھ لاو۔ کِسہِ طرفہٕ اَنٛگھک
حِصہٕ۔ ۲۔ تِلچ سُتر لاوٕ لُنٛڈ (رُوتہٕ باپتھ)
**ماوِ رُوٹے تول** ۔ ۱۔ پورٕ تولُن، وزنُس
برابر دِیُن ۔ ۲۔ تولنُس مُنٛز ہیر پھیر کرُن۔
چھوٗن تولُن۔
**ماو دِنی** ۔ ۱۔ چھوٗن تولنہٕ باپتھ ڈنٛجہٕ ماو دِنی۔
۱۔ زامنہٕ وِزِ آسُس اَتھ بہتہ تھوٗن۔
**ماو رُوٗنی** ۔ ویرہٕ ہنٛز لُنٛڈ رُوٗنی۔
**ماوس** ۔ [م۔ سُل : ماوس (س : اماوسی]۔
زوٗنہٕ حِسابہٕ گٹہٕ پچھک آخری دوہ۔
**ماوس پیٚنٛز** ۔ ماوسہٕ ہنٛد فاقہٕ دٕرُن۔
**ماوس تھوٗنی** ۔ ماوسہٕ ہنٛز راتھ ہنٛد فاقہٕ بیتر
دٕرُن تہٕ باقی رسم پالُن۔
**ماوس دِرِنی** ۔ وچھو: ماوس تھوٗنی۔
**ماوٕ** ۔ بیون گگُھرِ۔
**ماوٕر** ۔ سوٚسمار ژُناوٕ۔
**ماوُل** ۔ [ن۔ سُل ؛ ماول (س؛ مُولہٕ] کپرِس
کھجرِ طرٛفیچ رکھ یا ڈنٛدرٕ۔
**ماوِلی تژوپ** ۔ کپرِس کھجرِ طرفیچ ٹیپ۔
**ماوضہٕ** ۔ [ن۔ سُل : ماوضہٕ (ع : معاوضہٕ]۔
۱۔ یہ کینٛہ شاکنہٕ بدل ہینہٕ دِنہٕ یِیہ۔
عوضانہٕ۔ ڈنٛڈٕ۔ ہرجانہٕ۔ ۲۔ اُجرتھ۔
مزوٗری۔
**ماوضہٕ دِیُن** ۔ ڈنٛڈٕ دِیُن۔ ہرجانہٕ دِیُن۔
**ماہ ۱** ۔ [ن۔ سُل : ماہ (ف : ماہ]۔ ۱۔ زوٗن۔
۲۔ رِیتھ۔
**ماہِ تابان** ۔ پژزلِہ وِنی زوٗن۔
**ماہِ رمضان** ۔ رمضانُک رِیتھ۔ روزٕ دری
ہُند رِیتھ۔
**ماہِ صیام** ۔ ماہِ رمضان۔ سُہ رِیتھ یتھ اَنٛدر
مُسلمان روزٕ دَر روزان چھ۔
**ماہِ کنعان** ۔ مُلکِ کنعانُک زوٗن یَتہٕ ڈیٚتھ
گو حضرتِ یوسفؑ۔
**ماہِ کامِل** ۔ پوٗرٕ زوٗن۔ زٕہِ داہِمِ زوٗن۔

ماہِ نَو۔ رِنگ گوڈنیک زُونبر۔

ماہ پارٕ۔ زوٗنہٕ ہُنٛد اَڈٕ، یہ ڈیشِتھ گوسبھِتھا خسُین۔

ماہتاب۔ ۱۔ زوٗن۔ ۲۔ گنٛدرِ بون۔

ماہتابی۔ اَکھ آتش بازِ ہُنٛد ناو۔

ماہ جبین۔ یُس زوٗنہٕ ہیُوٚ بُتھ آسہِ۔ (دورِ گہِ پاٹھو) ماری موٗند۔ خوٗبصوٗرتھ۔ خسُین۔

ماہ روے۔ ماری موٗند۔ خوٗبصوٗرتھ۔

ماہ رُخ۔ خوٗبصوٗرتھ۔

ماہ ۲۔ [< آوازِ پیٹھ]۔ موٗذ۔ میوٗٹھ۔

ماہ کرُن۔ موٗذ کرِنۍ۔ میوٗٹھ کرُن۔ اَدب کرُن۔

ماہ کرِتھ (رٹُن، کھیٛوٗن، نیُن سا۔ بجوٗشی۔ کیٛہہ رٹُن یا مانُن۔ ۲۔ (ہنزلہِ) یا شا کرِتھ نہ ننگلاوُن۔ یَب کرُن۔ ہلہِ دلہِ وراُسے بہتھ ژُلُن۔ میوٗٹھا کرِتھ چنٛدس ژھٕنُن (خاص کرِتھ تہ یہ نہ جائیز آسہِ)۔

ماہد۔ [ن۔ مؤل: ماہد (ع: ہ: معاهدة)]۔ کُنہ کتھِ پیٛٹھ کرنہٕ آمُت اِقرار۔ پانہٕ وٲنۍ کرنہٕ آمُت کُنہ کتھِ پیٛٹھ واد۔

ماہانہٕ [< ف: ماہانہ]۔ رِہتہ وار۔ رٕیتس رٕیتس۔ رِہتہٕ پاٹھۍ۔

ماہوار۔ ماہانہٕ۔ رِہتہٕ پاٹھۍ۔ ۲۔ خرچہ۔ تنخواہ۔

ماہواری۔ [م۔ مؤل: ماہ واری (ف: ماہواری)]۔ ۱۔ زنانہٕ زنگ۔ ۲۔ رِہتہٕ پاٹھۍ۔ ماہانہٕ۔ رِہتہٕ پتہ رِہتہٕ۔

مائے۔ [م۔ مؤل: مائے (س: مایا)]۔ ۱۔ مُحبت۔ لول، سٕرٕنہہ۔ ۲۔ ڈاٹھ ...

مایہ بوٗرُت۔ لولہِ ہوٗت۔ سُہ یُس کانٛسہِ ہُنٛد دَسہِ آسہِ۔ لولہِ دول۔

مایہ ہوٗت۔ لولہِ ہوٗت۔ یُس کانٛسہِ ہنزلے آسہِ۔ لولہِ دول۔

مائے برِنۍ۔ کانٛسہِ سیٛتۍ لول ورتاوُن۔ مُحبت کرُن۔ لول برُن۔

مائے باگرِنۍ۔ پانہٕ وٲنۍ مُحبت قدر تاوُن۔ اَکھ اَکِس لول برُن۔

مائے گرٛزھنۍ۔ مُحبت گرٛزھُن۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) سٕرٕنہہ گرٛزھُن۔ لول یُن۔

مائے لاگنۍ۔ ۱۔ کُنہ مطلبہٕ سوٗرٕ ہیٛدِ ورائے روزُن۔ ڈامب لاگِتھ ژرژان روزُن۔ ۲۔ مُحبت کرُن، لول برُن۔ ۳۔ اَپزٕے مُحبت کرُن۔

مائے لاگِتھ بِہُن۔ وچھو "مائے لاگنۍ"۔

مایا۔ [م۔ مۆل، مایا < س: مایا]۔ ۱۔ برٛم۔ مَنَس پیٹھ ژٕ پٔرد ہیوٚہ یَیمہ سٕتۍ سۄمسار نِشہِ دَے چھ گَھٹِنہٕ یوان۔ تہٕ پوٚز باسن یِتھ یہٕ کُہنۍ سار چھُ۔ ۲۔ دۄنہٕ دیار۔ آسن بُسن۔

مایاتیتھ۔ مایایہٕ تھوٚدیا ہیبَر۔ بگوانہٕ سُند اَکھ صِفت۔

مایازال۔ فریٖب پَردیُس پَرزُس نِش وانہٕ چھنہٕ دِوان۔ مُحبِتِچ پھانسی۔ کُنہٕ یا کانُتہٕ ہُنٛد وَسہٕ آسُن۔

مایاسوو۔ سُہ یُس دوٚر پانٛسہٕ آسہٕ۔ یُس سیٹھا آسُن بُسن آسہٕ۔

مایاگَن۔ یُس سیٹھا دۄنہٕ دیار آسُن یُس دوٚر پانٛسہٕ آسہٕ۔ یُس سیٹھا آسُن بُسن آسہٕ۔

مایہ۔ [ن۔ مۆل، مایہ < ف، مایہ]۔ ۱۔ دۄنہٕ موٚنٛد۔ پانٛسہٕ ٹوٚنٛکہٕ (دِنہٕ کُن رودمُت) سرمایہ۔ ۲۔ توٚن وِگرٕ۔ اَنہٕ ۳۔ توٚرھ۔ بوٚجُر (زمینُس بیترِ)۔ ۴۔ لیس دار کانٛہہ مادٕ یَیمہ سٕتۍ داگھ دِنہٕ یِیہٕ۔ ۵۔ فَصلہٕ کِس دانِس ہَیرِ اَنٛدرِم چھِر یِتھ پَتہٕ بوٚختہٕ پھوٚل چھُ بَنان۔

مایہ دار۔ ۱۔ یَتھ مایہ آسہٕ۔ یَتھ توٚرھ آسہٕ۔ م: یہٕ چھِنہٕ مایہ دار زمین۔ ۲۔ یُس سرمایہ آسہٕ۔ بیٖمی خٔشی یِتھ آسہٕ کرہٕ بٔڑ۔ ۳۔ یَتھ مایہ آسہٕ کرتہٕ آمُت۔

مایہ ساوِیر۔ تُبسہٕ آسُن۔ جان گُذارُس مَنٛز آسُن۔

مایہ گُران۔ ۔ دال گوٚژِرِ چھرِ نِنہٕ۔ ۲۔ پانٛسہٕ ٹوٚنٛکہٕ نیٖرِ نیٖتھ باپہٕ شوُن۔ ہُتھ یِتھ کَرنۍ۔ ۳۔ پلوٚسہٕ بیترِ مایہ دار آبک نیوٚکھ مُدرِکی۔

مایہ کھسُن۔ دال گوٚژِرِ چھرِ ہِنہٕ پٹھۍ۔

مابلہٕ۔ [ن۔ مۆل: مایل < وُچھِو ماج پہٕ پٹھ "ماجہ زِنٛل" لفظک زھوٚٹہ]۔ ۱۔ ماجہِ سِکھہٕ۔ ۲۔ ٹاٹھنٛیار یسان شُرِس تہٕ وَنان۔

مُتہٕل۔ [م۔ مۆل۔ مُتہٕل < س: مَتہٕ + اِل]۔ مُتۄلاز۔ مَژُر۔ مُتۄگ۔ مُتہٕ سُنٛد یا مُتہٕ سُنٛد ہیوٚہ طور طریقہٕ۔ پاگل پَن۔ دَمٲلہٕ۔ مِنال کَرنۍ۔ موٚت لاگُن۔ مَژُر کَرُن۔

مُتہٕ ار۔ [ن۔ مۆل: مُتہٕ ال < ک: موٚت < نالہِ موٚت + س: ہل]۔ رکجہِ لیج۔ اَکھ خاص قِسمُک آیہٕ یُس آبی زمینَس آب لُدتھ کِیُوٚ بیترِ وَیہِ رادٕنہٕ ناگرِ دِنہٕ چھُ یوان۔

مُتۄلاز۔ وُچھِو "مُتہٕل"

مُتقِصہ۔ [< س، مَتقِصہ]۔ سَتر بہ سان۔ کَنہٕ کَنہٕ۔ مُنزِ مُنزِ۔ م، سہ چھُ وِدِ مُتقِصہٕ یور یوان۔

مَٹ۔ [م۔ مؤل: مَٹ < س: مارتّہ]۔ ۱۔ گَلہٕ کھوٗل تہٕ ڈُلیم گَتر تُو اَکھ تھوٚد تہٕ بوٚڑ باہ یِتھ مَنز اناج بیتر جمع تھوان چھہ۔ ۲۔ گَلہٕ کھوٗل تہٕ ڈُلوم گَتر تُو یا ترامُو اَکھ تھوٚد تہٕ بوٚڑ باہ یُس دانِس پیٚٹھ کِنی لَبہٕ مَنز تھوان چھہ تہٕ یتھ مَنز آب گرباوٕنہٕ یوان چھُ۔

مَٹِن مَوہَر آسنہٕ۔ سیٹھا دیار آسنہٕ بِجاہ پاپَر بجا آسُن۔

مَچہِ وار۔ [م۔ مؤل: مَچہ دار < س، مارتّہ + وار] گَترو کوٚ تہٕ تَنگ وار۔

مَٹ ہِش گَژھنی۔ ووکھ پاٹھی ہُنن۔ (ووکھ پاٹھی) ییٚڈ نیرٕنی۔

مَتھٕرُن۔ دِچھِو "مَتھٕرُن"۔

مَجلِس۔ [م: مؤل: مَجلِس < ع: مَجلِس] مَحفَل، مَجمہٕ، جَلسہٕ۔ کَنہٕ کَنہٕ بیتر پیٹھ سوچنہٕ کرنہٕ باپتھ واریاہن لُکن ہُندہٕ جایہ ییُن۔

مَجلوٗسہٕ گَژھُن۔ [< ع: مجلِس]۔ مُسل گَژھُن۔ یٔڈ ژُلُن۔

مَجلوٗن۔ [< دِچھِو "مَجنوٗن"] - مجنوٗن۔

مَجلوٗن خان۔ (اماٹھینا رِکنی) شُری بہادُر (ٹ) وَنان۔

مَجلوٗن ہیکہٕ۔ خوٚباہ۔

مَجنوٗن، مَجلوٗن۔ [ن۔ مؤل: مجنوٗن < ع: مجنوٗن]
۱۔ لَیلہٕ ہُند عاشق۔ ۲۔ سُہ یُس کانٛہہ چیز مَوت گوٚمُت آسہِ۔ عاشق۔

مُچلہٕ۔ [ن۔ مؤل: مُچل < ہ، مچلا]، ڈُمٹھے۔ چانگہٕ گی۔ ڈانب۔

مُچلہٕ تراوُن۔ ڈُمٹھے تراوٕنی۔ ڈامب لاگُن۔

مُچلہٕ لاگُن۔ ڈُمٹھے تراوٕنی۔ چانگہٕ لاگُن۔ ڈانب لاگُن۔ اَگاد گَژھُن۔

مُچھ را۔ [م۔ مؤل: مچھ (پراکرت: مچھی < س: مَکشا]۔ ۱۔ اَکہِ قِسمُک ژُڑوُن کیوٗم۔ ۲۔ شیشس یا کَنہٕ چیزس پیٚٹھ یوٚمُت داغ۔ ۳۔ اَتھس بیتر پیٚٹھ گرٕ بزداغ۔

مُچھہٕ ٹینچِل۔ یُس یا یتھ واریاہ نکی نکی گرٕ ہنی یا کاٹری داغ آسن۔

مُچھہٕ ٹینچہٕ۔ نکی نکی گرٕ ہنی تہٕ کاٹری داغ۔

مُچھہٕ کلہٕ ژٕٹُن۔ اَکہٕ نَنٛد آسنہٕ کِنی) کشن کشن سیٹھا کَم خرچ کرُن۔

مُچھ کھلنہٕ۔ مُچھ ژُلراوُنہٕ۔ مُچھ ڈہرنہٕ۔ مُچھ وامنہٕ۔

مُچھ کیس۔ مُچھہٕ ہُند ڈبھنیچ یا ژاہ آواز۔

مُلہِ گرُن۔ ۱۔ مَنڈُن دِپوٹ بیترِ/۲۔ (وُگرِ پاٹھی) سیٹھا خاطر داری کرِنی۔ جان پاٹھو کھیاوُن چاوُن۔

مُلہِ وگُر۔ مَنڈُن گوٗر۔

مُلہِ دِہ۔ جَمَل۔ جانوٗرس کیٛت اَکِہ خاص طریقہ تیار کرُنہ آمُت کھین۔

مُلشہ خان۔ [ن۔ مؤل: مُلشہ خان < ف: مالِش + ف: خان]۔ یُس سیٹھا کَلالہِ آسہِ پیدان۔ مُہ شُریَس ترِھاین تہ گراین دِچھنہِ آسہِ پوان۔

مُلکانی۔ [م۔ مؤل: مُلکانی < ع: ملکۃ]۔ ۱۔ رانی۔ بادشاہ بایہ۔ ۲۔ سو یوسہِ گرِنہ ملکس بیترِ پیٹھ حکومت آسہِ کران۔

مُلنیار۔ [ن۔ مؤل: مُلنیار < س: مَلِن + آر]۔ گندگی۔ ناصافی۔ نکریر۔ ناکہِ گی۔

مُلیار۔ دانُدر کام۔

مُلیاری۔ [ن۔ مؤل: مُلیار]۔ مَل ساران دول۔ دانُدر۔

مُلیاری زمین۔ زمین یتھ سبزی بیترِ دوہ پیہِ

مِنسٹر۔ [ن۔ مؤل: مِنِسٹر < انگ۔ مِنِسٹر: MINISTER]۔ وزیر۔

مُنی۔ [م۔ مؤل: مُنی < س: مُنہِ]۔ دِریہ، داتھ۔

مَنی آڈر۔ [ن۔ مؤل: مَنی آڈر < انگ: منی آڈر MONEY ORDER]۔ ۱۔ ڈاک کہِ ذریعہ رقم سوزُن۔ ۲۔ ڈاک کہِ ذریعہ سوزنہ آمُت رقم۔

مَنیپٹر۔ [ن۔ مؤل: مُنیسٹر < انگ: مانیٹر]۔ زِٹھو زاٹھ۔

مَنی شور۔ [ن۔ مؤل: مَنی شور < س: مَنیشوَر]۔ بٹہِ بوڈ رِیوش۔

مَنزگوڈ۔ [ن۔ مؤل: مُنزگاڈ < س: مَنہِ + گنڈ]۔ گڈ دنہِ، ہنیر کنہِ کاڈنیب نِصو۔

مُنڈلہِ۔ [ن۔ مؤل: مُنڈِل < ع: منڈیل]۔ مُنلو دستار، پشمینہ دستار۔

مُنڈی۔ [م۔ مؤل: مُنڈی < س: مَنڈِپکا]۔ بوڈ بازر۔ شہرک بازر، اپہار ہاٹھ۔

مُنزِل۔ [ن۔ مؤل: مُنزِل < ع: منزل]۔ ۱۔ سو جاے یوتہ سفرس اَندر واتُن آسہِ۔ سفرُک اَند۔ سفرُک اَخری پڑاو۔ ۲۔ (تصوُفہِ موجُب) مقام۔ ۳۔ مکانک پور۔

مُنزِلَس واتُن۔ ۱۔ مقامس واتُن۔ پڑاو رٹُن۔ سفر مہ کلاوُن۔ ۲۔ زِیوٹھ تہ گرِوٹھ کام کار اَند واتناوُن۔ مشکل کامہِ اَتھ دِنُس منز کامیابی سپدِنی۔

**مٔنزِلِ مَقصوٗد** ۔ ۱۔ سہ جاے یۄت واتُن آسہِ۔ ۲۔ مطلَب۔ مُراد۔

**مٔنزِل زیٖنُن، مٔنزِلہٕ زیٖنُن** ۔ مٔنزِلس واتُن۔ سَفر مۄکلاوُن ۔ پڑاوس واتُن۔

**مٔنزِلہٕ** ۔ [ن۔ مٔول : مٔنزِل ﴿ع : منزِل ]۔ سَفرٕ اکہِ مُقامہٕ پیٹھٕ بییس مقامس تام وَتھ۔

**مٔنزِلہٕ پیٚون** ۔ ۱۔ کرٕ وٕڈھ سَفر پیٚون یا آسُن۔ اکہِ پڑاوٕ پیٹھٕ بییس پڑاوس تام مُشکِل وَتھ آسٕنۍ۔ ۲۔ (دَرگہٕ پاٹھۍ) نکہٕ ڈُکھ رُسہِ تِس مُشکِل پیٚون۔ یہِ چُھ اکھ دٔم مۄتہٕ۔

**مٔنزِلہٕ زیٖٹھُن** ۔ سَفرٕ ژیٖٹھ پیٚون۔ سَفرس لٲرِ لگُن۔

**مٔنزِلہٕ زیٖنُن** ۔ ۱۔ سَفر (دارِ کارِ) طے کَرُن۔ ۲۔ (تصوٗفہِ مۄجُب) مقامس واتُن۔ ۳۔ مَقصد حاصِل سپدُن۔

**مٔنزِلہٕ کَڈُن** ۔ ۱۔ سَفر طے کَرُن۔ ۲۔ سیٹھاہ کرٕ وٕڈھ سَفر طے کٔرِتھ مۄکلُن۔

**مٔنزِلہٕ مارُن** ۔ مٔنزِلس واتُن۔ مقامس واتُن۔ سَفر مۄکلاوُن یا مۄکلُن۔

**مٔنزِلہٕ** ۔ [ن۔ مٔول : مٔنزِل ﴿ع : منزِل۔ منزِل لَفظ زیٖٹھ ساڈِتھ] سٔخ مُشکِل مُصیبَتھ۔

**مٔنزِلہٕ پیٚون** ۔ (دٔہ مۄ) مصیبَتھ پیٚون۔ تباہی گژھٕنۍ۔ بَلاے پیٹھ پیٚنۍ۔

**مٔنزِلہٕ یُن** ۔ مُصیبَتھ یُن۔ تباہی گژھٕنۍ۔ بَلاے یِنۍ۔

**مٔنزِیُم** ۔ [ پراکرت ، مَجھِمہ ﴿س : مَدھیَم ]۔ ۱۔ دَرمیانی۔ دۄن مٔنزبانگ۔ ۲۔ اَندرِیُم۔ اَندرِمہ طرفک۔ یہِ مٔنزِمس آسہِ۔

**مٔنزِم یارِز** ۔ ۱۔ مٔنزِم یارِ سٕنز تام مٔنزِم یارِ کُسُند پیشہ۔ ۲۔ تم دارِ بیتریم مٔنزِم یارس دۄن ہُنٛد کھانٛدر کَرناونس کٔمس یا دِنہٕ ین۔ ۳۔ دژالِہ۔

**مٔنزِیُم یور** ۔ دۄن یارِز کٔرِتھ دِنہٕ ووِل۔ ۲۔ کھانٛدرُک رِشتہٕ کَرناوُن ووِل۔ کھانٛدرس بۄزٕ تھہٕ کورِ والِین تہٕ گۄبرِ والِین ہٕنٛز شٕشیمہٕ خبر اَدرِ یور بِنہٕ اَنُن ووِل۔ ۳۔ دژال۔

**مٔنزی** ۔ [﴿ پراکرت : مَجھِیہٕ ﴿س : مَدھیٚہ ]۔ ۱۔ مٔنزی مہِ وَتہٕ۔ ۲۔ زٕ ژٕ کٔمنٛدٕ بیٚین کامِن ہُنٛد آدرٕ پر تزٕ آدِتھ کینٛہ کَرُن۔ ۳۔ بیٚین اَنٛد تزٕ آدِتھ۔ ۴۔ گَنہٕ تہٕ وِز۔

**مٔنزی اژُن** ۔ مُداخلَتھ کَرٕنۍ۔ بیٚیہِ ہٕنٛدِس مامَلس دخل دِیُن۔

مُنزِ باگ۔ ۱۔ منز کُنہ وقتہ۔ ۲۔ دار پہو منز۔
مُنزِ گول گنڈُن۔ اَنز منز پَئن مطلب
گنڈتھ نِنُن۔ اورِ یور سپیرتھ ستھور تھ
پننی کمبپھ گنڈنی۔
مُنزِ مُنزِ۔ ۱۔ کُنہ کُنہ وقتہ۔ ۲۔ مُنز منز۔
۳۔ مُنز وتی یوت۔
مُنزِ ودتھن۔ تمہِ وِز کینہہ (مُنزِ) ودُن
ییلہِ ییہِ کانہہ کتھ آسہِ کران۔
مُنز رُن۔ [ن۔ مؤل، مُنتر ر <س: منڈ]۔
(کامہِ مُنزا) سوتُن۔ (کانہہ کام کار)
اَڈلیو کِے تھوُن، پورہ نہ کرُن۔
مُنگتھیور۔ [ن۔ مؤل: مُنگتھیور <س، مارگنہ
ک یار <س؛ کارَ]۔ ۱۔ یُس کینہہ کانسہِ
مَنگہِ۔ یُس کانسہِ کُنہ باپتھ اتھ دارِ۔
۲۔ مَنگن وول۔ یژھن کانچھن وول۔
مُہیشور۔ [ن۔ مؤل، مُہیشور <س؛ مہیشور]۔
شوسُند اکھ ناو۔
مُہلامہِ۔ [ن۔ مؤل، مہلام <ف۔ ع؛ مرہم]۔
پھیپھرس بتنہِ نیبرِ کنی ستھنگ دوا۔
مُہلامہِ پَٹ۔ مہلامہِ لاگتھ سہ دجہِ ہتہ بتنہِ
یو سہ پھیپھرس بتنہِ پیٹھ مران چھہ۔
مُہلامہِ کرُن۔ چھکس بتنہِ دوا لاگُن۔
مُہلامہِ گوز۔ ۱۔ مُہلامہِ بناوان یا کڈن وول۔ ۲۔
پھیپھرن بتنہِ مہلائو سیتی علاج کرن
وول۔
مُہنیُو، موہنیُو۔ [ن۔ مؤل مُہنیُو <س: منشیہ]۔
۱۔ مرد۔ زُون۔ ۲۔ زنگی؛ م۔ زنانہ مُہنیُو۔
۳۔ موزور۔ سُہ یُس ماونہ دیتھ کُنہ کامہِ لاگنہ
ییہ۔ موزوری کرن وول ۴۔ نکرا کانہہ شار
مُہنوی کتھیر، مُہنوی گوٹ۔ لوکُٹ زُلکہ یُس
مُہنوی کامہِ باپتھ تھوو مُت آسہِ۔
مُہنوی کَٹھ۔ ۱۔ مُہنوی سُند نیچُو۔ ۲۔ (وُرگیہ)
گھینہ، کم قابل۔
مُہنوی گری۔ نوکرار۔ مُہنوی سُند کام کار۔
مُہنوی وول، موہنوی وول۔ یُس آسُن
بُسُن آسہِ تہ پننہ آسائشہ خاطرِ آسُن
نوکر چاکر تھوورِ متہ۔
مُہنیُو کرُن۔ ۱۔ نوکر لاگُن۔ ۲۔ پننی کام
بنیس پُشرُن۔
میٔ / مے۔ [ن۔ مؤل: میٔ < انگ: مے۔ MAY]۔
عیسوی سنہ چانہ وُرییک پنژُم
رَیتھ۔
مات۔ [ن۔ مؤل: مات <ع؛ میت]۔
مَیت۔ مود رُنو۔

ماتہ پلو۔ مور دِ سناری پلو۔ تم پلو یم کانہہ
مرنہ برونہہ لاگان آسہ ہے۔
ماتہ زولہ۔ بوولہ ہیوہ۔ رووُمت ہیوہ یُس
نہ وُدیُگی آسہ۔ ہینز ہیہ۔
ماتراوُن۔ وچھو، ماتراوُن۔
ماتھر۔ وچھو، ماتھر۔
ماٹھ ماٹھ دِنی، لاگنی۔ [س، ترشٹ]۔
آکھتہ گشر لاگُن۔ کام نہ ترُز تر زہٹر کرُن۔
ماج، موج۔ [م. سٗول، ماج < وچھو: مول۔
مول، لفظک ماد]۔ ا. سو زُنی یُس
کانہہ شُھنہ پیوومت آسہ، شُری واجینی۔
۲. کانہہ مُری یا دم زنانہ۔ دید۔
ماجہ بتہ۔ ا. پننہ بُنہ مطابق کام کرنس نہ۔
آسان۔ ۲. غنیمتہ۔ ۳. وراثتس برابر بُن حق
ماجہ پوتھر۔ ماج تہ نیچو۔
ماجہ تون۔ ا. ماجہ ہندی پاٹھی رچھن گژُن۔
ماجہ ہُند ہیوہ روناد۔ ۲. (ہزلیہ تہ دُنہ یوان)
ٹُلی (ماجہ ہندی پاٹھی) طاقتیار۔
ماجہ ٹوٹھ۔ سُہ شُر یتھ بُس ماجہ بلنتہ شُرن
ہند کھوتہ زیاد ٹوٹھ آسہ، مُنز باگک
سُہ شُر یُس ماج زیاد پلالہ کران آسہ۔
ماجہ دِل، دِنگل۔ وچھتہ ماجہ لیکھ۔

ماجہ رٗوس، ماجہ یتیم۔ سُہ شُر یتھ بُس ماج
موومژ آسہ۔
ماجہ زیو۔ پننہ وطنچ بُلی۔ مادری زبان۔
ماجہ کور۔ ماج تہ کور تہ۔
ماجہ کھوتہ کور بڈ گژھنی۔ تہ دپھ گو، لوکچہ
ہمنہ زیچھر گژھن۔ اصلہ کھوتہ تہ زیٹھن۔
پنہ تہ گژھن۔
ماجہ گوُڈ۔ ا. سُہ شُر یُس ماجہ ہندی خانہ
ماجرن خراب آسہ کورمت۔ ۲. یُس
ماجہ ہنزی مایہ تہ پایہ پکان آسہ۔
ماجہ لیکھ۔ (ماجہ ہنز ناو) شُسخ ناسزا تہ
رد بد۔
ماجہ ماسہ کور کس کاسہ۔ تہ دپھتھ گو: یُس
عاب ماجہ یا ماسہ بیتر آسہ سُہ چھ کور
بیتر تہ تران۔
ماجہ نہ لچکہ تہ سیتارس غلاف۔ یہ چھ
تمہ وزِ وننہ یوان ییلہ کانہہ صورتہ نہ
آستہ نہ بڈین بڈین چیزن ہُند
طمع کرُن۔
ماجہ وُدُن۔ ماجہ ہنز مرنک ہیوہ وٗدن
دان۔ شُسخ دِیُن تہ روُن۔ اُسخ چھ۔
ماجہ وُدان وہ تھُن۔ شُسخ تہ وہ تھُن، کانہہ

لاگُن وول۔ ڈاینبل۔ وُچھو "نگر" تہٕ۔

**ماگ۔** [ <س : ماگھیہٕ ]۔ ۱۔ ماگہٕ ۔۔ گہ رِپٹک ۔۲۔ ماگہٕ وُقتس ۔ ۳ : داز تہٕ مُر ماگ تہٕ نہ دز آگ۔

**مال۔** [ ن۔ مؤل : مال <ع : مال ]۔ ۱۔ بوچھ۔ رغبتھ ۔۲۔ کُنہٕ کُن نمنیچ ترلے۔ (کُنہٕ) مازُن۔

**مال برُن۔** کُنہٕ یُتھ کانہہ کُن رغبتھ کرُن کانہہ ہُنر یتھ سے گژھِنہٕ۔ کُنہٕ (کُن) مازُن۔

**مال پیوُن۔** کُنہٕ خاہش گژھِنہٕ۔ گمہ پیوُن۔

**مال پھرُن۔** کُنہٕ یا کانہہ کُن راغب گرُن۔

**مال خورِ۔** آباد۔ یُس مال لاگہٕ۔ یُس نہٕ رٹنس اِنکار کرِ۔

**مال خور لاگُن۔** ژؤرِ مانس بیترِ ناچھ دارنس روزُن۔

**مال کرُن۔** وُچھو "مال برُن"۔

**مال مشُن۔** بوچھ مشِنہٕ۔ رغبتھ نہٕ روزُن۔ کُنہٕ مُحو گژھنہٕ کُنہٕ کھین مشُن۔ صدمہٕ بیترِ سیتی بوچھ بند گژھِنہٕ۔

**مال نہٕ روزان۔** کھینس کُن نہٕ رغبتھ روزِنہٕ۔ کھینہٕ نہٕ ین۔

**مالش۔** [م۔ مؤل : مالش <ف : مالش ]۔

۱۔ تیل یا بیہ کانہہ ترل ماد مُلہٕ نیچ کام۔ مُلُن۔ ۲۔ (وُرگہٕ یا ٹھُ) کانہہ نرماہ نیچ کام (شمنزِ کرِتو)۔ ۳۔ تیل یا بیہ کانہہ ترل ماد (مالش کرِتو) [illegible]

**مالش کرِنہٕ۔** ۱۔ مُلُن۔ متھُن۔ ۲۔ آدمینز دانہنز اَنہٕ بانہہ گتھو بیتی نرماوُن۔ خوشامد کرُن۔

**مالک۔** [ن۔ مؤل : مالک <ع : مالک ]۔ ژورو بڈیو اِمامو اَندرہ اَکس اِمامہٕ سُند ناو۔ اِمام مالک۔

**مالکی۔** اِمام مالک بسندی پیرَو۔

**مالکھ۔** [ن۔ مؤل : مالک <ع : مالک ]۔ ۱۔ (کُنہٕ) چیزِچ تھوُن وول۔ ۲۔ خدائے۔ بگوان۔ دَے ۳۔ یختیار وول۔ حاکم۔ مُختار۔ ۴۔ آغہٕ۔ خانہٕ دار۔ ۵۔ روَن۔ خاوند۔

**مالک المُلک۔** : کُل کاینا تُک مالک۔ خُدائے۔

**مالک مکان۔** ۱۔ مکان دار۔ ۲۔ یُس کِرایہٕ دارن گرس اندر وانگیچ روزان آسہٕ۔

**مالکھ لاگُن۔** ۱۔ (کُنہٕ کتھہٕ) پُرخاش کرُن۔ ہیر ہیوُن۔ ۲۔ (ہزلیہ) بلہٕ بیگ لاگُن۔

**مالیدہٕ۔** [ن۔ مؤل : مالید <ف : مالیدہ ]۔ ۱۔ مندِرتہٕ آمت (پوٹ بیترِ)۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھی) دگنہٕ آمت۔

مالپدگر۔ وُچھو "مٲلۍ دِگر"

مالہٕ، میلہٕ ۱۔ [ن۔ مؤل: مال (س: میلا)]۔ کانٛہہ دوہ بیترِ مناونہٕ پُزھی داریاہن لُوکن ہُنڈ گِنہٕ جایہ سمُن۔ دُوے۔ دورس۔

مالہٕ اُسُن۔ ۱۔ دورس آسُن۔ کانٛہہ دوہ مناونہٕ باپتھ گِنہٕ خاص جایہ لُوکھ سمِتھ آسنۍ۔ ۲۔ گِنہٕ خاص جایہ لُوکن ہِنز دوسہٕ درورسہٕ آسنۍ۔

مالہٕ لگُن۔ دُوے گژھنۍ۔ دورس لگُن۔ کانٛہہ دوہ مناونہٕ باپتھ گِنہٕ خاص جایہ لُوکھ ژُرِستہٕ بنِہٕ یا سمنۍ۔

مالہٕ مہراز۔ (دورگر) یاو۔

مالہٕ موت۔ ۱۔ یُس سالن تہٕ مالن آسہٕ گژھان۔ ۲۔ یُس مالن موت یا لورآسہٕ۔ (دورگر پاٹھۍ) عاشہٕ موت۔

مالہٕ ۲۔ [(س: مَلَ)]۔ یُتھ مَل لورآسہٕ۔ گندٕ۔ ناپاکھ۔ موکُر۔

مالہٕ گی۔ گندگی۔ ناپاکی۔ نکریر۔

مالکینۍ۔ [م۔ مؤل: مالکینۍ (ع: مالِک)]۔ ۱۔ مالکہٕ سنٛز زنانہٕ۔ ۲۔ بیگم۔ زنانہٕ یوسہٕ گژھنہٕ مالکہٕ آسہٕ۔ ۳۔ گرٕچ خانہٕ دارینۍ۔

مالیہٕ۔ [ن۔ مؤل: مالیہ (ف: مالیہ (ع: مالیۃ)]۔ زمینک ٹیکس یُس سرکارس کن برٲن چھُ۔ مالیہ۔

مال ٹنگ۔ [ن۔ مؤل: مال ٹنگ (مال + س: ٹنگر)]۔ اکھ ٹنٛگہٕ ذاتھ۔

مان۔ [م۔ مؤل: مان (س: مَنڈوکہ)]۔ رِنہٕ موٹج، نینہٕ موٹج۔

مانہٕ پھل۔ اکھ مُسل دوا۔

مانے۔ [(س: مہان + ایو)]۔ ۱۔ (ہزلہٕ پاٹھۍ) سیٹھا، داریاہ۔ م: تِمنہٕ آسا مانے برِ لُوکن ہیشر۔ ۲۔ کینٛہہ نس برابر۔ م: اد مانے چھِہم پزٕ ژھان۔

مانل۔ [م۔ مؤل: مانل (س: منہٕ + اِل)]۔ ۱۔ خوددٲری۔ پننہٕ پزُنک خیال آسُن۔ ۲۔ (دورگر پاٹھۍ) زھوکھ۔ دزبُز، بہز۔

مانی۔ [مؤل: مانی (س: مانی)]۔ ۱۔ سُہ یُس پننہٕ پزُنک نُماین آسہٕ یہٕ مرود۔ خوددار۔ غٲرتی۔ ۲۔ گمنڈی۔ کبر۔

مانزٕ ۱۔ [م۔ مؤل: مانز (س: ہمانی)]۔ بالہٕ بیترِ پیٹھ ڈلہٕ ڈلہٕ دو ترُٹ تہٕ وُلنہٕ آمُت شیشہٕ امبار۔

مانز ۲۔ [م۔ مؤل: مانز]۔ اکہ قسمک رنگ

یُس ییرِس دِنہٕ یوان چھُ۔

**ماذِرُن۔** [م۔ مؤل، ماذِرن (س: مان۔ بن کرٕ]۔ مانُن۔ آنکار کرُن۔

**ماذِراوُن۔** [ن۔ مؤل: ماذِراو (س: مان۔ بن کرٕ]۔ قوبوٗل کرناوُن۔ آنکار کرناوُن۔

**مانتراوُن۔** [ن۔ مؤل: مانتراو (س: منتر]۔ (ماتھر بیترا) پرِنہٕ سیتی دود یا پراہ بیتر ژلراوُن۔ (ماتھر سیتی) نیتہٕ موہُن بناوُن۔ سُکِنہٕ کھبنہٕ باوُس بیترِ ماتھر پرِنی کُنہ پُرِتھ تھوُن۔

**مانترُن۔** وُچھِو "مانتراوُن"۔

**مانتھ۔** [ن۔ مؤل: مانت (س: مرتیہٕ]۔ ۱۔ دود شُر۔ ۲۔ ٹُہنیٹھو۔ اِنسان ناز ژبتر۔

**مانتھرعلا۔** [م۔ مؤل: مانتھر (س: منتر]۔ ۱۔ سو ژھو میہ کُنہٕ بیترِ ینیمہٕ سیتی کانہہ کرامتھ بیترِ کرنہٕ ییہ۔ ۲۔ جود

**مانتھر بند کرِنی۔** (اکا نہ بیترِ سرِ ہش) ژھد کانہہ حرکتھ یا ژھو مب ینیمہٕ سیتی مانتھر گوٗر روٹِہ ہیوٗہ گرِژھ نہٕ کرامتھ بیترِ تکمیل کرِتھ ہیکِہ نہٕ۔

**مانتھر پرِنی۔** جود بیترِ پرُن۔

**مانتھر دِنی۔** جود دینچھناوُن۔

**مانتھر گوٗر۔** ۱۔ ژھو میہ گوٗر۔ ۲۔ یُس مانتھر پرِنہٕ سیتی کانہہ کرامتھ کرِتھ ہیکِہ۔ ۲۔ جود گر۔

**مانتھرٕ۔** [م۔ مؤل: مانتھر (س: ماتر]۔ ۱۔ اوٚہر (خاص کرِتھ اناجُک)۔ م: یتھ دال تژکس چھیٚنے ژور سیر توٚلہٕ مانتھر ۲۔ برگتھ۔ م، آزی کرٕ ہیر دناہ ترٚلس جان مانتھر۔

**مانتھر گڈنی۔** داہس توٚلس بیترِ اوٚہر وچھُن۔

**مانتھر نیرِنی۔** داٚنیک توٚلمُک بیترِ اوٚہر نیرُن۔ اناجس کُنہ خاص مقدارس اوٚہر کھیر کرُن۔ برگتھ نیرنی۔

**مانتھر وچھنی۔** یہِ وُچھُن زِ اناجس کُنہ خاص مقدارس کوتاہ اوٚہر نیرِ۔

**مانٹھ۔** [م۔ مؤل: مانٹھ (س: موٗنہٕ، سٚتھ]۔ سوٗر بتھ وراے۔ حرکتھ وراے۔

**مانٹھر۔** [ن۔ مؤل: مانٹھر ( ]۔ بیہوٗل۔ آلژی۔ یُس نہٕ کانہہ کارِس کُن آسہِ۔

**مانٹھن۔** [ن۔ مؤل: مانٹھن]۔ ۱۔ لنبہٕ بیترِ وراے گُل بلا۔ بوٚڈ زِنی موٚنڈ۔ ۲۔ ترلو زنگو رو ستے اِنسان۔ ۳۔ سُہ یُس پانس دوٚہ گُل ہیوٗہ کرِتھ آسہِ۔ ۵۔ سُہ یُس

پَنُنۍ تِمو ساری دِپے تر وودھُت آسہٕ۔

**ٲنٛٹھُن گژھُن۔** نَرِ ین زَنگَن تہٕ تُرکِنہٕ کریٚہ ہیکُن ۔ اَکی سے جایہِ رُوزِتھ ہیوٚہ گژھُن ۔

**ٲنٛچھُر۔** [ن ۔ مۄل : ٲنٛچھُر < س : ترش + ار]۔ مُچھُر۔ کارِ بارُک گَنٛژ۔ ہیوٚن وُکُٹ مُنٛدِ آسُن۔

**ٲنٛچھُرُن۔** وُچھو : ٲنٛچھُر۔

**ٲنٛتر۔** [م ۔ مۄل : ٲنٛتر < س : ہِنٛدِ کال / مُشعشہٕ]۔ اَلغازٕ کٲلی کین دُتھرن ہِنٛز ہیٚکہ یو یہِ زَنگہٕ بٲیتھ اَتھن کھوٗرن ہیٚترِ اَڈرِتھ مُنٛان چھِہ۔

**ٲنٛترِ اَتھ / گُلی۔** ۱۔ مہار ینِہ گُلی ۔ ۲۔ سو ٹنٛدرِ تہٕ خوشبو وٕنی اَتھ۔

**ٲنٛترِ اَتھ دارِتھ۔** نیٚتٕرس لایق ، نیٚتٕرس وُٲژِتھ (بالِغ کور)۔

**ٲنٛترِ پوٗش۔** ۱۔ ٲنٛترِ کُلٲیِک پوٗش ۔ ۲۔ اَکِہ کُلٲیِک ناو یُتھ دوٚہ زِ چار سان لیٚتِرِ پوٗش نیران چھِہ۔

**ٲنٛترِ رَنٛگ۔** یِتھ رَنٛگ ہوٚ چھُہ ٲنٛترِ آسان چھُہ ۔ رَنٛگ یُتھ اَڈرِنے ٲنٛترِ آسان چھُہ ۔

**ٲنٛترِ راتھ۔** کَھا تنٛدرِ یِہ دوٚتھ مہار ینِہ مہارازٕ س ٲنٛتر لاگنہٕ راتھ ۔ سُہ دوہ یٚلہِ الٕتھ کیٚت مہار ینِہ مہارازٕ س ٲنٛتر لاگان چھِہ۔

**ٲنٛترِ کوٚہ نٹ۔** سُہ بۆڈ ڈٕل یِتھ یِتھ مَنز ٲنٛترِ ٲژِ کیٚت ٲنٛترِ اَڈران چھِہ۔

**ٲنٛترِ گُلی۔** وُچھو : ٲنٛترِ اَتھ۔

**ٲنٛترِ گُلی چَھکنی روزِنۍ۔** نیٚترس داتھ یا نیٚترِچ تَیٲری ہیٚترِ سپیٚنہٕ تتہٕ نیٚتھر سپدُن ۔ کانٛہہ کام ہیٚترِ انجام دِنس تیار آستھ تمہٕ پتی گژھنۍ۔

**ٲنٛترِ مہار ینۍ۔** ۱۔ ٲنٛتر لاگنہٕ مہار ینۍ ۔ ۲۔ سو یَنٛدِ نیٚترُک سُنٛتر آسہِ لوٚگمُت۔
۳۔ وٲژِ ہیٚر تور۔

**ٲنٛترِ نمن ہارے پھنٛن۔** جایہِ مَرگ گژھُن۔ (کانٛہہ زُدی) نیٚترِ پتے موٗنٛڈ گژھنۍ ماوِنۍ۔

**ٲنٛژ۔** [ن ۔ مۄل : ٲنٛژ < س : مَرتیٚہ]۔ اِنسان ۔ آدم۔

**ٲنٛژِ لوے۔** اِنسان مُشکھ ۔ آدم بوے۔

**ٲنٛژِ کُزل۔** (ووگرٕ) کَمزور ، ناتوان ۔ یُس زِ مُچھرِتھ آسہِ ۔ یُس بیٚین مُقابلہِ رکھنہِ لوٚگہِ نہٕ۔

**ٲنٛژرُن۔** [ن ۔ مۄل : ٲنٛژرُن] ۔ اَکِہ بوٗٹِہ ہُنٛد ناو ، اَمِیُک مۄل چھُہ جایہِ بدل اِستیمال سپدان ۔ یہِ چھُہ اَکھ دوا ، یمیٚہ سِتی

خون جاری سپدُن بند چھ گژھان۔

**ماٹزرن چلے۔** ماٹزرِ بنآوِنہٕ چلے۔

**مانٛش۔** [م۔ مؤل : مانٛش < س : مَہِشہٕ ]۔ گِپن ذآژ ہُند بآڈ بوڈ اکھ حیوان۔

**مانٛشہٕ کوٹ۔** مانٛشہٕ ذآژ ہُند لوتر۔

**مانٛشہٕ گہہ۔** (ہزلِہ) سُہ یُس کنٛی لگہٕ۔

**مانٛشہٕ منڈل۔** (دورگہ) سُہ یُس کُنہٕ جایہٕ بہتھ گژھہٕ تہٕ پتہٕ عَسہل سَہل دِنہٕ۔ آہرشی۔ کاہِل۔

**مانٛش ہش۔** (ہزلِہ) وینچھ پوچھ زنانہٕ وَنان۔

**مانٛشر۔** [ن۔ مؤل : مانٛشر < وُچھو "محشر" ]۔ محشر۔ وَدن وان۔ کرٛکہٕ ناد۔ قیامتھ۔

**مانٛشر تلُن۔** وُچھو محشر تلُن۔

**مانٛشر وۄتھُن۔** وُچھو محشر وۄتھُن۔

**مانٛکُن¹، مونٛکُن۔** [ن۔ مؤل : مانٛکن ]۔ ژٕندن ہچہٕ ہُند لوگُٹ ٹوٹہٕ۔

**مانٛکُن²، مونٛکُن۔** [ن۔ مؤل : مانٛکن < س : منگنہٕ ]۔ ۱۔ وُچھو "ماکُن"۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھی) سُہ اِنسان یُس ژور ژورِ کران آسہِ۔ ٹوچھ دِنہٕ دول۔

**ماہِر۔** [مؤل : ماہِر < ع : ماہِر ]۔ دۄشہٕ کار۔ سُہ یُس کانٛہہ کام بیترِ تحیکہ پاٹھی زانان آسہِ۔ یُس کُنہٕ چیزس منٛز مُثی خَبر اَثر آسہِ۔ تجربہٕ کار۔

**مِٹاوُن۔** [ن۔ مؤل۔ مِٹاو < پراکرت : مِٹٹہٕ < س : مرِشٹہٕ ]۔ ۱۔ نِہتاوُن۔ ۲۔ ختم کرُن۔ موکلاوِتھ ژھنُن۔ گالُن۔ نیب نشانہٕ تہٕ نہٕ پتہٕ کُن نہٕ روزُن۔ ۳۔ آنٛد واتناوُن۔ حل کرُن (نیٛلے بیترِ)۔

**مِٹنِگ۔** [م۔ مؤل : مِٹنگ < انگ : میٹنگ (MEETING) ]۔ کُنہٕ خاص مامَلس ذل دِنہٕ باپتھ بُلاونہٕ آمژ مجلس۔

**مِٹُن۔** [ن۔ مؤل : مِٹ < پراکرت : مِٹٹہٕ < س : مرِشٹہٕ ]۔ ۱۔ نِہونہٕ یُن۔ موکلُن ۲۔ نیب نشانہٕ تہٕ نہٕ پتہٕ کُن روزُن۔ آنٛدُن، حل گژھُن (نیلے بیترِ)۔

**مِٹھاے۔** [م۔ مؤل : مِٹھاے < پراکرت : مِٹھٹھ آ < س : مِشٹکہٕ ]۔ ۱۔ دۄدہ کھَس بیترِ بنوومُت مۄدُر کھینہٕ باو۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھی) سُہ (پیٹھی دآنی) رَقم یُس مکانُک دُکان بیترِ حاصِل کرنہٕ باپتھ دِنہٕ یوان چھُ۔ پگڑی۔ پگڑ۔

**مِٹھ۔** [... مؤل : مِٹھ < پراکرت : مِٹھٹھ < س : مِشٹہٕ ]۔ مۄدُر۔ یتھ کھنٛڈ مزٕ آسہِ۔

مِثل، مِسل۔ [م۔ مۆل : مِثل <ع : مِثل]۔ مُقدمہٕ بیترِکۍ کاکزاتھ۔ دفترس منٛز کُنہٕ مالچ کاکز لبہٕ دِر۔

مِثل نارٕنۍ۔ ۱۔ مِثل دٲرِج کرٕنۍ۔ ۲۔ کاکز تَیار کرٕنۍ۔ مُقدمہٕ بیترِکۍ کاکز بنادِنۍ۔

مِثل تُلنۍ۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) مُقدمہٕ بیترِچ پیشی لگنۍ۔

مِثال۔ [م۔ مۆل : مِثال <ع : مِثال]۔ کنہِ بیترِ فِکرِ تارنہٕ موکھہٕ کُنہٕ خاص چیزِک یا کنہِ بیترِ ہُنٛد حوالہٕ یمہٕ سِتۍ ہِشر نوٚن نیرِ۔

مِثالہٕ پاٹھۍ۔ حوالہٕ پٔژھو۔ کُنیٚک یا کانٛسہِ ہُنٛد حوالہٕ دِتھ۔

مِثال دِنۍ۔ نوٗمونہٕ بیترِ پٔژھو کُنہٕ کنہِ ہُنٛد یا چیزِک حوالہٕ دِیُن۔

مِثقالہٕ۔ [ن۔ مۆل : مثقال <ع : مِثقال]۔ کمے، پیوٚنٛتا، رزھا، مویا۔

مِجگان۔ [مۆل : مِجگان <ف : مِژگان]۔ اَچھِر وال۔ م : تیرِ مِجگان۔

مِڈل۔ [ن۔ مۆل : مِڈل <انگ : مِڈل]۔ ۱۔ منٛزِیم۔ درمیانی۔ ۲۔ اِٹھم جماتھ۔

مِڈل سوٚکول۔ سُہ مدرسہ یتِہ اِٹھم جماژ تام پرناوان آسن۔

مِڈل کلاس۔ ۱۔ منٛزِمہٕ طبقکۍ لۆکھ۔ درمیانہٕ دَرجکۍ لۆکھ۔ لۆکھ یِم نہٕ زیادٕ اُمیر آسن نہٕ زیادٕ غریب۔ ۲۔ شیٚنِیم شِتم نہٕ اَٹھم جماژ۔

مِریخ۔ [ن۔ مۆل : مِریخ <ع : مریخ]۔ لوم۔ اکھ گرٛہٕ۔ سپیٖرٕ دِنہٕ اکہٕ تارکُک ناو۔

مِرٕدٕ۔ ہ، مِرٕدٕلگُن۔ [<ف، ع : میردہ]۔ بیٚنے ہیٚنٛزِ کامہٕ منٛز ٹلٕنہٕ میٹھوٗلی کرٕنۍ، ٹلٕنہٕ میٹھوٗل لاگُن۔

مِرگی۔ [م۔ مۆل : مِرگی <س : مرٛگی]۔ لٔٹہٕ۔ دورٕ۔ گٔتہٕ یتھ نہٕ یتھ پتھرٕ لایہٕ ینیچ بیمٲری۔

مِرگی لَدٕ۔ یُس مِرگی آسہِ۔ لٔٹہٕ لَدٕ۔

مِزاج۔ [ن۔ مۆل : مِزاج <ع : مِزاج]۔ ۱۔ سوبھاو، پرٛکرتھ۔ ۲۔ صیٚنٛتیچ حالَتھ۔ طبٕی حتھ۔

مِزازٕ۔ [ن۔ مۆل : مِزاز <ع : مِزاج]۔ ۱۔ سوبھاو، پرٛکرتھ۔ ۲۔ صیٚنٛتیچ حالتھ، طبی حتھ۔ ۳۔ مَن۔

مِزازٕ بدلُن۔ مَن بدلُن۔ پرٛکرتھ بدلٕنۍ۔ بدل کُنہِ کُن مَن گژھُن۔

مِژرِعا۔ ہ، مِژرِ کوٚنڈ۔ [م۔ مۆل : مِژرِا]۔

اَکھ گَنٹری ذانِہ اَتہ چھِ بیٚین چیزن ستر ملوِتھ شربتھ بَناوان۔

**مِژر ۲۔** (اَچھن) اَنمہِ (دَشن)۔

**مِژگان۔** [تلفظ: مُجگان < ف: مژگان]۔ وِچھو "مُجگان"۔ اَچھِ ہِ وال۔
م: تیٖر مژگان۔

**مِس ۱۔** [م۔ مؤل: مِس < ف: مِس]۔ ترام۔ کٔشیرِ اَندر چھِ المونیمس تہِ وَنان۔

**مِس خوراسان۔** وِچھو "مِس"۔

**مِس گر۔** ٹھانٹھُر۔ مِسہٕ ہِندی یا ترامہٕ بیترِ کہِ بانہٕ گرن وول۔

**مِس ۲۔** [م۔ مؤل: مِس < انگ: مِس: MISS]۔ ۱۔ اَنہُرِ شہ کورِ وَنان۔ ۲۔ نَرسہ، داے۔ ہسپتالَس منز ملازِم یَتھی بیتر کام بیمارَس ڈاکٹرَس منز غارحاضری منز خبرگیری کرٕنۍ تہٕ دوا بیترِ دِین گرن آسہِ۔

**مِس صَحَب۔** ڈاکٹر بایہِ وَنان۔

**مِستری۔** [ن۔ مؤل: مِستری < انگ: ماسٹر]۔ مشین بیترِ شیرن وول کارِدگر۔ گاڑ یا موٹر بیترِ شیرن وول کارِدگر۔

**مِسٹر۔** [ن۔ مؤل: مِسٹر < انگ: مِسٹر: MISTER]۔

صاحب۔ یہ چھِ یَزتہٕ پٔژمی کاُنسہِ مردِ سُندِ ناوہ ہیٖنہِ وِزِ وَنان۔

**مِسطر۔** [ن۔ مؤل: مِسطر < ع: مِسطر]۔ ۱۔ سُہ کاگز یَتھ پیٹھ رکھو دِتھ باپتھ یتھ داوَن منز سُطر بنأوِتھ چھیٚے آسان۔ ۲۔ اَکھ قسمُک مایہ دار رٔکھل کاگز۔ ۳۔ چٹی۔ سِکیلہٕ پٹ۔

**مِسکیٖن۔** [مؤل: مسکیٖن < ع: مِسکیٖن]۔ ۱۔ غریب۔ نادار۔ لاچار۔ مُفلِس۔ نِیدلوٗر۔ ۲۔ بِچور۔ نرم مزاز۔

**مِسکیٖنی۔** [م۔ مؤل: مِسکیٖنی < ع: مِسکیٖن+ی]۔ ۱۔ مُفلِسی۔ غریبی۔ ۲۔ نرمی۔ عاجزی۔

**مِسمار۔** [ن۔ مؤل: مِسمار < ع: مِسمار]۔ ئم ستوٗر۔ لُرپار۔

**مِسمار گرُن۔** لُرپار گرُن۔ لِہراوُن۔

**مِسواک۔** [ن۔ مؤل: مِسواک < ع: مِسواک]۔ داتُن۔ وِرِ بیترِ منز مؤر یُتھ ستی دَند صاف کران چھِ۔

**مِسواک گرُن۔** وِرِ مؤرِ بیترِ ستی دَند صاف کرٕنۍ۔

**مِسواک ہشہِ زَنگہ۔** زادی جہ زَنگہٕ، ہرکجہ ہشہ

بنچہ زنگہ۔

مش ۱ [م۔ مؤل : مش < س : آرشہ]۔ اچھ ہُند ییٚشبرُیم کوٚن۔

مش ۲ [م۔ مؤل : مش < س : آرشہ]۔ لشں۔

مشل۔ [< وچھو۔ مش]۔ رشہ دار۔ تہ یتھ نچھریار آسہ، پچھہر۔ یتھ تعلق تہ آسہ۔

مشن۔ [ن۔ مؤل : مشن < انگ : مشن]۔ ا۔ (یٚرچار باپتھ) کانْہہ ادار۔ م : مشن ہسپتال، مشن سکول۔

مشن سکول۔ کُنہ (عیسائی) مشنہ کہ طرفہ چلاونہ یِنہ وول مدرسہ۔

مشنری۔ پادری۔ عیسائی مذہبک تبلیغ کرن وول۔

مشری۔ [م۔ مؤل مشر < ع : مصر + ی] کھنڈ۔ موٗدیر۔

مشر مکٲے۔ مکایہ ہُند اکھ قسم، یُس چھوٚکہ تہ مٮ۪ٹھا ہُند آسان۔

مشین۔ [م۔ مؤل مشین < انگ : مشین۔ MACHINE]۔ کل۔ کانْہہ کام دِنہ وول آلہ یا ڈھل یُتھ قسمہ قسمک پُرزہ لگتھ آسن تہ یُس تیلس، پاوَرس بیتر پٮ۪ٹھ پکہ یا

اکھ سیٚتی چلاونہ یِیہ۔ م : سُوٗن مشین۔ دان مشین۔

مشین ژری۔ رشینہ ہُند ساماں تہ پُرزہ بیتر۔

مشین گن۔ اکھ تبمک بوٚندوٗق یتھ اندر اکھ وزِگرُ ذباہ سیتی سیٹھا گوٗلہ نیران چھے۔

مُشل۔ [ن۔ مؤل : مشل]۔ سہ مش یوس نمس نش ژیہ دن تھان چھے۔

مثقالہ۔ وُچھو۔ مثقالہ۔

مصر۔ [ن۔ مؤل : مصر < ع : مصر]۔ افریقہک اکھ بوڑ ملکھ۔

مصرک بازر۔ ملکِ مصرک اکھ بازر۔ یتھ حضرتِ یوسف کنِنہ آو۔

مصر [ن۔ مؤل : مسر < ع : مسرع]۔ شارک نیصِف (دوٚن مصرن ہُند پُنھ اکھ شار آسان)۔

مصقل۔ [ن۔ مؤل : مصقل < ع : مصقل] تُہ ساماں یٮ۪مہ سیتی تلوار بیتر بیٚن دِوان چھ۔

مضراب۔ [ن۔ مؤل : مضراب < ع : مضراب]۔ پُتتر یا تار یٮ۪مہ سیتی ساز وایان چھ۔

مضراب دِیُن۔ تار وایُن۔ ساز وایُن۔

مل۔ [م۔ مؤل : مل < انگ : مل۔ Mill]۔

کارخانہ۔ بجلی پیٹھ چلن وول کارخانہ۔
لوکٹ موکٹ کارخانہ۔

بلتہ۔ [ن۔ مؤل: بلت > ع: مِلۃ]۔ ۱۔ دین، مذہب، مذہبی فرقہ۔ ۲۔ قوم۔

بلنسار۔ [مؤل: بلنسار > س: بلنہ + سارن]۔ رلہِ وُن۔ یُس رلان میلان آسہِ میلن گیلن وول۔

بلاپ۔ [ن۔ مؤل: بلاپ > ہ: بلاپ]۔ میل۔ سمُت، واٹھ۔

بلاپ گرُھن۔ ۱۔ میل گرُھن۔

بلاوٹھ۔ [م۔ مؤل: بلاوٹ > ہ: بلاوٹ]۔ رَل۔ رلہِ کرُن۔ بلہِ نادِ نیچ کام کھوٹھ۔

بلاوٹھ کرنی۔ پانس سیتی کھوٹ رلاوُن۔ رَل کرنی۔

بلکھ۔ [ن۔ مؤل: بلک > ع: مِلک]۔ (موروثی) جاداد، زمین الرجایہ بیتر۔ وراثت۔

بلکھدار۔ دارِث، جاداد وول۔ لرجایہ وول۔ سُہ یُس وراثتہ منز کانہہ جاداد آسہِ تورِ مُت، مالکھ۔

بلرعا۔ [م۔ مؤل: بلر > س: بیلا + وار]۔ بلہِ وار۔ میلہِ یوُندُر۔ میلہِ دواتھ۔

بلہرا۔ [م۔ مؤل: بلر]۔ پنہ گوُل، پنہ ملکہ۔

بلہِ زار ... [ن۔ مؤل: بلہِ زار > س: بلیتو]۔ سمُت، میل بلاپ۔ بندُت۔ ملے کھتھ۔

بلہِ زار گرُھن۔ ہرپ گرُھن۔ پانہ وانہ ملے مُکتہ بَرُن۔

بلہِ مش۔ [م۔ مؤل: بلہِ مش > س: مِل + مشر]۔ رَل۔ بلہِ وُٹھ۔

بلہِ مش دار۔ یتھ بلاوٹھ آسہِ۔ یتھ رَل آسہِ۔

بلہِ وَن۔ [م۔ مؤل: بلہِ وَن > س: میلنم]۔ ۱۔ واٹھ۔ آلطہ۔ بلہِ زار۔ ۲۔ رِشتہ آسُن۔ داتہ آسُن۔ قریبی تعلق۔ ۳۔ نہ کینہہ ترھا ییتہِ سیتی زِ جایہ بیتر اکھ اکس سیتی رلاونہ ین۔ م اکھا ہیہ بلہِ وَن۔ ۴۔ ز چیز بیتر اکھ اکس سیتی رلاونک یا بلہِ نادِ نیچ عمل۔

بلہِ وَن کرنی۔ ۱۔ ز چیز اکھ اکس سیتی واٹنہ بلہِ نادِنی۔ ۲۔ کھاندر کرُن۔ رِشتہ کرُن۔

بلہِ وُن۔ [ن۔ مؤل: بلوُ > س: مِل]۔ ۱۔ رلُن۔ جوڑُن۔ واٹھہ تھوُن۔ ۲۔ رلاوُن۔ عمل کرُن۔ ۳۔ دون بلاپ کرُن، کھاندر کرُن۔

بلٹری۔ [م۔ مؤل: بلٹری > انگ: ملٹری۔ MILITARY]۔ فوج۔

**ملٹری وول۔** فوجی سپاہ۔

**ملکیتھ۔** [م۔ مؤل ملکیت < ع : ملکیة]۔ پہ کینژھا ورائتھس سُنز زرمت آسِہ۔

**ملکیتی۔** موروثی (جاماد بیتر)۔

**ملناوُن۔** [ن۔ مؤل : ملناو < س : ملن] ۱۔ واٹھ دیُن یا دوناوُن۔ جوڑُن۔ ۲۔ رلاوُن تل گرُن۔ ۳۔ سمکاوُن۔ ملاقاتھ کرناوُن۔ ۴۔ دون چیزن بیتر مقابلہ کرتھ ہشر وُچھُن۔

**ممز / ممیز۔** [ن۔ مؤل : ممز < س : مدھیمہ ۲ کھوجیہ] ننز ڈیکھ کھین۔

**ممبر۔** [ن < ع : انبر]۔ چرکریا پیند ڈیتھ بیہتھ کھسِتھ امام صاب خطبہ پران چھ۔

**ممبرس کھسُن۔** ۱۔ مشیر سُنز خطاب کرُن۔ ۲۔ (ورگہ یا ملہ) واظ (واعظ) پرنہ یُن۔

**منتھ۔** [م۔ مؤل : منت < ع : منة]۔ لادن۔ ایحسان۔

**منتھ تھوِنی۔** لادن تھوِنی، ایحسان تھوُن۔ باسس دیُن زن تہ کانسہ بوڈ ایحسان کوٚر۔

**منتھ کھسُن۔** کانسہ ہنز لادن روزِنی۔ ایحسان روزُن۔ کانسہ ہندس ایحسانس تل روزُن۔

**منتھ مانُن۔** کُرِ گوٚڈ یہ سنتہ یا پتہ نیتھ منگنہ اکھ اگر سُنڈ ایحسان ہیوٚن یا ناریار کرُن۔

**منتھ ہیٚنی۔** ایحسان ہیُن، لادن ہیُن۔ منتہ کرِتھ گرِد ہیوُن۔ عاجزی تہ زاریار کرِتھ کانسہ کینژھ ہیوُن۔

**منٹھ۔** [ن۔ مؤل : منٹ < انگ : منٹ]۔ ۱۔ اکِ گنٹک شیٹھیُم حصہ۔ شیٹھ سیکنڈ۔ ۲۔ کارروائی ہُند اندراج۔

**منہ مُر۔** [م۔ مؤل : منہ مر] رُوس کرٚل۔ رُوس سنز ماد۔

**منی۔** [م۔ مؤل : منی < س : منڈ وکرِ منیہ]۔ منیہ مو تدرج۔ مان۔

**مہربان۔** ۱۔ رفیق، شفیق۔ بڑرکانچھن وول۔ ۲۔ ڈے گومت۔ راضی۔

**مہربان روزُن۔** راضی روزُن۔ اتھ پیٹھ تھوان روزُن۔

**مہربان گژھُن۔** ڈے گژھُن۔

**مہربانی۔** [م۔ مؤل : مہربانی < ف : مہربانی]۔ رفاقتھ۔ عنایتھ۔ شفقتھ۔ نوازش دیا۔

**مہربانی سیتی۔** مہربان سیدِ نہ گیہ۔

مہربانی کرٕنی۔ رفاقتھ کرٕنی۔ عنایتھ کرٕنی۔
مہربانی کرِنتہٕ۔ وُچھو: مہربانی سٕتی۔
مہربانی کٔنی۔ وُچھو: مہربانی سٕتی۔
مہین/مہینو۔ زاوُل، پُھہٕٹ۔
مہینہٕ کرٕن۔ زاوُل پیٖن۔ ژگتھ پھکھ کرٕنی۔
مہینہٕ، مہینہٕ۔ [ن۔ مؤل: مہن > ف: مہین]۔ پھیکھ۔ اکھ قسمٕچ پھیکھ یتھ منٛز زیورن بیتر بُلادچھ کران۔
مہینہٕ دار۔ چۄنہٕ جریٹھ زیور۔
مہینہٕ کھارٕن۔ ۱۔ زیورن بیترِ، صفا کرٕنی، چمکہٕ کھارٕنی۔ ۲۔ گہنس چۄنہٕ جرُن۔
میان۔ [ن۔ مؤل: میان > ف: میان]۔ تلوار بہند گربائیس۔
میتھر۔ [م۔ مؤل: میتھ > س: میتھکا]۔ اکھ خوشبودار ترکارِ ہُند ناو۔
میتھہٕ ماز۔ ڈمینہٕ بیترِ ترٛاوتھ رنتہٕ آسہٕ تھوٚو اکھ سیُن۔
میٹر۔ [ن۔ مؤل: میٹر < انگ: میٹر]۔ ۱۔ لمبائی بیتر میننہٕ نک اکھ میٹر۔ لگ بگ اکھ گز تہٕ ترٛے انچھ۔ ۲۔ سہ آلہٕ یمہٕ سٕتی بجلی یا گاڈِ بیترِ ہُند رفتار میننہٕ یِیہِ۔
میٹرٕ مینٛچ گرٕ۔
میٹر ریڈر۔ بجلی گرِک سُہ مُلازِم یُس یتہٕ دار لُکن ہٕنٛزن بجلی گرن ہٕنٛز ریڈنگ تُلان چھُ۔ ریڈنگ نوٹ کرٕن وول۔
میار۔ [ن۔ مؤل: میار]۔ اکھ دوا کھینک مؤل پینٛک ژِرن گوس سیتو ملناوِتھ ورمس لاگان چھ۔
میڈیم۔ [ن۔ مؤل: میڈیم < انگ: میڈیم MEDIUM]۔ ماڈنہ یانی۔ مُنٛزیم یا ذرٕیہ۔
میر۔ [ن۔ مؤل: میر < ع: امیر کُنتھک ژھوٚٹ]۔ ۱۔ زیُٹھ۔ کُنہٕ جماتُک ہُند سردار۔ ۲۔ صدر م: میرِ مجلس۔ ۳۔ اکھ کاشُر کرام۔ ۴۔ اکِس گِندنس منٛز) زینن وول۔ سُہ یُس ساری نِشہٕ برونٛہہ واتِتھ آسہٕ۔
میرِ کاروان۔ کاروانُک زیُٹھ۔
میرِ میرِ کھڑ، پھیٛرال۔ ۱۔ ساری نِشہٕ برونٛہہ اَسنہٕ پتہٕ لگُن اکھ پھیٛرال گژھن۔ ۲۔ رزارس بیتر ہنٛزا گوڈُگوڈ زینتھ ژُلِتھ سورُے ہارُن یا ہاران گژھن۔
میرِ مجلس۔ مجلِس ہُند صدر۔ اُو ژھمنہٕ بیترِ ہُند زیُٹھ۔
میرِ مُشاعرٕ۔ سُہ یُس کُنہٕ مُشاعرس منٛز صدر

ژاری زِبن۔

میر آب۔ پرانہِ پتہ کالہٕ گَژھنہٕ آبپاشی ہِنٛدِس
تَس اَفسرس وَنان یُس گامن بیتر منٛز
کولَن ہٕنٛز راژھ راوَٹھ تہٕ مرمت بیتر
کرناوان اوس۔

میر آخور۔ [ن۔ مۄل: میر آخور] سرکاری
طبیلَن ہُنٛد اَفسر۔ اکھ کاتٕشر گرام۔

میر بحری۔ (ڈُبہٕ کرِ پاداوارک) مالہٕ۔ مالہٕ
سۄمبراوُن وول۔

مُیر پۄدری۔ (رِزلہٕ) پیٹھوول۔

میر پۄدری لاگُن۔ پیٹھوول لاگُن۔

میرزا، مِرزا۔ میرسُنٛد نیچُو۔ اُمیرزاد۔

میر گژھُن۔ ۱۔ کُنہِ بڑِ منٛز ساری نِشہِ برونٛہہ
دَاری زیٛن۔ ۲۔ کامیاب سپدُن۔

میراث۔ [ن۔ مۄل: میراث (ع: میراث]۔
یہ بُزرگَن نِشہِ تورٕ مُت آسہِ۔ دراثتھ۔

میراث دَر۔ ۱۔ یُس سیٹھا دراثتھ ترٛبٕر
آسہِ۔ ۲۔ کُنہ جایہ ہُنٛد حق دار۔

میراثی۔ [ن۔ مۄل: میراثی (ف: میراثی (
ع: میراث]۔ (پیشہ ورگیوَن وول۔

میزان۔ [ن۔ مۄل: میزان (ع: میزان]۔
۱۔ سۄمبرِتھ دِژامژ گرٛنٛد۔ کُل رَقم۔ ۲۔
ہُرٛدُک مُنہ دنہٕ بیٚیہِ دوہ تہٕ راتھ برابر
آسان چھُ۔ ۳۔ (وُرگہِ پاٹھو) ہُرد۔ ۴۔
تُل ترٛکر۔ ۵۔ اکہِ راشی ہُنٛد ناو۔

میزان گَرُن۔ سۄمبرُن۔ کُل گرُن (رقمس بیتر)
ساری عدد یکہٕ دِژہٕ سۄمبرُن۔

میزان لگُن۔ ۱۔ ہُرد لگُن۔ کلین کُٹین زُرُر
اَژُن۔ ۲۔ بوٚرج دۄہن پرسان لگُن۔

میژ۔ [ن۔ مۄل: میژ (س: مِتہ]۔ ۱۔ ناپ۔
پیمایش۔ دِچھین زِکوت سو چیز زیکھر
یا وُزن بیتر چھُس۔ ۲۔ تہٕ میٚمہٕ سیتی
کانٛہہ چیز میٚنہٕ نہٕ یا تولہٕ نہٕ گژھِ۔ پرمانہٕ بیتر

میژ بانہٕ۔ سُہ بانہٕ یتھ اندر کانٛہہ چیز میٚنہٕ نہٕ

میژ ہیوٚن۔ پیمایش کرٕنۍ۔ ناپ ہیوٚن۔

میش، میٚش۔ [م۔ مۄل: میش، میش
(س: میشہ] اکہِ راشی ہُنٛد ناو۔

میکائیل۔ [ن۔ مۄل: میکائیل (ع: میکائیل]۔
زوٚردٕ بٔڈ لُو ملائکو اندر اکھ یُس منٛز
کام رُود تزاوُن تہٕ لُکن ہُنٛد رِزقُک
بونٛدوبس کرُن چھُ۔

میگ۔ [ن۔ مۄل: میگ (سن: میگھ]۔
اوٚبُر۔

میگہ زال۔ اوٚبرٕ تٔنٛدٕل۔

میگہ زانڈ۔ ۱۔ کزٕ ہن اڈبر۔ ۲۔ کزہ ہنہِ اڈبہ
سپدتھ گاٹز آسٕنہٕ ہِش۔

میل ۱۔ [ن۔ مٔول : میل > س : میلا]۔ مُہ
ہوکھ یا ترل رنگدار مادٕ یمہٕ سٟتۍ
لیکھنہٕ یوان چھُ۔

میلہِ بون۔ بوڈ میلہِ بانہٕ۔

میلہِ چاٹؠ۔ ہوکھ میلہِ پھول۔ میلہِ رٔنز ٹکہ۔

میلہِ دَواتھ۔ رلہٕ دار۔ میلہِ دار۔ میلہِ بوٗنٛدر۔
میلہِ ہوکہٕ۔

میلہِ قلم۔ میلہِ منٛز بوڈ نو ومت قلم۔ قلمس
کھار ہٕرٕ میل۔ لیکھنُک قلم۔

میلہِ گور۔ یُس میل بناوان تہٕ پان آ ... پیشہٕ
پیشہِ میل بناونی تہٕ کٔرنی آسہ۔

میلہِ دار۔ وُچھو "میلہِ بوٗنٛدر"۔

میلہِ ہوکہٕ۔ وُچھو "میلہِ بوٗنٛدر"۔

میلہِ بوٗنٛدر۔ وُچھو "میلہِ دَواتھ"۔

میل اَدرِے آسُن۔ ییکھ منٛس یا فاصلہِ
دِتھ منٛس سٟتھاہ کم کال گومت آسُن۔

میل کرُن۔ نشانہ تھوُن۔ اکھ تھوُن (یُتھ
وَنہٕ بکہٕ ییتھ)۔

میل ۲۔ [ن۔ مٔول : میل > انگ : مَیل۔ mile]۔
سٕڑکہ یا زمین مینٛنٕچ اکھ میتٔر

لگہٕ بگ سدراہ شتھ تہٕ شیشہٕ گٔر۔

میلہٕ گٔنٛز۔ ۱۔ سو گٔنٛز یتھ پیٹھ میلن ہنٛز گٔنڈ
دِتھ آسہ۔ ۲۔ (دٔرگہٕ) نمایاں پہلوٗ، ہوڈ
یا منٛزل رنگہٕ میل۔

میلاد۔ [ن۔ مٔول : میلاد > ع : میلاد]۔ ۱۔
زادوہ۔ ۲۔ زیون۔ پاداِیش۔

میلادُالنبی۔ حضرت محمدؐ صابُن زادوہ۔

میم۔ [م۔ مٔول : میم > انگ : میڈم madam]۔
۱۔ فرنٛگی زنانہٕ۔ ۲۔ (دٔرگہٕ) پاٹھی خوبصورت تہٕ
نازنین۔

میم صَحَب۔ میم۔ فرنٛگی زنانہٕ۔

میم زٕری۔ [ن۔ میم زٕری > ف : نیم زری]
اکہٕ زٕری کپٔرُک ناو۔ نیم زٕری۔

مین۔ [م۔ مٔول : مین > س : مینہ]۔ اکہٕ
راشس ہُند ناو۔

مینا۔ [م۔ مٔول : مینا > ف : مینا] بٔھرس
یُز پاٹھی شراب پیالہٕ۔

مینار۔ [ن۔ مٔول : مینار > ف : مینار > ع :
منار]۔ منارہٕ۔ بُرٕنگ۔

میتٔر ۱۔ [ن۔ مٔول : میتٔر > س : ... ]۔
ماتھ، ماپ۔ وزن۔ کُنہٕ چیزُک
زیچھر، گوبرک یا آدر ماپنُک انداز۔

میثرِ بانہٕ۔ سُہ بانہٕ یتھ رٕ یُس انابر یِوان کُنہٕ ترٕ ل مادٕ ستی تالہٕ تام بُرِتھ چھ تہٕ یمہٕ ستی ہمہ کہٕ وزنُک انداز گژھتھ ہیکہِ زٕ۔

میثرٕ ۲۔ [ن۔ مٔول : میثر (س، ملیچھ)] تھز زاتہٕ منتر کِٹھ نہٕ آمُت۔ سُہ یُس ژھِچرس تہٕ شودٕرس کانٛہہ فرق آسہِ نہٕ زانان۔

مِتھر۔ [ن۔ مٔول : مِتھر (س : مُوتر)]۔ پیشاب، زٕل۔

مِتر بیمارٕ۔ ۱۔ پیشاب تہٕ پیشاب یُن۔ ۲۔ کھنڈٕ بیمٲری، ضیابیطس، پیشابس ستی مدر ہیکن، شوگر۔

مِتر پھیور۔ (دِرگہ پٲٹھی) سُہ یُس نہٕ کانٛہہ وُقتھ آسہِ، یُس نہٕ کینٛہہ آسہِ۔

مِترچار۔ زٕل یُنک سیٖز جاے۔

مِتر ژرٕن۔ (کٲنہٕ ہُنز) پیشاب ترٛایِتھ دِتھ۔

مِتر ژووٹ دِنی۔ نال تال دُنیتھ کانٛہہ پانس تل رٕٹِھ یا پانس کُن پھِران۔ (دودکھ) جود کرُن۔

مِتر ژووٹ لگنی۔ کمہِ پٲٹھی کانٛسہِ تل یُن۔ کانٛسہِ ہُندٕ غلام بنُن۔ دودکھ جود گژھُن

مِترگوژر۔ جسمک سُہ انگ یتھ منز پیشاب جمع سپدان چھُ۔

مِتر مُچھ ۱۔ اکھ بدمچھ ذاتھ یِہ یِتھ پٲٹھی مالہٕ جاین آسان چھتی تہٕ یِہ سہ کٔٹھ کٔڑی تہٕ ژلان چھینہٕ۔ ۲۔ (دِرگہ پٲٹھی) اکاد گومُت اِنسان، سُہ یُس ژھیپی تلہٕ نہٕ۔

مِتر مُچھ ہیوٚد۔ سُہ یُس پتی رُزِ، یُس نہٕ ژھیپی تل۔

مِتر مُچھ ہیوٚد اکاد گژھُن۔ سیٖز پٲٹھی پتہٕ رُزُن۔ ہرگز نہٕ ژھیپہ تلُن۔

مِتر موٗت۔ سُہ یُس زٕل تہٕ زٕل لوان آسہِ، یُس پیشاب تہٕ پیشاب کران آسہِ

مِتر نور۔ بیمارٕ پیشاب کران چھُ۔

مِتھر چھکُن۔ ۱۔ بنے بانہٕ پٲٹھی زٕل کرُن۔ ۲۔ اوٚری منساوُن۔ چکارس نہٕ ہیوان۔

مِتھر کرُن۔ ۱۔ پیشاب کرُن۔ ۲۔ (دِرگہ پٲٹھی) لانتھ ژھینی۔ تہٕ آوتھ ژھٹُن۔ اوٚرِ منساوُن۔

مِنز گوڈ۔ [(س : منہٕ گڈ)]۔ گردنہٕ ہُنٛد پتیم حِصہٕ۔

مُہاجِر۔ [ن۔ مٔول : مُہاجِر (ع : مہاجر)]۔ سُہ یُس وطن ترٲوِتھ گژھہ۔ یُس ہجرتھ کرِ۔

مُبدَل۔ [ن۔ مٔول : مُبدَل (ع : مُبدَل)]۔

**مُبلیل۔** [ن۔ مؤل: مُبلیل > انگ: موبایل اوئل MOBILEOIL]۔ موبل آیِل۔

**مُبہَم۔** [مؤل: مُبہم > ع: مُبْہَم]۔ دُلُل (کتھ بیتر)۔ یِہ نہٕ واضیح آسہِ۔

**مُتَرجَم۔** [ن۔ مؤل: مُترجَم > ع: مُترجَم]۔ ترجمہٕ دار۔ یَتھ ترجُمہٕ کرنہٕ آمُت آسہِ۔

**مُتاع۔** [ن۔ مؤل: مُتا > ع: مُتعۃ]۔ عارضی نکاح۔

**مُتاثِر۔** [مؤل: مُتاثِر > ع: مُتاثِر]۔ سُہ یُس کُنہِ تھیک یا کانٛسہِ ہُنْد اثر تُلمُت آسہِ۔

**مُتاثِر گژھُن۔** اثر تُلُن۔ کانٛسہِ ہُنْد یِنہٕ لارُن۔

**مُتَبَرِک۔** [مؤل: مُتبرِک > ع: مُتبرِک]۔ ۱۔ پاکھ شرُوٗز۔ ساف۔ ۲۔ یزُّس لایق۔ یَتھ آدر کَرُن پیہِ۔

**مُتجَن۔** [ن۔ مؤل: مُتجَن]۔ مَجّھ پہ لاد۔

**مُتحِد۔** [مؤل: مُتحِد > ع: مُتحِد]۔ یَہ یَکٕتھ آسہِ۔ یِمن پانہٕ وٲنْ گژھن آسہِ متفق۔

**مُتحِد گژھُن۔** اتحاد کرُن۔ یکٕتھ گرُن۔

**مُتَرجِم۔** ترجُمہٕ کرن وول، ترجمہ کار۔

**مُتصِل۔** [مؤل: مُتصِل > ع: مُتصِل]۔ نزدیکھ نِکہِ سیتیٖ۔

**مُتضاد۔** [مؤل: مُتضاد > ع: مُتضاد]۔ اکھ اکِس پیٹھ نشر۔ اکھ اکِس برخلاف (رائے بیتر)۔ یِمن دو پٔشر آسہِ۔

**مُتفرَقہٕ۔** [مؤل: مُتفرق > ع: مُتفرقۃ]۔ اورکٕ یورکٕ چیز بیتر یِم نہٕ اصل حسابس اَندر درج آسن۔

**مُتفِق۔** [مؤل: متفِق > ع: متفِق]۔ سُہ یُس بیٚیِس سٟتؠ کُنہِ کتھِ پیٹھ اتفاق آسہِ۔ یِمن کُنہِ کتھِ پیٹھ اکٕے رائے آسہِ۔

**مُتفِق آسُن۔** کُنہِ کتھِ پیٹھ پانہٕ وٲنْ اتفاق آسُن۔ کُنی رائے آسٕنۍ۔

**مُتلِق۔** [مؤل: مُتلِق > ع: متعلق]۔ (کانٛسہِ ہُنْد) پُرزُن۔ کانٛسہِ ہُنْد۔ یَتھ کانٛسہِ سیتؠ تولُق آسہِ۔

**مُتوٗلی۔** [مؤل: مُتول > ع: مُتوَلی]۔ اِنتٕظامی (خاص کٔرتھ مسجِد ہُنْد) سُہ یُس کانٛسہِ جاداد بیتر حوالہ آسہِ۔

**مُٹھ۔** [ن۔ مؤل: مُٹھ > س: مُشْٹھ]۔ اکھ قٕسمُک میہ دار فصل۔

**مُٹھ تُون۔** ۱۔ (ہرُر) دالہٕ وٕلتہٕ یِذبیہ کتھِ کرُن۔

**مُٹھی بُزرے** ۔ ۱۔ ژۄنٹہِ زۄنٹہِ کٔرِتھ بتیرِ کرنٕچ عمل۔

**مُٹھو چھِس کھنُن یا کھنِتھ اَنُن۔**
یہ ڈٕلی زِ تہِ مُغتٕے یا یورسے پُشرِتھ ژھِنُن ۔ تہِ دٕپتھ گو ، فنٕد فریب کٔرِتھ (کانٛہہ) ناو دالُن ۔ ژھل ژھدرٕ کٔرِتھ (کانٛسہِ نشہِ) پننی چھَل کڈِتھ نِنی ۔ بتھل بناوُن ۔ چور بناوُن ۔

**مُٹھی چھلی یارٕز** ۔ اَپزٕے دۄستی ۔ ناٹی یارٕز ۔

**مُٹھی کھول** ۔ ۱۔ مُٹھِنیک اکھ دانہِ ۔ ۲۔ اذرگہ پاٹھرا ۔ تہِ یہ کھنی لۄنہ ۔ تِہ یہ تزآدِتھ ژھِنُن لایق آسہِ ۔

**مُٹھی ماس** ۔ اَپزٕے ماس ۔ سۄ یوسہِ بادِ بادِ بٕ اُطرے یوت دگدار لاگہِ ۔

**مُٹھی مانٛتیر** ۔ سُہ پژون اکھ رَسم ییمہِ شُرکہ بِسنٕدِس یرٕن لکھُن ہیٛمھِنس پیٛتھ لَسنٕدِس ژاٹہِ باجن کرِ مُٹھ بتیرِ باگران آسی ۔

**مُج ۱** ۔ [ن ۔ مٔل ؛ مُج < ؟س ۔ موٗدہ ] ۔ آلُش ۔ کاہلی ۔ دٕدیوگ نہ آسُن ۔

**مُج ۂہُن** ۔ سخ آلُش اَدُن ۔

**مُج ۲** ۔ [م ۔ مٔل ؛ مُج <س : مولی ] ۔ سبزی ہُنٛد ناد ۔

**مُجہِ بٲل** ۔ بیوقوف ۔ عقلہِ رٔوس ۔ ڈڈ ۔

**مُجہِ بۆد** ۔ بتہرِ سان گنڈ کٔرِتھ تیتھ مُجہِ پیٹھ اکِہ پھرِ اَتھس منز واتُن ۔ لوکٹ مُجہِ گیڈ ۔

**مُجہِ پتیر** ۔ مُجہِ ہنٛد ڈیٹھر ۔

**مُجہِ پیٚٹھی ٹلِرِ وینز** ۔ سِٹھا کم ۔ یہ شوبہِ ہے یا پَزہہ یوت یہ ۔ سِٹھا یہ اُندر رژھا ۔
(یہ چھُ لین دینک لَفظ) ۔ کم کاس ۔

**مُجہِ ترٕ** ۔ مُجہِ کُٹس دزامُت ترٕ ۔ سِپُلمُت مُجہِ وٚٹ ۔

**مُجہِ تُل** ۔ بتہرِ سان ٹلو مُج یا مُجہِ ۔

**مُجہِ تھوپ** ۔ بتہرِ سان تیتھ مُجہِ پیٹھ اکِہ وَقتہِ اَتھس منز واتُن ۔

**مُجہِ چیٚنٹنی / ژیٚٹنی** ۔ نون مرژ وانٛگن بتہرِ مِلناوِتھ ژٹِتھ مُجہِ ۔

**مُجہِ دٕر** ۔ ۱۔ ژلِنہ یا پھتھ یا ترِس منز مُجہِ ہیتھ مُجہِ پیٹھ پاترس واتَن یا ہُرِتھ آسُن ۔
۲۔ (دٕرگہِ پاٹھی) ڈزنہِ ہُر بسانہِ یہ دٕزنس کھسہِ تَمہِ زیادِ ۔

**مُجہِ وانٛد** ۔ وُچھو مُجہِ بٲل ۔

**مُجہِ ڈاکر** ۔ ۱۔ دٕگتِھ مُجن ٹوٗدٕرت رَس ۔
۱۔ مُجہِ ہنز گوج ۔ مُجہِ ہنٛد اُندرِم حصہ ۔
۲۔ سُہ ہوا یُس مُجہِ کھینہِ پتہ یا مُجہِ کھینہِ ستی

بیاد پیٹھہٕ نقصان چھُہ۔

**مُجہٕ ژٕکُل۔** مُجہٕ ہُنٛد گوٚن کاش۔

**مُجہٕ ژٕنوٗٹ / ژٕپٹٕر۔** وُچھو مُجہٕ چیٹنی۔

**مُجہٕ کٹٕہٕ۔** کُنہہ کامہٕ یتھہٕ وقت خعایہ گرٕن۔ وقت گَسٕ اپی گرٕنی کھینہٕ نہٕ گرٕن۔

**مُجہٕ کلبہٕ۔** ا۔ یہ نہٕ کھینہٕ نوٗ۔ یتھہٕ کینہہ موٗل آسہ
ا۔ یتھہٕ نہٕ زُود زیتہٕ آسہ۔ رم:
بوٚیہ چھِس مُجہٕ کلے۔

**مُجہٕ کاٗلہٕ۔** رُنتھ مُجہٕ کاتس۔۔۔ یہ۔ زٕ ٹیپھر گتر مُجہٕ۔

**مُجہٕ کاٗنی۔** کم کاسہٕ مُجہٕ۔ کیٚنہہ مُجہٕ۔

**مُجہٕ کوٗٹ۔** لوٚکُٹ مُجہٕ کُل یُس تیٚز گنہٕ روان چھُہ۔

**مُجہٕ کوٗنٛڈ۔** ا۔ اکھ ناص قسمہٕ مُجہٕ کتر اوٗنگ یا گہنک آلہٕ۔ ۲۔ پھٹنہٕ یا چاکہٕ بیتر گژھنہٕ سیتی اَتھن کھوٚرن گوٗمت پھیٚرہٕ۔

**مُجہٕ گیوٗ۔** رنج مُچ۔

**مُجہٕ کھٹھٕ۔** مُجہٕ ژٕکُل۔ مُجہٕ کاش۔

**مُجہٕ کھیتھ سر دگژھُن۔** ساری زور لاگتھ تہٕ کینہہ چلُن تہٕ آخرس پیٹھہٕ موٗلس گژھتھ ہیٚن۔ ہر قدمس نا کام گژھُن۔

**مُجہٕ گیٖدٕ۔** بوڈ مُجہٕ بڈ۔ گنڈ کرتھ داریاہ مُجہٕ۔

**مُجہٕ مُس۔** ہوکھنآوتھ مُچ۔

**مُجہٕ موٗل۔** مُجہٕ ہُنٛد بادیا قیمتھ۔ موٗلس پیٹھ سیٹھا کم قیمتھ۔

**مُجہٕ موٗلہٕ۔** سیٹھا سٕروٗگ۔ کم باوس پیٹھ۔

**مُجہٕ موٗلہٕ کِنُن۔** سیٹھا سٕروٗگ کِنُن۔ کم باوس پیٹھ کِنتھ ترٛاوُن۔

**مُجہٕ وٗنتھ۔** باَل ہیوٗ۔ بیوقوف۔ ڈڈ۔ زڈ موٗٹھ، مُڈ۔ مُجہٕ باَل۔

**مُجہٕ ہٹ۔** ہوکھنآوتھ مُجہٕ ژٕکُل یا مُجہٕ کاش۔

**مُجادلہٕ۔** [ن۔ موٗل: مُجادل <ع: مُجادلتہ]۔ داد واد۔ مُقابلہٕ داری۔ مُدر یانہٕ۔

**مُجادلہٕ لگُن۔** بحثہٕ بحث لگُن۔ کُنہہ کتھ یا مسلس پیٹھ دَل دِوان اَورٕ یور سیٹھ تکرار گژھُن۔

**مُجادلہٕ لاگُن۔** دَل وانٛزُل لاگُن۔ مُقابلہٕ داری۔ کُنہہ کتھ پیٹھ فساد تُلُن۔

**مُجاوِر۔** [ن۔ موٗل: مُجاوِر <ع: مُجاوِر]۔ اَستانک بابہٕ۔

**مُجاہد۔** [موٗل: مُجاہد <ع: مُجاہد]۔ جہاد کرن وول۔ خُدایہ سٕنٛزِ وَتہٕ کافرن سیتی جنگ کرن وول۔

**مُجرا۔** [ن۔ موٗل: مُجرا <ع: مُجری]۔

ا۔ رٔتم جبایس آندر وۄمۄل دِتھمت یا
شامِل تھوومُت۔ کھاتس منز ہوومُت
۲۔ کانسہِ ہنٛزِ کامہِ بیتر قدر کورمُت۔

**مُجرا اُن، مُجرا دِیُن۔** ا۔ رٔتم بیتر جبایس منز وۄمۄل ترٛاوُن، کھاتس منز لیکھُن، جمع تھاوُن۔ ۲۔ کانسہِ ہنٛزِ کنہ کامہِ بیتر قدر کرُن۔

**مُجرہس آسُن۔** گرٛزرِ منز آسُن۔ کُنہ تسلیم کانٛہہ اہمیتھ آسنۍ۔

**مُجرا اہی۔** [م۔ مۄل: مُجرأے < ہ: مُجرایی < ع: مُجری]۔ ا۔ وۄمۄل لیکھنہٕ یُن (رٔتم بیتر کھاتس منز)۔ ۲۔ قدر۔

**مُجرا اہی دِنۍ۔** کرِ منز میتھنٛتر قدر بوزُن۔

**مُجرِم۔** [مۄل: مُجرِم < ع: مُجرِم]۔ یُس کانٛہہ جُرم کورمُت آسہِ۔ تقصیر وار۔

**مُجوٗزہٕ۔** [ن۔ مۄل: مُجوز < ع: مُجوزۃ]۔ پادِوارک سٕہ گنڈتھ حصہٕ یُس سرکار سرِبن یہ شہرن ہنٛدِ خاطرِ گژِیتبن نشہ مقرر تھمتس بیٹھ وۄمۄل کران آسس۔

**مُچلکہٕ۔** [ن۔ مۄل: مُچلک < ترکی: مچلکا]۔ ۱۔ کُنہِ ضمانتھ دِنہٕ باپتھ لیتھ کھمت کاگد۔ عدالتس منز حاضِر سپدنہٕ باپتھ پابندی ہنٛد یقرار نامہ۔ ۲۔ (اورگو) توبہ کرِنک یقرار نامہ۔

**مُچلکہٕ دِیُن۔** عدالتس منز حاضِر سپدنہٕ باپتھ پابندی ہنٛد یقرار نامہ لیکھتھ دِیُن۔

**مُچلکہٕ ہیوٗن۔** عدالتس منز حاضِر سپدنہٕ باپتھ پابندی ہنٛد یقرار نامہ لیکھتھ ہیوٗن۔

**مُچھ، مۄچھ۔** [ن۔ مۄل: مُچھ < س: مُشٹا]۔ سوہزِ داننگ سٕہ اوزار یتھ بیٹھ ووس گرنہٕ باپتھ سون بیتر ووسنہٕ یوان چھُ۔

**مُچھِر۔** [< س: مُچ]۔ ا۔ یلہٕ۔ الگ۔ ۲۔ ترٛاوتھ، ورزتھ۔

**مُچھِ ترٛاوُن۔** الگ تھاوُن۔ ورزِتھ تھاوُن۔ کھُلتھ تھاوُن۔

**مُچھِ کرُن۔** یلہٕ کرُن۔ ورزتھ زھِنُن، زھینہٕ سُرُن۔ الگ کرُن۔

**مُچھِ گرُٹھن۔** الگ سپدُن۔ زھینہٕ گرُٹھن۔ یلہٕ گرُٹھن سیتی یہ روزُن۔

**مُچھُن۔** [ن۔ مۄل: مُچھ < س: موچنہ]۔ ترتھ پاٹھی کانٛہہ رسم پوٗرِ کرُن یُتھ نہ سٕہ دوٗبارہ پھِرِ کرُن پیہ۔ م: کاہ مُچھنۍ۔

**مُحبنہ۔** وچھو "مُعبتہ"۔

مُحَدِث ۔ [ مؤل : مُحدِث (ع : محدث]۔
۱۔ حدیث پَرٕ پاٹھی زانَن وول۔ ۲۔
یُس حدیثَن ہُنٛز صحیح پاٹھو شَرح تہٕ
تأویل کَرِ۔

مُحقق ۔ [ مؤل : محقق (ع : محقق ]۔
تحقیق کَرَن وول۔ کُنہِ عُلوُمس یا مٲلس
چھان بین کَرَن وول۔ رِسرچ سکالر۔

مُحمّد ۔ [ن۔ مؤل : محمد (ع : محمد]۔ آنحضرتؐ
ہُنٛد نام پاک۔ پیغمبرِ اسلام سُنٛد
اِسمِ شریف۔

مُحمّدی ۔ ۱۔ حضرت محمدؐ صابَس کُن مَنسوب۔ ۲۔
حضرت محمدؐ صابٕنی پَیروکار مُسلمان۔

مُحاصِرٕ ۔ [ن۔ مؤل : محاصر (ع : محاصرۃ]۔
اَندٕ اَندٕ تردومُت گیرٕ۔ ناکہ بندی۔

مُحافِظ ۔ [مؤل : محافظ (ع : محافظ]۔
حِفاظَتھ کَرَن وول۔ راچھ کَرَن وول۔

مُحافظ خانہٕ ۔ سُہ دفتر یا جاے ییتہٕ سَرکاری
کاکذ تہٕ مِثلہِ بیترِ رُژھرِتھ تھاوَنہٕ یِن۔

مُحب ۔ [مؤل : محب (ع : مُحِب]۔ سُہ یُس
مُحب آسہِ۔ دوسہ۔ یار۔ پیر سُنٛد
خاص مُرید۔

مُحرِر ۔ [مؤل : محرر (ع : محرر]۔ ۱۔
مُنشی۔ یُس کاربارُک حساب کِتاب
تھوان آسہِ۔ سُہ یُس کُنہِ خاص قسمکو
تحریر لیکھنَس لگان آسہِ۔

مُحسِن ۔ [ مؤل : مُحسن (ع : مُحسِن]۔ اِحسان
کَرَن وول۔ اَتھہِ رَوٹ کَرَن وول۔
رُت وَرتاوَن وول۔

مُحسن کُش ۔ یُس اِحسان کَرَن والیس پور
بُدی وَرتاوِ۔ یُس نہٕ کَرمُت اِحسان
یاد روزِ۔

مُخالِفَت ۔ [م۔ مؤل : مخالفت (ع : مخالفۃ]۔
۱۔ اِختِلاف۔ کُنہِ یا کاٰنسہِ خلاف
کینٛہہ وَنُن یا کَرُن۔ ۲۔ دُشمنی۔

مُخالفت سپدٕنی۔ کاٰنسہِ ہُنٛد طَرفہٕ اعتراض
سپدُن۔ دُشمنُت وَرتاونہٕ یُن۔

مُخالفت کَرٕنی۔ کُنہِ یا کاٰنسہِ خلاف کینٛہہ
وَنُن یا کَرُن۔ تَشور بیترِ وِزِ یِیُن
اعتراض بیترِ وَنُن۔

مُخاطِب ۔ [مؤل : مُخاطب (ع : مُخاطِب]۔
سُہ یَس کُن یا یَس سیتی کتھ کَران آسہِ۔
یُس کتھ کَرَن وِزِ برونٛہہ کُنہِ آسہِ
مُخاطَب سپدُن۔ کاٰنسہِ کُن کینٛہہ وَنُن۔

مُخالِف ۔ [مؤل : مُخالف (ع : مُخالِف]۔

اُ کُنہ یا کاٹنہ خلاف . ئیں گُنہ تہمت اعتراض آسہ ، بُرخلائی کُرن ودل -٤- مُقابلہ . بُنھ اکُنہ لڑاپہ بیتر اٹار ر) ٣ دُشمن -

**مُخبِر** [ مۆل ؛ مُخبِر < ع : مُخبِر ] - ١ - ژرژن ودل . جوسُوس . ٢ - مُنافِقت کرن ودل . ٣ - بدکانچھن ودل . غارغاہ نیرن ودل . سی . آئی ڈی -

**مُخبِر نیرُن** . سہ ئیں بدکانچھنہ کہنہ کاٹنہ خلاف حوکُومتس اطلاع دیہ -

**مُخبری** - ١ - شینگن - ژرژن . جوسُوسی . ٢ - مُنافِقت -

**مُخبری کرنی** . ژرژن . جوسُوسی کرنی -

**مُختلِف** - [ مۆل ؛ مختلِف < ع : مُختلِف ] - الگ - بیون . نہ رلیہ وُن . گُنہ نشہ بیون . ہہ نہ گُنہ یا کاٹنہ ہیوہ آسہ -

**مُخلِص** [ مۆل ؛ مُخلِص < ع : مُخلِص ] - ١ - ئیں خۆلوص آسہ - ٢ - شۆد تہ صاف - پۆزیار - یارئیس نہ مُطلبی لاگہ - جانی یار -

**مُدبِر** - [ مۆل ؛ مُدبر < ع : مُدبِر ] - تدبیر زانن ودل - سہ ئیں بوز شوز کرتھ کانہ وتہ کڈنی تگہ - ئیس ٹھیکہ پاٹھی سۆ جیتھ ہیکہ - عالم - بگاٹل - سمجدار -

**مُدتھ** - [ ن - مۆل ، مُدت < ع : مُدّۃ ] - ١ - دارباہ وَق - سیٹھا کال ، زمانا اکھ - ٢ - میاد - موہلتھ -

**مُدتھ تھوُن** - میاد تھوُن . موہلتھ دِنی -
**مُدتھ لگُن** - سیٹھا وَق لگُن ، گُنہ کامہ بیتر ا ہیڑھ لگنی -
**مُدتھک** - دارباہ کالک . یتھ کانی وَق گومت آسہ - پژون -

**مُدلل** [ مۆل ؛ مُدلل < ع : مُدلل ] - (بیان بیتر) پۆر پاٹھۍ وِزحنتھ - یتھ پۆر پاٹھۍ دَل دِتھمت آسہ - واضیح ، یتھ سیتۍ دلیل آسہ -

**مُدو** - [ ن - مۆل ؛ مُدو < س : مردۃ ] - گگھر تہ گگھر لگنہ سیتۍ لوگمت چیوہ کھ

**مُدو اُنن** - ١ - (گرس) گگھر سیتۍ تھر کتڈس دالہ گنہ اُنن - ٢ - دُرگہ پاٹھۍ اَسۍ عذاب کُرن . مُصیبتس لاگُن -

**مُدو یُن** - گگھر تہ گگھر لگنہ سیتۍ چھنہ کہ گن مُسلہ ددتھنہ سیتۍ اڈرج سُنز . مُدوس نچھ بہنی - ژنگر گلنہ ، مُندن -

**مُدے** - [ م - مۆل ؛ مُدے < ؟ ] - دُرتھ دُپھن - گنہ دُچھان دُچھان نہ اَتھ ٹیٹھ دَمار تہ

**مور چھل کرُن** ۔ گنج گاہ کرُن۔ سینہ زوہ تھ سن سرُن۔ پیالہ بُرداری کرِنی۔ سیٹھا یُزتہ کرُن۔ خوشامد کرُن۔

**مورَت** ۔ [ن۔ مؤل : مور < ف : مُہر]۔ آہنار، شباہت۔ شکل صورَت۔

۵ــ **مورُت** ۔ [< س : مارَ]۔ ۱۔ (ل۔م) یینہہ داریاہ مارِک بتہ آسن۔ م: ہتیہ مود، شتہ مور۔ پانہ مور۔ ۲۔ (ل۔م) مورمُت۔ مانہ آمُت۔ م: نیچہ مود۔ بتہ مور۔ (پوٗت لوگ تہ)

**مورِخ** ۔ [مؤل : مورِخ < ع : مورِخ]۔ تاریخ دان۔ تاریخ لیکھن وول۔

**مورِخہ، مورِخے** ۔ [مؤل : مورخہ < ع : مورخۃ]۔ (دکنہ) تاریخک یینہ تاریخہ لیکھنہ آسہ آمُت یا واقع آسہ سپدمُت۔

**مورِ** ۔ [ن۔ مؤل : مور < ]۔ مُقابلہ، بُتھِ، ٹھولہ۔ م: بتھوُن مورِ یز یدشاہ حسینس ظلمس تہ کینس تتی بیٚن تمام

**مورِ دیُن** ۔ مخالفہ سینز دَنہ مُنزر کاونہ یاد کرنہ۔

**مورِ رٹُن** ۔ لاگیتھ دِنُن۔ اکھ بتھ رٹیتھ بیِس سیزِ کتھ لاینز۔ اَکس لاگیتھ بیِس کتھ دِنی۔ زِبکہ دِنی۔

**مورِ لگُن** ۔ بُتھِ لگُن، ٹھولہ لگُن، مُقابلس روزُن۔

**مورُن** ۔ [ن۔ مؤل : مور < س : موٹنَ]۔ ۱۔ نرملوُنہ تینہ کم کرِنی، سوٚتراوُن۔ ہوٚمراوُن۔ م: نکہ مورُن۔ ۲۔ لوّت تراوُن، ٹھہراوُن، قرار رَٹُن (قدم بینز) م: گھمو ریوِتھ یُن۔

**مورَوثی** ۔ [مؤل : موروثی < ع : مورُوث + ف : ی]۔ وِراثتس اَندر آمُت۔ وِرثہ کِنی۔ ملکیتی۔

**موروٗف** ۔ [< ع : معروف]۔ مشہوٗر۔ نادار۔

**مورچہ** ۔ [ن۔ مؤل : مورچ < ف : مورچہ]۔ ۱۔ جنگی مُقابلہ۔ ۲۔ سو جاے یتہ جنگی مُقابلہ لگہ۔

**مورچہ بندی کرِنی** ۔ (جنگہ باپتھ) مورچہ بناوُن۔

**مورچہ دیُن** ۔ جنگ لڑنہ باپتھ صف آرائی کرِنی۔

**مور کرِیٹ** ۔ [م۔ مؤل : مورکریٹ]۔ سو یُرٹ یوسہ پتہ کِس ذیٚہس بٔرِ دٔتھ طرفہ لاگنہ آسان چھِنے۔

**موڑ** ۔ [ن۔ مؤل : موڑ < س : موٹہ۔ مٹکہ]۔ ۱۔ سو جاے یتہ لس سڑکہ پھیران آسہ۔ ۲۔ پھیٚر۔

**موڑ پھیرُن** ۔ لَر پھرِنی۔ پھیر پھیرُن۔

**موڑ پھیرُن** ۔ ۱۔ گاڑی یا موٹر بیترِ پھرِنی۔ ۲۔ دکتھ بیترِ

نٔو طرح دِیُن ۔ وَر دِیُن ۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) مرحلہٕ یُن ۔

**موڑژٕن** ۔ وُچھِو "موڑ پھیرٕن" ۔

**موڑٕیُن** ۔ کینہہ نٔو بنیوٚ یُن ۔ ییتِمہ سٟتی پرٛدن طرز بدلہٕ ۔ نٔو کانٛہہ طرح نیرٕن ۔ نٔو رنٛگ لگُن ۔ مرحلہٕ (بنیوٚ) یُن ۔

**موزز، معزز** ۔ [< ع : معزز ] ۔ عزتہٕ دول ۔

**موزٕ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ موز < ف : موز ] ۔ ۱۔ گوڈٕ ہیوٚر کھور ڈلیُن ۔ پاژٕ جوراپہٕ ۔ ۲۔ دکہ کرن بیترٕ پشمن ہٕنٛز تیرٕ ۔

**موزٕ دار** ۔ پشمن تام تیرٕ کرِتھ اَکھ جانانہ دار ۔

**موزٕ کھور** ۔ جوراپہٕ جورٕ اَندرٕ اکھ ۔ اَکہ کھورُک موزٕ ۔

**موزوٗر** ۔ [مؤل ؛ موزوٗر < ع : معذور ] ۔ ۱۔ سُہ یُس نہٕ زنٛگہٕ آسن ۔ سُہ یُس نہٕ زنٛگن سور سیتھ آسہٕ ۔ ژرٕ روٚنٛگ ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) ۔ سُہ یُس نہٕ پانس حرکتھ کرٕ یُس ترٕ زنٛگہٕ وٚٹھتھ بہان آسہٕ تہٕ کانٛہہ کام کوٚٹ کرٕنہٕ ۔

**موزوٗر کوٚتھل** ۔ (وُرگہٕ) سُہ یُس موزوٗرٕ بِنِتھ پاٹھۍ ترٕ زنٛگہٕ وٚٹھتھ آسہٕ بہان ۔

**موزوٗر گژھُن** ۔ ترٕ زنٛگ تہٕ دوٚد تھنٛز ۔ اَکہ بے جایہٕ بیہتھ گژھُن ۔

**موزوٗل** ۔ [< ع : معزول ] ۔ برطرف ۔ موقوٗف کرنہٕ آمُت ۔

**موزوٗل کرُن** ۔ نوکری اَندرٕ کڈُن ۔ برطرف کرُن ۔

**موزوٗن** ۔ [< ع : موزون ] ۔ مُناسِب ، ٹھیکھ ۔ حَسبِ حال ۔ وَپہٕ دُن ۔

**موزوٗنیُتھ** ۔ بِشر ۔ حَسبِ حال آسنِچ حالتھ ۔

**موس** ۔ [< س ، ماسِنہٕ ] ۔ رینہٕ مُنٛدٕ یتیمُن ۔ ریتُن مُنٛد ۔ رم ؛ ستہٕ موس ۔

**موستہٕ** ۔ [م ۔ مؤل ؛ موست < س : مُؤشکا < پراکرِت : مُوسو ۔ م ۔ ہ ؛ موسا ] اَکھ خوشبوٗ دار بوٗٹۍ ۔

**موشوٗر** ۔ وُچھِو "مَشہوٗر" ۔

**موصُم** وُچھِو "موصوٗم" ۔

**موصوٗم** ۔ [< ع : معصوم ] ۔ ۱۔ بے گوناہ ۔ بے راہ ۔ بے تقصیر ۔ ۲۔ ردٕ دٕ شُر ۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) سیوٚد ساد ۔ یُس نہٕ کانٛہہ کھوچر آسہٕ ۔

**موضوٗ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ موضوٗ < ع : موضوع ] ۔ عُنوان یتھ پیٹھ مضموٗن لیکھنہٕ یِیہ یا یتھ پیٹھ کتھ کرٕ زِ ۔ تہٕ کینژھا یتھ پیٹھ کتھ بیترٕ کرٕ زِ ۔

**موضوٗیہ بحث** ۔ سو کتھ یتھ پیٹھ بحث چلان آسہٕ ۔

یتھ یا یس تیلس کتھ چھلان آسہ۔

**موطل۔** [ مؤل : موطل > ع : معطل ]۔ عارضی پاٹھو (نوکری بیتر نشہِ) الگ کرنہ آمت۔

**موطل کرن۔** عارضی پاٹھو (نوکری نشہِ) الگ کرن۔

**موطلی۔** [ > ع : معطل + ی ]۔ موطل کرن۔ کڈن۔ برطرف کرن۔

**موقہ۔** [ ن۔ مؤل : موق > ع : موقع ]۔ ۱۔ ؤر۔ ویلہٕ، وق۔ ۲۔ فرصتھ۔ ۳۔ وتھ۔ بہانہٕ۔ ۴۔ جاے (ییتیتھ کینہ سپدمت آسہ)۔

**موقس پیٹھ۔** ۱۔ وقتس پیٹھ۔ ضمی وقتہ ییمہ ساتہ پزیا شوٗبہ تمہ ساتہ۔ ۲۔ تتھ جایہ ییتیتھ کانہہ واری داتھ بیتر سپدمت آسہ۔

**موقس گژھن۔** پانہ وچھنہ گژھن۔ مأینہ کرنہ گژھن۔ حادثہچ جاے وچھنہ گژھن۔

**موقہ آسن۔** ۱۔ وق آسن۔ ۲۔ وارہ بیتار آسن، وتھ آسنی۔

**موقہ بے موقہ** منزٕ منزٕ کُنہ وقتہ۔

**موقہ چارن۔** آیہ گتایہ کرنہٕ۔

**موقہ دین۔** ۱۔ وقت دین۔ ۲۔ (کُنہچ) واری دنی۔ ۳۔ فرصتھ دنی۔

**موقہ دٲپتھ۔** ۱۔ ضمی جایہ نظر سکانہ بیتر بناوان یا آسن ییمہ ساتہ پزیا شوٗبہ تمہ ساتہ۔ ۲۔ تمہ جایہ اور یا یور ییتیتھ کینہ حادثہ یا واری داتھ آسہ سپدمت۔

**موقہ ژھانڈن۔** وتھ ژھانڈنی۔ وار وچھن۔

**موقہ موقہ۔** ۱۔ وقتہ وقتہ۔ ساتہ ساتہ، ویلہ ویلہ موقہ آسہ ییلہ شوٗبہ۔

**موقہ واتن۔** ۱۔ وقت واتن۔ ییمہ ساتہ سپدن آسہ سو گژھ واتنی۔ ویلہ واتن۔ ۲۔ کینہ کرنہ خاطرٕ وق برابر یُن۔

**موقہ وزِ۔** اصل وقتس پیٹھ۔ ییمہ ساتہ پزٕ تمہ ساتہ۔ عٲنہ موقس پیٹھ۔

**موقوف۔** [ > ع : موقوف ]۔ ۱۔ نوکری بیتر منزٕ کڈن، سبکدوش، برطرف۔ ۲۔ ملتوی۔ پتہ نین یا گژھن۔ ۳۔ منسوخ۔

**موقوف سپدن یا گژھن۔** ۱۔ (ملازمتہ منزٕ) کڈنہ یُن، برطرف سپدن۔ ۲۔ گونٛڈمت دوہ پتہ بڑونٛٹھ نینہ یُن۔ مقرر دوہس پیٹھ نہ روزن۔ ۳۔ منسوخ کرنہ یُن۔ رد سپدن۔

**موقوف کرن۔** ۱۔ (کانٛہہ ملازمتہ منزٕ) کڈن۔ برطرف کرن۔ ۲۔ پتہ نین (دوہ جیترا

مون دارُن۔ ژھو پیٚہ بٔنِد دٔرتھ نھٲوُن، ژھو پیٚہ یَنختیار کرُن۔

مون کرُن۔ وُچھو "مون دارُن"۔

مون ہیوٚن۔ ۱۔ ژھو پیٚہ دَم کٔرتھ ہیوٚن، ژھو پیٚہ لاگُن۔ ۲۔ (وارِگہ پٲٹھۍ) نمہ ساتہٕ تے ژُد تہٕ بے حرکتھ لاگُن ییلہِ کانٛسہِ ہِنٛدِ بابتھ بکٔھ پزِ۔ لوب ہیوٚن۔ گوٗش دیُن۔

مونَث [ مؤل : مونث ﴿ع : مونث ]۔ مادٕ۔ زنانہٕ۔ م : مذکر۔

مونَم۔ [ مؤل : مونَم ﴿س : مونَم ]۔ ہزلہ ساں ژھو پیٚہ دَم کٔرتھ بیٚہنس ونان۔

مونہٕ۔ لبہٕ۔ دو سیٚہ تہٕ دیوار۔ وُچھو "مونٛز" تہٕ۔

مونٛٹھر۔ [ م۔ مؤل : مونٛٹھر ]۔ لوکُٹ تہٕ اَگل زٕژ مونڈر۔

مونٛٹھُر۔ [ ن۔ مؤل : مونٛٹھر ]۔ ۱۔ لنگ لبہِ ژٕٹھنہٕ کُل۔ ۲۔ زٕژ موٗنٛڈ۔

مونٛٹھُن۔ وُچھو "مانٛٹھُن"۔

مونٛژھرُن۔ وُچھو "مُونٛژھرٕوُن"۔

مووٕ دار۔ [ ن۔ مؤل : ماو ﴿؟س : ماپہٕ ]۔ ترٛکہ ڈٔنجہِ ہِنٛز تَھپہ یا سہ زَنہِ نکہِ ہیتر یتھ تولُن وِزِ تَھپہ کران چھ۔

مووٕ دار۔ [ ن۔ مؤل : ماو ]۔ بٔڈ، دٲنٛسہ آمت۔

موہَن۔ [ ن۔ مؤل : موہَن ﴿س : موہَنہ ] خوش بوُون۔ دِلس پزیہہ دُن۔

موے [ ن۔ مؤل : موے ﴿ف : موے ]۔ وال۔ مس۔ م :

"تیلہٕ یُنا کٔرنہٕ ہٕتھ ییلہٕ ہیتون موے چھٕننہٕ"
(لوٚاز)

موے زٕہر۔ ہنچہٕ یٔڈ ہِنٛدی وال۔

موے میان۔ زاُدیل گر۔ موے وال ہیٚکہ گر۔

موے مُبارکھ۔ کانٛسہِ بُزرگ سٕنٛد ریشہ وال۔ (خاص کٔرتھ حضرتِ محمدؐ صابُن)۔

موے وال۔ اکہ وال، مس وال۔

موے والس نہٕ غدشہٕ گژھُن۔ تہٕ دٔپتھ گو: کُنہٕ قسمک فرق نہٕ داتُن۔

موے چھٕتن۔ جوٗانی یا یاونہٕ دوہ انٛد واتنہٕ۔ (ا۔م) کلس مس سفید گژھُن۔ بُجر یُن۔

مویُوس۔ [[illegible] : مایوس ]۔ سُہ یُس آش سورنہٕ ہیتر آسہ۔ دِل برداشتہٕ۔ نادو مید۔

مویُوس گژھُن۔ نادو مید گژھُن۔ آش سورُن۔

مویُوی۔ [ م۔ مؤل : مویُوسی ﴿ع : مایوس +ف : ی ] نادو میدی۔

موٚبلغہٕ۔ وُچھو "مُبلغ"۔

موٚتوال۔ [م۔ مۄل : موٚتوال ]۔ بُتہٕ پھلی ہنٛز لیٚنجہٕ اَتھ پیٚٹھ ٹیٖر گَژِھتھ یُتھ کٔنہِ روزان چھےٚ۔

موٚتوال پھلی۔ وُچھو "موٚتوال"۔

موٚٹُن۔ [ن۔ مۄل : موٚٹ < پراکرت : مٔٹّ ]۔
۱۔ وٕہٹُن۔ چَرب لَدُن۔ ۲۔ کُنہٕ تُرل چیٖزَس بیٚتر تٲنٛتھ گَژھنہٕ۔ ۳۔ پھٲٹُن، زیٚہٹُن، دُسمار لَبُن (کاربار بیٚترٕ)۔ ۴۔ (اَرگرہٕ یا ٹھوٗ) آمادٕ گژھن، مانُن، آنکار کرُن۔

موٚٹھ۔ [م۔ مۄل : موچھ < پراکرت : مُٹھ < س : مُشٹہِ ]۔ ۱۔ وُٹھتھ اَتھہٕ رٕتھ یوت یوٚتاہ وُٹھتھ اَتھس مَنٛز واتہٕ۔ ۲۔ موچھ یا موٚچھو سیٚتی کیٚنہہ دباوُن (کیٚنہہ چھلنہٕ چھوکنہٕ بیٚترِ وِزِ یا کانٛسہٕ تھکاوٕٹھ ژلاونہٕ باپتھ) ۴۔ آلک سُہ حصہٕ یُس اَتھس اَندر رٹان چھُ۔ ۵۔ اِتفاق۔ سَمٔنٛٹھ۔

موٚٹھ پھشِ۔ موٚٹھِ زُرھا۔ کم کاسہٕ موٚٹھ۔

موٚٹھ گوٚ بج۔ زیادٕ موٚٹھ دِنہٕ سیٚتی کُنہٕ چیٖزَس بیٚترِ گژھتھ بٔڑس۔ کانہہ تانٛو۔ زیادٕ موٚٹھ دِنہٕ سیٚتی آمیتو مُت بیوٗگ آسُن۔

موٚٹھ تراوٕنۍ۔ ۱۔ پیٚہ موچھ مَنٛز آسہٕ تہٕ بتھر تراوُن ۔۲۔ زارَس بیٚترِ مَنٛز بازتراوُن۔

موٚٹھ تھاوٕنۍ۔ پانہٕ وٲنۍ اتفاق تھاوُن۔

موٚٹھ دِنۍ۔ کانٛہہ یا کیٚنہہ موچھ یا موٚچھو سیٚتر دباوُن۔

موٚٹھ کرٕنۍ۔ ۱۔ ژٕبل کرنہٕ یا دباو تراوِنہٕ سیٚتر خراب کرُن۔ ۲۔ یکٔت کرُن۔

موٚٹھ گَنٛڈٕنۍ۔ کانٛسہٕ راد لدنہٕ باپتھ ہژل گَنٛڈُن۔

موٚٹھ نِنٛدر۔ مَنٛز نیٖنٛدر۔ دوٚیم نیٖنٛدر۔

موچھِ پھوٗل۔ آچھ آچھ سومبرو وُت دانہٕ توٗل بیٚترِ۔

موچھِ مَنٛز اَنُن۔ (اَرگرہٕ یا ٹھوٗ) قوبوٗل کرُن۔ پَنٕنِس یختیارَس تَل رٹُن۔ پَنٕنِس قبضس تَل رٹُن۔ خُدس اَندر تھوُن۔

موچھِ مَنٛز رٹُن۔ خُدس اَندر تھاوُن۔ خُد کرُن۔

موچھِ مانٛگے۔ گرٕگرٕ بیچھتھ اناجِ موٚٹھ موٚٹھ سومبراوٕنۍ۔

موچھِ موٗرُن۔ اَتھن دِتن مَنٛز ہاگ کیٚنہہ موٗرُنچ یا کُنہِ دُٹھن دِنٕچ کام۔

موٚچر۔ [ن۔ مۄل : موٚچر < وُچھو۔ "موٚٹ" ]۔

مٔنٹے آسُن ۔ ویوٹھ آسُن ۔

**موچھل** ۔ [< وُچھو ' موچھ ' ] ۔ ١ ۔ یُس کینژہا موچھ تُھر رٔٹِتھ ہیکہِ ۔ ٢ ۔ اُتھس کِنِتھ ہیوٗن لایق ۔ یِتھ دُر تھپھ روزِ (اَتھی یاُرس) ۔ ٣ ۔ یُس نہٕ اَتھہِ دوتھ آسہِ ۔ کوٗنٹھ ، کوٗنجوٗس ۔

**موچھل کاکُن** ۔ اَکہِ قِسمُک پٔژدن کاشُر کاکُن یُس داہ موچھ زٕلٕوٹھ نہٕ تہٕ موچھ کھجر آسان اوس ۔

**موحبتھ** ۔ وُچھو " مَحبَتھ " ۔

**موحترم** ۔ [ مٔول : موحترم (ع : محترم ] ۔ یِژتس لایق ۔ یُس آدر کرُن پیزِ ۔

**موحتاج** ۔ [ (ع : محتاج ] ۔ حاجتھ مند ۔ بَند ۔ لاچار ۔ غریب ۔

**موحتاج آسُن** ۔ ١ ۔ حاجتھ مند آسُن ۔ ٢ ۔ کُنہِ وِزِ ہے آسُن (کانُسہِ) ۔ لاچار آسُن ۔ غریب آسُن ۔ اَتھہِ تنگ آسُن ۔

**موحتاج گژھُن** ۔ بَند گژھُن ۔ کُنہِ وِزِ ہے پیٚنُن ۔

**موحتاط** ۔ [ مٔول : موحتاط (ع : محتاط ] ۔ سُہ یُس اِحتیاط وَرتاوِ ۔ وُچھِتھ کٔرِتھ پکن دول ۔ یُس صبر روزِ ۔

**موحتاجی** ۔ [ (ع : محتاج + ف : ی ] ۔ حاجتھ مٔندی ۔ لاچاری ۔

**موحدوٗد** ۔ [ مٔول : موحدوٗد (ع : محدود ] ۔ گَنڈِتھ ۔ حدس اَندر ۔ بے گنڈ پاٹھی نہٕ ۔ بے حساب نہٕ ۔

**موحروٗم** ۔ [ مٔول : موحروٗم (ع : محروم ] ۔ کُنہِ یا کانُسہِ نِشہِ نااُمید ۔ کُنہِ نِشہِ گومُت ۔ یُس کُنہِ وِزِ ہے آسہِ ۔

**موحسن** ۔ [ مٔول : موحسن (ع : محسن ] ۔ سُہ یُس کانُسہِ پیٹھ کانٛہہ ایحسان کرِ ۔ نیکی کرن دول ۔

**موحسوٗس** ۔ [ مٔول : موحسوٗس (ع : محسوس ] ۔ یمیُک ایحساس آسہِ ۔ ژیوٗنمُت ۔

**موحسوٗس کرُن** ۔ ژیٚنُن ۔ ایحساس گژھُن ۔

**موحصوٗل** ۔ [ ن ۔ مٔول : موحصوٗل (ع : محصول ] ۔ ٹیکس ۔ زرِ ۔ خاص کٔرِتھ سُہ ٹیکس یُس مال ہیتھ سارنِس ہیوان چھُ ۔

**موحفوٗظ** ۔ [ مٔول : موحفوٗظ (ع : محفوظ ] ۔ ١ ۔ بچِتھ ۔ یتھ یا یتھ نہٕ کانٛہہ زکھ واتِتھ ہیکہِ ۔ سمبالِتھ ۔ تلِتھ تھوومُت ۔ حِفاظتہِ سان ۔ ٢ ۔ اَکھی ۔ موجوٗد ۔

**موختار** ۔ [ (ع : مختار ] ۔ ١ ۔ اِختیار دول ۔ مجاز

پانہٕ خود۔ یُس نہٕ کانٛہہ پرٛزٕ ژھنس آسہِ یُس
سوٗرے پانٛسٕ تام آسہِ۔ ۲۔ تِتھ یُس کُنہِ
کامہِ بابتھ کانٛسہِ بینہِ یَختیار دِتھ آسن۔

**موختار نامہٕ۔** سُہ تحریر یمہِ موجوٗب کانٛسہِ
کُنہِ قسمُک یَختیار بخشنہٕ یِیہِ۔

**موخصر۔ موختصر۔** [ن۔ مٔول: موخصر (ع: مختصر]۔
اژھوٗٹ۔ یہِ نہٕ زیوٗٹھ یا زیٹھر اوٗدتھ
آسہِ۔ ۲۔ ژھوٚٹ پاٹھو، طوالتہٕ ورٲے۔

**مورَبہٕ۔** [ن۔ مٔول: مورب (ع: مُربیٰ۔ م
۵: مُربا]۔ مٔدریر کس قوامس سٕتۍ
ہلٲوِتھ تھوٚو میٹھ میوٚہ بیٛتر۔

**مورتد۔** [مٔول: مورتد (ع: مرتد]۔ یُس
اِسلامہٕ نِشہِ پھیوٚر مُت آسہِ۔

**موردار۔** [مٔول: موردار (ف: مُردار]۔ ۱۔
موکُر۔ ناپاک، حرام، نجس۔ ۲۔ لاش،
موٚدمُت گرٛگوٗن بیٛتر۔ ۳۔ بدماش،
بالذاتھ۔ ۴۔ یُس ٹکرس لور آسہِ۔

**مورداکرُن۔** ۱۔ موکُر کرُن۔ ۲۔ لالچ دِتھ
کانٛہہ ناشایان کام کرناوُن۔

**مورٕ۔** [ن۔ مٔول: مورد (ف: مُردہ]۔
۱۔ موٚدمُت۔ یُس نہٕ زِندٕ آسہِ۔ میت۔
ہچھہٕ یا یُس سرگرم آسہِ نہٕ۔ بےٚ حرکتھ۔
بےٚ حِس۔ ۳۔ یُس نہٕ وُدوٗگ آسہِ یُس
نہٕ ووٚدنہٕ ژھانٛتھ آسہِ۔ سو جاتھ بلیٛسر
یمِیُک وجود نہٕ آسنس برابر آسہِ
یا سو جاتھ یُس دوٚدنۍ پھٕٹنہٕ آسہِ۔

**مورٕدِس وَدان ہیٚتھ تہٕ بتس وَدان وونۍ**
تہٕ دِیتھ گوٚ روزگارُک غم چھ ژوٚٹھ سرِ ئِتھ
غمہٕ کھوٚتہٕ سیٹھا زیادٕ۔

**موردٕپرست۔** مُرتھ مُرتبہٕ کھارُن وول۔
مُرتھ کانٛسہِ گوٚن گھوُن وول۔

**موردخور۔** ۱۔ موردٕ سُند ماز کھینہٕ وول۔
۲۔ حرام کھینہٕ وول۔

**موردٕلاگُن۔** موٚدمُت لاگُن۔ بےٚسورِتہٕ
بیٚ سِتھ اُکرِ بے جایہ بہُن۔ لبٕر لاگُن۔
چالاکی تہٕ وُدریوٗگی سان نہٕ کانٛہہ تہٕ
کام کرُن۔

**موردٕمال۔** موٚدمنٛز سُند مال جاداد بیتر۔
تہٕ کینژھا یُس کانٛسہِ مُرتھ آسہِ ہیتھ کُن
ترٛووُمُت۔

**موردٕ مالس نورد بود رَدم۔** تہٕ دِیتھ گو: لوکھ
یا مفتُک مال اپھرٲنہٕ تھراٗنہٕ کرُن۔

**مورشد۔** [ن۔ مٔول: مورشد (ع: مرشد]۔
پیٖر۔ گوٗر۔

موٗرصع کاری۔ [< ع: مرصع + ف: کاری]۔ اکھ خاص قسمُک پَشمینہٕ کام۔

موٗرلی۔ [م۔ مؤل: موٗرلی < س: مُرلی]۔ نے، بَنسُری۔

موٗرلی دَر۔ یُس موٗرلی آسہِ۔ بگوان کرشنُن اکھ ناو۔

موٗژُن۔ [ن۔ مؤل، موٗژ < س: موٗچہٕ]۔ ۱۔ شرہ گُن ۔۲۔ یُتھ کُن روزُن ۔۳۔ دَکُن۔

موٗغُل۔ [ن۔ مؤل۔ موٗغل < ف: مُغل]۔ تاتاری۔ پرانہِ ترکِستانک اکھ فِرقہٕ۔

موٗغل بٹول۔ اکھ قسمُک وٹھ دال ذالتھ بوزنہٕ کِنہ چھِنے یہ دال ذالتھ موٗغلو یور اُنِژ۔

موٗغلی چاے۔ ۱۔ قہوٕ۔ ۲۔ تتھ پہاڑی چایہ دیان یتھ نُونہٕ بدلہٕ شُد ریر تراونہٕ یِیہ۔

موٗغل ڈیشتھ گژھِو فارس پھوٗرن۔ یتہٕ ڈیٹھ گوٗ بِہ زانَن وأنس بژونہٕ گنہٕ گژھ کُنہٕ کرِنہٕ تگِنہٕ۔

موٗغلأنی۔ ۱۔ موٗغل قومچ زنانہٕ۔ ۲۔ نازنین۔ ۳۔ اکھ کأشُر نادتہٕ۔

موٗقدم۔ [ن۔ مؤل: موٗقدم < ع: مقدم]۔ ۱۔ یُس شخص یُس گامس منز نالبہٕ سو مبراونہٕ باپتھ تھونہٕ آسہِ آمُت، لمبردار۔ ۲۔ گامہِ زیٹھ۔ ۳۔ (ورگہ پاٹھی) پیٹھوٗلی۔

موٗقدمس نے پھوکہٕ دم آسہے گامس تلہ بے شامس تام۔ پیٹھوٗنس تہ نے پیٹھ کانہہ آسہِ تُہ نِہ دناونہٕ کانسہٕ۔

موٗقدم بلے۔ موٗقدم سٕنز زنانہٕ، لمبردار سٕنز آشنِہٕ۔

موٗقدم گوٗ تہ پھوکہٕ دم آو۔ اکھ ظالِم گوٗ تہ بیاکھ آو۔ ظُلمہٕ نشہِ دُژھ نہٕ تھیچھ۔

موٗقدم لاگُن۔ (اِہزِلہٕ) بلہِ زیٹھا بنُن، پیٹھوٗلی کرِنی ہینی، زِچھر ہاونہٕ بہُن۔ مام لاگُن۔

موٗقدمی۔ [م۔ مؤل: موٗقدمی < ع: مقدم + ف: ی]۔ زِچھر۔ پیٹھوٗلی۔

موٗقدمی کرِنی۔ (اِہزِلہٕ) بلہِ پیٹھوٗلی کرِنی، ہاوگی کرِنی۔ بلہِ زِچھر ہاوُن۔

موٗکل۔ [< پراکرت: موٗکلہٕ < س: مُکتہٕ]۔ فُرصتھ۔ موٗکجار۔ گنہٕ سیتی آدر یرنہٕ آسُن۔

موٗکل آسنِہ۔ فُرصتھ آسنِہ۔ موٗکجار آسُن۔ یَلہٕ آسُن۔

موٗکل یِنہٕ۔ فُرصتھ یِنہٕ۔ آدر یرنہٕ روزُن۔

موٗکُل۔ [ن۔ مؤل: موٗکل < پراکرت: موٗکلہٕ < س: مُکتہٕ]۔

۱۔ (کانٛہہ) بٔلہٕ آسُن، آدریُس سیتۍ نہٕ آسُن۔ مُچھ۔ فرُصَتھ دول۔ ۲۔ لِیُس نہٕ پابند آسہٕ۔ ۳۔ خٲلی رٕژ ھتوٗرُے۔ (رنکادِ بیتر) یتھ منٛزٕ کانٛہہ لبان آسہٕ (ڈُبہٕ یا بٮ۪یہٕ سانٛہہ چیز بیتر) یتھ منٛز نہٕ کینٛہہ آسہٕ۔

**موکل آسُن۔** بٔلہٕ آسُن۔ فرُصَتھ آسٕنۍ۔ آدریرہ آسُن۔ کامہٕ کارٕ درٲے آسُن۔ پابند نہٕ آسُن۔

**موکل روزُن۔** پنُنۍ پان مُچھرٕ تھوُن۔ پانَس پٮ۪ٹھ کانٛہہ ذِمہٕ داری تھوٚونۍ۔ آزاد روزُن۔

**موکنٛد۔** [ن۔ مٔول: موکنٛد (س: مُکُنٛد]۔ وِشنوٗ سُنٛد اکھ ناو۔ کرٛشنہٕ سُنٛد اکھ ناو۔

**موکجار۔** [ن۔ مٔول: موکجار (وُچھو "موکُل"]۔ ۱۔ کانٛسہِ یا کُنہِ نشہِ نجاتھ۔ آزادی۔ ۲۔ فرُصَتھ۔ کُنہِ سیتۍ نہٕ آدریر آسُن۔ موکل۔ ۳۔ خُلع۔ طَلاق۔

**موکجار دیُن۔** خُلع دیُن۔ زنانہٕ ترٛاوُن۔

**موکجار ہیُون۔** خُلع ہیُون۔

**موکلاوُن۔** [ن۔ مٔول: موکلاو (پٔراکرت: موکلہٕ (س: مُکتہٕ، مُچ ۲ ]۔ ۱۔ پوٗرٕ کرُن۔ اَنٛد واتناوُن۔ ختم کرُنۍ (کانٛہہ کام بیتر) ۲۔ (کانٛسہِ یا کُنہِ نشہِ) کانٛہہ آزاد کرُن۔ موکجار دیُن۔ ترٛاوُن۔ ۳۔ کانٛہہ کُنہِ نشہِ اَتھہٕ چھلناوُن۔ ۴۔ خٲلی کرُن۔ منٛزٕ سوُرُن یا تھوُن۔ ۵۔ کانٛہہ یا کینٛہہ بنٛد آسنہٕ نِشہِ بٔلہٕ کرُن۔

**موکلاوِتھ ژھنُن، تھوُن۔** ختم کرِتھ تھوُن۔ اَنٛد واتناوُن۔

**موکلُن۔** [ن۔ مٔول: موکل (پٔراکرت: موکلہٕ (س: مُکتہٕ]۔ ۱۔ (کانٛسہِ یا کُنہِ نشہِ) آزاد گژھُن، نجاتھ لَبُن، موکجار لبُن، بٔلہٕ گژھُن۔ ۲۔ کانٛہہ کام کار بیتر پوٗرٕ گژھُن، اَنٛد واتناونی۔ فرُصَتھ میلُنۍ۔ ۳۔ مرُن۔ زِنٛدگی نِشہِ اَتھہٕ چھلُن۔ ۴۔ کُنہِ لایق یا ٲگرٕ نہٕ روزُن۔ عُناصِرد ذٕلمٕت آسُن۔

**موکلیوٚمُت۔** ۱۔ ختم گومُت۔ اَنٛد واتن دِتھ آمُت۔ ۲۔ زُو زٕنہٕ کینٛہہ بگر ژوٚمُت۔ عُناصِرد ذٕلمُت۔

**موکہ ۱۔** [ن۔ مٔول: موکھ (س: مُکھہٕ]۔ ۱۔ بُتھ۔ ۲۔ آس۔ دَہنہٕ (کھیچرٕک بیتر)۔

**موکہ لِشوُنی۔** سُہ توحفہٕ یُس گوڈنکہِ پھیرِ ژٔرِس بُتھ وُچھنہِ وِزِ دِوان چھہٕ

موکھہٕ پرٛتھ۔ بُتھہِ ژُنٛڈ۔ بڑٕونہٕ کُنہٕ لِحاظ
کُنہٕ اَرٕ دُن۔ بُتھہِ پیٹھہٕ تُلتھ جواب دِیُن۔
موکھہٕ پرٛتھ دِیُن۔ بُتھس بڑونیٹھ کُنہٕ دِنُن
نہٕ لحاظ نہٕ کرُن۔ بُتھہٕ کھیوُن۔
موکھہٕ دوٗر۔ بکری دوٗر۔ گستاخ۔ بُتھہِ پھیٖر۔
موکھہٕ لگُن۔ ۱۔ بُتھہٕ لگُن۔ ۲۔ عاس نہٕ خاص
مَشر کانٛہہ اِلزام یُن۔ کُنہٕ وانہٕ کانٛہہ
اَتھ بیترِ بُتھس مُتعلِق یُن۔ ۳۔ ہنٛگہٕ تہٕ
مُنٛگہٕ کانٛہہ بلاے پیُن۔
موکھہٕ مَنٛدچھہٕ۔ بُتھہِ پیٹھک حیا۔ بڑونہٕ کُن
یِنَس مَنٛدچھُن۔ لحاظ۔ شرم۔
موکھہٕ مَدے۔ بڑونہٕ کُنہٕ پامہٕ پام پانہٕ دانی
مُقابلہٕ داری۔
موکھہٕ مَدے کرٕنی۔ کُنھُن بڑونہٕ کُنہٕ
مُقابلہٕ کرُن۔
موکھہٕ موکھ۔ رٕدبرٕو۔ اَکھ اَکس بڑونہٕ کُنہٕ
(اَکھ اَکس) بُتھس سیٖدٕ سیوُد۔
موکھہٕ ہیرٕن۔ اَکِنہٕ چیز وس بیترٕ اشارٕن
سٕمجُن۔
موکھہٕ یُن۔ ۱۔ بُتھہٕ پیُن۔ ۲۔ بُتھہٕ لاگے
گژھُن۔
موکھہٕ پھیرُن۔ بُتھہٕ بیٚیس طرفس کُن کرُن۔

تُہ جھہ نہٕ دِیُن۔ مُخالِف سپدُن۔ بُتہٕ پھیرُن
موکھہٕ دِیُن۔ (دٕرگہٕ پاٹھی) نونہٕ ہیُرہ نیرُن۔
موکھہٕ رٕٹٕن۔ (دٕرگہٕ) بُتھہٕ پیٹھہٕ نظر ڈالنہٕ۔
موکھہٕ کرٕن۔ (دٕرگہٕ) پیٹھہٕ پُر کُن۔
موکھہٕ ۲۔ [ن۔ مؤل، موکھ]۔ ماو۔ مُوٗر۔ رُد نہٕ
باپتھ کُنہٕ کُنہٕ لُنٛڈ بیترٕ۔ ویرٕ نہٕ کھ۔
موکھہٕ دٕنہٕ۔ ماو دُودہٕ۔ مُوٗر دُوٗدہٕ۔
موکھہٕ ۳، [س ہمکہ سِتھ] ہزنی ہٕنٛزنی پرٛژھان
پرٛژھانٕنی جواب پھورُن۔ ۲۔ یَس سوٗرے
زٕنو پیٹھس پیٹھ آسہٕ۔ ۳۔ (ہزلہٕ پاٹھی)
سُہ یُس نہٕ زِیادٕ سُنبر آسہٕ۔ یُس
کُتھے یاد آسہٕ کرِان اما پوز تِلہٕ آسہٕ نہٕ کینہٕ۔
موکھہٕ۔ [مؤل، موکھ <س: مُکھ]۔ مُوجب۔
خاطرٕ۔
موکھت۔ [<س: مُکتہٕ]۔ آزاد (زِندگی ہٕنٛزٕ
بندٕ شوٗنشہٕ)۔ یُس نہٕ دُنیادی رٕزٕن
گنٛڈنہٕ آسہٕ آمُت۔ یمی نجات
آسہٕ لوٗبمُت یُس پان اَکھ آسہٕ آمُت۔
موکھت گژھُن۔ ۱۔ (دُنیادی خاہشو نِشہٕ)
آزاد سپدُن ۲۔ نجات لبُن۔
موکھتہٕ۔ [ن۔ مؤل، موکھت (س مُکتا]۔
۱۔ اَکھ موکل تہٕ پرٛزلہٕ وُن پھول یُس

اَکہٕ خاص قسمہٕ حُو ہانگنیو منٛز نیران
چھُہ۔ ۲۔ گرٕبن گٕیِنَن بیترِ دِیَس پیٹھ
ٹیوٗک۔ ۳۔ سیٹھا موٗل تہٕ قیٖمتی چیٖز۔
**موکھتہٕ پھوٚل**۔ ۱۔ موکھتہٕ دانہٕ۔ ۲۔ واریاہ
موکھتہٕ۔
**موکھتہٕ ٹَنگ**۔ ٹَنگہٕ چالہٕ اَکہٕ قسمُک کَنہٕ
وَس یتھ موکھتہٕ جٔرِتھ آسان چھُہ۔
**موکھتہٕ چھکٕنُن**۔ (وَرگہٕ) جان کَتھہٕ کَرٕنہٕ۔
خوش پَنہٕ کَتھہٕ کَرٕنہٕ۔
**موکھتہٕ گَرٕ ژَنیچ**۔ موکھتُک گچھہٕ۔ یتھ سیٹھا
موکھتہٕ جٔرِتھ یا وُرِتھ آسہٕ۔ موکھتہٕ ہار۔
**موکھتہٕ لَر**۔ موکھتہٕ وُرِتھ پَنہٕ داو بیترِ۔
**موکھتہٕ مال**۔ ۱۔ موکھتہٕ وُرِتھ اَکھ لۄد نٔژدوس
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ماشوق، محبوب۔
**موکھتہٕ نٔم رتہٕ ادر** تہٕ کَرٕنہٕ وٕن چیٖز بیترِ۔ سیٹھا
موٗل۔ یتھ نہٕ کانٛہہ قیمتھے آسہٕ یا نیرِ
**موکھتہٕ ووٚزٕ**۔ موکھتہٕ کٔھن وول۔ یُس نَنہٕ
پیشہٕ موکھتہٕ کٔھن آسہٕ۔
**موکھتہٕ ہار**۔ موکھتَن ہنوٚمٕت ہٕٹہٕ دوس؛
یہٕ چھُہ داریاہن لَرن ہُند آسان۔
**موکھتہٕ ہال**۔ ۱۔ اَکھ خاص تسبیح دان ذاتھ یتھ
زیٹھی تہٕ زاوٕلی توٚلہٕ پھیٖلی نیران چھُہ۔
۲۔ موکھتہٕ ہال دان ذاتُک ہُند توٗل۔
**موکھتہٕ ہانگنی**۔ اَکہٕ خاص قسمٕک کاوُشپ
ہیٚوہ چیٖز یتھ منٛز آبہٕ چھپِرِس موکھتہٕ
پھوٚل بنان چھُہ۔
**موکھتہٕ ہوٚٹ**۔ ۱۔ موکھتہٕ ہار گَنڈِتھ ہوٚٹ۔
۲۔ داریاہن موکھتہٕ لَرن ہُند ہنوٚمٕت
ہٕٹہٕ دوس۔
**موگ**۔ [ن۔ موٗل: موگ ‹ موہہٕ لفظُک بِکار]۔
ہ۔ **موگ دِیُن**۔ شُرِس آسہٕ ن منٛز بہٕ ٹیوٚند
دِیُن۔ موہہٕ دِیُن۔ دود دِیُن۔
**موٗل**۔ [ن۔ موٗل: موٗل ‹س: مُولیہٕ]
۱۔ قیمتھ۔ باو۔ نِرخ۔ ۲۔ قدر، درجہٕ
اہمیت۔ یٔزتھ۔
**موٗلہٕ بَرٕنی**۔ رنہٕ پٔیو بیترِ رَنگٕ ٹٔیک
قیمتھ بَرٕن یہٕ زِ وُرمُت یا شراب بیترِ
کورمُت آسہٕ، ڈَنڈٕ بَرٕن۔
**موٗلہٕ پکہٕ وُن**۔ یہٕ یِنہٕ ہاکُنہٕ تہٕ قیٖمتہٕ بَنتھ
بَنگٕ ژٕرٕ۔ سُہ چیٖز بیترِ یتھ زَبردَس
رنٛگ۔ آسہٕ۔
**موٗلہٕ پیوٚن**۔ (وَرگہٕ) موٗلہٕ کَنہٕ یُن۔ تھدہٕ قیٖمتہٕ
پیِن یا چلُن۔
**موٗلہٕ پکناوُن**۔ (وَرگ) کَنُن۔ (وَرگہٕ) موٗلہٕ کَنُن۔

**موٗلہٕ روٗست**۔ ١۔ یتھ نہٕ کانٛہہ تہٕ قیٖمتھ کرٕتھہ
ہیٚکہِ نہٕ۔ سُہ چیٖز ییٚمیُک دٔرٕ دٔگہِ کھوٚنہٕ
دٔرٕ دٔگہِ موٗلہٕ کٕرِتھ یا ہیٚتھ ہیٚکہِ نہٕ۔ ٢۔
(دٔرٕگہِ پاٹھی) نادِر تہٕ نایاب چیٖز یٚیتِھ۔
**موٗلہٕ سوٗد**۔ جان موٗلک۔ ٹھَدِ موٗلک، ہَٹَتھ
ژِ نتِک۔ یتھ سیٹھا تھوٗد باو آسہِ۔
**موٗلہٕ موٗل**۔ زیادٕ مٔنگ آسنہٕ کِنہِ نیِمتَن
مَنٛز ہُرٕ ہریا قیٖمتھ نہٕ ڈٕنگہِ روزُن۔
**موٗلہٕ موٗلہٕ ہیوٗن**۔ (کیٛنہہ یا کانٛہہ) واریاہ دٕرٕ
دیار کالیٚتھ تہٕ ژوجان ژٕٹِتھ حاصِل
سپدُن۔ یہِ کیٛنژھاہ حاصِل کرنہٕ باپتھ
سخ خٲری آسہِ تٕلِنہٕ پییہِ۔
**موٗل توٗل**۔ اَتھ سُتھ پاٹھی قیٖمتھ، باو۔
سَرسَری پاٹھی وُچھِن زِ کوٚت لوٚ۔
**موٗل کرُن**۔ قیٖمتھ مُقرر کرُن۔ وُچھُن زِ
کوٚتاہ لوٚ۔
**موٗل کھسُن**۔ قیٖمتھ ہُرُن۔ باد تھدُن۔
(دٔرٕگہِ پاٹھی) مرتبہٕ ہُرُن۔ یِہ چھُ ہُرلہِ پاٹھ
تہٕ لوان وَننہٕ۔
**موٗل کھارُن**۔ کانٛہہ ہُنٛد یا کیٛنہہ قیٖمتھ
ہُرراوُن۔ (دٔرٕگہِ پاٹھی) مرتبہٕ کھارُن۔
**موٗلہٕ ناوُن**۔ [ن۔ مژل: موٗلہٕ ناد < س: مولیہ ؟]۔
١۔ قیٖمتھ کم کرُن۔ موٗل مُقرر کرُن یا بازرس
مَنٛز قیٖمتھ کڈناوُن۔ ٢۔ موٗل کھارناوُن۔
لُکَن ہِنٛزَن نظرَن مَنٛز قدر بڑاونہٕ۔
**موٗلہٕ وٲن**۔ وُچھو "موٗلہٕ ناوُن"۔
**موٗلُل**۔ [ن۔ مژل: موٗلُل < س: مولیہ + اُل]۔
سیٹھاہ قیٖمتی۔ ٹھَدِ موٗلک۔
**موٗمہٕ**۔ [ن۔ مژل: موم < مُم: لاطینی: مما۔
پنجابی: ممما]۔ بَب، بیبہِ، زنانہٕ ہنٛدِ
ژھٕمک سُہ اَنٛگ ییمہِ مَنٛزٕ دودھ
وَسان چھُ۔ ییٚنہٕ کنہٕ چھہٕ کانٛسہِ پتھ بٔنٛز
بیبہٕ لَتہٕ وَنان۔
**موٗمہٕ ٹَنٛگ**۔ اکہِ قسمُک ٹَنگہٕ ذاتھ۔
**موٗمہٕ ٹیوٗنڈ**۔ موٗمک برژھ ٹھیٖشُم جیبہٕ ریش
دود چینہٕ وِزِ شُر آسَس مَنٛز رٹان چھُ۔
بیبہِ ہُنٛد سَکہٕ۔
**موٗمہٕ چوٗوان**۔ دود دِمٕر۔ سُہ شُر یُس وُنہِ تام
ہنٛدِ بے دود دِس پیٚٹھ آسہِ۔ (اَہزلہٕ)
برزہٕ ٹیٛنوٗمت۔ اکہِ ڈاے تامُم۔
**موٗمہٕ دام**۔ ١۔ دود دِنہٕ باپتھ موٗس دِتھمت
ژٕرٕ۔ ٢۔ موٗمہٕ مَنٛز ژٕ یِتھ کو آمٕت دود دِ
گٕٹول۔
**موٗمہٕ دیٛن**۔ (دود چینہٕ باپتھ) شُرِس آسَس

مَنزبَب ترٛاوٕنۍ۔

**موٚمہٕ گُرٕر۔** شُرۍ کَتھ بیہ وَنان۔

**موٚمہٕ گوٗل۔** وُچھِو "موٚمہٕ دام"۔

**موٚلُن / مسُن / مملُن۔** [ن۔ مٕول : موٚمُل < ؟ وَیدِک س : مَمنٛدٕ / مَنٛدر ] ۔ بےٚ حرکتھ تہٕ بےٚ جِس ہیوٚہ گژھُن (کھوژرٕ بیترِ سیتۍ)۔ بےٚ زُو ہیوٚہ گژھُن، رٕوژِتھ ہیوٚہ گژھُن (جِسمک کانٛہہ اَنٛگ) پوٗش پتھر ژٕریتا پہٕ سیتۍ بَرٕ ہیوٚک گژھُن۔

**موٚلُن اَژِن، ئِن۔** موٚمنٛبار گژھُن۔ بےٚ زوٗ تہٕ بےٚ حرکتھ ہیوٚہ گژھُن۔

**موٚمُن۔** وُچھِو "موٚلُن"۔

**موٚمنٛیار۔** [ وُچھِو "موٚلُن" ]۔ موٚمنٛہٕ نِچ حالَتھ۔ بہوے بےٚ زُو تہٕ بےٚ حرکتھ ہیوٚہ گژھنٕچ حالَتھ۔

**موٚنہٕ پھوٗل۔** [ن۔ مٕول : موٚنہٕ پَھل < س : اَمنٛہٕ پھلَ ] ۔ اَچھ ہِشہٕ لالک سُہ مَنزیُم حِصہٕ یُس سیتۍ بوزنہٕ یوان چھُ۔ اَچھ ہُنٛد لال۔

**موٚنجَر۔** [ن۔ مٕول : موٚنجر < وُچھِو "موٚنٛڈ" ] ۔ ۱۔ (اَتھو یا رَگ بیتر) موٚنٛڈ یا گنڈ آسُن۔ ۲۔ تیز ذِہن نہٕ آسُن۔ کُمٕگی۔

**موٚنجَل۔** ۱۔ [ < وُچھِو "موٚنٛڈمدا" ] ۔ آسُن نیٚبن دوٚر۔

یُس دُر پھبہر آسہِ۔ ۱۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) یزتہٕ وول۔ یُس ساٗرۍ آدر سَنکار گران آسُن۔ ۳۔ یُسنز ساٗرۍ رُت پیٚران آسُن۔ ۴۔ رُت تہٕ بجان ٹھٔنیوٗ۔ یُس بڑٕ گوٚن آسُن۔

**موٚنجِٹھ۔** [ن۔ مٕول : موٚنجِٹ < س : مُنٛڈ ] ۔ ۱۔ سو دار یوسہ ژرژٕ آسہِ۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھۍ) سُہ یُس دَبرُس آسہِ۔ یُس بکورُس آسہِ۔

**موٚنٛڈ۔** [م۔ مٕول : موٚنٛڈ < س : مُنٛڈا ]۔ موٚ زنانہٕ یَس رٕوان موٚدمُت آسہِ۔ رادبر (زنانہٕ)

**موٚنٛڈِ ہُنٛز موٚہرِ مُٹ۔** سُہ موٚہُل چیز یُس بہ کُنہٕ تہٕ لگہٕ۔

**موٚنٛڈِ پاٗتھر۔** ۱۔ موٚنٛڈِ ہُنٛد طور طرز یا موٚنٛڈ ہُنٛد ہیوٚہ طریقہٕ بیتر۔ ۲۔ واریاہ موٚنٛڈن ہُنٛد اَکسہِ جایہ سمُن۔ ۳۔ (ہَرٕ لِبہ) بِنےٚ کَسۍ ہِنٛد دِہاد۔

**موٚنٛڈ شہزاد۔** موٚنٛڈِ ہُنٛد نکھس کھوٚتمُت یا خراب گوٚمُت شُر۔

**موٚنٛڈ کَھٹھ۔** ۱۔ موٚنٛڈ بُنٛد میٚنٛڈ۔ ۲۔ بےٚ گَنٛدشُر (ہَرٕ بہ پاٹھۍ) حرام کَھٹ، حرٕ نک۔

**موٚنٛڈ دَوَل۔** (وِہو) موٚنٛڈ ہُنٛز باش۔ رٕدان نٔرُن۔

**موٚنٛڈمدا۔** [ن۔ مٕول : موٚنٛڈ < س : مُنٛڈر / مُنٛدر ] ۔

۱. گنڈس منز داری یا باز۔ ۲. سہٕ نشانہٕ یتھ پیٹھ گنڈن وول گژھہٕ منز پوٗنس بیٚہِ لابان چھُ۔

**موٗنڈٕر دٕر۔** سہٕ یُس گنڈس منز لٹھو کیج یا پنڈ گنڈن والس کُن دارتھ دیہ۔

**موٗنڈٕ دارُن۔** باز ہورٕنی۔ پننی باذ کرتھ بنیس تہٕ بازکرنہٕ دنی۔

**موٗنڈٕ دیُن۔** داری دِنی۔ باز گنڈنہٕ دنی۔

**موٗنڈٕ رٹُن۔** باز یتھ گنڈن ہیوٗن۔ گنڈنچ واری رٹنی۔

**موٗنڈٕ یُن۔** گنڈس منز باز یُن۔ گنڈنچ واری ینی۔

**موٗنڈٕ ٹھ۔** [< ہ : مُنڈا ]۔ لڑکہٕ۔ کوٹ۔

**موٗنڈٕ باز۔** اَغلام باز۔ مردس ستی زنانہٕ بازی کرن وول۔ یُس مردس زنانہٕ کام ہیٚیہِ۔

**موٗنڈٕ بازی۔** مردس زنانہٕ کام ہینٕی۔

**موٗنڈٕر۔** [م۔ موٗل : موٗنڈر < موٗنڈ لفظک زموٗرٕ]۔
۱. دٕ کیرٹ موٗنڈرٕ اَن۔ ژھوٹ تہٕ موٗٹ موٗنڈ۔ ۲. اوگر تھوٗگرٕنی ہٹ۔

**موٗنڈُر۔** [ن۔ موٗل : موٗنڈُر < س : مُنڈُ ]۔ (ہزرہ) چھرار گنُے۔

**موٗنڈٕ مَس۔** [< وچھو۔ 'نڈ' ]۔ زنانہٕ بنیٚرٕ رُد۔ مرنہٕ پتیچ زندگی ہا مرد بنیٚرٕ آسنی مرنہٕ پتیچ زندگی۔

**موٗنڈس گنڈُن۔** (دٕرگہٕ پاٹھٕ) مُعینکرٕ دوہ گنڈٕنی، تکلیفس تہٕ پریشانین منز آسُن۔ تادٕرنیٚنی دوہ گنٛزرٕنی۔

**موٗنڈکہٕ۔** [ن۔ موٗل : موٗنڈکہٕ < س : مُنڈوکہٕ]۔ (نٕر) مَان۔

**موٗنڈُن۔** [ن۔ موٗل : موٗنڈ < وچھو۔ 'موٗنڈ' ]۔
۱. دارنہٕ تیز رووزٕنی، دار گُنڈ گژھنی (زتھو یارس بیٚٹرا)۔ ۲. ڈٕمڈن۔ برٕ بھٕمن۔ عقل سورٕنی۔ (ذہن تہٕ گاٹلس بیٚٹرِ) ۳. کمزور گژھن، زُدس منز نہٕ رووزُن۔ لبٔژن۔

**موٗنگ ۔** [ن۔ موٗل : موٗنگ < پراکرت : مُگّ < س : مُدگا ]۔ دالِہ ہُنڈ اکھ جنس۔

**موٗنگہٕ پھوٗل۔** ۱. موٗنگ اکھ دانہٕ۔ ۲. (اکہٕ اکس جایہ) سٔو مبرو ومُت موٗنگ۔

**موٗنگہٕ ژنہٕ گژھُن۔** تہٕ یہٕ بُتھی کنہٕ کیٚ باسہٕ اما پوٗز تولنس یا گنزرنس کیُت سیٹھاہ نیرِ۔

**موٗنگہٕ دُج۔** ۱. موٗنگ وونچ زمین۔ لوکٹ زمینہٕ چھل یتھ موٗنگ ییہٕ ووونہٕ۔ ۲. موٗنگہٕ فصلہٕ ستی برٕنتھ زمینہٕ ٹکر۔ لوکٹ موٗنگہٕ ڈار۔

بیٚنے بِسندِس گژھنہٕ تالُس ژرٕ دِیُن۔

موٗنہٕ پوٗت۔ شُرِس بیترِ کرنہٕ آمُت مایہ پوٗرُت ناہ نہٕ۔

موٗنہٕ کرنہٕ۔ وُچھو "موذ کرُنی"۔

موذ کرُنی۔ میوٗٹھ دِیُن، ماہ کرُن۔ وُٹھو سیتی بیٚنے بِسندِس گژھنہٕ تالُس ژرٕ دِیُن۔

موٗنی ہُل۔ کز ہنیرِ سان۔ ۲۔ کزہنہٕ رنگہٕ دوٗژہ۔

موٗدوٗل۔ [م۔ مۆل: موٗدول < ]۔ وُچھو "موٗل"۔

موٗہُر۔ [م۔ مۆل: موٗہر < ف: مُہر]۔ ۱۔ سُہ چیز یتھ نِشانہٕ یا چھانپہ تراونہٕ باپتھ نادِ بیترِ کھُنتھ آسہِ یا تمُک ٹھپہ۔ ۲۔ اکہ سوٗنہٕ سُند سِکہٕ۔ بدرکہٕ۔ ۳۔ (دُرگہٕ پاٹھی) دسگاہ، یختیار (کانسہٕ ہُنٛد طرفہٕ)۔ ۴۔ (دُرگہٕ پاٹھی) زبان بندی۔ ژھوپہٕ آسہِ ترٛوپ۔

موٗہر آوسنی۔ یختیار آسُن۔ دسگاہ آسُن۔ سُنہ آسنی۔

موٗہر بنٛد۔ یتھ موٗہر کرنہٕ یا تراونہٕ آسہِ۔

موٗہر تراونی۔ موٗہرِ ہنٛز ٹھپہٕ کرُن۔

موٗہر تُلنی۔ دارُد واتنس پیٹھ ہتھرِ بیترِ ہُنٛد نوشہٕ ہتہٕ پیٹھ پوٗز نکوٗد تُلنی۔

موٗہر زٕہُر۔ سوٗنہٕ روٗپہٕ گہنہٕ۔ سوٗنہٕ ہُنٛد تہٕ روٗپہٕ سُند گہنہٕ کُن اشارٕ پژھو وٕتان۔ گہنہٕ پاتھ۔ ہن داری۔

موٗہر کرُنی۔ ۱۔ سیلہٕ ہُنٛد ٹھپہٕ یا موٗہس تراوُن۔ موٗہرِ سیتی چھاپہٕ تراوُن۔ ۲۔ موٗہرِ سیتی چھاپہٕ تراوِتھ بنٛد کرُن۔

موٗہر گُن۔ موٗہرِ بناوَن وول۔ یُسنٛد پیشہ موٗہر بناونہٕ آسہِ۔

موٗہر نبُوَّت۔ ۱۔ موٗہرِ ہُنٛد ہیٚوٗ سُہ نِشانہٕ یُس آنحضرتؐ شانَن منٛز باگ اوس۔ ۲۔ (دُرگہٕ پاٹھی) نایاب۔

موٗہر واج۔ نادِج یا نِشانہٕ موٗہر تراونٛچ واج۔

موٗہتمِم۔ [ن۔ مۆل: موٗہتمم < ع: مہتمم]۔ اِنتِظامی۔ منیجر۔

موٗہرُہ۔ [ن۔ مۆل: موٗہرہ < س: مُہرشٹہٕ]۔ بوتلہٕ ژوٗک یا ہارِ ترٛل بیترِ یمہٕ سیتی گُگھر دِتھ گژھنہٕ چیزِس چمکہ ییہٕ کھارنہٕ۔ سکانہٕ چیز تایہٕ ناوُنک سامانہٕ۔ مہارنک شیشہٕ ژوٗک۔

موٗہر دِین۔ نقشہٕ پُٹ بیترِ بوتلہٕ ژوٗکہٕ سیتی گُگھر دِنہٕ کنی پِشلاونی۔

موٗہرُہ۔ [ن۔ مۆل: موٗہرہ < س: میوٗز]۔ موٗرِ ہنٛز

تیر (یِم بٹہ پاٹھو شُری کتابن اندر تھوان چھ)

موہر کُھ۔ اکہ قسمک۔ رآٹھ دار دُوس (گاہے موہر کُھ۔ یُتھ دُوس گاسہ ذاتہ یتہ سفید پوش نیران چھ۔

موہلتھ۔ [م۔ مۆل، موہلتھ <ف، مہلت <ع: مہلة ]۔ ۱۔ فُرصتھ۔ موکہ جار، موکل ۲۔ کانہہ کام بہتر انجام آنہِ باپتھ کینژس وقتس دِنہ آمُت فُرصتھ۔ میاد پُرھ مُقرر کرِتھ کینژہ دوہ بپتر۔

موہلتھ دِنی۔ فُرصتھ دِنی۔ موکل دِنی۔ کام بہتر انجام آنہِ باپتھ کینژہ وق دِنُن۔

موہلتھ نہٕ دِنی۔ ہا فُبر پاوِنی۔ جلدی کرناوُن۔

موے۔ مویا۔ [<ف، موے ]۔ رزعا، پیوتھا۔ کے۔

موے وال۔ [ن۔ مۆل، موے وال <ف، موے + س، یالہ ]۔ ۱۔ رس وال۔ ۲۔ (گنہٕ اندر) کمے پیوتھا۔ یوسے مس والس پرت۔ (اُدگرِ پاٹھی سیٹھا زادہ) ، ضعیف۔

مو — والس نہٕ خدرشہ گرُتھن۔ سانہ تہ نہ نقصان، نہ واتِن۔ بلکس نہٕ کانہہ تکلیف واتِن۔

مئے۔ [<س: ہے ]۔ دُنی والس۔ گتہ

کرن والس۔

مینحنتھ۔ [م۔ مۆل، مینحنت <ف: محنت < ع، محنة ]۔ ۱۔ جکمن جوُرن مشقتھ۔ موزوری۔ کوشش۔ زور ژُن ۲۔ ریاضتھ۔

مینحنتھ کرِنی۔ ۱۔ کینہہ حاصل کرنہ باپتھ زور ژُن، سخ کوشش کرِنی، جکمن جوُرن۔ ۲۔ ریاضتھ کرِنی۔

مینحنتھ کش۔ ۱۔ مینحنتھ کرن وول، جفاکش۔ ۲۔ موزوُر۔

مینحنتھ مشقتھ۔ سخ مینحنتھ۔ زور ژُن (گنہٕ کامہ بہتر یتھ)۔

مینحنتھ موزوری۔ کام کرٕتھ بیتر یوسہ روزی کماونہ باپتھ کرِز۔

مینحتانہٕ۔ [ن۔ مۆل، مینحنتان <ف، محنتانہ، دِچھو۔ محنت تہ ]۔ کام کرِدنی اُجرتھ۔ موزوری۔ مادنہ۔

مینحنتی۔ [ف: محنتی <ع: محنة + ی ]۔ یُس سخ مشقتھ کران آسہ یا یُس گنہٕ باپتھ زور ژان آسہ۔ یُس گنہٕ باپتھ دِلہ جانہ جکمھان جوُران آسہ۔ یُس سخ مینحنتھ کرنُک عادتھ آسہ جفاکش۔

میحور۔ [ن۔ مۆل، میحور <ع: محور ]۔

مَنڈُل یتھ اَندی اَندی زمین ترزان چھ۔
تہ یتھ اَندر کانہہ چیز نہ ژٕر۔

مینہمان۔ [ مؤل: مینہمان < ف: مہمان ]۔ ۱۔ پوژنہ۔ یُس ساس آمت آسہ۔ ۲۔ دُرگہ پاٹھرایُس نہ روزُون یا نہ دِرژوان آسہ۔

مینہماندار۔ پُرژھو لاز۔ پُرژھس پتایہ بَرداری۔ پُرژھو پوزنا۔

مینہمان داری کرُنی۔ پُرژھس یتھ شوبہ تتھ پزتہ کرُن۔ پُرژھو پوزنا کرُن۔ لاَزم داری۔

مینہمان نواز۔ یُس پُرژھس جان خاطر کرِ۔

مینہمان نوازی۔ پُرژھس واتن۔

میٔنے۔ [ < س: مے ]۔ حرف متے تہ بیٚیہ نہ کانسہ۔

میٔنے بوت۔ حرف متے۔ متے تہ بیٚیہ نہ کانسہ۔

میٹر۔ [ن۔ مؤل: میٹ < انگ: میٹ ] موزوزن ہُندِ زٕیٹھ۔

میدٹاٹے۔ کھاندر کرِدو یہ بہاراز ہوور لزنہ سوزنہ آمتو تہ چھنہ بیتر۔

میٹھُن۔ [ < ہراکرت: مِشُن < س: مِرشٹ ]۔ ۱۔ موٗدُرُن۔ موٗدُر بنُن یا گژھن (کھین بیتر)۔ ۲۔ زُزُن، دَزُن، ترٹن کرُن۔

بُجِھن آکور تہ دُوٗر کرُ انسان بیترِ)۔ ۳۔ کانسہ سیتی کتھ بیتر کران بٕزُن۔ ۴۔ کُنہ کتھس بیتر منز دِلچسپی نِنی۔

میٹھراوُن، میٹھرُن۔ [ن۔ مؤل: میٹھراو < س: مرشٹ ]۔ مدرِ کتھو بیتر ونتھ لیدرُن، وَتہ اَنُن۔ موٗدراوُن۔

میجر۔ [ن۔ مؤل: میجر < انگ: میجر ]۔ کپتانس کھسته فوجی افسر۔ کپتانس کھسته فوجی افسران ہُند بیا کھ دَرجہ۔

میجر جنرل۔ برگیڈیرس کھسته اکھ فوجی عہدہ۔

میچ۔ [ن۔ مؤل: میچ < انگ: میچ (Match) ]۔ ۱۔ کھیلن ہُند مقابلہ۔ ۲۔ ہشر۔

میچ کرُن۔ (رنگ بیتر) رلُن۔ ہشر باسُن۔

میچھر۔ [ن۔ مؤل: میچھر < دیتھو: میوٹھ ]۔ ۱۔ موٗدُر آسُن، میوٹھ آسُن (کھین چن بیتر)۔ ۲۔ خوش کرُن آسُن، دِلس لگتھ، نوٗن آسُن (آواز بیتر ہُندس)۔

میخ۔ [م۔ مؤل: میخ < ف: میخ ]۔ ۱۔ دیوٹھ کٹہ کرتھ کیُل۔ ۲۔ پون۔

میخ بگاڈنی۔ (کانسہ) آز زِدو کرتھ میخ ہراو دِتِن۔ (کانسہ) دستار وال تھ پتہ کانُھس کھاؤن۔

میڈَم۔ [م۔ مؤل: میڈَم < انگ۔ MADAM]۔ زَنانہٕ بَرتہٕ پَرٕ ہو وَنان۔

میرِنو [ن۔ مؤل: میرِنو < انگ: MERINO]۔ باڑِ ہٕنٛدٕ اکھ خاص تٟیر ذاتھ یتھ باقیو تٟیر ذٟژو کھوتہٕ زیادٕ بییر وَسان چھُہ۔ مُرہنہٕ کٔٹھ۔ تٕہ کٔٹھ یُس مُرہنہٕ بییر وَسان چھُہ۔

میزٕ۔ [ن۔ مؤل: میز < ف: میز] زِرِت پایِن ہیبٹھ تختہٕ لاگِتھ اکھ فرشی سامانہٕ۔

میزبان۔ [ن۔ مؤل: میزبان < ف: میزبان]۔ یُس پوٗژھ یِیہ۔ مُژھ وول۔

میکھل۔ [م۔ مؤل: میکھل < س: میکھلا]۔ یونہٕ تراوٕنک سَنسکار۔

میکھل تارٕنۍ۔ میکھل دِنۍ۔ میکھلہٕ ہُند سَنسکار پوٗرٕ کَرُن۔

میکھلِ مَہراز۔ تٕہ یُس میکھل آسہ۔ یُس یونہٕ آسہ تراوُن۔

میکھلہِ دوول۔ ۱۔ تٕہ یُس میکھل آسہ یُس یونہٕ آسہ تراوُن۔ ۲۔ تٕہ یُس ییٚنہ س گرِس مَنز میکھلہِ ہُند سَنسکار یُرہ کَرُنہٕ آسہِ یوان یا یُکر آسہِ کَرُن۔

میگ۔ [ن۔ مؤل: میگ < ؟ س: میگھ]۔ اَچھوٗتَن ہُنٛز اکھ ذاتھ۔

میگنی۔ [م۔ مؤل: میگنی < دیکھو۔ میگ]۔ اَچھوٗتَن ہُنٛز میگ ذاژِ ہُنٛز کانٛہہ زَنۍ۔ میگہ بارٕ۔

میگزین۔ [ن۔ مؤل: میگزین < انگ: میگزین MAGAZINE]۔ ۱۔ رِسالہٕ۔ مضمونَن ہُنٛز کِتاب یُس وَقتہٕ وَقتہٕ کَنٛڈٕتی پٲٹھۍ نیران آسہ۔ ۲۔ بَندوٗقک تہٕ حِصہٕ یتھ اَنٛدر گوٗلہٕ آسان چھِنہٕ۔

میگنِٹ۔ [ن۔ مؤل: میگنِٹ < انگ: میگنِٹ MAGNET]۔ میقناطیس۔

میل ۱۔ [ن۔ مؤل: میل < انگ: میل۔ MAIL]۔ ڈاک۔

میل گاڑی۔ ڈاک سارنہٕ باپتھ خاص گاڑٕ۔

میل ۲۔ [ن۔ مؤل: میل < س: میلَ]۔ مٟل، مِلاپ۔ اکھ اکِس سیتھ یُن۔

میل گیل۔ مٟل۔ مِلاپ۔ پَسنٛد پانہٕ نیار۔

میل مِلاپ۔ اکھ اکِس سیتی مِلُن گژھُن۔

میلہٕ وٗز۔ [م۔ مؤل: میلہٕ وٗز < س: میلہ + پنیہ]۔ سمکھہٕ وٗز۔ تٕہ تُوتھ یُس گوبرِ سُول یا گز برموتھ گوڈٕ بچہٕ زیڈٕ کرنہٕ چھُنس پیٹھ کَرِ مالین سزان چھُہ۔

**میلرُون**۔ [ن۔ مُول: میلرون (دیکھو: میلن)]۔ ۱۔ ہاٹھ کھیسنے ہین۔ یہ کینہ ہاتھا آگنہ بتر داٹھا ہنکڑ ز۔ ۲۔ بنرون۔ زبون۔

**میلُن**۔ [ن۔ مُول: میل (س: میلنَ)]۔ ۱۔ اکھ اَرِس سَمکُسن۔ ۲۔ وسیاب سپدن بئُن۔ حاصِل سپدن۔ ۳۔ زلُن، جوڑ گڈُھن، داٹنہ ئِن۔ ۴۔ رلُن۔ حل گڈُھن۔ اُڈرنہ بترجن۔ ۵۔ سنگ کرن۔ ۶۔ ہشر آسُن۔ ہیرہ آسُن۔

**میلُن گیلُن**۔ اکھ اَرِس ستی دوشُن ہُن۔

**میمار، معمار**۔ [مُول: میمار (ع: معمار)]۔ ۱۔ مکانہ بیتر بناون دول کارِگر۔ دِیل پھان بیتر۔ ۲۔ کانہہ چیز بناون یا کھارن دول۔ م: توُنگ میمار۔

**مین**۔ [ن۔ مُول: مین (پراکرت: مِنَ را۔ آدِ)] ناپ۔

**مینہ مین**۔ جسا یہ جایہ مینہ بنیح کام میٖن تہ میُن۔ گرِ تہ گرِ کنہ چیزِس راد ہونس دچھن۔

**میٖنُن**۔ [ن۔ مُول: مین (پراکرت: مِنَ آماہ)] اکینہ مینتھ یا تولہتھ دچھن زگتاہ چھ۔ سنیح گزگتی بیترِ دچھنی۔ ۲۔ کنہ بانہ بتر کُنیک وزان سَر گرُن۔ م: تونگرِ بیتر میٖنُن۔ ۳۔ مذہبی رسمن اندر کنہ آب باوُن۔

**میٖنَن بانہ**۔ میٖنر بانہ۔ سہ بانہ یتھ منز کُنیک کانہہ خاص مِقدار داتان آسہ۔ تہ یمہ ستی وزن کرنہ یِیہ۔

**میٖنَن دول**۔ حِساب کتاب ہینہ دول۔ بلزتھ ہینہ دول۔

**مینہ تول**۔ ۱۔ ناپ تول۔ ۲۔ سَرگی۔ ۳۔ میٖنر بانہ ستی وزن سَر گرُن۔

**مینہ تول کرنی**۔ ناپ بیتر ہیتھ یا وزن بیتر دچھتھ سَر گرُن۔

**مینہ وَنی**۔ کینہ مینہ نبح موزوری بیٖنَن ڈیار۔

**مِیتھُن**۔ [م۔ مُول: میتھن (س: میتھُنَ)]۔ اکہ راشِ ہُند ناو۔

**مِحراب**۔ [ن۔ مُول: مِحراب (ع: محراب)]۔ ۱۔ دار، دروازس بیتر گولائی سان کھارنہ آمُت چھتن۔ ۲۔ مسجدِ بیتر منز قبلہ طرفہ آر شکلہ یا گولائی سان کھارنہ آمُت طاق ہیوُ یتھ منز بُتھ کرِتھ امام نماز پرناوان چھُو۔ ۳۔ گولائی سان بناونہ آمُت ڈبِک بیتر۔ لنگہ تھر۔

**مېڈَل۔** [ن۔ مۄل : مېڈُل < انگ : میڈل۔ MEDAL]۔ تمغہ۔ نِشان یُس کانٛسہ کارنامہٕ ہاوَنس پېٹھ (ایزتہٕ پژھ) دِنہٕ ییہِ۔

**میرجان۔** [ن۔ مۄل : میرجان < ف : مرجان] لۄڑ۔

**میرزائے۔** [مۄل : میرزائے < ف : مرزائی]۔ مرزا غلام احمد قادیانی سُند پَیروکار۔

**میزمان۔** [ن۔ مۄل : میزمان < ف : میزبان]۔ وُچھِو "میزبان"۔

**میٹَرل۔** [< مِیٹر + اَل۔ وُچھِو۔ "مِیٹر"]۔ ۱۔ یُس گَرِ نہٕ گَرِ مِیٹر سِتی گران آسہِ۔ یُس مِیٹر نہٕ مِیٹر مُتعان آسہِ۔ ۲۔ یُس گَرِ گَرِ مِیٹرِ سِتی اَتھ مَنز چلان آسہِ۔

**مېس۔** [م۔ مۄل : مېس < ]۔ نِیچ کارُک گۄج۔

**میقدار۔** [مۄل : میقدار < ع : مقدار]۔ مِیژ۔ وَزَن۔

**میقراض۔** [م۔ مۄل : میقراض < ع : مقراض]۔ دُکاری۔ کاژ یِمَن سِتی کرِپنک یا کَپُر بیتر کَپنٛنک اَکھ اوزار۔

میقراض وایُن۔ ۱۔ سورُے ژٹنہٕ تراوُن۔ ۲۔ پھاس تراوُن۔

**میقناطیس۔** [ن۔ مۄل : میقناطیس < ع : مقناطیس]۔ اَکھ خاص مادٕ یُس شیشتر یِس پانَس کُن لمان چھُ۔

**میکنِک۔** [مۄل : میکنِک < انگ : میکنِک MECHANIC]۔ مِستری۔ مشین بیتر چَلاوَن وول یا ٹھیکہ کَرَن وول کارِگر۔

**میمبر۔** [مۄل : میمبر < انگ : میمبر MEMBER] رُکُن (کُنہِ مجلِسہِ یا کمیٹی بیترِ ہُند)۔

**مېنٹَل۔** [ن۔ مۄل : مېنٹل < انگ : مینٹل MANTEL]۔ اَکہِ قسمُچ جالہِ گۄژ یُس گیس لیمپس مَنز سِنٛز گرم گژھِتھ گاش دِوان چھےٚ۔

**مېنزَر۔** [ن۔ مۄل : مېنزَر < س : مِندا]۔ ۱۔ میوٚند آسُن۔ مینٛدی بیمارٕ۔ ۲۔ بیمار لَد آسُن۔ نہٕ ہیکنچ حالتھ۔

**مېنزُر۔** [ن۔ مۄل : مېنزُر < ]۔ زیُن کُنُن وول۔ زِنی مُنٛڈی وول۔

**مېنگ۔** [م۔ مۄل : مېنگ < مُ۔ ہ : مینگ]۔ ڈبِس تہٕ کُنِس مَنز باگ کَلک ہِیہ۔

مېنگن نار آسٕنۍ۔ شرارتہٕ سِتی مېنگہٕ دِوَنہٕ۔ شرارتہٕ سِتی مېنگ دِتھ نار ژھتُن یا نار گنٛڈُن۔

تہ ژیتھ گو: سٗنٛز پھوشنی ژٕکھ کھسن۔
مېنگہ تزگر۔ بُتھ پھیُر۔ گُستاخ۔
مېنگہ تزگراوُنہٕ۔ روب کرُن۔ بُتھ پھِرُن۔
مېنگہ ٹھس ٹھس۔ زمین کھ، دزیُنہٕ، رکھیر۔
مېنگہ دگ۔ ١۔ مېنگ کانہہ کام یتھ پہنمہ سیتی گیوٗر دن تھوِ۔ یینہ متہی کلہِ دود کرِ۔ ٢۔ بکواس بوزنی بوزنی مېنگہ گوبنہٕ۔ مېنگن دگ کرُنی ٣۔ (ہزلہ) کُنہ تھتہ چیزس یا کامہ چھنہ تہ دِنان یتھ نہ یینہٕ حاصل آسہ۔ بڑ بکواس۔
مېنگہ دگ تُلنی۔ بکواس کرِ کرِی یا بکواس بوزناوی بوزناوی گیوٗر تُلنُن۔
مېنگہ دوٗد۔ رکھیری، زمین کل۔ یُس سٗنٛز دزیُنہ آسہ۔
مېنگہ ژوٗر۔ یینگہ ہند منتر یم جیب یُس ہنہ سان آسان چھ۔
مېنگہ گنڈنہٕ۔ بکواس بوزناوی بوزناوی تنگ انُن، گیوٗر تُلنُن۔ کُنہ کرِی کرِی تھکراوُن۔
مېنگہ کھیننہٕ۔ (کانہہ) کُنہ کرِی کرِی تھکراوُن، بکواس بوزناوی بوزناوی گیوٗر تُلنُن یا تنگ انُن۔
مېنگہ داو کرنہٕ۔ سٗنٛز شرارتہ کھُسُن۔ شرارتہ سیتی مېنگہ دٕہنہٕ۔

مېنگہ دٕہتھنہٕ، دوکنہٕ۔ ہیمز دتھبتہ گرٕھنہٕ۔ سٗنٛز شرارتہ کھُسُن۔
مېنگ کرُنی۔ روب داب کرُن۔ دبابہ کرُن۔ دِماغ ہاوُن۔ نُس کھارُن۔
مېنگ ہاوُنی۔ تزگار کرُن۔ روب ہاوُن۔
مېنگُن۔ [ مؤل : مېنگل < مېنگ + اُن ]۔
مېنگہ تزگر۔ مېنگہ دوٗد۔ یُس مېنگہ دٕہتھان آسہ۔
مېنگنز۔ تنگ مېنگن۔
مېنگنہ گار۔ ہہ چھنہ ہنہ گاری گوجہِ یمن تاوِ سیتی ژھوکھ آسہ لوگُت۔
مېنگنہ گور۔ اکھ سٗنٛز گاردِ ذات۔
مېنگُن۔ [ ن۔ مؤل ، مېنگن < دِ جِھو : مینگنی ]۔
١۔ کُنٹس بیتر شُند گُبھ چھوٗل، ٹُمنہ پھوٗل۔ ٢۔ (دورگہ پاٹھی) لوکُٹ اکھ پھینیُل یا کنہ تزگر۔
مېڅو۔ [ ن۔ مؤل ، مېڅو < آوازِ بیٹھ ]۔ بشارٕی آواز۔
مېڅو بڑور۔ ١۔ سُہ بڑور یُس زیادٕ مېڅو مېڅو کران آسہ۔ ٢۔ (دورگہ پاٹھی) سُہ شُر یُس ودان تیز ودان آسہ۔ سُہ شُر یُس زیادٕ برٕ ژھان آسہ۔

مینٔو کرِتھ۔ یکدم۔ کھڑٕ کرِتھ۔ تار تھوٗنے۔

میوٕ۔ [ن۔ مؤل: میو (ف: میوا]۔ ۱۔ ژٕ نٹھ، ٹنگ، ریکلاب بیتر رنگی پھل۔ ۲۔ شیرٕنی، چِل گوزٕ، کھۄر تہ بادام بیتر یم مہاری تہ مہارازس چھکان یا سوٗ ہین بیتر سوزان چھ۔ ۳۔ نتیجہ۔

میوٕ چھکُن۔ شیرٕنی چھکٕنی۔

میوٕ دار۔ سُہ کُل بیتر یتھ میوٕ آسن یا میوٕ نیران آسن۔

میوٕ دٕج۔ [نم۔ مؤل: میوٕ دٕج]۔ شیرٕنی تہ نابدٕ بیتر سیتی برِتھ دٕج یوسہ سوٗنی بیتر اکھ اکِس سوزان چھ۔

میوٕ زار۔ میوٕ باغ۔

میوٕ ژُھر۔ میوٕ کھوٚنٕ باپتھ اکھ خاص قسمُک نوکر رآن۔

میوٕ کُل۔ ۱۔ سُہ کُل یتھ پھل نیران آسن۔ ۲۔ (بٔیہِ پاٹھی) سُہ یُس نش فایدٕ تُرِ۔ ۳۔ اولادٕ دار زٕ۔

میوٕ ڈٕنی۔ سُہ زمینٕ ژٕکُل یتھ دارِیاہ میوٕ کُلِ آسن۔ میوٕ کُلِ دار۔

میوٕ ہیر۔ اکھ خاص قسمُک ہیر یوسہ شکر یو کُلیو پیٹھ میوٕ وانُکِس لگان چھنے۔

مِیادٕ۔ [ن۔ مؤل: میاد (ن: معدہ]۔ یِنہٕ اٗندرِم سُہ گوٗر ہیکہ حصہ یتہ منٛز کھینس چیٖز تس ترٕ کیمیأیی صالۍ گرٛھان چھنے یمہ سیتی سُہ شرٕ پن لایق بنان چھ۔ ڈٕڈمب۔

مِیادٕ پھٹُن۔ میادس کھین خۄرُدنی شٕرِ نکہ جان طاقتہٕ یُن۔ میادس جان بٕکرٛ آسُن۔

مِیادٕ تٕچِھر۔ میادس کھین خۄرُدٕ شٕرٕ پراونکہ جان طاقتہٕ آسُن۔

مِیادٕ چھیلُن۔ اٗندرِم کنہ ہینٛز۔ کانٛسہ ہٕنٛزن اٗندرِمیٖن گژھن واتنے۔

مِیادٕ دوٗر۔ ۱۔ سُہ یُس خاتون میادٕ آسہِ۔ یُس برِتھ کانٛہہ تعبیٖنہٕ باو تھٕرٕ پٲنٕ آسہِ۔ ۲۔ (درٛگرٕ پاٹھی) برٕنی، ہو برٕ ددل۔ یُس تہٕ تھوٗتراتھ تران آسہِ۔

مِیادٕ ڈٲنُ۔ ۱۔ اکھ پاڑٕک گژھن۔ کھین تہٕ شٕرپنہٕ کٔنی مُسل گژھن، میادٕ تہٕ قرارس منٛز آسُن۔ ۲۔ نوترُن۔

مِیادٕ وُچھِن۔ [illegible] دٕچھِن۔ کانٛسہ ہُنٛد اٗندرِمٕ اُن سٕر کرُن۔

مِیادٕ ہٕیُون۔ دٕچھو "میادٕ وُچھِن"۔

میاں۔ [ن۔ مؤل: میاں (آوازٕ پیٹھ]۔

۱. گٕرٕ ہِنٛز آواز۔ ۲. گٕرٕ بچہٕ۔
میاں پوٗت۔ گٕرٕ پوٗت۔
میاں گٕنٛڈ۔ لوٚکٕٹ گٕرٕ بچہٕ۔ چھر۔
میانہٕ۔ [ن۔ مۆل؛ میٛان < ف؛ میان]۔
مٕنٛز۔ کُنہِ مٕنٛزٕ پِم چھےٚ۔ مٕنٛزٕ م جاے۔
میانہٕ دِین۔ گیلس بیترِ مٕنٛز کھش والُن۔
میانہٕ رٹُن۔ مٕنٛز رٹُن۔
میانیرٕ۔ [ن۔ مۆل؛ میانرٕ < وُچھو ‹ مےٚ ›]۔
پٔرٕ نہٕ پٔنٛتھٕ یانہٕ نٔیار یا ماے محبتھ۔
حدٕ زیادٕ مہامہا۔
میُل۔ [ن۔ مۆل؛ مِل < س؛ مِل]۔ ۱. مِلاپ، میلُن، رلُن، سمکھُن۔ ۲. وصل، سنٛگ۔
میُل کرُن، میُل کٔرِتھ دِین۔ جدا گامتی رلاوٕنی۔ زٕ دٔری اکھ اکِس نکھہ انٛنی۔
دۄن دٔرین واٹھ کٔرِتھ دِین۔
میُل گژھُن۔ سمکھُن۔ مِلاپ سپدُن، دۄن ہُنٛد اکھ اکِس سمکھُن۔ دۄن سٔنٛگے گژھُن۔
میٛوٗٹھ۔ [ن۔ مۆل؛ میٛٹھ < پراکرت؛ مِٹّھ < س؛ مِشٹ]۔ ۱. مۆدُر۔ یتھ میٹھر آسہٕ۔ ۲. موٗزٕ، مہا۔ ۳. (دٔرگہ پاٹھۍ) خوش یُن۔ مزدار۔ ۴. (دٔرگہ پاٹھۍ) یُس زلہ ڈون آسہٕ۔ یُس نہٕ کٔزوٗد آسہٕ۔
میٹھ دگ۔ سوٗت دگ۔ دگ یمہ سیتۍ نہٕ زیادٕ تکلیف ہاسہٕ۔
میٹھر دِنۍ۔ موٗزٕ کرٕنۍ۔ مہا کرٕنۍ۔ لول برُن۔
میٹھر کرٕنۍ۔ ا موٗزٕ کرٕنۍ۔ کیا رٕ خوشی سان مزٕ بولی کرُن۔
میٹھِ کرِ طمع زِعبوٗٹ کھیٚون۔ فایدک مارِ مٔت آسِتھ بدرد تہٕ برداش کرُن۔
میٹھ کتھہٕ۔ کتھہٕ یمہٕ خوش کرُن۔
میٛوٗٹھ دِین۔ موٗزٕ کرٕنۍ، مہا کرُن۔
میٛوٗٹھ زلوٗٹھ۔ خوش یُن تہٕ مزدار۔
میٛوٗٹھ زلٕٹھ کھیٚون۔ کھیوان کھیوان داریاہ دٔق لاگُن۔ کھیٚنس نہٕ جلدی کرٕنۍ۔
میٛوٗٹھ کرُن۔ موٗزٕ کرٕنۍ۔ مہا کرُن۔
میٛوٗنسپلٹی۔ [ن م۔ مۆل؛ میٛوٗنسپلٹی < انگ؛ میوٗن سی پیلٹی MUNICIPALITY]۔
کمیٹی یوسہٕ شہرٕک اِنتظام بیترِ چلاوان چھےٚ۔
میٛوٗنر۔ [ن۔ مۆل؛ میٛنٛدٕ < س؛ مندا]۔
۱. اکھ بیمار ہُنٛد ناو یمہ سیتۍ مازٕ ہران تہٕ شکل بگران چھےٚ۔ ۲. لانٛچھ، کھۄرٕ، سٔہ مُصیبتھ یُس للہٕ ڈون پیٚیہ تہٕ یتھ نہٕ سہل سہل عِلاج آسہٕ۔ ۳. سُہ یُس

میٚنڑی بیمارٕ آسہٕ ۔ ۴۔ بیمارٕ ژرپُت
تہٕ گنہٕ لایق نہٕ رُوزُت ۔

**میٚنڑی تھزٕس** ۔ ساری سے پانس میوٚند
آسُن (یہ چھ دوٚہرٕ پاٹھی وَنان) ۔

**میٚنڑی لَد** ۔ یَس میٚنڑی بیمارٕ آسہٕ یَس
میوٚند آسہٕ ۔

**میوٚند پیٚون** ۔ میٚنڑی بیماری کرٕنی ۔ میٚنڑی
بیمارٕ ہُند حملہٕ سپدُن ۔ (دوہ بُرتر) ۔

**میوٚند تھوٗن** ۔ تیتھہٕ کانہہ نوقص تھوٗن
یُس نہٕ سَہل سَہل گژھِ نہٕ ہیہ ۔ لانچھ
تھوٗن ۔ کوس تھوٗن ۔

**میوٚند کاسُن** ۔ ۱۔ میٚنڑی بیمارٕ ژلراونی ۔
۲۔ (دوٗرگر پاٹھی) داریاہ کالک کانہہ
نوقص دوٗر کرُن ۔ یتھہٕ سیٚتی گنہٕ کامہ کارس
بیتر داریاہ کالہٕ پیٹھٕ تھوٗس آسہٕ
یوان تہٕ دوٗر کرُن ۔

**میوٚند لَیدان تھوٗن** ۔ کھُر یا خرابی اَز
تھوٗنی ۔ دوٗل آنتھ تھوٗنی ۔

**میوٚند نوٗن** ۔ (دوٗرگر پاٹھی) ناکارٕ یا پیچھر
پھاٹی ۔ رکنہٕ ہایہٕ کھُرے کھُر آسُن ۔
دوٗل آسنی میٚنیہ ونہٕ ین ۔

**میوٚند نوٗراوٗن** ۔ اَکہٕ کتھہ یا کانہہ شخص،

نیتھ کُھر تھوٗن یتھہ نہٕ کانہہ ہیکہٕ ۔

**میوٚنڈ** ۔ [ن ۔ مُول : میٚنڈ (؟ ) ] ۔ تیوٗت بتہٕ
بیتہٕ ریوٗت اکہٕ پھیرٕ اوٚنگجو سیٚتی تلتھ
اَسنس اَنز برنہٕ ییہ لقمہٕ ۔

**میوٗن** ۔ [مُول : میان (دیکھو ۔ متے) ] ۔ یہ یا
یُس متے چھُ ۔

**میٚتراچاری** ۔ [م ۔ مُول : میٚتراچاری (س :
مِتراچار) ] ۔ یارنہٕ ، یارانہٕ ، دوسداری ۔

**میٚترُت** ۔ [ن ۔ مُول : میٚترت (س : مِترتا، مِترتو) ]
دوستانہٕ ، یارنہٕ ۔ یارانہٕ ۔ پانہٕ نیار ۔

**میٚتھر** ۔ [ن ۔ مُول : میٚتھر (س : مِترٕ) ] ۔ یار ۔
دوست ۔ ہمدرد ۔

**میٚٹ** ۔ [م ۔ مُول : میٚنچ (س : مِردِترٕ) ] ۔
۱۔ اَتھہ سیٚتی دوٗٹمُت اَڈرتھ چیز ۔ ۲۔
ژلہٕ سیٚتی اوٚمرٕ کھوسر تھوٗومُت خراب
گومُت کانہہ چیز بیتر ۔ ۳۔ (کھینہ باپتھ)
بتہٕ ہُن ییتر ۔ میوٚنڈ کمنڈ ۔

**میٚچہٕ نار** ۔ (دوٗرگر) پیٚشتھو تہٕ رژموسیٚتی
کانہہ بُڈ کام بناوٕنی ۔

**میٚچہٕ کھاو** ۔ سوٗنڈ ۔ کٔنجوس ، یُس نوٗکن
برتھہ کُنہٕ پیٚشتن اَتھہ آسہٕ داران ۔
بیٚچھ ۔

**میٹھ کرنی۔** چیز دِنہ یا ژھِل اَنُن سیتی کُنہ چیزس ژھُرٹ کرنی۔ تاہ وانُن۔

**میٹھ گژھنی۔** ژھُرٹ گژھنی۔ تاہ ڈلُن۔ پُھچہ گژھنہ۔

**میٹر۔** [م۔ مول: میٹر (س: مرتکا]] مُیٹ زمین۔

**میٹر بنہ۔** ۱۔ میٹر ڈیر۔ میٹر اَنبار۔ ۲۔ میٹر ہُند کانہہ خام چیز بتیر۔ ۳۔ (ورگر پاٹھی) یہ کینژھا زیر سیتی بنیہ، تہ ڈیتھ گوئیہ زیادٕ کانسہ دِرینہ۔ ۴۔ جسم، شرِیر، قلب

**میٹر پھول۔** ۱۔ اکھ میٹر دانہ۔ ۲۔ کم کامہ میٹر، میٹر پیوند۔ ۳۔ تیز میٹر میٹر گٹہ کامہ میتر لگہ۔

**میٹر تیل۔** اکہ قسمک آئن تیل یتہ چھہ زالنس لگان، زمینہ تلہ نیرن تیل۔

**میٹر تھبُن۔** بوڑ میٹر دہ گل ادکانہہ چیز میتر بناوُنہ باپتھ۔

**میٹر ڈوگ۔** سُہ میٹر دوگل یتھ کرال زُکھر پہٹ کھارتھ بانہ جیتر بناو۔

**میٹر کھاو۔** ۱۔ یُس میٹر کھینیچ بڑاد آسہ، یُس میٹر کھیوان آسہ اکُنہ داد یا عادتہ کرِ بہ۔ ۲۔ اکس کینہ سُند ناو۔

**میٹر لم۔** سُہ لبر بتیر یتھ کھینتھ میٹر نِدذ۔

**میٹر لوُن۔** ۱۔ میٹر سیتی لوتھ آسُن۔ ۲۔ لوُنہ باپتھ آبس رلاوتھ میٹر بیتر۔

**میٹر لوپُن۔** ۱۔ بنبہ دار پیسہ یُس میٹر دمٹ۔ ۲۔ زمینس کھنہ آمت بوڑ دوب یتھ منز لرنہ بیتر سوبران چھ یتہ (وورپالو) رزو بوڑ بہنہ۔ ب تیل، چور، لٹر۔

**میٹر مُری تزاوزِ۔** کُنہ خاص جایہ بنہ بن باژن بیھٹ ژُوُ یہ ہُند شگو آستھ یُن پردہ پوشی کرنہ تہ اکھ بیتر ژُور میوٚت چیز واپس انُنہ مہ کھو تمُن سارِنے یہ وُنُن زِ تم تلن؟ تِن پنہ نین تلمن کیتھ میٹر تہ سومبرادِ اکھ ہے جایہ (مقصد چھ آسان) یہ زِ ژور تزاو ژور نیومُت چیز تہ اکھی میٹر منز یُتھ شہ پتہ اَدر اُندر کڈنہ یہ۔ خاکدانی کرنی۔

**میٹر مونٹھو۔** سُہ یُس ڈیس گومت آسہ۔ یُس نہ ژدتر آسہ۔ یُس نہ نر زنگ۔ (کامہ بتیر باپتھ، وہرانہ۔ جسہ) دسر نیومُت۔

**میٹر مولہ۔** (ورگر) سٹھا شرہ گرمہ یہ یتھ نہ کانہہ قدر آسہ۔

**نہ بوُن** ۔ ۱۔ اناج بیتر نہ ووہُدن ۔ قحط ۔ کال۔
۲۔ بادرس منز چیز بیتر نہ مِلُن۔

**نہ بوُن گژھن** ۔ ۱۔ اناج بیتر نہ ووہُدن ۔ قحط ووتھن ۔ ۲۔ نایابی ۔ پوشہ آسنہ تہ نہ بادرس منز کانہہ چیز بُن ۔

**نہ بوزُن** ۔ کن نہ تھوُن ۔ عمل نہ کرُن ۔ دُرِ کام نہ مانُن ۔

**نہ بوزُن اَژُن** ۔ بوُزتھ گژھُن ۔ دول ڈنگ مرضیہ لارُن ۔

**نہ بوزُن آسُن** ۔ ۱۔ دُزِ کام یا کتھ بیتر نہ مانہ نک مرضیہ آسُن ۔ ۲۔ نہ ورلے آسُن ۔

**نہ بوزُن گژھن** ۔ نہ مانہ نک ۔ مرضیہ آسُن ۔ کتھ نہ دار بوزنی ۔ بوُزتھ نہ وُنی منز پتہ عمل کرُنی ۔

**نَتہ** ۔ [< س : نتہ ] ۔ ۱۔ وُرنہ ۔ تیلہِ ۔ اَب ۔ ۲۔ ووہ یوُ منز اکھ ۔ بہ باپہ ۔ م : نتہ اکھ ۔

**نہ دُین گژھن** ۔ دِلس نہ ووہ نِدرِ ین ۔

**نہ ہکُن گوُر** ۔ ۱۔ نوتوان ۔ کمزور ۔ یُس نہ کانہہ کام ہیکہ کرِتھ ۔ ۲۔ آلژھی ۔

**نہ ہکُن دوُل** ۔ وُچھو : نہ ہکُن گوُر ۔

**نہ ہکُن** ۔ نوتوانی ۔ بجز ۔ کمزوری ۔

**نہ ہکُن گژھن** ۔ ۱۔ نوتوانی پیدا ۔ کمزوری گژھنی ۔ بجز پیُن ۔ ہیتھہ نہ روزنی ۔ ۲۔ زبر یہ پاٹھی آلژھ یُن ، اُڈ کایر لاگُن ۔

**نہ ہیکنس ووہ گ ژِ منُو** ۔ کامہ ژُور لاگُن کام نہ کرنک بہانہ کرُن ۔

**نَب** ۔ [ن ۔ مُول ، نَب < س : نبھس ، نبھا ] ۔ اسمان ۔ آکاش ۔

**نبس سیتی گاڈ بزِ تھ کھینہ** ۔ سیٹھ کبر ژھوکھ ، سیٹھ دُز بز ۔ کانہہ نہ پانس برابر گنزرُن ۔

**نبس گھسُن** ۔ شور گژھُن ۔ شعدین گرِ ین گھسُن ۔ پرزِ نہ ہیتھ تہ بڈ زبڈ و فو رماشس کرُن ۔

**نبارُن کھارُن** ۔ (نکانہہ یا کتھ) سیٹھ تھز کھ ردِ ۔ بوشس کھارُن ۔

**نبہ پوشِس** ۔ ۔

**نبہ پچھل** ۔ ۔ ۔ نامکن آس ۔

**نبہ ترِ ٹھ** ، **نبہ ترِ ٹھ** ۔ ووہ ہو ناگہانی بلاے ۔

**نبہ ترِ ٹھ پیٹھ** ۔ چانُن کانہہ بوُز ۔ ووہ لبتہ دین ۔

**نبہ ترِ ٹھ ہیوہ** ۔ سیٹھ خطرناکھ ، بیم ناکھ ۔

**نبہ ٹب** ۔ پھٹنز پھاک ۔ سیٹھ بربادی ۔ ذِلہ یا ترِ ٹھ ہنز بربادی ۔

نَبہٕ چرٕ تارٕ ژٕٹنہٕ ۔ تیُتھ گَوُن تہٕ سازٕ وایُن ییتہِ سیتۍ ساریے مجلِس یا بوزَن وٲلۍ مَس گژھن ۔ گیونِس مَنٛز کمال کرُن (ہزلِہ تہٕ وَنہٕ لِوان) ۔

نَبہٕ چرٕ تارٕ والنہٕ ۔ ۱۔ سَخ زُوٚژُن ۔ سَخ میٛنَنہٕ گرٕنۍ ۔ ۲۔ تیُتھ گَوُن یُتھ بییس شَنتھ گژھہٕ ۔

نَبہٕ دُب ۔ ۱۔ سیٹھا تھدِ پیٹھٕ پتھر پیوٚن یا دَب لگُن ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) بڑ ترٛٹھ ۔ ناگہانی بلاے ۔ پیٹھے کانٛہہ بلاے یا خبر پاٹھۍ وُسنہٕ ینۍ ۔

نَبہٕ دُب تہٕ پینٛجہِ چھمب ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ مرُن ۔ فِکرۍ تہٕ ترُن ژِگپارٕ مۆد ۔ تیتھٕ پاٹھۍ جانہٕ مرگ گژھن یُتھ ساری راوَن (یہ چھ اکہ دوہ ہیو) ۔

نَبہٕ دوٚر ۔ ۱۔ تاپھ ۔ تاپہٕ دوہ ۔ ۲۔ رُود دَرُن ہیوٚن ۔

نَبہٕ زال ۔ (نَبس پیٹھ) توٚن اَدٕبرٕ آسنٕچ حالتھ ۔

نَبہٕ زانٛڈ ۔ وِنَل ۔ کرٕہز اَدٕبرٕ ژھاے ۔

نَبہٕ گٕٹہٕ ۔ اَدٕبرٕ آسنہٕ کِنۍ اَنہٕ گٕٹہٕ ۔ سَخ اَنہٕ گٕٹہٕ ۔

نَبہٕ گٕرٛزنۍ ۔ ۱۔ سَخ گگراے ۔ ۲۔ آسمٲنۍ بلاے ۔ ناگہانی بلاے ۔

نَبہٕ گٕرٛزاے ۔ آسمٲنۍ بُنٛئِل ۔ سَخ بُنٛئِل ۔

نَبہٕ گاش ۔ (ردٕنِلہِ) زۆنہٕ درٲے تارکَن ہُنٛد پرزٕلُن گاش ۔

نَبہٕ نار ۔ ۱۔ نارٕ ترٛٹھ ۔ سَخ نار ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) دِزہ بٕزٕ ، غوٗرور ۔ تکبُر ۔

نَبہٕ نار اَنُن ۔ ۱۔ (دٕرگہٕ) سَخ شرارتھ کھسُن ۔ ۲۔ دِزہ بُزٕ آسُن ۔ اُچھن کھسُن ۔

نَبہٕ نار کھسُن ۔ کاڈٕ ین کھوتمٕت آسُن ۔ سَخ دِزہ بُزٕ آسُن ۔

نَبہٕ نار وٕدنُن ۔ ۱۔ سَخ پھو شنۍ ۔ پھوشنہٕ کِنۍ اَنٛدرۍ دَزُن ۔ ۲۔ سَخ اَزرُوٚن یُن ۔ بییہِ شُنٛد تہٕ زرٕ روتھ ہیکُن ۔

نَبہٕ نار ہیوٚن ۔ ۱۔ سورُے دَزُن ۔ سَخ نار لگُن ۔ ۲۔ سَخ اَزرُوٚن یُن ۔ اَزرٕ وِنہٕ سیتۍ رنیہ گنٛڈنۍ ۔

نَب اَلوٚنٛد آسُن ۔ رُود یا شین پینس تیار آسُن ۔ اَدٕبرٕ نَب آسُن ۔

نَب اَدٕبزان آسُن ۔ وُچھو "نَب اَلوٚنٛد آسُن" ۔

نَب پَنٛجن پیٹھٕ رٕٹُن ۔ کمال کرٕنکۍ لاف دِنۍ ۔

نَب پیٹھٕ پیوٚن ۔ ۱۔ ناگہانی بلاے پیٛن ۔

یُس اُشناد کورِن سوزان چھِ۔

**نُورِ ہہ زَنگ۔** نوِ ڈرِ یِک رُت شُگون۔

**نَورِ ہہ سال۔** سہ داُدتہ یہ سہ نُو ڈریکہِ

دہہ پانہِ وآنی گران چھِ۔

**نَوشین۔** ۱۔ ڈرِ یِک گہ ڈنِکے وشین۔ ۲۔ (درگہِ

پاٹھی) شینہ شرط۔

**نَوشین کھسُن۔** شینہ شرط کھسُن۔

**نَوشین کھارُن۔** شینہ شرط کھارُن۔

**نَوعُمر۔** لڑک۔ کم وآنسِ ہُند۔ نابالیغ۔

کم سِنہ۔

**نَومُسلِم۔** پتہ حال حالے اسلام قوبول آسہ

کورمُت۔

**نَونہال۔** نوجوان۔ لوکُٹ۔ یُس یاوُن آسہ۔

یَس کھسہِ ونی جوانی آسہ۔

**نَوڈری۔** نُو رتہ۔ نوِ ڈریِک گہ ڈنیک

دہہ۔

**نَوتہ ۱۔** [< س: نہ + پتھ]۔ تُہ مُقام یا جاے

یتِتھ واتنس نہ وُتہ آسہ۔

**نَوتہ ۲۔** [< س: نُوتا]۔ نوو بناوُن۔ نَوردن۔

پالش کرنی۔ روشن کرُن۔ چھلُن۔

صاف کرُن (کاتھہ اُڈ پروُن چیز)۔

**نَوع۔** [مؤل: نوع < ع: نوع]۔ ۱۔ چال۔

قِسم۔ ۲۔ وضع۔ طور طریقہ۔ شکل۔ ۳۔

ورِ۔ شُخر۔

**نَوع رَٹُن۔** طرح رَٹُن۔ ترائے رٹھنی نقل

کُلُن۔ م۔ ع۔

زونِٹ پوشور روٹ طلساتک نوع

(راہی)

**نوع کرنی۔** ور کرنی۔ شُخر کرنی۔

**نَوم ۱۔** [م۔ مؤل: نَوم < س: نَومی]۔ گگٹہ

پچھِک یا زونہ پچھِک۔ نوہِم دہہ۔

**نَوم ۲۔** [< س: نَو: ف: نَو]۔ نَوم نوو۔

نووے نوو۔ بلکُل تاز۔ پزتہ وِزِ نوو۔

صاف۔

**نَومبر۔** [< انگ: نومبر NIVEMBER]۔ انگریزی

ڈرِ یِک کہیِم ریتھ۔

**نَواب۔** [ن۔ مؤل: نواب < ع: نوابب]۔

رئیس۔ حاکم۔ بوڈ مہنیو۔ روسوخہ

دوال۔

**نَواب زادِ۔** ۱۔ خوجہ کوٹ۔ ۲۔ (درگہ پاٹھی)

یُس خانہ ماجر گومُت آسہ۔

**نَواح۔** [ن۔ مؤل: نواح < ع: نواح]۔

اڈ نڈ پوکھ۔ ہمسایہ۔

**نَوار ۱۔** [ن۔ مؤل < ف: نوار]۔ اکھ زیوٹھ

پٹہ یتھ سیتی چارپاے بیتر وونہ یوان چھے

نَوارِ ۲۔ [ن۔ مؤل : نوار < س : نوار]۔ چِک پوسٹک دفتر۔

نَواز۔ [ < ف : نواز ]۔ ۱۔ نوازش کرن وول۔ رَحم وول۔ مِہربان۔ ۲۔ کُنہ چیز س نازن وول۔ لور۔ م ؛ اَدب نواز۔

نوازُن۔ [ن۔ مؤل : نواز < ف : نواز]۔ ۱۔ لول برُن۔ ۲۔ قدر کرنی۔ عِزَت کرُن۔

نُواسہ۔ [ن۔ مؤل : نُواسہ < ف : نواسہ]۔ کورِ ہُند نیچو۔

نُوالہ کرُن۔ [ن۔ مؤل : نوال < ع : نوالۃ]۔ گراس کرُن۔ گرد پھ کرُن۔ گرد کھ نالُن

نَوارُک۔ [ن۔ مؤل : نَوارُک < س : نوارک]۔ چِک پوسٹک افسر۔ جنگلاتچ ہِ لکرِ ہُند افسر۔

نوازِش۔ [م۔ مؤل : نوازِش < ف : نوازش]۔ ۱۔ عِنایتھ۔ بخشِش۔ ۲۔ مِہربانی۔ کرم۔

نَوازِش کرنی۔ ۱۔ عِنایتھ کرنی۔ بخشایِش کرنی۔ ۲۔ مِہربانی کرنی۔ کرم کرُن۔

نَوازِش نامہ۔ عِنایتھ نامہ۔

نوُتھ۔ [ < س : نوتنم]۔ نوہر۔

نوُن۔ [ن۔ مؤل : نَو < س : نُو + اُن ]
۔ بھاتنچھلُن پھولُن۔ خوش تہ خوشحال روزُن۔ دُنی یا دار آسُن۔ آرامس مَنز روزُن۔ بَجر پراوُن ۲۔ صِحتھس مَنز آسُن۔ تندرُست آسُن۔ ۳۔ دوہُد ہُرُن۔

نُوُن تہ پھولُن۔ ۱۔ خوش تہ خوشحال نِسدُن ۲۔ صِحتھس مَنز آسُن۔ تندرُست آسُن (یہ چھِ اَکھ آہی تہ)۔

نَوہر۔ [ن۔ مؤل ؛ نوہر < س : نُو]۔ ۱۔ نَو آسنچ حالتھ۔ ۲۔ تازگی۔ ۳۔ گوڈ گوڈچ صورتھ۔

نَوہر چھاوُن۔ (زلو بیتر)۔ تازِ شُرتھ اِستیال کرُن۔ تالی لاگُن۔ نَوے پھالوُن۔

نَوہر دیُن۔ ۱۔ شوبُن۔ سجُن۔ ۲۔ پرون سنساد تہ بدل طریقہ کانہہ چیز کرُن، بناوُن۔ نَو طرح تراوُن ۔۳۔ (ادبس مَنز) کُنہ فلس نَو طرح دیُن۔

نَوہر رُٹُن۔ فاشنس سیتی پکُن رزلس سیتی پکُن۔ نَوترالے رٹنی۔

نَوہر ہیون۔ نَو نَوے چھاؤتھ تراوُن۔

نَوحہ۔ [ن۔ مؤل ، نوح < ف : نوحہ]۔ ماتم۔ وَدُن رَوُن۔

نوٗحہٕ خان ۔ ۱۔ ماتَم ہینہٕ وول۔ دٕدکھ ٹلُن دول۔ ۲۔ مرثی پرٛن دول۔

نوحہٕ گر۔ رٕہنہٕ وٕل۔ سُہ یُس اُجرتَس پیٹھ مودٕدس وٕدنہٕ نِوان چھُہ۔

نوحہٕ گری۔ ۱۔ دٕدکھ تلُن۔ دٕدکہ ہیتُن۔ ماتَم کرُن۔ ۲۔ اُجرتَس پیٹھ مودٕدس وٕدنہٕ گژھُن۔

نوسادَر۔ [م۔ موٗل : نوٗسادَر < ف: نوشادر]۔ اکھ کیمیائی چیز یُس پھاٹھ کرِتھ کلائے کرنَس تہٕ سوٗنَرن زیوَر صاف کرنَس لگان چھےٚ۔

نوشیروان۔ ایرانُک اکھ بادشاہ یُس عدلہٕ کِنۍ مشہوٗر چھُہ۔

نولہٕ۔ [ن۔ موٗل : نوٗل (س: نو)]۔ یتھ ناسہٕ پٹھس نوٗنٛکۍ آسن۔ نوٗغالہٕ۔

نہر۔ [م۔ موٗل : نہر (ع: نہر)]۔ نالہٕ۔ کول۔

نہنگ۔ [س: نِشنگہ۔ م۔ ہ: نِنگ۔ ]۔ ۱۔ بےٚ شرم۔ بےٚ حیا۔ ۲۔ لُیہ بُزِ پُرِہ۔ کرٕ۔ نڈر۔ بےٚ ڈر۔ ۱۔ بےٚ خوف۔

نہیب۔ [ن۔ موٗل : نہیب (ع: نہیب)]۔ ہیبت۔ بیم۔ ... [illegible]

نہیب تھَوُن۔ بیم تھَوُن۔ ہیبن تھَوُن۔

نہیب رَٹُن۔ عِبرَتھ رَٹُن۔ ہیبن رَٹُن۔

نہیب کرُن۔ بیم تھَوُن۔ ہیبن تھَوُن، تنبیہہ کرُن۔

نہوٗن۔ [م۔ موٗل : نہوان (س: نِش)]۔ ۱۔ پھیش۔ ہٹاوُن۔ ۲۔ دول۔

نہوٗن دِنۍ۔ کانٛسہٕ کانٛہہ کام کرُن وِزِ زانِتھ ہانِتھ غلط مشوٗرٕ دِنُن۔ (کاریہ) پھیش دِنُن، دول دِنُن۔

نہوٗن کَل۔ (کانٛہہ کام کرُن وِزِ) غلط مشوٗر، پھیش۔ دول۔

نےٚ ما۔ [م۔ موٗل : نےٚ (س: نَڈ)]۔ اکھ قسمُک نریتھ مورلی، ہیون بناوان چھُہ۔

نےٚ وانۍ۔ ہیون وانۍ۔

نےٚ ما۔ [م۔ موٗل : نےٚ (؟)]۔ شکٕرزِن پیٹھ مادٕ ازِ جائے۔ نیوٗر۔ مرگ۔

نیٚن پھیرُن۔ اذِ کرٕ پانٛھی اَزِ یا ترادُن۔ تہ ذیاسی بنُن۔

نیٚن۔ [ن۔ موٗل : نیٚن (س: نیتہ)]۔ اَچھ۔ خوٗبصوٗرتھ اَچھ۔

نیابَتھ۔ [م۔ موٗل : نیابتھ (ع: نیابت)]۔

۱۔ ڈونکہ۔ ڈکہ۔ پھٹہ۔ ۲۔ نوبتھ۔ واری۔
انواری۔ ۳۔ نایب تاصیلدار یُنند دفتر

**نیا بتھ آسنی۔** کانہہ یُند ڈونکہ آسُن۔

**نیا بتھ تھونی۔** کانہہ ہُند مُدتک برو سہ
اَسُن۔

**نیا بتھ وانہنی۔** واری وانہنی۔ نوبتھ ہنز
انواری ہنز۔

**نیٹروجن۔** [ن۔ مؤل ہنیٹروجن (انگ:
نیٹروجن۔ NITROGEN] اکھ گیس
یُس ہوہس اندر سیٹھا زیادہ مقدارس
منز آسان چھُ۔

**نیٹ سوٹ۔** [< انگ: نیٹ سوٹ ——
NIGHT SUIT]۔ روت پلو۔ راتس
لاگنکی پلو۔

**نیٹ کلاتھ۔** [< انگ: نیٹ کلاتھ۔ NIGHT
CLOTH]۔ شہ کپڑ یتھ روت پلو
(نسوان) چھُ۔

**نیشکر۔** [ن۔ مؤل: نے شکر (ف: نیشکر]۔
اکھ نرذاتھ یتھ مدر ریر نیران چھُ۔

**نا۔** [(س: نہ، ف: نہ، نا]۔ ۱۔ نہ۔ منع
کرنہ باپتھ ونہنہ یوان۔ ۲۔ (نکارک برونہ
وُگ۔) کینہہ نہ آسُن۔ ۳۔ بے،
ورائے۔ روس۔ ۔م: ناانصاف، نابینا۔

**نااہل۔** ۱۔ نالگہار۔ نالایق۔ ناقابل یس
نہ کینہہ تگہ۔ ۲۔ بے صفت۔ بے ہوش۔

**نااتفاقی۔** اتفاق نہ آسُن۔ بے گنڈن۔
سمت نہ آسُن۔ پھوٹ، نفاق،
رنجش۔ ناچاقی۔

**ناانصاف۔** بے انصاف۔ ظالم۔ بے رحم۔
بے درد۔ سنگ دِل۔

**ناانصافی۔** ۱۔ بے انصافی۔ ظلم۔ ترس نہ
آسُن۔ بے رحمی۔ بے مروتی۔ بے دردی۔
۲۔ بے پوچھ۔ ناپرسان۔

**نابالغ۔** ۱۔ یُس نہ دانسہ وِدمت آسہ۔
یُس بوڈ گومت آسہ نہ۔ ۲۔ بے خبر۔
اَن ہیچھر۔ یُس دُنیہ ہیچھان آسہ۔

**نابینا۔** ۱۔ اونہ۔ یُس نہ گاش آسہ۔ ۲۔
اَن پڑ۔ اَن ہیچھر۔ بے خبر۔ لاعلم۔

**نابکار۔** نالایق۔ اَن پڑ۔ اَن ہیچھر۔
نالگہار۔

**نابود۔** یہ نہ بوزنہ یِیہ۔ غایب۔ یتھ نہ
وجود آسہ۔

**نابود گژھُن۔** ۱۔ غایب گژھُن۔ ۲۔ مرُن۔

**ناپرہیز۔** یہ نہ بیمارس دِیہ تی کھیون۔

سکرے نہ کرنی۔ آرب ڈامب۔

**ناپرہیز کرُن۔** ۱۔ (کاتِھ وۃ پرِ زنانہٕ) ناجائیز کرُن۔ ۲۔ سکرِے نہ کرنی۔ علاجَس پیٹھ نہ پکُن۔ آم ڈاہ کرُن۔

**ناپرہیز کرناوُن۔** زنانہٕ بُند وۃ پرِ مرُن اَتھ ناجائیز کرناوُن۔

**ناپسند۔** یہ نہ خوش یِیہ۔ یہ نہ مَنَس برِ یِیہ۔ یہ نہ ٹار کھَسہٕ۔ یَتھ نہ بَرِ یِیہ۔

**ناپسند کرُن۔** ٹھکو کرُن۔ ترزاوُن۔

نامنظور کرُن۔ اِستیمال کرتھ پَتہٕ تراوُن۔

**ناپاکھ۔** ژھیوٹ۔ ناٰلہٕ۔ گَنٛدٕ۔ ملدار۔ ہوکُر۔

**ناپاکھ کرنی۔** کانٛہہ دوۃ پرِ زنانہٕ ژھیٹراونی۔ کانٛسہٕ دوۃ پرِ زنانہٕ ناجائیز کرُن

**ناپاکھ گژھن۔** ۱۔ (وَرگہٕ پاکھٕ) ژھیٹن۔ موردار گژھن۔ مَل لارُن۔ ناٰلہٕگی لارٕنی۔ ہوکُر گژھن۔ ۲۔ بےایمانی کرنی۔ لفظ پھیرُن۔ پوتسہٕ رٹھتھ پتھ اَوصول بدلاوُن۔ کوژھہ رَٹُن۔ تمکرُن ۔۔

رم: کرُن نام پوتسن پیٹھ گو ناپاکھ۔

**ناپایدار۔** یہ نہ روزوُن آسہٕ۔ فانی۔ یہ نہ سور آسہٕ۔ یَتھ زوال آسہٕ۔ رم:

دُنیا چھُو ناپایدار۔

**ناپاکی۔** ناٰلہٕگی۔ نجس۔ گَندگی۔ ٹکریر۔

**ناپُرسان۔** بےبُوج۔ یَتھ نہ پرژھش آسہٕ۔ نہ بوزُن۔ پرژھہ گار نہ آسنی۔

**ناپوک۔** آڈٕ پوک۔ یَتھ نہ پورٕ پاکھ آسہٕ لوگمُت۔

**ناتجربہ۔** ۱۔ خام۔ اَناڑی۔ اَنزان۔ یَس نہ کانٛہہ کام کار ہنیر کرِنچ واقفیتھ آسہٕ۔ اَڈہ پچھن۔

**ناتہٕ۔** تیلہٕ۔ اَدٕ۔ ورنہٕ۔

**ناجائیز۔** ۱۔ یہ نہ جائیز آسہٕ۔ یہ نہ بزِ یہ نہ روا آسہٕ۔ ۲۔ بدکاری۔ زِنا

**ناجائیز تعلق آسُن۔** دوۃ پرِ زنانہٕ یا دوۃ پرِ مردس سیتی واٹھ آسُن۔

**ناجائیز کرُن۔** ۱۔ نہ کرُن یہ نہ بزِ۔ تہٕ کرُن یہ نہ روی یہ آسہٕ۔ اَثر کرُن۔ ۲۔ (کانٛسہٕ دوۃ پرِ زنانہٕ) سنگ کرُن۔

**ناجائیز وَنُن۔** لبکہٕ ژارنہٕ۔ کَڈ نہ پاسرٕ تہٕ وَنُن یہ نہ بزِ۔ بدکلامی کرنی۔

**ناچار۔** مجبور، بےکس۔ مُفلِس، مِسکین نیدلور۔ لاچار۔

**ناچاقی۔** مُنٛزکری۔ (ن) بَن ٹھوسہٕ ٹھوس۔ کھٹو

ناچیز۔ ۱۔ یہ بایُس کھیٚنہٕ لُونہٕ۔ یہ بایُس
گژھِ مُجراہس آسہٕ نہٕ۔ ۲۔ عاجزی کنہٕ
پانس تہٕ وَننہٕ یوان۔
ناحقہٕ۔ بلا۔ خانخاہ۔ نحقہٕ۔ بے سبب۔
ناحقہٕ ببَن لُجُم رکھو۔ بو ڈجہ ڈجے کرآیو۔
یہ چھہٕ تمہٕ وِزِ وَنان ییلہٕ بلا مُحبتھ
ہاوی زٕ۔
ناخاندہٕ (ناخواندہ)۔ اَن پرٕ۔ بے علم۔ اَن
ہیچھِر۔ اناڑی۔ اَن زان۔
ناخلف۔ ہتُھر پھیُر نیٚچُو۔ کوپُوت۔ نافرمان
شُر۔ گستاخ۔
ناخداے۔ ۱۔ بے انصاف۔ بے دین،
مُلحِد۔ لامذہب۔ یس نہٕ مذہبس پیٹھ
پزٕ آسہٕ۔ ۲۔ ناتُرٕ۔
ناخوردو نابودو۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کانہہ
مطلب نیرِ نہٕ دراپی۔ نحقہٕ نحقہٕ۔ بلا
کُنہ منتہ تہٕ نہٕ آسنہٕ۔ ہمیشہ دِنہٕ روستے۔
ناخوش۔ ناراض۔ بیزار۔
ناخوش گژھُن۔ ۱۔ ناراض گژھُن۔ بیزار
گژھُن۔ ۲۔ (کانہہ ہُند پزر یا بجر)
زٕردِتھ نہٕ ہیکُن۔ اَزرُون یُن۔
ناخوش یُن۔ ۱۔ اَزرُون یُن۔ بُرٕ ژھن پزٕ،
زٕرُوِتھ نہٕ ہیکُن (کانہہ ہُند پزر یا بجر
پزاوُن)۔
نادار۔ نہ دیُر۔ مُفلِس۔ موحتاج۔ غریب،
کنگال۔ ننگر۔
نادان۔ اَن زان۔ اَن پرٕ۔ جاہل،
بیوقوف۔ بے عقل۔ یُس نہٕ بوزہٕ
شوژ آسہٕ۔
ناداری۔ نہٕ دیُور آسُن۔ غریبی۔ لاچاری،
مُفلِسی۔
نادانستہٕ۔ اَن زان پاٹھو۔ بے شونکہٕ
پاٹھو۔ زانِتھ مانِتھ نہٕ۔
نادانی۔ بہالتہٕ۔ بے وقوفی۔
نادید۔ وُچھنہٕ کرنے۔
نادُرس۔ نادرست۔ ۱۔ غلط۔ یہ نہٕ ٹھیکھ
آسہٕ۔ ۲۔ بیمار۔ علیل۔ اورِی نہٕ پوری۔
ناروا۔ یہ نہٕ واجب آسہٕ۔ نامناسب۔
نازیبا۔
ناراض۔ خفہٕ۔ بیزار، ناخوش۔ غمگین۔
اوزرد۔
ناراض گژھُن۔ اوزرد گژھُن۔ دِلس لگُن۔
نارضگی۔ ناچاقی۔ خفگی۔ ملال،
اوزردگی۔

ناراضی۔ خفہٕ۔ بیزار۔ اوزرد۔

نازیبا۔ ۱۔ یہ نہٕ شوٗبہٕ۔ کوکور۔ یہ نہٕ پزنہٕ یوٗن آسہٕ بےٚ شوٗب، ۲۔ یہ نہٕ پزٕ۔ یہ نہٕ جاے پژ آسہٕ۔

نازیبار۔ وُچھو "نازیب"۔

ناسزا۔ [ف: ناسزا]۔ لیکہٕ لیکھ۔ ناشائستہٕ کتھ۔ بدرد۔ بدکلامہٕ۔ بدزبان۔

ناسزا پرُن۔ لیکھ کڈٕنۍ۔ فاش پرُن۔ بدرد وَنُن۔

ناسزا وَنینی۔ بدرد اُن۔ لیکہٕ تھوکہٕ ژارنہٕ۔

ناسمجھ۔ ۱۔ کم عقل۔ بے وقوف۔ کند ذہن۔ نافہم۔ ۲۔ یُس نہٕ بوزن آسہٕ۔ نافرمان۔ یُس نہٕ مانن زانُن آسہٕ۔ یُس نہٕ یوٗرک دیتشر۔

ناساز۔ علیل۔ آیہ نہٕ۔ اوری نہٕ یوٗری۔ بیمار۔

ناسازگار۔ وُیہ ژن نہٕ۔ ناموافق۔

ناسکرے کرُنۍ۔ آم ڈام کرُن۔ نابرہیز کرُن۔

ناسکرے گژھنۍ۔ نابرہیزی گژھنۍ۔

ناسوت۔ ۱۔ یہ دُنیا۔ مادی دُنیا۔ ۲۔ ظاہری دُنیا۔

ناشاد۔ ۱۔ اوزرد۔ ناراض، بےزار، ناخوش۔

ناشائستہٕ۔ بے ادب بےٚ باش۔

ناشائستہٕ کلام۔ لیکہٕ لیکھ۔ بکواس۔

ناشُکر۔ یُس نہٕ کرِتھ کزاوتھ مُجرا آہی دِیہٕ۔ کرُن گنہٕ۔ ناشُکرگزار۔

ناشُکر گژھن۔ احسان نہٕ مانُن۔ کرِتھ کزاوتھ نہٕ لگُن۔

ناشُکرگزار۔ کرِتھ کزاوتھ مُجرا آہی نہٕ دِنہٕ وول۔

ناشُکری۔ کرِتھ کزاوتھ مُجرا نہٕ دِنُن۔ احسان فراموشی۔

ناشُکری کرُنۍ۔ احسان نہٕ مانُن۔ برٚونٹھہٕ کرِتھ تہٕ دوٗر ژُن روزُن۔

ناصاف۔ ۱۔ موٗکر۔ مودار۔ ملہٕ۔ گنٛدہٕ۔ یتھ کل آسہٕ۔ ۲۔ کھوٗٹ۔ شوٗد نہٕ۔

ناصافی۔ ۱۔ مکرنیار۔ ناپاکی۔ ۲۔ کھوٗ چرِ ژل۔ کھنٛڈ کھوٗٹ ہیتھ۔

ناصافی ژٹُنۍ۔ کھوٗ چرِیا باردانہٕ ہیتھ گنٛداشت کرُنۍ (چاہ منزہ)۔

ناصافی کڈٕنۍ۔ ژار کرُنۍ۔ کھوٗ چرِیا نالگہار الگ کرُن۔

ناصافی وُچھنۍ۔ غور کرُنۍ۔ کاہ دِنۍ۔

ناعاقبتہٕ اندیش۔ یُس نہٕ پتہٕ برونٛہہ وُچھان آسہٕ۔ سُون دوگُن نہٕ وُچھن وول۔ وُچھابہٕ۔

نافلک ۔ نافرمان۔ ہتھو پھیٹر۔
نافہم ۔ ا۔ یُس نہٕ کہتہ فِکرِ تُرٕ۔ یُس نہٕ مانُن
زانُن آسہِ۔ یُس نہٕ بوزِ شوز آسہِ۔ ناسمجھ
بےسوچ ۔ ۲۔ لُوک ۔ نابالغ رشُر۔
نافرمان ۔ نہٕ بوزن دول ۔ یُس نہٕ یورک
وینتھِ۔ یُس نہٕ زِٹھو سُندانہٕ۔ یُس
(زِٹھِس) جوابس جواب دِیہِ۔ ہتھو پھیٹر۔
نافرمانی ۔ نہٕ بوزُن ۔ سرکشی ۔
ناقابِل ۔ یُس نہٕ کینہہ تگِ۔ یُس یا یہ نہٕ کُنہ
تگِ ۔ نالایق ۔ نالگہ بار۔
ناقابِل برداشت ۔ یہ نہٕ ژالُن لایق آسہِ۔
ناکارٕ ۔ ا۔ کُنہ کامہ ہُند نہٕ۔ خراب گومُت،
بےکار۔ یہ نہٕ لایقِ کار آسہِ۔ نالگہ بار۔
۲۔ یُس کٕرِ ژنگہِ آسہِ گومُت ۔ یُس نہٕ
کانہہ کام ہیکِہ کٔرِتھ۔ لیوٚز نوتوان ۔ ۳۔
بُر ۔ خراب ۔ ییچھ ۔
ناکارگی ۔ خرابی ۔ ییچھ کام ۔ بےصِفتی ۔ ۔
بداخلاقی ۔
ناکام ۔ ا۔ ہتھ ردٕ دمُت ۔ کامیاب نہٕ یِیُن
دول ۔ یُس نہٕ سپدٕ نہٕ گژھہ ۔ فیل ۔
۲۔ نا ودمید ۔ مویُس ۔
ناکامی ۔ ا۔ کامہ سپدٕرٕ نہٕ گژھن ۔ ۲۔ ناومیدی۔

مویُسی۔
ناگوار ۔ یہ نہٕ برداشت سپدِ۔ ناپسند۔ یہ
نہٕ آنہہ کھبہِ۔ یہ نہٕ وٚنیہِ۔
ناگوار گژھن ۔ بُرٕ لگُن ۔ برداشت نہٕ گژھُن ۔
ناگوار گذرُن ۔ بُرٕ لگُن ۔ بَرطبع سپدُن ۔
نالایق ۔ ناقابِل ۔ یُس یا یہ نہٕ لایقِ کار آسہِ۔
نامحرم ۔ ازٕ اَنہہ ۔ اَنزان ۔ بےخبر ۔ ودٕپر ۔
پرٕاے ۔
نامُرد ۔ ا۔ لاثرٕہ ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھو) بُزدل ۔
کھوژٕ وُٹھ ۔ یوٚز ۔
نامردی ۔ لاثرٕہ آسنُک عاب۔
نامُراد ۔ یُس نہٕ کانہہ کام اَنِدِ ۔ بدنصیب ۔
نامنظور ۔ منظور نہٕ کٕرنہٕ آمُت ۔ ژھکر
(کٕرنہٕ آمُت) رٕد ۔
نامُراد ۔ ناکام ۔ یُس نہٕ آشس پُرٕ آسہِ گژھِ۔
یُس نہٕ کام دِزٕ آسہِ ۔
نامُسلمان ۔ ا۔ بےایمان ۔ دغل دوٚزٕ ۔ ۲۔
یُس نہٕ ہیلےٚ رحم آسہِ ۔ بےانصاف ۔
ناممکن ۔ یہ نہٕ سپدِ ہیکِہ ۔ یہ نہٕ ہیکِہ
ہیکہ ۔
نامُناسِب ۔ یہ نہٕ واجب آسہِ ۔ غارٕ موزون ۔
یہ نہٕ آیہِ آسہِ ۔ یہ نہٕ لوگ یِہِ ۔

**ناموزوُن** ۔ ۱۔ نہٕ پزٕ۔ نامناسِب۔ ۲۔ آیہٕ نہٕ۔ نازیبا۔

**نامعلوُم** ۔ ۱۔ یُس نہٕ معلوُم آسہِ۔ یتھ بیچ نہٕ خبر آسہِ۔ ۲۔ یُس نہٕ مشہوُر آسہِ۔ گُمنام۔ ۳۔ دودٕ پرٕ۔ پرٲے۔

**ناواقِف** ۔ آزاد۔ نمارزان۔ انزان۔ دودٕ پرٕ۔ ۲۔ یُس نہٕ خبر آسہِ۔ یُس نہٕ عِلم آسہِ۔

**ناوومید** ۔ موٗیوٗس۔ نہراش۔ یُس نہٕ براشتہ روزِ۔

**ناوومید گژھُن** ۔ آش نہٕ روزٕنۍ۔ موٗیوٗس گژھُن۔ براشتہ نہٕ روزٕنۍ۔ ناکام گژھُن۔

**ناہموار** ۔ ۱۔ بےسوم۔ ۲۔ یُس نہٕ گنہٕ ڈنجہِ آسہِ۔ ۳۔ یُس نہٕ بوزُن آسہِ۔ بُتھ پھیٖر۔ نافرمان۔ وڈاں شوٗل۔ ۴۔ ژکُ، لوٗک، خام۔

**ناہمواری** ۔ ۱۔ بےسمبر۔ ۲۔ گنہٕ ڈنجہٕ نہٕ آسُن۔ ۳۔ نہٕ بوزُن۔ نافرمانی۔ دوجر۔

**ناہنجار** ۔ ۱۔ بدذات۔ کمینہٕ۔ ۲۔ جاہِل۔ ناقابِل۔

**نایاب** ۔ ۱۔ یتھ نہٕ بوٗن آسہِ۔ نہٕ بنٔنی۔ ۲۔ قیمتی۔ موٗلُل۔

**ناب** ۔ [م۔ سوٗل : ناب < س : نابھِ]۔ ۱۔ توٗن۔ ۲۔ سکنیک مرکز۔

**نابہٕ ٹنگ** ۔ [< ف : نبات = نابہٕ + ٹنگ]۔ ۱۔ ٹُر۔ راد۔ ۲۔ سبز باغ (بزمرأدنہٕ باپتھ) شُب رُنگ۔ ۳۔ خوشامد۔

**نابہٕ ٹنگ وَننی** ۔ ۱۔ ٹُر دَننی۔ راد وَننی۔ ٹھس وَننی۔ ۲۔ خوشامد کرٕنۍ۔ رنگُن۔

**نابہٕ ٹنگ ہاونۍ** ۔ ودٕ ٹھِہ اُنُن (شالی نارکہ ہاوِتھ)۔

**نابَد** ۔ [ن۔ سوٗل : نابَد < ف : نبات۔ ع : نبات]۔ ۱۔ کاڑِتھ کھنڈُس بناوِتھ اکہِ قسمہِ ٹُچ یا دَتھ۔ دانہٕ دار کھنڈ۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھی) میٹھ۔ مزدار۔

**نابَد بدلاوُن** ۔ کورِ گوٗبرس کتھ بند کرِتھ وزِ گوٗبرِ مالین ہُند کورِ مالین تہٕ کورِ مالین ہُند گوٗبرِ مالین نابَد سوزُن۔

**نابَد نِشانی کرٕنۍ** ۔ کورِ گوٗبرس کتھ رٹنۍ۔

**نابَد دُرگہٕ** ۔ مُدریرس بناونتر وٹھ ہش۔

**نابَد سوزُن** ۔ ۱۔ نابَد نِشانی کرٕنۍ۔ ۲۔ ششرگون سوزُن۔

**نابَد قہوٕ** ۔ موغلی چلے یتھ نابَد تراونہٕ ییہِ۔

نابد گز، گنیز۔ نابد نوٹ۔
نابد نشانی۔ کور گوبرس کتھ بند کرن وزِ گوبر ناد سند کور مالین نابد سوزن۔ کتھ رٹنی۔ کتھ گنڈنی۔
نابد نوٹ۔ وچھو "نابد گنیز"۔
نابدی رنگ۔ مود یا سفید رنگ۔ کم کاسہ چھوت رنگ۔
ناپ، ناپھ۔ [ن۔ مول: ناپ < س: ماپہ]۔ میٹر، پلو بیتر سونہ ہرو نتھ ہشر ہشر ڈسی ہینہ آمت میٹر۔
ناپ تلن۔ مینن۔ میٹر تلن۔
ناپ ہیون۔ (اہستر نسند) کانسہ پلوس ونہ بانتھ میٹر تلن۔
ناپُن۔ [ن۔ مول: ناپ < ]۔ زونُن۔ تابُن۔ پرزلُن۔ چمکُن۔ زژ زژ وہ تھنہ۔
ناپہ ناوُن۔ پرزلاوُن = چمکاوُن۔ روشن کرُن۔
ناپہ وُن۔ زونہ وُن۔ پرزلہ وُن۔ یُتھ زژ آسن وہ تھان۔
ناتھ مٔا۔ [ن۔ مول: ناتھ < س: ناتھ]۔ مالکہ۔ خودا۔ بگوان۔
ناتھ مٔا۔ لغت۔ [ن۔ مول: نات < ع: لغت]۔ شاعری ہُند اکھ صنف یتھ منز نبی اکرمؐ سندی تاریف آسن کرنہ آمتی۔
ناتہِ شریف۔ وچھو "ناتھ مٔا"۔
نات خان۔ نات پرن وول۔ نبیؐ سند لولہ وول۔
نات خانی۔ نات پرنی۔
ناٹا ٹوٹی۔ [< ہ: ناٹا + ٹوٹی]۔ ناسہ ترا سہ، بے وار سے بے حسابہ۔ بے شوب۔ کوکور۔
ناٹہ۔ [م۔ مول: ناٹ < ؟]۔ ۱۔ ماز ڈکٹہ سُنڈا۔ نینہ۔ ۲۔ سُریس مازالہ اُلی کھوتمت آسہ۔ ونیڑھ پوٹھ السان۔
ناٹہ پھول۔ رنتھ ماز مکر۔ نینہ پھول۔
ناٹہ ہن۔ رنتھ ماز پھول۔ نینہ پھول۔
ناٹہ اُڈرج۔ اُڈجہ دار ماز پھول۔
ناٹہ یش۔ بنہ تھالس یا ترامہ پیٹھ ساری سے تھوومت ماز۔
ناٹہ جوراہہ۔ اکھ قسمک بیر موز یس کوٹھن تام آسان چھ۔
ناٹہ دبگل۔ ۱۔ سہ کنز یو بانہ یتھ منز ماز رنان چھ۔ ۲۔ رنتھ ماز دبگل۔
ناٹہ دلو۔ یس ماز کھینس کن گومت آسہ۔ یس پٹھ پاٹھی ماز کھینک عادی آسہ۔

ناٹہٕ کھسُن۔ ۱۔ ماز لدُن ۔ ۲۔ خۆشی ستیٛ ویٚٹھُن ۔ سیٹھا خوش گژھن ۔ بیٛڑ شادمان سپدُن۔

ناٹہٕ کھاو۔ یُس بیٛڑ پاٹھۍ ماز کھیٚنک عادی آسہٕ۔

ناٹہٕ گوٚشنہٕ۔ یُس ناٹن سیٛخ لور آسہٕ۔

ناٹہٕ لدُنہٕ۔ ۱۔ ویٚٹھُن۔ ویٚتوٚت گژھن ۔۲۔ سیٹھا شادمان سپدُن۔ سیٹھا خوش گژھن ۔ ۳۔ (وُرگہٕ) بیٛقلٲنۍ۔

ناٹہٕ لیٛنچ۔ ۱۔ سۄ لیٛنچ یتھ اَندر ماز رنان چھہٕ ۔۲۔ رنیتھ ماز لیٛنچ۔

ناٹہٕ وینزرنہٕ۔ نیتھ ہیٛنز، کاتھہٕ مۄ زور رۄستے کٲم کرناوُن۔

ناٹک ۔ [ن۔ مۆل : ناٹک < س : ناٹکہٕ]۔ پاتھر۔ ڈراما۔

ناٹیہ۔ [< س : ناٹیہٕ]۔ نژُن۔ گیٛری بچہٕ۔ رقص۔

ناٹھ۔ [م۔ مۆل : ناٹھ < ؟]۔ ماز۔ ماز بچول۔

ناچ۔ [ن۔ مۆل : ناچ < پراکرت : نچّہٕ < س : نرتیہٕ]۔ نژُن۔ رقص۔

ناچ لَغمہٕ۔ عاشِس عشرت تھ۔

ناد۔ [ن۔ مۆل : ناد < س : ناد]۔۱۔ آلو۔ کرٛکھ۔ آواز۔ ۲۔ بلاو۔ تسمن۔ ۳۔ سال۔ داوتھ۔

نادِ چیٖری۔ تسمن۔

نادِ ہیٛنیٛوٗ۔ ۱۔ سہٕ ہیٛنیٛوٗیُس سالہٕ باپتھ دُنہٕ خاطرٕ سوزنہٕ یِیہ۔ ۲۔ سُوال۔

نادِ ناد۔ آلوٚس پیٚٹھ آلو۔ پرٛنٛس پتھ شینپہ واتنۍ۔

ناد دِیُن۔ آلو کرُن۔ کرٛکھ لایِنۍ۔ بلاوُن۔ طَلَب کرُن۔

ناد لایُن۔ ۱۔ دۄرِ پیٚٹھہٕ آلو دِیُن ۔۲۔ یاد کرُن۔

ناد یُن ۔ ۱۔ کُنہِ گژھنہِ (شینپہ واتنۍ) آلو بوزُن ۔ بلاونہٕ یُن ۔ ۲۔ تسمن واتنۍ۔ ۳۔ مرنک وق واتُن۔

نادُن ۔ [ن۔ مۆل : ناد < س : ناد]۔ آلو کرُن۔ بلاوُن۔ ناد دِیُن۔

نار۔ [ن۔ مۆل : نار < ع : نار]۔۱۔ اوگُن۔ زۄنگ ۔ اَلاو۔ ۲۔ ترٛزر۔ تیٛچھ۔ م : پانَس نار گنٛڈُن۔ ۳۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) کنتہٕ۔ وۄدل۔ شرارتی۔ تیز مزاز۔ ۴۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) دۄدسہٕ۔ ۵۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) آزرٕوُن۔ ۶۔ جَہنَم۔ دوزخ۔

نارس مَنٛز آسُن۔ بےتاب آسُن۔ اِضطرابس مَنٛز آسُن۔ گنٛڈِتھ بیٚٹھہٕ آسُن۔ بےقرار آسُن۔

نارس گُلزار گژھُن / بنُن ۔ مُشکِل آسان
بنُن (یہِ چھِنے آہی)۔
نارس نَرِ دِنہِ ۔ پتھ رٹنہِ خاطرِ سخ
کوشش کرِ زِ ۔ سخ زور لگُن ۔
نارس ووٹھ دِنی ۔ بئے دا پاٹھی کانہہ دولہٕ
ذِمہِ داری ہینز ۔ پان خطرس منز
تراوُن ۔
نارا نار / ناروُ نار ۔ ا۔ سخ تیز۔ تُشار۔
شرارتس منز ۔ ۲۔ ناراض یعنی خفہٕ۔
نارا نار آسُن ۔ ا۔ شرارتہٕ برتھ آسُن ۔ ناراض
آسُن ۔ ۲۔ ہرازِ کنی دوَل آسُن ۔ تزوش
آسُن ۔
نارا نار گژھُن ۔ ا۔ شرارتہٕ کھسُن ۔ سخ
خفہٕ گژھُن ۔ ناراض گژھُن ۔ ۲۔ دوگُن ۔
سخ ہوا آری کرِ زِ ۔
نارِ جہنم ۔ ا۔ دوزخُک نار ۔ ۲۔ سخ نار ۔ جُم جُم
ووہہ وُن نار ۔
نارِ نمرود ۔ سُہ نار یُس حضرت ابراہیمؑ
زالنہٕ باپتھ نمرودن تیار کورمُت تہٕ یتھ پوش
سپدی۔
نارِ ترہہ ۔ تھز ریہہ ۔ نارِ شولہٕ ۔
نارِ بستہٕ ۔ ا۔ دزنہٕ کنی ژِ یہ کھژ مزِ بستہٕ
سوَ رخ بستہٕ ۔ ۲۔ (ژ یہ کھژ ہنز) سوَ
بستہٕ یتھ سخ ووُن آسہِ ۔ ۳۔ بُرتھ زبتہٕ
کانگر ۔
نارِ باد ۔ ا۔ ژ مہ پھٹھ سوَ رخ ھبچِھوُ دانہٕ ۔
۲۔ (دور گر پاٹھی) دوَل تزوش ہرازی ۔
نارِ باگے ۔ سماوارک منز یُم نور یتھ منز
نیوُ ننگل تراوان چھ ۔
نارِ بٹھ ۔ گجِہ ہند بھٹھیُم پاسی یپاری ژالنہٕ
باپتھ زیُن چھ بران ۔
نارِ بُسر ۔ تھسبر نار ۔ سوَر نار یُس ژ مہ
لارِتھ گژھ زیتہٕ ۔
نارِ پانہٕ گاڈُن ۔ آزمایشہٕ کرِ کرِ پوختہٕ
کار بناوُن ۔
نارِ پانہٕ نیرُن ۔ آزمایشو منز نیرُن ۔ پوختہٕ
کار بنُن ۔
نارِ پٹھہر ۔ ا۔ سوَ مولی ہُہر یتھ منز نار لدُ
تُوت تام لبان چھُ یوت تام دوری بیس
مکانس مرمتھ پیہ کرنہٕ یا نوُ مکان بناونہٕ
یِیہ ۔ ۲۔ نر کانین بیترِ بناوہر پُٹہر ۔
نارِ پُرن ۔ سُہ مکانہٕ یتھ نار آسِن ہیومُت
تہٕ یتھ نہٕ دُبہٕ کینی آسہٕ نوُ سرِ کرنہٕ
آمُت ۔

**نارِ پور** ۔ مکانگ سُہ ہِریمانہ پوریُس نار لگنہٕ پتہٕ بناونہٕ یِوان ۔

**نارِ پور ہُرُن** ۔ کاؔقسہٕ ہُند مُصیبتہٕ پیٹھ پیٹھ برونٛٹھمہِ کھوتہٕ ترقی کرٕنۍ۔

**نارِ ترٛٹھ** ۔ ۱۔ سو ترٛٹھ یتھ سیٚتۍ نار لگہِ۔ ۲۔ (وُرگہٕ پاٹھۍ) ناگہانی بلاے ۔ ۳۔ (وُرگہٕ) سیٹھاہ حسین تہٕ بالیغ زنانہٕ۔

**نارِ ترٛٹھ ہش** ۔ (زٔنۍ) سیٹھاہ شکیل، سو ترٛٹھ حسین۔

**نارِ تُتی ژٕلنۍ** ۔ ۱۔ شکس زٕژن۔ لاچاری تہٕ روزنۍ۔ ۲۔ لوٗب نیرُن سیٹھاہ کانٛہہ ارمان برابر گژھن۔

**نارِ تُتی لگٕنۍ** ۔ ۱۔ تتہٕ نارِ جوشہٕ کِنۍ لنٛگن یا بچہٕ یڈ بیترِ) ژھو کہٕ لگنۍ یا کرٕہنۍ داغ گژھنۍ ۔ ۲۔ شکس یُن۔ غرٕہی پینۍ۔

**نارِ توٗت** ۔ تیز نارِ جوشہٕ سیٚتۍ لنٛگن یا بچہٕ یڈ بیترِ) لگہٕ ہتۍ ژھو کھہ یا گاہتۍ کرٕہنۍ داغ۔

**نارِ تیمبر** ۔ ۱۔ زٕ تمبۍ۔ دٕ ہہٕ وُن ژٕرنہٕ ینہٕ نٛکھ ۔ ۲۔ (وُرگہٕ) تیز مزاز زنانہٕ۔

**نارِ تیوٕ ننٛگل** ۔ دٕزِ دٕنۍ ژٕنۍ۔ دٕ ہہٕ دِنۍ ژٕنۍ۔

**نارِ تیوٕ ننٛگل پیوٚن** ۔ کانٛہہ وُلہٕ مُصیبتہٕ یُن ۔ تیٚتھ دٕہ کھ پیٚون یتھنہٕ سنٛبھل سنٛبھالتھے ہیکہٕ نہٕ۔

**نارِ تھچیٚل** ۔ نار لگنہٕ دِزِ سامانہٕ بیٚنہِ ہیتھ ژٕلن دوٗل۔

**نارِ ٹھیر** ۔ پوٗرِ نارِ کانٛگر (اژٕیلنہٕ)۔

**نارِ جوٗش** ۔ کانٛگرِ ہُند وُشنیر۔

**نارِ جوٗش تیُن** ۔ بیٚیِس مُنز کانٛگر ہنٛدِ وُشنیر کرٕنہٕ باپتھ رٕژھنۍ۔

**نارِ چیاتھ** ۔ ۱۔ گنہٕ بیمارِ کِنۍ بتھِس گومُت بوڈ دٕہ ژٕل داغ۔ ۲۔ سیٚخ جوٗش۔ نارِ ژٕنٛڈ۔

**نارِ چیاتہٕ نیرنہٕ** ۔ ۱۔ تیٚتھ آسنہٕ کِنۍ یان سیٚخ دُزان آسُن، دٕہ شُلُن۔ ۲۔ کھفہٕ وُن یاوُن آسنہٕ کِنۍ بتھہٕ دٕہ ژٕل آسُن شکیل، ماری متٕند آسُن۔

**نارِ چیاتہٕ پینہٕ** ۔ سیٚخ جوٗش یُن۔ نارِ ژٕنجہٕ پینہٕ۔

**نارِ چیاژ وٕتھنہٕ** ۔ ۱۔ بتھہٕ دٕہ شُلُن۔ ۲۔ جان صیتہٕ آسُن۔ ۳۔ سیٚخ شکیل آسُن۔ ۴۔ تیٚتھ آسنہٕ کِنۍ دٕہ شُلُن کھسُن۔

**نارِ چھل** ۔ دٕہ ژٕل داغ۔ سو رٕخ نارِ ہوک

داغ (ژُرِ پیٹھ آسُن).

نارِ چھلہ پینہٕ۔ سٕنٛز طمع آسُن، لوٗب آسُن۔ م:

نارِ چھلہ چھم پیمٕژ سینٛس کرٕ واتے نکہٕ ندامتس

نارِ دزاو۔ ۱۔ یہٕ نارِ دزامُت آسہِ۔ یہٕ نارس منٛز وہ زلاونہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ (وَرگہِ) یُس آزمایشو تلہٕ ٹھیکہ آسہِ دزامُت۔

نارِ دزاو سوٗن۔ ۱۔ اصل سوٗن۔ صاف سوٗن۔ زلہٕ دزاوے سوٗن۔ ۲۔ (وَرگہِ) تجربہٕ کار۔ کام کارِ منٛز زانُن وول۔ کام گرد۔ یُس آزمایشو تلہٕ ٹھیکہ آسہِ دزامُت۔ پختہٕ کار۔

نارِ دزونی کتھ۔ ۱۔ ژٕنی لیکھ۔ زیوِ پیٹھ نہٕ اَنٕنی لایق کتھ۔ ۲۔ فسادچ کتھ۔

نارِ دزونی لیکھ۔ وچھو" نارِ دزونی کتھ"۔

نارِ دمیالی (دمالی)۔ نارِ تیوٕ نکلو پیٹھ پکُن۔

نارِ دٕدی۔ ۱۔ تم لوٗکھ یِہنٛدی مکانہٕ منٛز نارِ آسن دٕدی متی۔ ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی) مُصیبتہ زدٕ۔ دہ کھولد۔

نارِ دوٗد۔ ۱۔ تہٕ یہٕ نارِ منٛز بچاونہٕ آسہِ آمُت۔ اَڈٕ دوٗد۔ م: نارِ دوٗد ٹلِن۔ (یہٕ چھُ اکہ وقہ ہوتہا

نارِ دلو۔ (وَرگہِ پاٹھی)۔ نارِ نار۔ خطرناکہ اوگُن۔ سُہ نار یتہ بڑتھہٕ آسن نیران۔

نارِ رُنٛبہٕ۔ شولہٕ۔ اُلاو۔ جُم جُم۔ بزتھہ۔

نارِ ژٕنٛڈ۔ (نارِک) سٕنٛز جوش۔ سٕنٛز گرم قوت تابہ۔

نارِ ژوٗر۔ ۱۔ ژوٗرِ پاٹھی (اَگنہٕ گرس) نارِ دِنہٕ وول۔ ۲۔ گنہٕ گرس نارِ لگنہٕ وِز تَصیپہ دِنہٕ وول۔

نارِ ژعٹہٕ پھیرنہٕ۔ ۱۔ وُتاپُن۔ عارق یُن۔ ۲۔ خفہٕ گژھُن۔ سٕنٛز تیز گژھُن۔

نارِ ژعٹہٕ پینہٕ۔ سٕنٛز جوش یُن۔ نارِ ژنجہٕ پینہٕ۔

نارِ ژھٹھ۔ نارِ برتھہ یُس دوٗرتام واتہٕ۔

نارِ ژھیوٕرُن۔ ۱۔ نار دِتھ کرُن۔ ۲۔ اَندرِم گرمی دوٗر گرٕنی۔ ۳۔ (وَرگہِ پاٹھی) شرارتہ ہومراوُن۔ فساد بینہناوُن۔

نارِ کتُر۔ نارِ برتھ ٹینٛک یا لیٛنجہٕ منٛز ہُنٛد ژوک۔

نارِ کتُر ژھنُن۔ (وہ ہو) بلایہٕ ژھنیٛنہٕ۔

نارِ کدُن۔ ۱۔ سوٗن روپہٕ منٛز نارس منٛز وہ زلاوِتھ یا تاو دِتھ صاف کرُن۔ ۲۔ پختہٕ کار بناوُن (اَگنہٕ گٕبس منٛز مُنزا)۔

**نارِ کرٛکھ** ۔ ۱۔ نارُک یِنہٕ وِزِ سیٚخ شور یا کانٛہہ
دولتھ مُصیبتھ ییتھ پیٚنہٕ وِزِ مدت خاطرٕ
تھدِ آوٲزٕ کرُن۔ ۲۔ کُنہِ کَنہِ پیٚٹھٕ پیٚنہٕ طرفہٕ
ہیٚوٚ دوٚشٕنَنٛز حالتھ۔

**نارِ کرٛکھ گرٛزھِنۍ** ۔ ہٕتھگتہٕ نیٚنگہِ کُنہِ طرفہٕ ہیٚتھ
کرٛکھ گرٛزھِنۍ تہٕ ہیٚ دوٚتھٕن ہیٚتھٕ کنہِ
شور تہٕ کرٛکہِ نار دوٚتھٕن ہیٚتھ کِنۍ نارُک یِنہٕ
وِزِ وونٛہان چھِ۔

**نارِ کرٛوٚڈرٕہ** ۔ ۱۔ کانٛگرِ ییٚتِھ برٕنہٕ خاطرٕ کرُن یِہ
کیٚتھ دانہٕ منٛز کڈی ہنٛی تیوٚ نٛگل۔ ۲۔
تیوٚ تاہ نارِ یُوتاہ کرُن ییٚتھ ہس واتہِ۔

**نارِ کنٛگ** ۔ اَلاو۔ کُنہِ جایہِ پیٚتھ کُس ہیٚتھ
زولمُت نار (دوٚشنیر بیٚنٛز کرِد بابیٚتھ) نار
برٛتھ تھیپہٕ دارُمُن۔

**نارِ کانٛگر** ۔ تیٚنہٕ خاطرٕ (تیوٚ نٛگلہٕ برٛتھ)
کانٛگر۔

**نارِ کوٚڈمت** ۔ یہِ نار یُس منٛز دوٚزلاونہٕ یا
تاوِ کڈِتہٕ آمُت آسہِ۔ نارِ دزاو۔

**نارِ کوٚنڈل** ۔ تیوٚ نٛگل برٛتھ کَتر یُو بانہٕ۔
سو کانٛگر یَتھ کوہ آسہِ چھُمت۔

**نارِ کیٚوم** ۔ اَکھ کیٚوم یُس نارِ تہِ ہبر ہاکہ
زوتان چھُ۔

**نارِ کھل** ۔ نارِ بستہٕ۔

**نارِ کھوڈ** ۔ (اوٚرگہِ) کانٛہہ بوٚڈ خطرٕ۔ بوٚڈ مُصیبتھ۔

**نارِ کھوڈُس شہُنُن** ۔ کُنہِ دولتھ بلایہِ منٛز
پھسناوُن۔ مُصیبتس لاگُن۔

**نارِ کھوڈُس دوٚٹھ لاینۍ** ۔ خطرس منٛز
پان تراوُن۔ کانٛہہ دولتھ زِمہ واری
مٕٹھ ہیٚنۍ۔

**نارِ گاشس** ۔ نارُک گاہ۔ سوٚت گاش۔

**نارِ گاہ** ۔ نارِ گاشس۔

**نارِ گٕج** ۔ دانہٕ بیٚترِ یَک بتھیشم گول بیٚتھ منٛز
زیٚن بیٚتر زالنہٕ خاطرٕ بران چھِ۔

**نارِ لمبکھ** ۔ بڈ نارِ بزِ یہہ۔

**نارِ لیٚنج، لیٚول** ۔ ٹھانہٕ دار کَتر یُو بانہٕ بیٚتھ
منٛز دان بیٚترِ بڈاوُن وِزِ تیوٚ نٛگل
تھوان چھِ۔

**نارِ لیٚلو بنہٕ** ۔ تمہِ توٚ ملک بنہِ یُس لیٚنبہِ منٛز
ہوٚ کھناونہٕ آسہِ آمُت۔

**نارِ مُنٛن** ۔ موٚٹے تہٕ پیپہِ نے ہیٚتر یُو بانہٕ بیٚتھ
منٛز تیوٚ نٛگل روزتہٕ باہیٚتھ نارِ چھِ تھوان۔

**نارِ ہوٚہل** ۔ سیٚخ گوٚزِ نہٕ ہنٛز زیٚٹھ نار
بزِ یہہ۔

**نارِ ہوکُل** ۔ نارُک پاہ سکو دور۔

نارِنار۔ ژھ پارِ نار۔ پرُتھ جایہ نار۔ کالہ کاچ
نارک وارِ داتھ سپدنچ حالتھ۔
نارِ وزِ کیوٗر کھنُن۔ تہ دپتھ گوٚ ہٮ۪لِس
پیپٹھ داتھ کنہٕ چیزک پلے کرُن۔
عامہٕ موقس پیپٹھ یا حاجتہٕ وِزِ کانہہ
چیز ہیتر ژھارُن۔ تلاش کرُن۔
نارِ دُزمل ہِش۔ سبٹھاہ حسین زنانہ ییُس
بُتھس پٮ۪ٹھ آسن ووتھان۔
نارِ وُزنی۔ (کنہٕ جایہ) نار لگنک آثار۔
نارِ ووکھل۔ زُو زہتہ دار۔ مینمتھ مُشد۔
ہٹہٕ کٹہٕ۔
نار آسُن۔ سخ وُول آسُن سخ
شرارتی آسُن۔
نار بڈاوُن۔ نار ژھیتہ کرُن۔ دان ہیتر
ژھینہ دیتہ کرُن۔
نار بُزِ وتہہ کنہٕ آسُن۔ (وُرگہ پاٹھی) واژن
سوٗرگرِس مُنز آسنی۔ بالیغ کوٗر بُز وتہہ
کنہٕ آسنی۔
نار بیہناوُن۔ فسادس تہ وُتھ دنی۔
لڑایہ ہُند شرارتھ والُن۔
نار ترٛاوُن۔ ا۔ سخ دزِ بُز آسُن ژھوکھ
آسُن۔ ۲۔ سخ شرارتھ آسُن۔ کانسہ
ہتھ سخ پٮ۪ٹھ شان آسنی۔ ۲۔ سخ وولُن۔
۴۔ یاوُنس مُنز آسُن۔ بھپھٔ بھپھٔ
کرُون آسُن۔
نار زلُن۔ ا۔ تیز سالہ دار چیز ہیتر کھینہ
سیتر سپنس ژھپن ہیوٗہ ووتھن۔
گرمی گژھنی۔ ۲۔ سخ طائش
دیُن۔ ژکھ کھارنی۔
نار تیلُن۔ ا۔ سخ دپھ ہیُون۔ ۲۔ دزنہ کنہ
دگ کرنی۔ ۳۔ انہرِ سپنس ژھپن
ہیوٗہ ووتھن (لوچھ یا داد سیتی) ۴۔
شرارتھ آسُن بھوٚ شنز۔
نار ژھکُن۔ وچھو "نار ترٛاوُن"۔
نار دیُن۔ ا۔ ژکھ دیُن۔ زونگ دیُن۔
۲۔ سورُے ترٛاوُن۔ نیتہ ساوُن۔ ۴:
تم چھُ سارِی ہے نار دیتمُت۔ ۲۔ فساد
تُلُن۔ لڑایہ زیر دنی۔
نار زالُن۔ اوگُن دیُن۔ دانس ہیتر وُپنی
ترٛاوِنی۔ تیوٗ تنگ کرُن۔ دانس
پھٔوٗن۔
نار ژاپُن۔ ا۔ (کانہہ مُشکل یا کُدر مصیبتھ
پنہٕ وِزِ) سخ جگر کرُن سخ تاب
کرُن۔ غارتھ کرُن۔ ۲۔ سخ وولُن۔

تیز کلامی کرٕنۍ۔ ۲۔ سخ تیز آسُن۔ دِیہہ
ترٲوُن۔

**نار ژھٹُن۔** ۱۔ رٕیہہ تیز رٕنۍ۔ نارک اکہ مکانہ
پیٹھہ بییس مکانس ترُن۔ نار زیٹھُن۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) سُخ وَنہ بُرہ ہاوُن۔
ژھوکہ ہاوُن۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) بُدہ ہُر
جوانی آسنۍ۔ یا دِلس تیز آسُن۔

**نار ژھیتہٕ گژھن۔** وُچھو "نارشانتُن"

**نار ژھیوُن۔** وُچھو "نارشمُن"۔

**نار ژھیوراوُن۔** وُچھو "نارشومرُن"۔

**نارشمُن۔** ۱۔ رٕیہہ سو تمنۍ۔ اَدگُن ژھیوُن۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) فساد بہُن۔ اَمن سپدُن۔
(اور یور) شرارتھ ہمُن۔

**نارشانتُن۔** زوٗنگ ژھیتہٕ گژھن۔
نار ژھیوُن۔ اَدگُن ژھیوُن۔

**نارشانترُن۔** ۱۔ زوٗنگ ژھیتہٕ کرُن۔
نار ژھیوراوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) شرارتھ
بِہناوُن۔ فسادس نہٕ وُتھہ دِنۍ۔

**نارشومرُن۔** ۱۔ الاؤ ژھیتہٕ کرُن۔ اَدگُن
ژھیوراوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) فساد بِہناوُن۔
شرارتھ ہومراوُن۔

**نار کڈُن۔** ۱۔ (دانس بیتر) اَدگُن ژھیوراوُن۔

۲۔ (بیمارس پھٕش بیتر دِتھ) حرارتھ
نیبر کڈُن۔

**نار گنڈُن۔** ۱۔ سخ تیپہ کھسُن۔ تیپہ آسنہ
کنۍ یان سخ توٗت گژھن۔ تُژر آسُن۔
۲۔ دوٗدسہ ووتھُن یا سُخ بوچھہ لگنۍ۔
۳۔ اَندری دَزُن۔ سخ پھوٗرشۍ۔
سخ شرارتھ کھسُن۔

**نار گوہُن۔** نارِ بتر ہیہ ووتھنۍ۔ نار تیزُن۔
رٕیہہ ووتھنۍ۔ شولہٕ ووتھنۍ۔

**نار لگُن۔** ۱۔ ژکھ ہیوٗن۔ زوٗنگ لگُن۔
۲۔ (وہموٗ پاٹھۍ) سخ مُصیبتھ پیوٗن۔
بوٗڑ دہ کھہ بیوٗن۔ ۳۔ جنگ ووتھُن۔
لڑائے لگنۍ۔ ۴۔ سخ شرارتھ کھسُن۔

**نار نیرُن۔** (ثپہ بیتر سیتۍ) اَتھہ کھور بیترِ
دَزنۍ یا تپنۍ۔

**نار وُہرُن۔** ۱۔ رٕیہہ پھٲلادنۍ۔ نار زیٹھراوُن۔
۲۔ فتنہٕ فساد پھٲلاوُن۔ رنیاے ٹکُن۔

**نار ووتھُن۔** ۱۔ سخ بوچھہ یا دوٗدسہ کنۍ
سینس تُچھن ہیوٗہ ووتھُن۔ ۲۔ تیز
مسالہٕ دار چیز بیتر کھینہ سیتۍ اَندری
گرمی ووتھنۍ یا توس ووتھُن۔
۳۔ کُنہ کتھہِ بیتر پیٹھہ سخ کرکھہ ووتھنۍ،

ڈُم دِنہٕ نِھن ۔

**نار ہیۆن ۔** دٔزُن ۔ ژٕکھ لگُن ۔ زوٗنگ لگُن ۔

**نٲری نار ۔** وُچھو "نار دنار"۔

**نار ۲ ۔** [ ن ۔ مؤل : نار < س : ناڑی ]۔ دون بالن منٛز بانگ زیٹھ زٕ وُکھ سٕمبر۔

**نارم ۔** اکہ قسمُک دوا بوٗٹۍ۔

**ناراض ۔** [ مؤل : ناراض < ف : نا+ع : راض ]۔ اوزُرد۔ ژنجیدہ ۔ ناخوش۔

**ناراضگی ۔** [ م ۔ مؤل : ناراضگی < ف : ناراضگی ]۔ اوزُردگی ۔ ناخوشی ۔ ژنجیدگی ۔

**ناران ، نارایَن ۔** [ ن ۔ مؤل : ناران / نارایَن < س : نارایَن ] ۔ دے ۔ وشنو۔

**ناران چھٹ ۔** ۱۔ یُس چھٹ کیٚژ یُس پٕزاہ لگان چھُ۔ ۲۔ (ہیٚزلہِ) زٔڈ نکھ والنہٕ خاطرٕ دِنہٕ آمُت پلو بیتر۔

**نارِل ۔** [ م ۔ مؤل : نارِل < ع : نار ]۔ یُس دانہٕ یُس وٗندس اندر تاوِ بیتر پیٹھ ہو کھناوان چھُ۔

**نار ۔** [ ن ۔ مؤل ، نار < ع : نعرہ ] ۔ دُکنہ جماژ ہینز) ہکھ ، آلو۔

**نارٕ بازی ۔** نارٕ لاین ۔ نارٕ (دی دی) ہَر ۔ کرٕ کرٕ ہکھ ۔ نارٕ دی دی ٹاٹن۔

**نارٕ دِنۍ ۔** نارٕ لاینۍ۔

**نارُژھ ۔** [ ن ۔ مؤل ، نارژ < س : باراچہ ] ۔ شیٖشرُ و پٕنجہ دار اکھ سامانہ یمہٕ سیٖتۍ گاڈٕ رٹان چھِ۔

**نارٕ ژھی دٔن ۔** سو زیٹھ لوٗر یتھ نارُژھ ہُتھ لاگِتھ آسہ ۔

**نارٕ ژھی کان ۔** نارٕ ژھی پنٛجک کانہہ سیخ یتھ گاڈ بنٛد چھنے گژھان۔

**نارٕ ژھی گنٛڈۍ ۔** شیٖشرٕ کی تاری یم نارٕ ژھس ہُتھ چھ آسان بناونہٕ۔

**نارٕ ژھی گاڈ ۔** سو گاڈ یُس نارٕ ژھس رٹنہٕ آسہ آمُت۔

**نارِل ۔** [ ن ۔ مؤل : نارِل < انگ : نارمل NORMAL ] ۔ ۱۔ حسب معمول ، دوہہ دِش ہیوٗ ۔ ۲۔ یُتھ (آسُن) پزٕ تیٚتھ۔

**ناز ۔** [ن ۔ مؤل : ناز < ف : ناز] ۔ ۱۔ (ماشوقہٕ سٕنز) ادا ۔ غمزٕ ۔ نخرٕ ۔ ورٕ ۔ ۲۔ فخر ۔ ۳۔ نخوت ۔ تکبر ۔ غرور ۔ ۴۔ محبت ۔ لول ۔ ٹاٹھر ۔ ۵۔ خانہ ماجر۔

**نازن خریدار آسُن ۔** ناز برداشت کرن دول آسُن ۔ خانہ ماجرِ ماتن ودل آسُن۔

نازِ نخر۔ ۱۔ یوسہٕ نازٕ نخرٕ آسہٕ کران۔ یُس ور کرٕنۍ شوٗبان آسن۔ یوسہٕ غمزٕ آسہٕ ہاوان۔ ۲۔ شوٗبہٕ وُن ماشوق۔ سیٹھاسوٗ ٹھۆدُر۔

نازِ نیامُت۔ خاطر۔ خاطہٕ ماجر۔ پَلالہٕ۔

ناز آسُن۔ فخر آسُن۔

ناز بَردار۔ ۱۔ ناز تُلن وول۔ لوٗیہٕ مَتہٕ لاے کرن وول۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھۍ) عاشق۔

ناز بَرداری۔ لوٗلہٕ مَتہٕ لاے۔ خاطر۔

ناز بَرداری کرٕنۍ۔ ۱۔ ناز تُلنۍ۔ خاطر داری کرٕنۍ۔ لوٗلہٕ مَتہٕ لاے کرُن۔ ۲۔ لول برُن۔

ناز بوزٕنۍ۔ ناز بَرداری کرٕنۍ۔ کانٛسہٕ ہِنٛز خاہش یا ضروٗرَتھ پوٗرٕ کرٕنۍ۔ خاطہٕ ماجر بَرداشت کرُن۔

نازِ پَروَردہ۔ سُہ یُس خاطہٕ ماجرن مَنٛز رَچھنہٕ آسہٕ آمُت۔ خاطہٕ مول۔

ناز تُلنۍ۔ ناز بوزٕنۍ۔

ناز کرٕنۍ۔ برٕ کرٕنۍ۔ نخر کرٕنۍ۔ غمزٕ کرٕنۍ۔

ناز کرُن۔ نخرٕ کرُن۔

ناز ماننۍ۔ ۱۔ ناز بوزٕنۍ۔ ۲۔ فرمانبَردار روٗزُن۔

نازِ نخر۔ دٕر۔ داسرنگ۔

ناز ہیٚنۍ۔ (کانٛسہٕ ہِنٛدۍ) نخر بَرداش کرٕنۍ۔

نازُل۔ [< ف : ناز]۔ ۱۔ ناز کرن واجیٚنۍ۔ ۲۔ خوشبوٗنۍ۔ پَژنیہٕ وٕنۍ۔ دِل ہیہ وٕنۍ۔ لوٗبہٕ وٕنۍ۔ ۳۔ ماشوق۔ محبوب۔

نازُن۔ [ن۔ مۆل : ناز < ف : ناز]۔ ناز کرُن۔

نازنین۔ [م۔ مۆل : نازنین < ف : نازنین]۔ ۱۔ خوشبوٗنۍ۔ پَژنیہٕ وٕنۍ۔ لوٗبہٕ وٕنۍ۔ ۲۔ حَسین۔ ماشوق۔

ناس۔ [م۔ مۆل : ناس < س : نَسیہ]۔ تَماکِ پھپھ (یوسہٕ مُشک ہیٚنہٕ باپتھ یا دَندن تراونہٕ باپتھ وَرتاونہٕ یوان چھے)۔

ناستہٕ خان۔ ۱۔ ناسی۔ ناس کرن وول۔ ۲۔ (ہزلہٕ) سُہ یُس اَڈہ پیٚچھل یا کیٚڑ آسہٕ۔

ناستہٕ ڈَبہٕ۔ سُہ ڈَبہٕ یتھ اَنٛدر ناس چھ تھوان۔

ناستہٕ مُشک۔ ۱۔ تیز ناس ہیٚنٛز نیوٚکھ تہٕ شہادتہٕ چہ اَونٛگجہٕ مٲنٛز ہیٚنہٕ منٛز تُلرٕ ذٕ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھۍ) کم کاسہٕ پوٚنسہٕ ٹوٗنکھ ہیٚنٛز یُس کوٗتاہ دِز۔

ناس کرٕنۍ۔ ۱۔ ناس ہیٚنۍ۔ ۲۔ (وٕرگہٕ پاٹھۍ)

یب کرن الین وہنس منز کنہ چیز س)

**ناس گژھنۍ۔** دہ دُر اژن ۔ فنا گژھن۔ بُرباد گژھن ۔ دُزتھ ژِنڈ گژھنۍ۔ سور گژھن ۔

**ناسِک۔** [<س: نا سِکا ]۔ نس۔ نستہٕ ہُند۔ (فاٹہ واکھ)۔

**ناسہٕ تراس۔** ۱۔ اڈگرُ تھونگر، بنے ڈول۔ م: ناسہٕ تراس موہنیُو۔ ۲۔ بنے سوم ۔ کڈر۔ م: ناسہٕ تراس وَتھ ۳۔ اَوُل سُول۔ م : ناسہٕ تراس کھیون ۔

**ناش۔** [ن۔ مول : ناش <س: ناشہ]۔ بُربادی۔ ڈاس ۔

**ناشس گژھن ۔** بُرباد گژھن ۔

**ناش فاش ۔** ۱۔ زِنا۔ ۲۔ لیکہٕ لیکھ۔

**ناش فاش کرُن ۔** زِنا کرُن۔ زَبردستی کانٛسہِ زنانہِ سیتؠ دست درازی کرٕنۍ۔

**ناش کرُن ۔** ۱۔ تباہ کرُن ۔ ڈہہٕ ڈاس کرُن ۔ م: دِونس ناش کرُن۔ ۲۔ نابود کرُن ۔ مٹاوُن۔

**ناش گژھن ۔** ڈہہٕ ڈاس گژھن (تباہ) گژھن۔ بُربادی گژھنۍ۔ نیست نابود گژھن ۔

**ناشُک۔** [<س: ناشکَ]۔ ناش کرن وول۔ تباہی تہٕ بُربادی کرن وول۔ فنا کرن وول۔

**ناشُن ۔** [ن۔ مول : ناش <س : ناشنَ]۔ ناش کرُن۔ بُرباد کرُن۔ گالُن۔

**ناف۔** [م۔ مول : ناف <س : نابھ <ف: ناف ]۔ توٚن۔

**نافہٕ گور۔** ناف گنڈن وول۔

**ناف ڈلِنۍ۔** توٚن پَننہِ جایہِ ڈلُن (ریچھ اکھ بیماری)۔

**ناف گنڈٕنۍ۔** (توٚنس پیٹھ کھور شَھوتھ یا بییہِ کُنہِ طریقہٕ) ناف پننہِ جایہِ برابر انٛنۍ۔

**ناف ، اَنٛتر رِنۍ۔** اَنٛتر پرتھ یا پھوکھ دِتھ ڈٕجہِ ناف پَننہِ جایہِ انٛنۍ۔

**نافہٕ۔** [ن ۔ مول : ناف <ف : نافہ ]۔ ۱۔ مُشکہٕ پھٕٹُل یُس رَوسس توٚنِس آسان چھُ۔ ۲۔ مُشکِ نافہٕ۔

**ناف کِن۔** [ انگ : نیپکِن۔ NAPKIN ]۔ بَتہٕ کھینہٕ وِزِ کوٚٹھین پیٹھ تھَونہٕ دُرج۔ دستارخانہٕ۔

**ناقِص ۔** [<ع : ناقص ]۔ ۱۔ نقصہٕ دار۔

کھنڈی پھٹ۔ کھوٹ زُد۔ اڈیوک۔
ناکمل۔ ۲۔ یہ یہ شوٗد آسہِ یتہِ رَل
آسہِ۔ ۳: دوٗد چھ ناقص۔
ناقصُ العقل۔ ۱۔ یُس کیٚہ بوٗد آسہِ۔ کم عقل
فاُترہٕ چور۔
ناکہٕ۔ [م۔ مؤل: ناکر (ہ: ناکا] دتہ گذر
ناکہٕ بندی۔ وَتہِ کون (کرُن) گیر۔
ناکہٕ بندی کرٕنی۔ وَتہِ کون کرُن گیرِ تراوُن۔
ژلنس نہ وتھ دِنٕی۔
ناکہٕ بندی گژھنی۔ کُنہ کُنہ نیرُنس نہ صوٗرتھ
روزٕنی۔ ژوٚ پارٕی وَتہ بند گژھنہِ۔
حدٕ بندی گژھنی۔
ناکھ ۱۔ [ن۔ مؤل: ناک (س: ناکہ]۔
۱۔ جنتھ۔ سوٗرگ۔ ۲۔ اکِہ قسمک ٹنگ۔
ناکھ ٹنگ۔ اکِہ قسمکو مزدار تہٕ رسدار
ٹنگ۔
ناکھ دولہِ تھوُن۔ پھرُن تھوُن تلخہِ تھوُن۔
ناکھ دولہِ روزُن۔ پھرُن روزُن۔ ترٕژہ
کانٛہہ کام ہینز کرٕنی یتمہِ ستی تہٕنٛز
پھوشہِ یا تلخہِ روزِ۔
ناگ ۱۔ [ن۔ مؤل: ناگ (س: ناگر]۔
اکھ داتھ یُس کارِتھ واٹس لگان چھ۔

ناگہٕ ژرٹ۔ کارِتھ ناگس بناونہٕ آمُت ژرٹ۔
ناگہٕ کارُن۔ ناگ کارُنک بایِر۔
ناگہٕ گولہِ۔ کارِتھ ناگس بنوومُت دوٗگل۔
ناگہٕ موٗند۔ ژرٹ کرِتھ ناگہٕ تھپیہ۔
ناگ ۲۔ [ن۔ مؤل: ناگ (س: ناگر]۔ ۱۔
سُہ تلاو یتھ یتہ آب وزِ۔ سوٗ جاے
یتھ آب وزِ۔ چشمہ۔ ۲۔ اکِہ
قسمک (خیاٗلی) انسان یتھ سرٛف۔
۳۔ آدواسی کاشرِن ہنٛد اکھ
پرٛون قبیلہِ۔
ناگہٕ ببر۔ اکِہ قسمچ وسٕز سبزی یوسہ
یرٛ پاٹھی ناگس آنٛدی آنٛدی وپدان
چھےٚ۔
ناگہٕ بل۔ سوٗ جاے یتھ ناگ آسہِ۔
ناگہٕ پوکھر۔ لوٚکُٹ ناگ۔
ناگہٕ پھوٗنس۔ اکِہ قسمک مارٕنیاک یتمہِ
ستی بڑہ ہہ کالہِ دشمنس میل
کران آسی۔
ناگہٕ راد۔ ناگہٕ پوکھر۔
ناگہٕ رادس پوٗنی وزُن۔ ۱۔ کُنہِ ترٕژہ جایہِ
یاتس کانٛہہ نش یادرِ ہنز سبیل
بلکہ یتمہِ سترِ ژانٛتھے ترٛاوُھر آسہِ۔

٢۔ کارِ بارُک، بیترِ نوٗ و سِلسِلہٕ بٕنُن۔
٣۔ اولاد بیترِ زیٖنہٕ نیٖرُن۔

**ناگہٕ کیٚسر۔** اکھ دٔبِنز پوشہٕ گُل یُہنٛد جان خوشبوی آسان چھِے۔

**ناگہٕ گاڈ۔** ا۔ تمہٕ گاڈ یمہٕ ناگس منٛز آسن۔ یمن چھِ نوابہٕ پُرٛدی چھِل ترٛادان تہٕ کھیٚنہٕ چھِے پاپھ مانہٕ یوان۔ ٢۔ (ورگہٕ پاٹھی)۔ تہٕ یہٕ وٕچھُن حلحال آسہِ تہٕ کھیوٚن یا استیمال کرُن حرام آسہِ۔

**ناگہٕ گاڈٕ وُچھنہٕ حلحال کھیٚنہٕ حرام۔** تہٕ دُپتھ گو: چیٖز بیترِ یُس وُچھنہٕ یوت ہیکوٚ تہٕ ورتاوِتھ تہٕ۔

**ناگہٕ لیٚ۔** سو ہِہاے یتھیٚن واریاہ ناگ آسن وُزان۔

**ناگہٕ نیٚنٛدرٕ۔** ا۔ شینہٕ جار چھِ نیٚندرٕ۔ ٢۔ گوب نیٚندرٕ۔ نیٚبسر۔

**ناگہٕ نیٚنٛدرٕ پیٚنہٕ۔** گوب نیٚندرٕ بیٚنز ہوت تہٕ پیون۔

**ناگہٕ وُزرٕ۔** ا۔ زیٖنہٕ تلہٕ تہٕ برٛونٛدی آبہٕ ہیاہ۔ ٢۔ (ورگہٕ) سو دولتھ یُس بے شونگہٕ پاٹھی میٚیتھن ورٕ آسے بڑو شنبہ کرُن وٕاتھ پیٚیہ۔

**ناگہٕ دونی۔** ا۔ ناگُک آب۔ پاکھ آب۔ ٢۔ سُرد آب۔

**ناگہان۔** [< ف: ناگہان]۔ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ۔ بے شونٛگہٕ پاٹھی یتھ پیچ نہٕ رایی آسہِ۔

**ناگہانی۔** ہنٛگہٕ تہٕ منٛگُک۔ بے خبر پاٹھی۔

**ناگہانی بلاے۔** ا۔ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگُک مُصیبتھ۔ سُہ مُصیبتھ بیترِ ییٚمیُک نہٕ رایی آسہِ۔ سُہ تاوٕن بیترِ ییٚمیُک نہٕ دۄ میٚیہ آسہِ۔

**ناگاہ۔** [< ف: ناگاہ]۔ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ۔ بے شونٛگہٕ پاٹھی۔

**ناگرٕ۔** اکھ ہِمک دور نرکون۔

**ناگرٕ قلم۔** نرگاز قلم یا بانٛسہٕ قلم۔

**ناگرٕ نلہٕ چہ۔** نرگاز نلہٕ چہ۔

**ناگری۔** [< س: ناگری]۔ دیوناگری (رسم خط)۔

**نال ندا۔** [ن۔ نوٗل: نال < ؟]۔ (نالہٕ لاگنہٕ کرِ) بلاک مُہ جیٚیہ بیٚاری گلہٕ گنٛدان چھِ۔ گریبان۔

**نالس تھپھ دِنی۔** زبنہٕ۔ کُہ پاٹھی ترتن۔ چھ رتہٕ کرُن۔

**نالہٕ بٕکھٕچھ۔** سو کیٚسر چھِل یُس نال کرنہٕ باپتھ پلوس بیترِ نرٛتھنہٕ پیٚیہ۔

**نالہٕ ڈرچ۔** سو ڈرچ یُس پھین بیترِ رٹنہٕ باپتھ

نالہٕ کھور۔ اَکہٕ پٔڑرُک نال۔ اَکہٕ پوزار کھوٚرُک نال۔

نال بَنٛد۔ گُرِس نال لاگُن وول۔

نال تُلُن۔ چھنٛتل تُلُن۔ مکانہٕ دَرِ سُنٛدیا تاسہٕ دٲلۍ سُنٛد زٕہن مٕنٛتین زارین پوٚنسہٕ ہیٛنٛز۔

نال کَڈُن۔ وُچھو "نال تُلُن"۔

نال لاگُن۔ ۱۔ اگُرِس) پٔڑرس شُبنٛرد کوو لاگُن۔

نالےٚ۔ نٕگےٚ۔ نورہیوٚہ یِتھ اَنٛدر چاردایِن پٔھل یا گاسہٕ تراوان چھِ۔

نالان۔ [ف: نالان]۔ ۱۔ ناراض، ناراض آسنہٕ کِنۍ کٔرِکھ تُلُن وول۔ ۲۔ رٔوُن وول۔

نالٲنۍ۔ [م۔ مؤل: نالٲنۍ (ع: نعلین]۔ چٔپنۍ۔

نالہٕ ما۔ [ن۔ مؤل: نال (د: نالا]۔ لوکٹ ؤسہٕ وَنۍ کوٚل۔

نالہٕ ما۲۔ [ن۔ مؤل: نال (ف: نالہ]۔ ۱۔ باکہٕ۔ وِلاکھ، کٔرِکھ۔ ؤدُن باکھ۔ ۲۔ فرِیاد۔ واویلا۔ شور۔

نالہٕ دِنۍ۔ ۱۔ فرِیاد کَرُن۔ کٔرِکہٕ ناد کَرُن۔ شور تُلُن۔ واویلا کَرُن۔ ۲۔ ؤدُن رٔوُن۔ ؤدُن باکہٕ ژٕھٹنہٕ۔

نالہٕ زاری۔ ۱۔ ؤدُن رٔوُن۔ باکہٕ بک۔ وِلاکھ۔ ۲۔ فرِیاد۔

نالہٕ ما۳۔ لوکٹ کٔرِنۍ۔ دُسوٚلہٕ مُنٛدرٕ اَکہٕ سانہٕ یِیٛمہٕ سِیتۍ نہٕ زٲوُل ٹہپہٕ کَران چھُ۔

نام۔ [ن۔ مؤل: نام (ف: نام (س: نامہٕ]۔ ۱۔ ناو۔ ۲۔ شوہرت (نیک یا بد) م: نیک نام۔ بدنام۔ ۳۔ یِزَت۔ آبروے۔ لقب۔

ناماوار، ناماوَر۔ مشہور۔ نامی۔

ناماوٲری۔ رٕژ شوہرت۔ نیک نامی۔

نامہٕ بٔدی۔ بدنامی۔ کوشوٗوے۔

نامہٕ بٔدی گَژھِنۍ۔ بدنامی گَژھِنۍ یِزَتھ ؤسُن۔

نامہٕ خُدا۔ ۱۔ خُدایہٕ سٕنٛدی ناوی۔ خُدایہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ۔ برایہٕ خُدا۔ ۲۔ (ہُنرٕ یا اٹھ) گُھنٛز بہاتھ۔ فضلِ خُدا۔

نامہٕ نشان۔ [illegible]
نیال۔

نام تھوٚنۍ۔ (مزٕلہٕ) بدنامی ہیتھ کُن تراونۍ۔ کہٕ کار کٔرِتھ بدنامی گَژھِنۍ۔

نامدار۔ ناودار۔ یُس ساری آسُن زانان۔ مُشہور۔ رٕژ سوٗمہٕ وول۔

نام روزٕنی۔ ۱۔ نیک نامی روزٕنی۔ ۲۔ (ہزلٕہ پاٹھۍ) بدنامی ہیتھ گٔن روزٕنی۔

نام زَد۔ ۱۔ نامی۔ نامدار۔ نامآور۔ مشہوٗر۔ (م: نام زد ژُور)۔ ۲۔ کُنہِ کامہٕ خاطرٕ تجویٖز کرنہٕ آمُت یا ژارنہٕ آمُت۔

نام زَد کرُن۔ ژارُن۔ کانٛسہٕ ہُنٛد ناو تجویٖز کرُن۔

نام نِہاد۔ ناوٕ باپتھ۔ بُلی۔ وَنٕنہٕ باپتھ۔ اَپُزٕے۔

نام نیرٕنی (ہزلٕ) بدنام گژھُن۔ بژگار سپدُن۔

نامُنٛت۔ [ن۔ نامَت (ف: نام]۔ حاضری۔

نامَتہٕ دِنٛی۔ حاضری کرٕنی۔ اَکہٕ اَکہٕ ناو بُلاوُن۔

نامہٕ۔ [ن۔ مٔول: نام (ف: نامہ]۔ ۱۔ چِٹھۍ۔ خط۔ ۲۔ کاغزات۔ کاغز۔ دستاویز۔ (م: نِکاح نامہٕ)۔ ۳۔ دلیٖل۔ (م: سفر نامہٕ، سٮ۪لاب نامہٕ)۔ ۴۔ کُنہِ خاص موضوٗعس پیٹھ لیچھمٕژ نظم۔ بیان۔ روداد۔ قیصہٕ۔ (م: جنگ نامہٕ)۔

نامۂ اعمال۔ نامۂ اعمال۔ سُہ کاغز یا کتاب یتھ پیٹھ (نیک یا بد) کارٕ کرتوتھ درج آسن۔

نامہٕ بَر۔ چِٹھۍ اَنَن وول یا نِنہٕ وول۔ قاصد۔

نامہٕ پَے۔ (کانٛسہٕ ہُنٛد) اَتا پتاہ۔ (کُنہِ چیٖزُک) خبر اَتر۔

نامہٕ پَے ہیوٚن۔ شیٖنٛچھ بوٗد اَنٕنۍ۔ شاہ پتاہ ہیوٚن۔ خبر اَتر اَنٕنۍ۔

نامہٕ پاغام۔ ۱۔ خبر اَتر۔ شیٖنٛچھ بوٗد۔ ۲۔ چِٹھۍ بیتر۔

نامہٕ پاغام ہیُرُن۔ شوٗرِ گژھنۍ۔ ڈوٗنڈوٗرِ لگنۍ۔ ژٕہ پارٕ خبر گژھنۍ۔

نامہٕ پاغام یُن۔ چِٹھۍ واتٕنۍ۔ خط واتُن۔ خبر اَتر واتٕنۍ۔ شیٖنٛچھ بوٗد یِنۍ۔

نامہٕ سوزُن۔ وُلہِ خط سوزُن۔

نامہٕ لیکھُن۔ وُچھو "نامہٕ سوزُن"۔

نامہٕ نِگار۔ خبر دِنہٕ وول۔ کُنہِ اَخبارُک سُہ ملازِم یا رُکُن یُس تمہِ خاطرٕ دوٗرٕ پیٹھ خبر سوزان آسہِ۔

ناموٗس۔ [ن۔ مٔول: ناموٗس (ع: ناموس]۔ ۱۔ حضرت جبرئیلؑ سُنٛد لقب۔ ۲۔ اوبرو۔ نیکہٕ نامی۔ رٕژ سوٗرٕ شوٗم تٕ شرم۔

نان بمأ۔ [م۔ مٔول: نان (س: نابہ ناڑی]۔ سُہ زِیوٚٹھ کُٹھ ہیوٚہ یُس زٕنہٕ وِزٕ توٚنِس سٟتۍ آسان چھُ۔

نانہٕ بدلہٕ پھس ژٕٹنی۔ (رُجھا لڑ یا عداوتہٕ کنی) سخ دٕدارٕ واتناوُن۔

نانہٕ دوٗر۔ دِلہٕ دوٗر۔ جِگر بوڑ۔ جرتہٕ دول۔

نانہٕ گٹُن۔ نانہٕ ٹکر یُس ژٕٹنہٕ یوان چھُ۔

نان ژٕٹنی۔ (دٕرگہٕ) گوڈٕ پیٹھے کٔنہٕ چیز بانتھ تیار کرنہٕ آمُت۔

نان ۲۔ [م۔ مٔول : نان (ف : نان]۔ ژٕوٗٹ۔ بٔڈ تونٛدرٕ ژٕوٗٹ۔

نانہٕ شبہن۔ کال۔ شاٹک بتہٕ۔

نانہٕ شبینہٕ تہٕ روزُن۔ سیٹھا غریب گژھن۔ لاچاری ہینٛز۔

نانہٕ کباب۔ ۱۔ ژٕدہٕ چرماز۔ ۲۔ (یار قفقہٕ بن ہنز) وُٹھِتھ ژٕوٗٹا۔

نانی یار۔ مطلبی یار۔ تُہ دوس یُس تہٕ وقتس پیٹھ بکار ییہ۔

نانک۔ سِکھن ہُنٛد مذہبی اوتار۔ گرو نانک۔

نانا۔ ہ۔ [س : نانا]۔ قسمہٕ قسمہٕ۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ۔

نانا پرکاری۔ قسمہٕ قسمہٕ۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ۔

نانہٕ مُر۔ پٔے دہ دِنی لگاونہٕ خاطرٕ ماوٕ گنٛڈ۔

نانٛک۔ [ن۔ مٔول : نانٛک (س : نانکہ]۔ روپیہٕ بیا پانٛتسک بتھئیک طرف۔

نانی۔ [م۔ مٔول : نانی (س : شُنکا) ماوٕ ہنز یا ماجہٕ ہنٛز موج۔

نانہٕ توٗن لاگُن۔ نانہٕ ہُنٛد ہیوٚہ مکبتھ کرُن۔ نانہٕ ہُنٛد ہیوٚہ ٹُھپر یا سوڈکھ کرُن، بٔڈ پیار کرُن۔

نانہٕ ژٕدہٕ چرٕ ووٚر۔ (ہزلہٕ پاٹھی) تُہ شُر یُس چرف نانہٕ پتہٕ پتہٕ آسہٕ روزان تہٕ تمی آسہٕ رٔتہ چھُٹ پولُت۔

نانی تام یاد پیٛنی۔ ۱۔ سخ تکلیف واتنہٕ کنی سِرکبہ ہیرِ تہٕ ژٕلنہٕ۔ عذاب گژھن۔ ۲۔ سخ دٕدارٕ واتُن۔ بوڈ نقصان گژھُن۔

نانگار۔ [ن۔ مٔول : نانگار (ف : نانکار]۔ یُس تہٕ پٔتھ زمین ذراتھ آسہٕ بے زرانٛی۔ یُس زمین ذراتھ گناوتہٕ بدل بیہ کاشہٕ پیشہٕ آسہٕ۔ مُبہٕ دار (زمینہٕ رٔس)

نانگر۔ [م۔ مٔول : نانگر]۔ چھپیر لاگن۔ (کٔنہٕ کنتھ باپتھ) پتے روزُن۔ نال ولُن۔ تھپہٕ تہٕ تُلنی۔ اُدرٕ ژٕٹ لاگنی۔

نانگری لُد۔ یُس تھپے تُلہٕ تہٕ۔ اُدرٕ ژٕٹ۔

نانگر کرنی۔ منگُن تہٕ منگُن۔ چھپیر گنٛڈنی۔

نانگر لاگنی۔ وُچھو "نانگری کرنی"۔

ناو ۱۔ [ن۔ مٔول : ناو (س : نامہ]۔

۱۔ تمہ لفظ یمہِ سیتی کانہہ یا کینہہ زُذ زین۔ یا زانٕنی زین۔ ۲۔ شوہرت۔ مشہوری۔ ۳۔ ناو نیرُن۔ ۳۔ یزت۔ آبرو۔ ۴۔ ناوِ دول ۔ ۴۔ لقب۔ خطاب۔ ۵۔ رٲوسوٗخ۔ ۶۔ رعشہ۔ ۴۔ ناوکڈُن۔

**ناوس آسُن۔** (کانٕسہِ ہنٛدِ) ناوِ تخورُت آسُن۔ ۲۔ (کانٕسہِ ہنٛدِ) ذِمہ قرض آسُن یا جمع آسُن۔

**ناوس پیتہِ یا پیٹھ مُرُن۔** ۱۔ کانٕسہِ پیٹھ زُذ دیُن۔ ۲۔ کانٕسہِ پیٹھ فلوآسے گژھن۔ ۳۔ (کانٕسہِ ہنٛدِس) شوہرتس کُن گژھن، یزتک لحاظ کرُن۔

**ناوس کُن گژھن۔** (کانٕسہِ ہنٛزِ) شوہرژ ہُنٛد دوکھ لگُن۔ ناماداری ہُنٛد فریب کھیٚون۔

**ناوس کھسُن۔** ۱۔ درج سپدُن۔ ۲۔ مُجرا دِنہٕ یُن۔ ۳۔ قرض کھارنہٕ یُن۔

**ناوس وٹہٕ لگُن۔** بے یزتی گژھنی۔ بدنامی گژھنی۔ ہُتہ دِنس لایق نہٕ روزُن۔ مُیٚتر گژھنی۔

**ناوِ۔** (کانٕسہِ ہنٛدِ) پٔرژھ۔

**ناوِ بجر۔** خاندانٕی آسنیچ شوہرت۔ نامداری۔ مشہوری۔

**ناوِ بدلی۔** ۱۔ اَکِس ناوس بدلہٕ بیاکھ ناو۔ ۲۔ (کانٕسہِ) مۅدمُت زانِتھ تہٕ (یہ ڈیٚکِس تہٕ) بٔتہِ زِنٛدہٕ سپدُن۔

**ناوِ توڑ۔** یُس ناوِ کِنی سیٹھا مشہور آسہِ۔ یزتہٕ دول۔ رٲوسوٗخ ہُنٛد۔ نامدار۔ خاندانٕی۔

**ناوِ پاوُن۔** یُہی مَنٛز کانٕسہِ ذِمہ لیکھُن۔ ذِمہ کرُن۔ کانٕسہِ ہُنٛد ناو درج کرُن۔

**ناوِ پھیُر۔** اَکہِ ناوِ بدلہٕ بیاکھ ناو۔ ناو ہِنٛس مَنٛز بل۔ اَکہِ بدلہٕ بیاکھ زِزن یا چیز بیتر۔

**ناوِ پھیر۔** ناو ہِنٛس یا لیکھنس مَنٛز غلطی ناوِچ اَدلا بدلی۔

**ناوِ کِنی (زانُن)۔** ہُتہ نہٕ حرف بوزنہٕ کِنی (کانٕسہِ ہنٛزِ یا کُنٛہِ) زانکاری۔

**ناوِ لیکھُن۔** وُچھو "ناوِ پاوُن"۔

**ناوَ بدل گژھن۔** وُسر یا یہ ناو پیون۔ (کور طلاق بیتر گژھنہٕ کِنی) اَکِس ناوس بدلہٕ ناو گژھن۔ کینہہ باتہٕ بیٚنہِ ریٚنہٕ کِنی یا بٔتہِ کانٕسہِ اَنہٕ گژھنہٕ کِنی) مُیٚتر گژھنی۔ نامہ مدی گژھنی۔

ناوباشُن ۔ اکھ یا بیہ وِزِ ہُودَدٕ ہیتھٕ سَند
ناو ہیوُن (تہٕ تمی سٕندِ ناوٕی تریش دِنی)

ناوٕ بوٚڈ راوُن ۔ (خاندانَس) وٕ یُہ دِیُن۔
بَدنامی گژھنی۔

ناو پیُون ۔ ۱۔ کُنہ ناوٕ مشہور یا بدنام گژھنی
ناو نیرُن ۔ ۲۔ ریژہ نیرِنی۔

ناو تھوُن ۔ کُینہہٕ تیٚتھ کارنامہٕ کرُن یمہ کِنہ
مرنہ پتہ تہٕ ناو ہیٚمہ ہینہ۔ کینہہٕ یادگار
تھوُن ۔

ناودار ۔ ناوٕ دول ۔ روٚسوٚخہٕ دول ۔ یُژھ دار
مَتہ ہوُر۔ شوٚہرتہٕ دول۔ خاندانی۔

ناوداری ۔ نیکھ نامی ۔ مشہوری ۔ شوہرتھ۔

ناوزِندٕ تھوُن ۔ زِنٕدٕ پیٚٹھ ہیوُن لایق
کینہہٕ کرُن ۔ تیٚتھ کینہہٕ کارنامہ کرُن یُتھ
مرنہٕ پتہٕ کانہہ ناو ہیٚیہ۔

ناو روزُن ۔ شوہرتھ قایِم روزُنی۔

ناو زیٚوُن ۔ کینہہٕ تیٚتھ کارنامہ کرُن یٚمہ کِنہ
مشہوری گژھِ وُزِ۔

ناوکڈٕنی ۔ ریژہ کڈنہٕ۔

ناوکڈُن ۔ ۱۔ مشہور سپدُن ۔ یُژھ بُن ۔
روٚسوٚخ بڈُن ۔ ناو نیرُن ۔ ۲۔ ریژہ
نکلنی کانہہ۔

ناوکرُن ۔ زِیُو وِنس بیترِ شہ بقلط مشخص
کرُن یمہ سیٚتی تس آوکرُن زِ۔

ناوکنُن ۔ (کانہہ چیز) ناماداری ہنڈ
ناجایز فایدٕ تلُن۔

ناوکھسُن ۔ شوہرتہ گژھنی۔ مشہوری گژھنی۔
روٚسوٚخ بڈُن ۔

ناوکھارُن ۔ شوہرتہ بڈاوِنی۔ یُژھ ہُرراوُن۔
تیٚتھ کینہہٕ کمال کرُن یمہ کِنی ناوی
سپد ۔

ناولگُن ۔ شوہرتہ گژھنی۔ ناماداری سپدنی
(کانہہ ہُنڈ) بیٚجر ماننہ یُن۔

ناولگُن گوٚنار لگُن ۔ تہٕ دِپتھ گوٚ شوہرتہ
گژھنہ کِنی چھے دُنیا داری زیادٕ
پاہن کرنی پیوان ، ناماداری چھُ رنگہ
رنگہ ہیٚنہ پیوان ۔

ناو نہٕ کانہہ زانُن ۔ اصل تہٕ شریف
طبیعتھ آسنہ کِنی نہ کانہہ سیٚتی
راوُرمُت آسُن ۔

ناو نہٕ ہیوُن ۔ ۱۔ بلکل نہٕ کانہہ واسطہٕ
آسُن ۔ لیف الیف نہٕ آسُن۔
۲۔ یزِ ژھَن ماژُن نہٕ۔ اوُری تراوُن۔

ناونیرُن ۔ ۱۔ نیکھ نامی سپدنی۔ مشہوری

سِپدِ نہ۔ شو ہرتہ گرٛھِنۍ۔ ۲۔ یزتھ
ہُرُن۔ ۳۔ رُوٗ سوٗرخ بُڑن۔
ناو وُسُن۔ یزتھ وُسُن۔ نیکہ نامی
ہیٚر روزنی۔ نامہ بدی گرٛھنۍ۔
ناو والُن۔ یزتھ والُن۔ بدنامی کرٕنۍ۔ پرٛتھہ
پرٛتیتھ وٕسنۍ۔
ناو ہیٚکس نہ کانٛہہ آسُن۔ شرم برٛ آسُن۔
لاوٗلد آسُن۔ بےکس آسُن۔
ناو ہیٚنہٕ وول۔ ۱۔ نیٚچو کُور بیتر ہ جانٛنشینا
وارِث دَر۔
ناو ہیوٗن۔ کانٛسہِ ہُند نٲو کرُن بکانٛسہِ
مُتلِق کتھ کرٕنۍ۔
ناو ہیوٗن لایق نہ روزُن۔ ذِکر وٕسنۍ۔
بے یزتھ گرٛھُن۔
ناوٕر۔ (کانٛسہِ ہُندِ) برٛٹھی۔ خاطرٕ۔ م: تام
ہستن ناوٕر دِتن لشہِ داما۔
ناو ۲۔ [م۔ مؤل: ناو (س: ناوَ۔ م: ف: ناو]۔
اکِہ جایہِ وارٕ یِہ کھور یُس تر اکہ جایہ
ہیٚتھ بیٚیس جایہ مال یا مُسافر واتنادنہ
خاطرٕ یکنادنہ یوان چھےٚ۔
ناو دِکہ دِتھ ژٔلُن۔ کانٛہہ مُصیبتس منٛز
پھسادُن تہ پانہٕ ژٔلُن۔ (کانٛسہ) بردِ ناوٕ

کرٕنی۔ سوگرے ترٛاوِتھ ژٔلُن۔
ناوِ ڈٕب۔ ناوِ ہُند مَنز یُم حصہ۔
ناوِ ڈُوکھ، ناوِ ڈٕنجِھ۔ ناوِ ہُند تہمہِ تَھمبوجہ
یُس پیٹھ ٹھپو آسان چھُہ۔
ناوِ کوٹھر۔ ناوِ کوٹھہ دِنہ وول۔ ناوِ درزِ بند
کرن وول۔
ناوِ گھسُن۔ ناوِ منز سوار سپدُن۔
ناوِ لُمُن۔ ۱۔ ناو بردہ نہ بکہ ناوِ نہ ۲۔ (اُرگہ
پاٹھی) گرٛ چلاوُن۔
ناوِ نم۔ ناوِ ہُند بردُنٹھو یا پٹِر مہ
انٛدگ حصہ۔
ناوِ وُسُن۔ دوگمس منز یُن بے شونگو
پاٹھی کُنہ منز ہینہِ یُن یِکھسُن،
بڑنُن۔
ناوِ والُن۔ (کانٛسہ) کینہہ کرنادُن پھساوُن
بڑ ہرادُن۔ بھاسراوُن۔
ناوِ تار۔ ۱۔ ناوِ کیٚتھ کِکِہ اپار یپور ترُن۔
۲۔ سہ پوٗنسہ بیتر یُس ناوِ تارنس
اپور یپور تاروُنہ دِنہ ییہ۔
ناوِ چھان۔ ناوِ گرن دول۔
ناوِ سار۔ وِچھو: ناوِ سال۔
ناوِ سال۔ ناوِ کیٚتھ پھیرن تھورُن۔

ناوِ گاٹھ۔ ڈری یا وَٹھنِیک سہ حِصہ ییتھِ ین
ناوِ ڈُنگہِ بیٹھِتھ ٹھہران چھِ۔

ناوِ ہٲرِنۍ۔ ۱۔ ناوِ چلاوَن وول۔ یُس ناو
چلاوُنس پیٹھ گُذار آسہِ کران۔ ۲۔ (وُرگہِ
پاٹھۍ) یُس نہٕ کانٛہہ گِنٛدِتھ جلے آسہِ۔
یُس نہٕ کانٛہہ گِنٛدِتھ تھوٗ پیٛتہٕ آسہِ۔ ۳۔
(وُرگہِ پاٹھۍ) بے بَروسہ۔ یُس نہٕ بُرٛزر۔
غار ذِمہ دار۔

ناو آلوٗنۍ۔ ناوِ ہُنٛد روخ پھِرُن۔

ناو بڑاوٕنۍ۔ ۱۔ گاٹھ پیٹھ ناوِ ہُنٛد گِرٛکٔنۍ
نیرُن۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھۍ) لوتہٕ پاٹھۍ
ژُلُن۔

ناو بوٗڈ لگٕنۍ۔ ۱۔ ناوِ ہُنٛد گاٹھس پیٹھ واتُن۔
مَنزِلس واتُن۔ سنجاتھ لَبُن۔ ۲۔ (وُرگہِ پاٹھۍ)
مینتھنتھ رَتھ کھبنۍ۔

ناو بوٗڈ لاگٕنۍ۔ مَنزِل پراونس اندر کامیاب
گژھن۔ کام انجام ییٛن۔ مینتھنتھ رَتھ کھبنۍ۔

ناو بوڈراونۍ۔ ۱۔ ناو چھاپٹہٕ دِنۍ۔ ۲۔ نۆو گژھتھ
یا بُتھِ پیٹھ مُرٛسہتھ کرتھ ناو آبس
تراوٕنۍ۔ ۳۔ تباہی کرٕنۍ۔

ناو چھا دکہِ دِنہ ژلُوس۔ تہٕ دۄیتھ گو:
سو کتھ چھِنہ دُبارہ پھیر وِنہ واپس۔
سو حالتھ چھِنہ زِ بیٛیہ پیو نہٕ دُبارہ
لین دین ژلُو نہٕ ہرگز۔

ناو رٹٕنۍ۔ ناو ٹھہراونۍ۔ ناو گاٹھس
پیٹھ تھوٕنۍ۔

ناو نیرتھ گژھنۍ۔ تہٕ دۄیتھ گو: وَق اَتھہ
گژھن۔ موقہ اَتھہ گژھن۔

ناوکھم ۱۔ [ن۔ مۆل: ناوُک (ف: ناوک]۔
تیر کمان۔

ناوکھم ۲۔ [م۔ مۆل: ناوک ]۔ آدرِچ گراٹ
ییتھ آوُلن آسان چھُ۔

ناوِل۔ [م۔ مۆل: ناوِل (انگ: ناوِل Novel]۔
اَفسانوی نثرُک اکھ صِنف۔ یُس
زیٛٹھ اَفسانہٕ نِشہٕ بڈون مانِنہٕ یوان چھُ۔

ناوِل نِگار۔ ناوِل لیکھن وول۔

ناوٹ۔ پَشمُک بیٛشمِ تان یِمہ سٕتۍ کانٛگۍ
واٹان چھِ۔

ناوُک۔ آرس ہتھ منز باگ کھُلہ جاے۔

ناوُن۔ [ن۔ مۆل: ناو (پراکرت: نہونہ
(س: سناپنہ]۔ سران گرُن۔
چھلُن۔ صاف کرُن۔ پاکھ گرُن۔ تُل
تُلُن۔

نالے۔ [س: نہٕ]۔ نہٕ بٔی (نکارُک لفظ)

**نائیکہ۔** [ن۔ مؤل ؛ نائیک (س : نائیکہ]۔ (نوجِک اکھ رۄدنہٕ) یُس ماتحتہٕ کینہٕ زُنہٕ آسن۔ زُنیٹھ۔

**نائیک۔** [ن۔ مؤل ؛ نائیک (س : نائیک]۔ زُنیٹھ۔

**نبی، نَبی۔** [مؤل ؛ نبی (ع : نبی]۔ پاٹھمبر۔ رَسوٗل۔

**نبی اکرمؐ۔** تمٲلِس لایق نہٕ بُزرگ رَسوٗل۔ آنحضرتؐ ہُند اکھ لَقب۔ کرم کرن دول نبیؐ۔ بخشن دول نبیؐ۔

**نبی مورَسل، مُرسل۔** سُہ پاٹھمبر یُس پیٹھ کانٛہہ آسمٲنی کتاب نازِل آسہٕ سپٕزمژ۔

**نتیجہٕ۔** [ن۔ مؤل ؛ نتیج (ع : نتیجۃ]۔ ۱۔ ثَرِ پھل۔ ۲۔ انجام۔ انتہا۔ آخر۔ اَند۔ ۳۔ حاصل۔ ۴۔ غرض۔ مطلب۔

**نتیجہٕ تُلُن۔** انجام لَبُن۔ پھل تُلُن۔ سزا تُلُن۔

**نتیجہٕ کڈُن۔** (کُنہٕ کتھہٕ) مطلب ژارُن۔ ادٕہر کڈُن۔ لُب لُباب کڈُن۔

**نتیجہٕ نیرُن۔** ۱۔ مطلب نیرُن۔ پھل نیرُن۔ ۲۔ انجام نیرُن۔ ثر نیرُن۔

**نتیجہٕ وُچھُن۔** انجام ڈیشُن۔ ثَر وُچھُن۔ پھل لَبُن (تُلُن)۔

**نُمقو۔** [م۔ مؤل ؛ نُمقو (ہ : نمقی]۔ مِشلہٕ بیتر ہُند (پنہٕ) گنٛڈ۔

**نُمقی کرُن۔** ۱۔ سیتی گنڈُن۔ سیتی گنڈتھ تھوٗن (مِشلہٕ کاگدٕ بیترِ)۔ (کُنہٕ یا کانٛسہٕ سیتی) مُجراہس تھوُن۔

**نُجد۔** [ن۔ مؤل ؛ نجد (ع : نجد]۔ ۱۔ صحراو۔ سنگین۔ ۲۔ سُہ صحراو یتہٕ مجنوٗن لالہٕ ژھاران اوس۔

**نُجد وَن۔** سُہ واُران جہات۔ یتہٕ مجنوٗن لالہٕ ژھاران اوس۔

**نُجد وَنس پھیرُن۔** دَربدر پھیرُن۔ مُتہٕ گژھن۔ وتہٕ وتہٕ پھیرُن۔

**نِجس، نَجس۔** [(ع : نَجس]۔ ۱۔ حرام۔ مُکرٕ۔ گوہ۔ ۲۔ (دورگہ پاٹھی) سُہ پوشہٕ یا چیز بیترِ یُس نہٕ حلالہٕ کھایہٕ ہُند آسہٕ۔ رُشوک پوشہٕ بیترِ۔

**نِجس کھیوُن۔** (دورگہ پاٹھی) کوزٕہ رٕٹن۔ حرام کھیوُن۔ حلالچ کمٲے نہٕ آسنہٕ۔ رُشوَ کھیوُن۔

**نُخر۔** [ن۔ مؤل ؛ نخر (ف : نخرہ]۔ ۱۔ ناز۔ پاٹھر

نخرٕل۔ وٕزل۔ یُتھٕ پاٹھو سو زنانہٕ یوسہٕ
نخرٕ آسہٕ کران۔

نخرٕ باز۔ وٕزل۔ ناز کرن واجینی۔

نخرٕ روٹُن۔ رٕنس رکاوٹھ کرنہٕ بابتھ ورکرُنی۔

نخرٕ کرُنی۔ ۱۔ ورہاونی۔ کجر کرُنی۔ پابتھر کرُن۔
نزی نزی یا نازکری کری کینہہٕ ونُن
یا کرُن۔ ۲۔ کاکُی کرُنی۔ کاکُل کرُنی۔

نخرٕ گژھنی۔ وردکرُنس کنُ ہاوُن غُبز کرنگ
عادتھ گژھن۔

نخرٕ ہاونی۔ ۱۔ ورہاونی۔ پابتھر کرُن۔ ۲۔ کاکُی
کرُنی۔

ندیم۔ [ع : ندیم]۔ ۱۔ شراب پلہٕ ناوُن،
چاوُن دول۔ ۲۔ دوس۔ یار۔ ستیٚ بوچ
۲۔ پشیمان۔ شرمندٕ۔

ندیم گژھن۔ شرمندٕ گژھن۔ پشیمان گژھن
خجل گژھن۔

نرٕ۔ [م۔ نوُل۔ نرٕ (س : ناڈی)]۔ ۱۔ پھنکہٕ
پیٹھٕ ہٕتھرس ناکھ اکھ انگ۔ ہٕرگرسی
بیتر ہُند سہ حصہٕ یتھ پیٹھ نرٕ بیہہٕ تھوونہٕ۔
۲۔ سہ یس پیٹھ دار مدار آسہٕ۔ مددگار۔

نرٕ آلونہٕ۔ ۱۔ نالہٕ موٚت کرُن۔ ۲۔ بلایہٕ
لگُن۔

نرٕ تھوٚرنہٕ۔ وچھو" نرٕ واینہٕ"۔

نرٕ زنگہٕ پھیرِتھ گژھنہٕ۔ پتیٚ پھیرِتھ گژھنہٕ
پتیٚ دشمن بننی۔

نرٕ زنگہٕ تھوٚرنہٕ۔ سخ کوٗشش کرنی۔ سخ
زور لگاونی۔ جد جہد کرنی۔

نرٕ زنگہٕ روٗزِتھ گژھنہٕ۔ سخ حیران گژھن۔
سخ وہمہٕ گژھن۔ روٹہٕ گژھن۔

نرٕ زنگہٕ ژٹنہٕ۔ (کانہہ) اشناوُن یارن
دوستن نشہٕ ژٹن۔ یلزن والین
کل کڈنی یا ڈالنی۔

نرٕ زنگہٕ واینہٕ۔ حرکتھ کرُنی۔ ہلہٕ زلہٕ کرُن۔
سخ کوٗشش کرنی۔ جد جہد کرنی۔

نرٕ زیوٚٹھ۔ ۱۔ سہ یس نرٕ زیچھ آسن۔
یس بیین مار دِنہٕ بابتھ تیار آسہٕ بھی
وُٹھو گژھان۔ ۲۔ یُس پرتھ کنہٕ تھپھ
آسہٕ لایان۔

نرٕ گلونہٕ۔ ۱۔ لڑایہٕ نیرُن۔ کانسہ لاین،
عیب دِنی۔ ۲۔ زہر وُزی کتھو ستیٚ نکھ
داوُن، اتھو ستیٚ نہ کینہہٕ نہ کرُن۔

نرٕ لوسنہٕ۔ (کام کری کری) سیٹھا
تھکُن۔ خدمتھ کری کری تھکُن۔

نرٕ مرٕ ٹوٚتھو۔ یہ کار ہیتھ آسُن۔ کانہہ کام

کار نہٕ آسُن۔

نُرِ سُنتر نُرترٲوِنی یا نُرژھنٕنی۔ (پانہٕ وٲنی
پکہٕ وٕٹہٕ روزُن۔ سیٖتی سیٖتی روزُن۔
نالی نال روزُن۔

نُرِ نوٗر۔ نُرسیٖتی نُرتہٕ دٔیتھ گو : نکھہٕ نکھہٕ
سیٖتی سیٖتی۔ اکھ اَکِس نکھہٕ پانٕنیار
پاٹھی۔

نُرِ نوٗر روزُن۔ اِکہٕ وٕٹہٕ بِہُن۔ نکھہٕ نکھہٕ
روزُن۔ اکھ اَکِس سیٖتی روزُن۔

نُرِ وایُنہٕ۔ ۱۔ (لڑایہ وِزِ) نُرِ گلہٕ ناوُنہٕ۔
نُرچلاوِنی۔ ۲۔ (فِدگہٕ پاٹھی) لڑاے کرنہٕ
خاطرِ شرارتھ دِیُن۔ لڑاے کرنک
سُنتر کرُن۔

نُرِ ہوٗر۔ زِ نُر۔ نُرِ جوٗری۔

نُر آسنی۔ یلِزن وول آسُن۔ مدتی آسُن۔
مدتھ آسُن۔

نُرِ بیتھ رٹُنی۔ دخل نہٕ دِیُن۔

نُرِ تلِنی۔ لایُن۔ چاپتھ لایِنی۔ کھاٗل
لایِنی۔ مُش لایِنی۔ زُنٛڈ لایِنی۔

نُرِ بیٹھنی۔ (اتھہٕ روٗٹ کرن وول) باژ
ہُرُن۔ مدتی یِیُن۔

نُرِ ژٹنی۔ ژاٹہٕ بوج کھیوُن۔ بیٚمہٕ سندِ
سیٖتی مَدد آسہٕ واتان سُہ ورغلاوُنہٕ
یُن یا ڈالُن۔

نُرِ ژھوٹنی۔ ۱۔ مدتی کم گژھُن۔ ۲۔ ژاٹہٕ
بوج ژلُن۔

نُرِ کڈنی۔ حرکتھ کرِنی۔ کام کرنہٕ وِژھُن

نُرِ وہ ٹھنی۔ ۱۔ کام کرنس وہ نیرین۔
کام کرنہٕ وہ تھُن۔ وُژھین۔ ۲۔ مُش
لایِنی۔ زُنٛڈ لایِنی۔ تھاپر لایِنی۔

نُرس۔ [م۔ ہوٗل : نرس (انگ : نرس
NURSE)]۔ داے۔ بیمارس واتَن
واجنی۔

نُری۔ نالی پلوٗک سُہ حِصہٕ یتھ اَندر نُرِ
تراوان چھِ۔

نُری کھارِنی۔ کھینہٕ یا ژوٗ نہٕ باپتھ تیار
سپدُن۔

نُری وٕٹنی۔ ۱۔ پھیرِ نکی بیتر نُری پینہٕ کُن
ڈلِتھ تھوٗنی۔ ۲۔ بلکل تیار سپدُن۔

نُری کوٗٹ۔ نالوٗک سُہ تان یتھ پیٹھ ورامہٕ
وہراوان چھِ۔

نُری کُھری۔ [(س : نٛڈ + کُھرُک] ۔۱۔ ڈیٚر کھوٗدر۔
ناسہٕ تراسہٕ۔ بے ڈَول۔ کھشن نہٕ کرِ۔
بے شوٗب۔ بے ڈولیہِر۔ ۲۔ (نِزر پاٹھی)

نوشِ لَب ۔ ۱۔ (مَثنٲوی) گُلریزِ ہُنٛز ہیروٗئِن ۔ عَجَب ٹلی کِنز مَحبوٗبہٕ ۔ ۲۔ حُسین ۔ شکیل ۔ سوندر ۔ ۳۔ ماشوق ۔ مُدُن ۔ مَحبوٗب ۔

نوکَر [ن ۔ مؤل ؛ نوکَر > ف : نوکر ] ۔ ۱۔ نُہنیُو ۔ خدمتہٕ گار ۔ گَرِ کام بیترِ کَرَن وول ۔ ۲۔ مُلاَزِم ۔ ۳۔ ماتحَت ۔ تَل ۔ ۴۔ تابیا دار ۔

نوکَر بابہٕ ۔ ۱۔ نوکَر پیشہٕ ۔ ۲۔ نُہنِوی گَری کَرَن وول ۔ گَرِ کامہٕ بیترِ لَگَن وول ۔

نوکَر بہُن ۔ ۱۔ کانٛسہِ خدمتہٕ گاری کَرنہِ روزُن ۔ ۲۔ مُلاَزِم روزُن ۔

نوکَر پیشہٕ ۔ مُلاَزِم ۔ سَرکارُک مُلاَزِم ۔

نوکَر تھوٗن ۔ ۱۔ گَرِ کام کَرنہِ خاطرِ کانٛہہ نُہنیُو رَٹُن ۔ پانَس خدمتہٕ گار تھوٗن ۔ ۲۔ تَل تھوٗن ۔ آویزِ تھوٗن ۔

نوکَر چاکَر ۔ خدمتہٕ گار بیترِ ۔ نوکَر دوکَر ۔ کَمینہٕ نوکَر ۔

نوکَر رَٹُن ۔ نُہنیُو تھوٗن ۔

نوکرٲنی ۔ [م ۔ مؤل ؛ نوکراز > ف : نوکَر] ۔ خدمتہٕ گاری ۔ نُہنِوی گَری ۔

نوکری ۔ [م ۔ مؤل ؛ نوکری > ف : نوکری] ۔ ۱۔ خدمتہٕ ۔ ٹہلو ۔ خدمتہٕ گُذاری ۔ ۲۔ مُلاَزمتھ ۔ ۳۔ کام ۔ کار ۔

نوکری پیٹھہٕ آسُن ۔ کامہٕ (پیٹھہٕ) آسُن ۔

نوکری دِنۍ ۔ (کانٛسہِ نِش یا کُنہِ دَفتَرس منٛز) مُلاَزِم تھاوُن یا تھاوِناوُن ۔

نوکری کَرٕنۍ ۔ ۱۔ (کُنہِ مَحکمَس بیترِ منٛز) مُلاَزمتھ کَرٕنۍ ۔ ۲۔ خدمتھ کَرٕنۍ ۔

نوکری کَھسُن ۔ دَفتَر گژھُن ۔

نوکری گژھُن ۔ دَفتَر گژھُن ۔ سَرکارُک کامہٕ بیترِ گژھُن ۔ کامہٕ گژھُن ۔

نوکری گیہِ چاکری / نوکری بَدتَر اَز گَداگَری ۔ تہِ دٕپان گَو : نوکری گیہِ بِہرِ حال غلاَمی ۔ نوکرِ چھنہٕ اوقاتھ چھُنہٕ کینٛہہ ۔ نوکری چھےٚ بیچھنہٕ کھوتہٕ تہٕ گژھِتھ یا وُسِتھ ۔

نوکھ ۔ [ن ۔ مؤل ؛ نوک > ف : نوک] ۔ ۱۔ کوٗن (دَستارُک بیترِ) ۔ ۲۔ چوٗٹ (آوزارُک بیترِ) اَثَر ۔ ۳۔ ٹیل ۔

نوکھ تھوٗن ۔ ٹینٛٹھ تھوٗنۍ ۔ ٹیل ہاوٕنۍ ۔ کَلام رَٹُن ۔ کام کَرُن ۔

نوکھ چارُن ۔ ۱۔ تَعزیر ہاوُن ۔ بَجَر ہاوُن ۔ تھیکُن ۔ ۲۔ دَستار بیتھ گَنٛڈُن

زٕ بٔنہٕ رِوزٕ بس نوکہ ہیوٚہ ۔ پیر لٔتہٕ
نیرُن ۔ ٹٔبل ہاوٕنۍ ۔

نوکہٕ دار ۔ ۱۔ کوٗنہٕ دار ۔ ۲۔ پینٹہٕ دار ۔ یُنہٕ پیوٚت
گٔڈِتھ آسہٕ ۔

نوکھَل ۔ [ <ف : نوک + ال ] ۔ پینٹہٕ دار ۔
یُتھ پیوٚتھ گٔڈِتھ آسہٕ ۔

نوم ۔ [ ن ۔ مۆل : نام <ف : نام ۔ س :
نامَہ ] ۔ ناوٕ ووٗل ۔ م : سہ چھہٕ نوم
تہٕ اوس اَکہ زوٚنا ٹٔیتہٕ ۔

نومرُن ۔ ژھوٚٹراوُن ۔ اِختِصار کرُن ۔

نونٹ ۔ [ ن ۔ مۆل : نانٹ < ؟ ] ۔ نیٚنہٕ پھوٚل ۔
ماز پھوٚل ۔

نونٹھ ۔ [ ن ۔ مۆل : نانٹھ <س : نَشٹہٕ ] ۔
موزوٗر ۔ بیتندی لد ۔ کوکور بہکور ۔
یُس کٔنہٕ بیمار سیٹھا بتہ مٔنج آسہٕ
گومُت ۔

نوو ۔ [ <س : نامَہ ] ۔ یُس ناوٕ چھہ یا چھہٕ
ناوٕ سوٚست ۔ م : چھہٕ نوو ۔

نوٕ دُرتھ ۔ [ م ۔ مۆل : نوٕ درت <ف : نُدرت ] ۔
عجیب ۔ عجائب ۔

نوٕ درتھ آسٕنۍ ۔ عجیب کینژھا اَتھ یُن ۔
تہٕ اَتھ لگُن یہ ہہ کانسہٕ دیچھُنے آسہٕ ۔

نوٕ درتھ ہاوٕنۍ ۔ ( ہزل ) کیٚنہٕ عجائبات
ہاوُن ۔

نوشر ۔ [ م ۔ مۆل : نوشس <س : سنُشا ] ۔
نیٚچوِ سٕنز آشِنۍ ۔

نوشہٕ باو ۔ نوشہٕ ہنٛد وُطیر ۔ وَرتاو ۔ حیا
دأرۍ ۔ نوشہٕ تون ۔

نوشہٕ تون ۔ نوشہٕ ہنٛد دأروی ہاژان
سیتۍ وَرتاو ۔ نوشہٕ ہنٛد ہیوٚہ وَرتاو ۔

نوشہٕ ہنٛدکر تہٕ دوہ پوٗشہٕ ہشہٕ ہنٛدکر
تہٕ دوہ پوٗشہٕ ۔ تہٕ دپتھ گو وقتس سیتۍ
سیتۍ چھنے پرتھ چیزس تبدیلی یوان ۔
یوسہٕ نوشس گوڈٕ ہشہٕ ماتحت چھنے
آسان پتہ چھنے سۄے مالکہ بنان
تہٕ کالہٕ موختار ہش چھنہٕ کٔنہٕ
گزنز ہنٛز آسان ۔

نوشس پہیایہ اَتھہٕ آیہ ۔ تہٕ دپتھ گو :
شر زہنہ ہیتۍ چھنے نوشس ورگس
اَژان ۔

نوشس تہٕ تھزٕرے ہشس تہٕ تھزرے
دیگ ڈزے وارکُس ۔ تہٕ دپتھ گو ۔
سستہ مان مان لگنۍ ، اَکھ اَکی سٕند
خاہ روزُن ۔ م : زٕ تھزٕ تہٕ گاڈٕ درٕ ۔

**نوٗش لوٗ نہٕ بار کھوٗرنَل ٲرِ توٗس ہوٗنٛڈر۔** نہٕ ڈیٚپھٕ گو: یُس چیٖز کٔنہٕ کارِک آسہِ نہٕ تمِیُک پیٹھ دِیار گالُن گٔیہِ حماقتھ۔

**نوٗقُص۔** [ن۔ مٔول: نوٗقص <ع: نقص]۔ ۱۔ کمی۔ خٲمی۔ ۲۔ خرٲبی۔ ناکارگی۔ ۳۔ پھُٹ۔ ڈٕکھ۔

**نوٗقص زَد۔** کھوٚٹ کار۔ یہِ نہٕ کٔنہِ لگہِ۔ کھٔنٛڈی پھُٹ۔

**نوٗقصان۔** [ن۔ مٔول: نوٗقصان <ع: نقصان]۔ ۱۔ چھۄتھ۔ خسارٕ۔ گاٹہٕ۔ ضایہٕ۔ چھوٗنیر۔ ۲۔ تَکلیف۔ اِذا۔ ضَرر۔ ۳۔ حَرجہٕ۔ ۴۔ دَدارٕ۔ بَربٲدی۔ م: نارَن گوٚر سیٹھا نوٗقصان۔

**نوٗقصانَس ژٕنہِ گژھنہٕ۔** بوٚڈ نوٗقصان گژھُن۔ مٔول تہٕ اَوٗنٛے اَڑُن۔ کھینہِ نہٕ اَتھہِ یُن۔

**نوٗقصان تُلُن۔** ۱۔ خسارٕ پیوٚن۔ گاٹہٕ گژھُن۔ ۲۔ تَکلیف واتُن۔ اِذا لگُن۔ ضَرر واتُن۔ دَدارٕ واتُن۔

**نوٗقصان دِنہٕ۔** ۱۔ سَفرٕ سٕہ سودا بیٚیہِ سٟتی خسارٕ گژھِو۔ گاٹہٕ پیٚیہِ۔ ۲۔ سٕہ یُس نوٗقصانَس پیٹھ آسہِ۔ تکلیف دِنہٕ وول۔

**نوٗقصان دِیُن۔** ۱۔ خسارٕ تُلُن۔ گاٹہٕ پیوٚن۔ ۲۔ ڈٔنٛڈ دِیُن۔

**نوٗقصان کَرُن۔** ۱۔ کٲم بِگراوِنۍ۔ حَرجہٕ کَرُن۔ چیٖز بیٖنہٕ خراب کَرُن یا راوراوُن۔ ۲۔ مال نوٗقصی گژھُن۔

**نوٗقصان گژھُن۔** چھوٚنُن۔ گاٹہٕ پیوٚن۔ خسارٕ گژھُن۔ چھۄتھ گژھنۍ۔ دَدارٕ پیوٚن۔ کانٛہہ چیٖز راوُن یا پھُٹُن بیٖنہٕ۔

**نوٗقصی۔** [مٔول: نوٗقصی <ع: نقص]۔ کھوٚٹ۔ یہِ نہٕ اَوٗر دوٗر آسہِ۔ نوٗقص زَد۔ کھٔنٛڈی پھُٹ۔ ناگہٕ بَلہٕ۔

**نوٗقطہٕ۔** [ن۔ مٔول: نوٗقطہٕ <ع: نقطة]۔ ۱۔ گرٕ سِندِ مُتھیٚک سازٕ بیٚیہِ سٟتی سٕہ گنٛڈُن روزان چھُ۔ ۲۔ نِشانہٕ۔ پھیوٚر۔

**نوٗقطہٕ تراوُن۔** پھیوٚر تراوُن۔ نِشانہٕ تراوُن۔

**نوٗقطہٕ کڈُن۔** ٹھیٚر ژٔٹنۍ۔ عاب ژارُن۔ نوٗقص ہاوِتھ دِیُن۔

**نوٗقطہٕ کَرُن۔** گرِس مُتھیٚک سازٕ گنٛڈُن۔

گرُگُنڈ طرس شُوُن۔

نوکتہ ہا۔ [ن۔ مؤل: نوکت ‹ع : نکتۃ ]۔
زانۍ جار (کتھ ہُند)۔ زانۍ ژ کتھ۔

نوکتہ چینن۔ ٹیپہ رُٹن وول۔ کیھ کڈن
وول۔

نوکتہ چینی۔ عاب ژھارُن۔ کیھ کڈن۔

نوکتہ چینی کرُن۔ غابٕچ کرُن۔ عاب ژھینی
کرُن۔

نوکتہ دان۔ کیھ کڈن وول۔ زانۍ جار
وایُن وول۔ ترُک۔ عقلمند۔

نوکتہ رُٹُن۔ کمزوری رُٹنی۔ نوقص کڈُن۔
غلطی کڈُن۔ کمزوری ہُنر کانہہ کتھ
بیترِ رُٹنی۔ ژُر رُٹُن۔

نوکتہ کڈُن۔ کمزوری نیٚنز کڈُنی۔ غلطی
کڈُنی۔ نوقص کڈُن۔

نوکتہ وُچھن۔ زانۍ جارس سٕتُن۔

نئے۔ ہ۔ [‹س : نِس۔ نہٕ۔ ہ]۔ ییچھ
اکھ برُونہہ لوگ نہٕ نکار ہُرژھو استعمال
سپدان۔ رم ا نئے دیوُر۔

نئے نگوُر۔ نکار نئے (اَپلس مَنز) تلئے۔
نکارِ روس۔ وُچھو "اَگوُر"۔

نئے نوک۔ ا۔ قلبٕچ ہیر۔ یُس فاتےٚ آسہ۔۲۔

ولاچار۔ مسکین۔ غریب۔

نئے پوُتر۔ ا۔ بےٚ اولاد۔ یُس نہٕ شُر مُر آسہ۔
لاماریث۔ ۲۔ یُس نہٕ کانہہ آسہ۔
بیکس۔

نئے پوُتر پان۔ دکُن پان۔ مُسافر۔ بیکس۔

نئے داغ۔ پننہٕ گُدرِ ہُنز کتھ۔ ییر
گُدر پوُرُت آسہ۔

نئے داغ پھرُن۔ پننہٕ نِس گُدرُنس پھیر
دِیُن۔ پننہِ دانۍ کانگر باوُن۔

نئے دیارس دوُگنی دیار۔ نہٕ دِتھ گو:
یُس نہٕ پوشہ آسُن تس چھ وہ زُم
دہ رُد کرِتھ دُسر پانس خرچ کرُن
پیوان/نہٕ کیاژ وُقتس پیٹھ پیلہ نہٕ
پانس چندس اوس سُہ چھنہٕ سرو حرک
فائید تلتھ ہیکان۔

نئے دیوُر/نئے دور۔ غریب۔ موحتاج۔
نادار۔ مفلس۔ کنگال۔

نئے زبان۔ یُس کم کتھ آسہ کران۔
ژھوپ انسان۔ شریف ہیٚنیو۔

نئے زبانی۔ چاردوے۔ گیُوُ۔ یُس نہٕ
کتھ ہیکہ کرِتھ۔ ژھوپ انسان۔

نئے زُو۔ نہٕ ہیکن وول۔ موردِ بلزہ۔ نوتوان۔

نٹے سنگ۔ یُس نہ پَروا کَرِ، ہیٹر ہینہٕ۔ لوٗب ہینہٕ دوٗل۔

نٹے سنگا۔ ۱۔ ننگے۔ ننتھ نوٗن۔ بے حیا پاٹھی۔ ۲۔ نہٕ دانہٕ۔ ننی پاٹھی۔

نٹے سنگا پاٹھی۔ ۱۔ بے پَروٲہی سان۔ ۲۔ بجہٕ پیٹھ تلنہٕ۔ پاسہ وِچھنے۔ ۳۔ بے شرم پاٹھی۔ بے حیا پاٹھی۔

نٹے ساتہٕ۔ ییتہٕ وِزِ یا ییتہٕ دوہہٕ نہٕ سات آسہٕ۔ کو وقتہٕ۔ بے موقہٕ۔

نٹے کھیتوپ۔ ۱۔ کو کور، بے کور، بے ڈَب۔ ۲۔ ٹٹھ۔ سوٗد۔ تزٕڈ۔ زٕڈ موٗنڈ۔

نٹے گوٗر۔ اَڈ گوٗر۔ یہ نہٕ جان گرِتھ آسہٕ آمُت۔

نیٹر۔ [< س: نِتیَہ]۔ لگاتار تسلسل۔ دوہہ دِش۔

نیٹہٕ نیم۔ دوہہ دِش کرُن۔ مذہبی رسوٗم بیتر۔

نیٹہٕ نیمہٕ کِنی۔ گنڈِتھ دوہہ دِش۔ گنڈِ پاٹھی لگاتار۔

نیٹر۔ [< س: اَنگُشٹھ]۔ ۱۔ نیوٗٹھ (الفاظک جمع)۔ ۲۔ باگرِنس منز کانٹھک عادتھ۔

نیٹر گَڈٕنی۔ کینہہ دِنہٕ وِزِ کانٹھ۔

نیٹر یار۔ سُہ ژھوٗٹ گدوٗم یُس وُزِمس ہٹِس گنڈان چھہٕ۔

نیٹہٕ نارر کوٗنجوس۔ آستہ کرِتھ ہٹھا کُش کُش خرچ کرُن۔ کمس یہٕ کام چلاوٕنی۔

نیچُو۔ [ن۔ موٗل: نیچوُ (س: نجہٕ+ اوُر/ نجوَ]۔ گوبُر۔ اولاد۔ پنن کوٹ۔

نیچوِ دود۔ اولاد آسنہٕچ بزہ۔ گوبر لمع۔

نیچوِ کھانٕدر۔ گوبر کھانٕدر۔ لڑکہٕ سُند یینہٕ دوٗل یا شادی۔

نیچوِ ہُنٕد بو۔ سُہ یُس کوٹ آسنہٕ کنی ننہٕ بُڈ پیٹھ آسن یا نہ بر اندر نیرِکس شوٗبہٕ نہٕ دایہ کرُن۔ سُہ یُس کور ہیفتہٕ شوٗبن نہٕ۔

نیچوِ واجنی۔ پوترہ موج۔ شُری واجنی۔ قسارِ لایق۔

نیچہ پُتر۔ [م۔ موٗل: نیچہٕ پُتر (س: بکشتر پُترکا]۔ جلتری۔

نیچھتور۔ [ن۔ موٗل: نیچھتر (س: نکشترا]۔ ۱۔ زوٗنہٕ ہُنٕد بُرج، گرٕہ ہٕندِ سات۔

نٹے سٹراو۔ [ن۔ موٗل: نٹے سراو (س: نِسراو]۔ یِہ کینٛتژھا شُراوس پیٹھ سورہ جندی۔

ناوُ دخا آراتھ کرِیزِ۔

**نیش** ۔ بے ۔ وٕرائے ۔ روٚس ۔

**نیش بوٚد** ۔ کم عقل ۔ بوٚڑ ۔ بێوُر ۔ ژٕھونڈُ

**نیش پتھر** ۔ بێ راہ ۔

**نیش پرٕنپتھ** ۔ بے بروسہٕ (اِنسان) بێ پرٕژھ ۔ یُس پہٕٹ شکہٕ آسہٕ ۔

**نیش پھل** ۔ ١۔ یتھ نہٕ پھل لگہِ ۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) یتھ نہٕ کینہہ ترٛنیر ۔ یتھ کانہہ نتیجہٕ نیرِ ۔ بێ سۄد ۔

**نیش پھل کرُن** ۔ (وُق بیتر) ضایہٕ کرُن ۔

**نیش پھل گژھن** ۔ ضایہٕ گژھن ۔

**نیش تیز** ۔ تیز روٚس ۔ بێ دۄد ۔

**نیش ژہن** ۔ ١۔ یُس نہٕ ژینہ ہبے جس نیتہٕ موٚمن ۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) یُس رٕنہ ژھجہِ ژھجہِ گژھہِ ۔

**نیش کپٹھ** ۔ یٔزی یوٗر ۔ یُس نہٕ کأنسہٕ فریب یا دنہٕ کیو دیہہ ۔ ایماندار ۔ کھوٚٹہٕ کھوٚٹا یہ روٚس ۔

**نیش کرٛے** ۔ یُس رٕزہٕ رواج آسہٕ نہٕ پالان ۔ یُس نہٕ کرٛے آسہٕ کران ۔

**نیش کل** ۔ ١۔ پوٗر پوٗر ۔ سالم ۔ کھنڈر رٕنہِ

وٕرائے ۔ ٢۔ کنج روٚس ۔ بێ غم ۔ لاپروا ۔ بے نیاز ۔

**نیش کارن** ۔ بے سبب ۔ بے وجہ ۔ بے مقصد ۔ فوٚنوٗل ۔

**نیش کال** ۔ ١۔ لافانی ۔ لازوال ۔ ٢۔ کھ وق ۔ خراب دوہ ۔ مُصیبتُک دوہ ۔

**نیش کال ڈیشن** ۔ کھ دوہ ہیٚنز مُصیبتہٕ یُن ۔

**نیش کال ہاوُن** ۔ کھ دوہ وُچھنہٕ ہیٚنز مُصیبتہٕ یُن ۔

**نیش کام** ۔ بے لاگ ۔ خود غرضی وٕرائے ۔ بے لوٗث ۔

**نیشد** ۔ وُچھو "نیشید" ۔

**نیشتر/نیچھتر** ۔ [ن ۔ توٗل ؛ نیشتر (س: نکشتر] ۔ ١۔ زوٗ نہٕ ہُند برج تہٕ تمہٕ وزرچ تارکھ بالگے ۔ ٢۔ سات ۔

**نیشتر گنزرنی** ۔ ستار باگے وُچھنی وُچھن زبردٕہنہٕ کُن کیا سپد ۔

**نیشٹھ** ۔ [(س: نِشٹھا] ۔ (کُنہٕ سیتی) درتھ ۔ (کُنہٕ شنز) لگتھ ۔

**نیشچے** ۔ [(س: نِشچیہ] ۔ ١۔ پکہ ارادٕ ۔ اطمنان ۔ ٢۔ یقینن ۔ پزٕ پأٹھی ۔ وسواسہٕ روٚس ۔

شَکہٕ رٕوس۔

**نیٖشچے تھوٗن** ۔ پکہٕ ارادٕ آسُن۔ اطمنان آسُن۔ پۆز پَروسہٕ آسُن۔ کانہہ شَک نہٕ آسُن۔

**نیٖنہٕ** ۔ [م۔ مۆل: نیٖن < ؟ ]۔ ناٹہٕ۔ ماز۔

**نیٖنہٕ بوکُت** ۔ پولُرشُر۔ ویٚوٹھ پۆٹھ شُر۔

**نیٖنہٕ بوچہٕ** ۔ ماز لوٗپُن۔ یُس الیٚ الیٚ کھٔرتھ ژھُنت آسہٕ۔ ویٚوٹھ پۆٹھ۔ پولُر۔ بیٚنی ماز لۆدُمت آسہٕ۔

**نیٖنہٕ پھوٗل** ۔ ناٹہٕ ہَن۔ مازپھوٗل۔

**نیٖنہٕ گُزُر** ۔ (شُری کتھ) زُنتھ ماز۔ زُنتھ ناٹہٕ۔

**نیٖنز میہٕ** ۔ نیٖتہٕ موٗمُن۔ یُس نہٕ وُژھ یا چالاکی آسہٕ۔

**نیٖنز میہٕ گی** ۔ نیٖتہٕ موٗمُن آسُن۔ چالاکھ نہٕ آسُن۔

**نیٖنز میہٕ لاگُن** ۔ بٔے جُرُتھ لاگُن۔ نیٖتہٕ موٗمن لاگُن۔

**نیٚوزِ** ۔ نیٖنز میہٕ۔

**نیٖب** ۔ [ن۔ مۆل: نیٖب < س: نجم]۔ ۱۔ بےٚ پَتاہ۔ نِشانہٕ۔ سَتھو پَتاہ۔ اَتا پَتاہ۔ ۲۔ اِشارٕ۔ ۳۔ نیال۔

**نیٖبس پیٚٹھ واتُن** ۔ ماتٕس پیٚٹھ یُن۔ دادِس پیٚٹھ واتُن۔ پتہٕ مس پیٚٹھ برابُر واتُن۔

**نیٖب تھوٗن** ۔ کانٕسہٕ کانہہ دَق مُشخص کَرِتھ کُن واتنک تھو پَتاہ دیُن۔ شیٚچھ تھَوٕنی۔ وادٕ تھوٗن۔

**نیٖب دیُن** ۔ ۱۔ پے وَنُن۔ پَتاہ دَنُن۔ ۲۔ نِشاندہی کَرٕنی۔ م: ژرٕ زُن دیُت نیٖب۔

**نیٖب روزُن** ۔ ۱۔ پے آسُن۔ پتہٕ آسُن۔ نِشانہٕ آسُن۔ ۲۔ نیال اُتی روزُن۔

**نیٖب لَگُن** ۔ ۱۔ پَتاہ نَنُن۔ پے یُن۔ کُنیٖنک یا کانٕسہٕ مُنَد تھو پَتاہ اَتھہٕ یُن۔ ۲۔ ژرٕنُن۔

**نیٖب نِشانہٕ** ۔ ۱۔ نیال۔ ۲۔ پے پَتاہ۔ پَتہٕ بیٚترٕ۔ خبَر اَتر۔ سَتھو پَتاہ۔

**نیٖب واتُن** ۔ پے پَتاہ یُن۔ خبَر واتٕنی۔ شیٚچھ واتٕنی۔

**نیٖب یُن** ۔ (کانٕسہٕ ہُند کُنہٕ جایہٕ آسنک) پے بوزُن، پَتاہ لَگُن۔ خبَر اَتر بوزٕنی۔ نِشانہٕ لبُن۔

**نیٖتھ** ۔ [م۔ مۆل: نیٖت < ع: نیہ]۔ وُچھو "نیٖتھ"۔

**نیٖنتھر** ۔ [ن۔ مۆل: نیٖنتھر < س: نیٖتر]۔

کأنسہٕ زُنِس (کھانٛدر) . کھانٛدرُک رَسِم ہُرِی شادنہٕ یِن . ہُرِی شاونک رَسِم .

نیترِ دزاو . یَس کھانٛدر کورُمت آسکھ .

نیترِ گَنٛتھ . مُنزِم بأرِی بِنٛز ادرِ یود کور یا گوٚبرَس کھانٛدر کَرنہٕ خأطرٕ بینٛز یِیرِ نِ . (کأنٛسہٕ) کھانٛدر کَرنٛچ گَنٛتھ بانٛنہٕ . نیتھر گَنٛڈنَس یا کَرنَس مُتلِق تجویز بیترِ .

نیترِ گَنٛتھٕ پِنہٕ . نیتھر باپتھ کُنہٕ طَرفہٕ کانٛہہ تجویز داتِن . کوٗر گوٗبرَس کَرنٛچ گَنٛتھ ووتھنہٕ .

نیترِ گَنٛڈُن . (کأنٛسہٕ ہِنٛدی) کھانٛدرُک رَسِم پوٗرٕ کَرنُک .

نیترِ گرٛاکھ . یَس کھانٛدر کورُمت آسکھ . بالِغ .

نیترِ گَنٛڈٕ گَنٛڈٕ . نیترٕچ گَنٛتھ گَنٛتھ .

نیترِ پھیرِنٛد . ۱. واتِہ مِتُر کوٗر . بالِغ کوٗر . کھانٛدرَس لایِق کوٗر . ۲. سۄ یُس نیتھر آسہِ یا یُس حال حالے نیتھر کورُمت آسہِ .

نیترِ وول . سُہ یُس کھانٛدر کَرُمت آسکھ .

نیتھرِ پأتھر . ۱. کھانٛدرٕ بیترِ . ۲. کھانٛدرُک شادِ یا نہٕ یا رَسِم .

نیتھرِ کُتھُن یُن . ۱. کھانٛدرٕ باپتھ وَنُن . ۲. (وُرگِہ) لکُن یُن .

نیتھر کَرُن . کھانٛدر کَرُن .

نیتھرِ گَنٛڈُن . نِشانٛد کَرنِ . نیتھر اَدرِ یِیر دِنُک وادٕ یقرار کَرُن .

نیتھرِ گرٛاکھ . وُچھِو "نیترِ گرٛاکھ" .

نیتھرِ میلُن . کھانٛدر بَنُن . نیتھر بَنُن .

نیتھرِ پأتھر گَنٛڈُن . ہُرِی شاوُن کھانٛدرُک رَسِم بیترِ پوٗرٕ کَرنِ .

نیچھ . [ مۄل : نیچھ < ؟ ] . ۱. رُت جان . ۲. کامیاب . پاس .

نیچھ وُن . [ ن . مۄل : نیچھِ وُن < ؟ ] . (کأنٛسہٕ ہُنٛد) تھپکُن . شَبٲش دِنٕ . (کأنٛسہٕ ہِنٛز) نیکہ نأمی وَنٕنی . نیشاوُن .

نیچھومُت . ۱. سُہ یٚمی ناد یادِ آسہِ کورُمت . یٚمی سِنٛز نیکہ شوہرتھ آسہِ . ۲. یُس نیکہ آسہِ . بنیوومُت . خوش مِزاج .

نیچھ ناوُن . [ ن . مۄل : نیچھناو < ؟ ] . رٕتہِ کھارُن . نیشاوُن . (لُوکَن) جان آسنُک پاس دیُن .

**نیر۔** [(س: نِریا] گرٛہہ (ژٕ گژھہ)۔لمٕ۔ لَٹاو۔ ژٕل۔ دِ قدم۔

**نیرُن۔** [ن۔ مؤن: نیر(س: نِریانٕہ)۔ اَرگژھن۔ لمُن۔ لَٹاوٕنی۔ ژٕلُن۔ قدم دیُن۔ کُنہِ منٛزٕ نیبر کُن گژھن۔ ٢۔ برٛونٛہہ گژھن۔ ٣۔ اِستیمالہٕ کنی دوٗر تأ بچھ سپدُن۔ نٔنداوُنہٕ یُن۔ ٤۔ نون گژھن۔ نموٗدار سپدُن۔ م: گٔژِ نیرٕ نیرُن۔ ٥۔ کُنہِ کٔنہِ سۄدُن۔ م: دلہٕ نیرُن ٦۔ کُنہِ منٛزٕ پھٕٹُن۔ ظاہِر سپدُن م: ہیلہِ نیرُن۔ ٧۔ کینٛہہ چیز ژٕلُن۔ دوٗر گژھن۔ م: نوٗس نیرُن۔ ٨۔ دوٗر گژھن۔ ژٕلُن۔ م: دماغ نیرُن۔ ٩۔ پوٗرٕ گژھن۔ اَنٛد واتُن (اَرمان بیترِ)۔ ١٠۔ کُنہِ کامہٕ ہیٚتھ گژھن۔ م: مانگیہٕ نیرُن، موٗزوٗرِ نیرُن۔

**نیبرٕ نٔہ گژھن۔** حد ڈلُن۔ ڈلہٕ ڈلی تھٔونُن۔ (اثر یا عادت بیترِ)۔

**نیبری نیبری گژھن۔** ١۔ حد برٛونٛہہ برٛنٛس۔ ٢۔ بجُن کامُن یا کَنھن منٛز ذٔرِس دیُن۔

**نیرِن کمال۔** ہیٚتِس کالس اِستیمال کرنہٕ پیٚیہ۔ یوٗت وُق کُنہِ چیزس بیترِ اِستیمال کرنہٕ نیرِ دار۔ گنجاییش۔ پوشن پاے۔ برکتھ۔

**نیرِن وَتھ۔** نیرِن پاے۔

**نیرِن وَتھ زانٛنی۔** لکھٕ گرٕی بوٗزنی کانسہِ ہٕندِ فیأضی یا شرانتگ ناجایز فایدٕ تُلُن۔

**نیرٕ وٕنی ہٕن زانٛنی۔** وُچھو: نیرِن وَتھ زانٛنی۔

**نیزٕ۔** [ن۔ مؤل: نیز (ف: نیزہ]۔ اَکھ زیوٗٹھ فوٗجی ہتھیار یتھ تیز پیوٗت آسان چھُ۔

**نیزٕ بَردار۔** نیزٕ تُلَن وول۔ نیزٕ لایَن وول۔

**نیزٕ دیُن۔** ١۔ نیزٕ لایُن۔ نیزٕ سیٚتی زخم دیُن ٢۔ (دۄرگہٕ پأٹھی) تیزٕ کتھ وَنٛنی یتھ سیٚتی دِلس سخ لگہٕ۔

**نیزٕ کِل۔** نیزٕ ٹھکُن یا ٹھکنہٕ یُن۔

**نیزٕ لگُن۔** سخ دِق واتُن۔ (کینٛہہ وولہٕ کتھ بوٗزتھ دِلس) صدمہٕ واتُن۔

**نیزٕ لایُن۔** کانسہِ کُن نیزٕ دیُن دأرِتھ۔

**نیست نابوٗد۔** [(ف: نیست و نابوٗد]۔ بِلکُل فنا

**نیست نابُود کَرُن۔** بیخ بُن یاد کڈُن۔ بِلکُل فنا کَرُن۔ نِشان نہٕ کُنہ تھوُن۔

**نیست نابُود گژھن۔** نیب نِشان نہٕ کُنہ روزُن۔ خاک تہٕ نہٕ روزٕنی۔ بیخ وُڈٕنی۔ نِشان نہٕ کُنہ روزُن۔

**نِیشِید۔** [<س : نِشِدّہ]۔ ممنوٗع۔ یَتھ مَنع آسہِ۔ یہٕ وَرزُن آسہِ۔

**نیکھ۔** [<ف : نیک]۔ ۱۔ رُت۔ اَزبر۔ جان۔ یُس رٕتی اَخلاق آسن۔ یِژر وَرتاوَن دول۔ ۲۔ یُس جان وُتیر آسہِ۔ شریف۔ خوش خولق۔ ۳۔ دیانتدار۔ ایماندار۔

**نیکس چھُ بَنٕنی نیکی بَکار یِوان۔**

**نیکس، چھُ بُتھ تہٕ نیکی یِوان۔** نہٕ دِیتھ گژھ: رٕتِس چھُ رُتُے بُتھ یِوان۔

**نیکھ پَکھ۔** لنوٗد تہٕ صاف۔ صاف دِلہٕ۔ سیزٕر پَزٕر دول۔

**نیکو کار۔** ۱۔ نیکی کَرَن وول۔ پرٕشند وَرتاوَن دول۔ ۲۔ ثواب گار۔ عابِد۔

**نیکو نیکی کَر بَد لَبہٕ پلنُے۔** تہٕ دِیتھ گژھ: انسٲنس پَزِ لیوُ رٕتُے وَرتاو کَرُن، بَدس میلِہ پانے تَسٕندِ سٕندِ سزا۔

**نیکھ اَختر۔** خوش قِسمَت۔ اِقبال بُلند باگُرُد۔ یُس رُت طالِع آسہِ۔ ڈیکہٕ بوڈ۔ تاٰیید بُلند۔

**نیکھ انجام۔** رُت اَنٛد۔ رٕتی پاٹھی اَندوٲتُن۔ رُت عاقِبَت۔ پَتِم گرٛ رٕتی پاٹھی گُذرٕنی۔ لِہاندار پاٹھی مَرُن۔

**نیکھ بخت۔** خوش قِسمت۔ نصیب دول۔ تاٰیید بُلند۔ ڈیکہٕ بوڈ۔ اِقبال بُلند۔

**نیکھ بَختی۔** خوش قِسمتی۔ ڈیکہٕ بَجر۔ اقبال بُلندی۔

**نیکھ نوٗر۔** رُت ظہوٗر۔ رُت دِیدار۔

**نیکھ نوٗر راوُن۔** رٕتِس کُن باوُن۔ سیزٕر وَتہٕ بُگُن۔

**نیکھ نوٗر نَژُن۔** رٕتِس کُن لاگُن۔ رٕژن کامن کُن اَتہ وَتہٕ لَگنی۔

**نیکھ خصلت۔** یَس رٕتی اَطوار آسن۔ خوش خولق۔ شریف۔ پاکھ سیرت۔

**نیکھ دِل۔** صاف دِل۔ مَنہٕ کینہ شوٗد۔ رُت یَژھن دول۔ رٕژر کانٛژھن دول۔ دِلدار۔ دِلبر۔

**نیکھ سات۔** مُبارک وِز۔ رُت وَق۔ شاد بَہار دوہ۔ بُہرِ بَژ گرٛ۔

نیکہ صَلاح ۔ رُت مَشوَر ۔ جان نصیحَتھ ۔ رُت دا ے ۔

نیکہ فال ۔ رُت شوگون ۔

نیکہ قَدَم ۔ مُبارک قَدَم ۔ یُسُند یُن بَجرُدار پیٹھ ۔ رٕژ زَنگ ۔

نیکہ مَشوَر ۔ وُچھو "نیکہ صَلاح" ۔

نیکہ مَاشِس ۔ ۱۔ خلاگک کھینہ دول ۔ ایماندار ۔ دیانتدار ۔ ۲۔ شریف ۔ یُس رٕتی اطوار آسِن ۔

نیکہ نام ۔ یُس رٕژ ناما داری آسہ ۔ رٕژر وُرتاونہ کِنی مَشہوُر ۔ توابچہ کامہ کَرنہ کِنی ناموَر ۔

نیکہ نامی ۔ رٕژ شوہرَتھ ۔ نیکہ کامہ کَرنہ کِنی مَشہوُری ۔

نیکہ نامی گیہ بیکہ دَولَتھ ۔ تہ دپتھ گو: توابچہ کامہ کَرنہ کِنی تہٕ رٕژر وُرتاونہ کِنی ناموَر آسُن چھُ بوڈ بَجرٕ تہٕ بُڈ بَختا داری ۔ رُت ناو چھُ بوڈ بَجر ۔

نیکہ نیتھ ۔ ۱۔ یُس بیٔیہ سِند خاطر رٕژر کانچھہ ۔ یُس رٕتی اِرادٕ آسِن ۔ یُس بیٔیس ہیٚبٹھ رٕژ اَمیتھ آسہ ۔ صاف دِلہ ۔ ۲۔ دیانتدار ۔ ایماندار ۔

نیکہ نیتی ۔ ۱۔ بیٔیہ سِند خاطر رٕژر کانچھُن ۔ بیٔیہ سِنز ترقی، وُچھتھ خوش گژھنچ حالَتھ ۔ بیٔیس رُت یژھُن ۔ ۲۔ دیانتداری ۔ ایمانداری ۔

نیم ۔ [ن ۔ مۆل : نیم (س : نیَمہ]۔ ۱۔ گژھنتھ طَریقہٕ ۔ گژھنتی ۔ رِواج ۔ دَستوُر ۔ ۲۔ وَرتھ پالُن ۔ کانہہ پانَس پیٹھ ذِمہ ہیتھ تَمُت لَزمول بیتر پوٗرٕ کَرنچ کام ۔

نیمہ رُوست ۔ ۱۔ بے اُصوُل ۔ ۲۔ یُس نہ کُنہ تہی رِواج بیتر آسہ پالان ۔

نیم تھوُن ۔ ناتہٕ تھوُن ۔ عِبادَتھ کَرنی ۔ پوزا کَرنی ۔

نیم دَرُن ۔ پوزا پاٹھ کَرُن ۔ عِبادَتھ کَرنی ۔ دوہ ہر رٕشچ مَذہبی کام کَرنی ۔

نیم رَچھُن ۔ دَستوُرٕ نیمبرٕ نیرُن ۔ رِواجس سیتی سیتی پکُن ۔

نیم کَرُن ۔ ۱۔ کانہہ اُصوُل یا بنیچ نیتھ کَرنی ۔ ۲۔ کُنہ ہیبٹھ دَزد گژھنی ۔ م:

نیما کَریتھ گَربا ..... ژٕتس کَرِباپنی ۔
تُنہ کُس باداری تھوَربا یتہ نفِس کَرتَل ہتی

(لل دیدٕ)

نیوی ۔ [< انگ : نیوی : NAVY]۔

بحری فوج ۔ سمندری فوج ۔

**نیبر** ۔ [< س : نر + دوار ] ۔ اندر نہ ۔ منز نہ ۔ ۲ ۔ بیون ، جدا ۔ الگ ، مجود ۔ ۳ ۔ دور ، حد اپور ۔ ۴ ۔ بالہ اپار ۔ ملکس اندر نہ ۔ ۵ ۔ نون ۔

**نیبر دراو** ۔ ۱ ۔ روسوخ وول ۔ یتھس داریاہن نہ رتھن لوکن سیتی وٹھن ہیکن آسہ ۔ ۲ ۔ یُس یتر پاٹھی گر دورے آسہ روزان ۔ ۳ ۔ یاوہ ۔ ۴ ۔ (زنانہ) یوسہ نہ شسترس آسہ ۔ آوارہ ۔ بدماشس ۔

**نیبر ژھٹن** ۔ ۱ ۔ (اندر پیٹھ) نیبر دارتھ دین ۔ ۲ ۔ (اندریم سرا) باوُن ، وَنُن ۔ ۳ ۔ (درگہ پاٹھی) بوس دین ۔

**نیبر ژھنُن** ۔ کڈُن ۔ دفا کرُن ۔ الگ کرُن ۔

**نیبر کڈُن** ۔ ۱ ۔ (اندر پیٹھ) نیبر داتناوُن ۔ ۲ ۔ بیون کڈُن ۔ کڈتھ ژھنُن ۔ دفا کرُن ۔

**نیبر گژھن** ۔ سفرس نیرُن ۔ پرملکس یا بیتیس شہرس گژھن ۔

**نیبر نیرُن** ۔ ۱ ۔ سفرس گژھن ، بیتیس شہرس یا پرملکس گژھن ۔ ۲ ۔ نیتر ہیتی ۔ نادان نیرُن ۔ ننگہ نیرُن ۔ ننگُن ۔ ۳ ۔ کانہہ کھٹتھ چیز نیبر نون گژھن ۔

**نیپُن** ۱ ۔ [ ن ۔ مول ۔ نیپ ] ۔ رکانسرا پھرُن ۔ فتنہ کرتھ مال ہیتھ کھیون ۔ یتھ لاگتھ پھرُن ۔ فریب دِتھ ہیتھ ژلُن ۔

**نیپُن** ۲ ۔ قابل ۔ ہوشیار ۔ زانکار ۔ ازرس داتن وول ۔

**نیتہ سوتھ** ۔ [< س : نیتہ سیتہ ] ۔ ۱ ۔ بے حس ۔ ۲ ۔ نیتہ موہُن ۔ نینز مہ ۔ زوہ تر ۔ ۳ ۔ ڈڈ ۔ مڈ ۔

**نیتہ سوتی** ۔ بے حسی ۔ نیتہ مومنیار ۔

**نیتہ مومن** ۔ [ ت ۔ مول : نیتہ موہن ] ۔ ۱ ۔ زوہتہ ۔ بے حس ۔ نینز مہ ۔ نیتہ سوتھ ۔ ۲ ۔ یُس نہ کامہ وزِ ژرژنگ گژھ رژتھ ہیوہ گومت ۔ ۳ ۔ ڈڈ ۔ مڈ ۔

**نیتہ مومنیار** ۔ بے حسی ۔ نیتہ سوتی ۔ پانس لختہ گژھنچ حالتھ ، روزتھ گژھنچ حالتھ ۔

**نیتہ نیم** [ ن ۔ مول ؛ نیتہ نیم ] ۔ دوہدش عمل ۔

**نیتہٕ نیمی ۔** دہ ہٕرِس عمل کرُن دول لگاتار، تسلسُل۔

**نبتُن ۔** [ن۔ مول: نبت <س: نکرتنتہ]۔ ۱۔ اگتِس یا ژھاولِس بیترِ کاڑِ سیتی موُن تلُنی۔ نبتھ ہینٛی۔ ۲۔ (درگ یاٹھی) پوٚتس یا جاداد بیتر ہیتھ ژلُن، کھینی نہٕ تھوُن۔ م: ژوٗرن تزدُوس نیٚتتھ۔

**نیٚو تمُت ۔** یس موُن آسہ ہیتہٕ آمُت۔

**نبتھ ١۔** [م۔ مول: نبت <س: نکرتہ] (نکرن)]۔ ۱۔ موُن۔ جنھ۔ ۲۔ سوہون یوسہٕ تیر نبتَن وٲلِس مادنہٕ کتی دوان چھہ۔

**نبتھ نوٗن ۔** ۱۔ ننگے۔ عُریان۔ یُس نہٕ کھینی نالی آسہ۔ ۲۔ نادار، مُفلِس۔ نینٛد ژور۔ اتھ چھوٗن۔ ۳۔ ننگر۔

**نبتھ نوٗن گرٛھن ۔** ۱۔ ننگہ گرٛھن۔ سرِس ناش گرٛھن۔ ۲۔ (درگ یاٹھی) ہیٹھا غریب گرٛھن۔ نالی یلون ستنب نہٕ صورتھ روزنی۔

**نبتھ تُلُنی ۔** کھہ بُری کرنی۔ مُفتُے فایدہ تلُن۔

**نبتھ ہینٛی ۔** (کاتہٕ) مُفتُے فایدٕ تُلُن۔ (کاتہٕ) موُزور بڑوستُے کام کرناوُن۔ کُھہ بُری کرنی۔ ناجایز فایدٕ تُلُن۔

**نبتھ ٢۔** [<س: نلنیتہ]۔ لگاتار، تسلسُل۔

**نبٹھ، نبوٹھ ۔** اَنٛجھ ڈبُٹھ تہٕ ژعوٹ اوٚنگج (یوسہٕ کسہٕ مُقابلہٕ دوٚیمہٕ اَندٕ آسان چھنہٕ)۔

**نبٹھہٕ ۔** [<س: انگُشٹھ]۔ ۱۔ تیلنگہ۔ چالاکہ۔ تیز۔ یُس پننِس دَبس خبردار آسہ۔ ۲۔ ژعلہٕ گور۔ ٹھگ۔ دودھ باز۔ جال ساز۔

**نبدرش ۔** [ن۔ مول: نبدرش <س: نِدرشنہ]۔ یہ وُچھتھ کھوٗرُن یہ، یار بیٚہی۔

**نبدرش وچھُن ۔** تہٕ وُچھُن ییمہٕ سیتی کھوٗرُن یہ، یار بیٚہی۔ کینہٕ دھکھزار وُچھتھ ہابتھ ہیٚن۔

**نبدرش ہاوُن ۔** کینہٕ دھکھزار ہاوتھ یار بیہناوُن۔

**نبدان ١ ۔** [ن۔ مول: نبدان <س: نِدھانہ]۔ ۱۔ خزانہٕ۔ راش۔ ۲۔ بڑنہٕ پیٹھی زیٹھرُن۔ مُبالغہٕ۔ کھزٕ۔

**نبدان لائِن ۔** کھزٕ دِنی۔ اپز کتھ بہالاونی۔

ڈلیپس وٗنہنز- راد بُرتھ دِنۍ۔

نبدان ۲۔ [ ن ۔ مٗل : نبدان > س : نِدانہٕ ]۔ ۱۔ داد ٕ نک تشخیص۔ ۲۔ بنٛز یادٕری تسیب ۔

نبر — [س : نِر] بےٚ، تۓ۔ وراے۔ روٚس۔ بغأر ۔ م : نبراکار ۔

نبراباس۔ باسہٕ روٚس۔ باسنہٕ روٚس (دٕے)۔

نبرادر۔ بے عزتی۔ اپمان ۔

نبراکار۔ آکار روٚس۔ یُس یَتھ نہٕ کانٛہہ (مادی) شکل آسہِ۔ اکاے (دٕے)۔

نبرائے ۔ رُوگہٕ روٚس۔ یُس نہٕ کانٛہہ مرض یا بیماری آسہِ۔ یُس نہٕ کانٛہہ کُھر یا نُقص آسہِ۔ اوٗر دوٗر۔

نبرابمان ۔ یُس نہٕ دَرٕ بَرٕ آسہِ۔ یُس نہٕ ژھوٗکی آسہِ یُس نہٕ تکبُر آسہِ۔

نبربل۔ کمزور۔ یُس نہٕ پوٗشتھ ہیکہِ۔

نبردن۔ دٕنہٕ روٚس۔ غریب۔ نادار۔ کنیٛدٕ ٹھور۔

نبردوش۔ بےٚ قصوٗر۔ بےٚ گوناہ۔ بےٚ خطا۔ بےٚ تقصیر۔

نبرزلاکاہ ۔ نہٕ ہیٚڈ زُوٗ نہٕ پچھ کاہ۔

نبرزن ۔ [ > س : نِرجَنہٕ ]۔ یتھِ نہٕ کانٛہہ بسان آسہِ۔

نبرگُون ۔ گُن لوٗتھوٗد۔ کمینہٕ ذاتھ۔

نبرلیپہٕ ۔ یُس نہٕ کینہہٕ لور آسہِ۔ بےٚ خطا۔ بےٚ تقصیر۔

نبرلوٗب۔ لاطمع۔ یُس نہٕ کانٛہہ لالچ آسہِ۔ بےغرض ۔

نبرمُل ۔ مٕلہٕ روٚس۔ صاف ۔ شوٗد۔ پاک۔ کھوٗٹ کھوٗٹایہٕ روٚس۔

نبرمال۔ سُہ آب یُس گوڈٕ دِتھ یا پوٗزٕ ایہٕ لاگنہٕ کُن لِہ بیتر ییہٕ ترٛاونہٕ۔

نبرمالٕگرُن ۔ نبرمالگ آب لاگنہٕ کنہ استیمالس لایق نہٕ تھوٗن ۔

نبروار۔ یُس نہٕ کانٛسہٕ ہُندٕ دلس روزِ۔ یُس نہٕ کانٛسہٕ ہُند بُغض یا حسد آسہِ۔

نِرنتر۔ پوٗنس پتھ۔ ژھیدٕ روٚس رُگاتار۔ متواتر۔

نبراپرا۔ ۱۔ ممرا۔ خالص ۔۲۔ سوٗشیٚنہٕ گرنۓ۔ بوزٕ شوٗز گرنۓ ۔

نبراشس۔ [ > س : نِراشہٕ ]۔ مُویُس۔ نادمید۔ ناکام ۔

نہبر۔ تالوٚچہ ورامہ یمہ دِیانہٕ نہبر ترٛاونہٕ
یِوان چھُنہٕ تہٕ یمن پیٹھ کانٛہہ تراونہٕ
یِوان چھُنہٕ ۔ پٔشہٕ کہٕ ڈیٖکہٕ چہِ کرٚ۔

نبرٕنے۔ [ن۔ مۄل: نبرٕنے <س: نِرنٛیہ]۔
فٲصلہٕ۔

نبروان۔ [ن۔ مۄل: نبروان <س: نِروانٛ]۔
(بُدمتہٕ مُطابِق) نجات۔ موکھتہٕ۔

نِبرخ۔ [ن۔ مۄل <ف: نرخ]۔ ا۔ مُل۔
باو۔ قیمتھ۔ ۲۔ شرح۔ ریٹ۔

نرخ نامہٕ۔ قیمژن ہٕند فہرِس۔ ریٹ لِسٹ۔
مولہٕ سارِن۔

نِرخ نیٖرُن۔ کُنہِ اِدارٕ یا سرکارکہِ طرفہٕ
چیٖزَن ہُند مول مُشخص کرنہٕ یُن۔
چیٖزَن ہُند مول مُشخص کرِتھ رائج
سپدُن۔

نبرخہٕ ہیٚر پھیر۔ باوہٕ ہیٚر پھیر۔ قیمژ فرق۔

نبسترٕ، نہبسر۔ [م۔ مۄل: نہبسر <س: نہ+شر
مَرا]۔ گوب نیٚندرٕ۔ سخ نیٚندرٕ۔
مس نیٚندرٕ۔

نہسر آسُن۔ تژ نیٚندرٕ آسن۔ مس
نیٚندرِ آسُن۔

نہسرٕ پیٚنۍ۔ ا۔ گوب نیٚندرِ آسُن۔ مس
نیٚندرٕ پیٚنۍ۔ ۲۔ (وده ہوتہٕ) مرُن۔
م: ہپیا نہسر۔

نِلسار۔ [<س: نِساز]۔ یتھ نہٕ تلہٕ
کُنہ کینژہ نیٚر۔ یتھ نہٕ کُنہِ یاد دے
آسہٕ۔ یتھ نہٕ کینژہ ترٛیا پھل نیٚرِ
نو مۄل۔

نِسبتھ۔ [<ع: نسبۃ]۔ ا۔ ہشر۔ مُطابِقتھ۔
مُشابہہتھ۔ ۲۔ تولُق۔ لگاو۔ واسطہٕ۔
۳۔ رِشتہٕ داری۔ ۴۔ مُتلق۔ بابتھ۔

نِسبتھ دِنۍ۔ کانٛسہٕ یا کُنہِ سیتۍ تشبیہہ
دِنۍ، ہشر دِنۍ، تولُق ہاوُن۔

نِستار۔ [<س: نِستار]۔ ا۔ (کامہٕ ہُنڈ)
اَند واتُن۔ (کامہٕ نِشہٕ) موکلُن۔ ۲۔
موکلُن پایہ۔

نِشچھا۔ [م۔ مۄل: نِشچھا <س: نِشچہا]۔
یژ پژھ۔ شرٛدا۔ اعتقاد۔ یقین۔

نِصف۔ [مۄل: نِصف <ع: نِصف]۔
اَڑ۔ اوڈ۔ نیٖم۔

نِصف شب۔ اڑراتھ۔

نِصفا نِصف۔ برابر اَڑ۔

نِبکور، نبکر۔ [ن۔ مۄل: نبکر <؟]۔
کچ ٹیب۔

نہکور۔ [ن۔ مؤل؛ نبکار < س: نہ+آکار]۔ کوٗ کور۔ بیکور۔ بدصوٗرتھ۔

نہ کور بہ کور۔ کو کور بیتر۔ اُذنشر کھوٗنشر۔ بدصوٗرتھ۔

نبکمہ، نکمہ۔ [ن۔ مؤل: نہکم < س: نہ+پراکرت: کممہ < س: کرمہ]۔ کمزور۔ ناتوان۔ نہ ہکن وول۔ ضعیف۔ زرد۔ یُس نہ لایقِ کار آسہ۔ لیوٗرہ۔

نہلم۔ [ن۔ مؤل: نہم < آوازِ پہٹھ] گرزدٹھ والنیچ آواز۔ ہبنگلاو ننج آواز۔

نہم کرُن۔ ہبنگلِتھ ژھنُن۔ ہبنگلُن۔ نبنگلاوُن۔

نہمتھ۔ [م۔ مؤل: نہمت < س: نمِتّہ]۔ ۱۔ نیب۔ نِشانہ۔ پے۔ ۲۔ اَژُ سپُنز بیان۔

نہمتھ دِنی۔ ۱۔ نیب دیُن۔ نِشانہ ہاوُن۔ ۲۔ ثابِتھ کرِتھ دیُن۔ ہاوی ہادی دیُن۔

نہمتھ وَنُنی۔ ۱۔ ہاوِتھ دیُن۔ ہاوی ہاوی دیُن۔ نیب دیُن۔ ۲۔ بہانہ وَنُن۔ ہیتھ ژھارُن۔

نہمنترن۔ [ن۔ مؤل: نہمنترن < س: نمنترنہ]۔ داوَتھ۔ سال۔ سالُس پرژھن، دیُن۔

نہمنترُن۔ [< س: نِمنترنہ]۔ سال کرُن۔ سالُس پرژھُن۔ داوَتھ کرِنی۔

نہماز۔ [م۔ مؤل۔ نہماز < ف: نماز]۔ مُسلمانَن ہنز عِبادتھ۔ مُسلمانَن ہنز پانژَن وقتَن روزانہ عِبادژ ہُنْد ناو۔

نہمازِ پَتیٖج۔ جائے نہماز۔ سُہ پلو یا پَتیٖج یتھ پیٹھ نہماز پران چھِ۔

نہمازِ جنازِ۔ سُہ نہماز یوسہ اِنسانہ رُزِتھ موردس پران چھِ۔

نہمازِ ڈبکہ۔ ۱۔ نہمازِ گُزار۔ عابد۔ ۲۔ خوشوُن ڈبکہ۔

نہمازِ راد۔ وُچھو: نہمازِ پَتیٖج۔

نہمازِ وَق۔ (نہمازِ ہِنْدِ لو) پانژو وقتو أندرِ اکھ وَق۔

نہماز ژُٹِنی۔ سَلام پھِرِنہ برونٹھ کُنہ، اِشارِ یا کانہہ کام بیتر کرِنہ سِتی نہمازِ ہُنْد سِلسِلہ ژھٹراوُن۔

نہماز گزار۔ ۱۔ باقاعدگی سان پانژَوے نہماز پرَن وول۔ عبادتھ گزار۔ ۲۔ ایماندار۔

نہماز ہیٖنی۔ ۱۔ جماعژ سِتی یُور نہماز پرَنُک

موذِ یُن۔ نِماز دَقتہٕ جماز سِتۍ بِل گژھن۔ ۲۔ گُنہٕ جایہِ نِمازہٕ بَرِ ژ جایہِ آسن۔ م: نِماز بِہو نہٕ مَقبرس مِیٹھ۔ (رِہز لہِ) کھبنہٕ چِنہٕ رۆ سنۍ گُنہٕ گرس گُن لگُن۔

نِمازی۔ نِماز پَرن وول۔ نِمازِ گُزار۔ پُژ نِماز پَرن وول۔

نِمِتہِ۔ [س < نِمِتَّ]۔ خاطِر۔ باپتھ۔ پُژھو۔

نِمہٕ زولہٕ۔ نیتِز مہٕ۔ سُست۔ کاہِل۔ لیوزہ ٹُہ۔

نِنِند ہٕا۔ [م۔ مۆل : نِنِند < ؟ ]۔ بَتہٕ لاکھ۔ اَکِہ کالُک کھین۔

نِنِند ہٕ۲۔ [م۔ مۆل ، نِنِند < س : نِرِداتِرِ نِرِدرِ]۔ اِل ڈۆرِ نِنز کِچھ بِستر کَڈ نِچ کام۔

نِنِندِ کَڈُن۔ دال ڈۆز نِنِند دِتھ مہ کلاوُ۔

نِنِندِ وُسُن۔ ۱۔ نِنِند دِنی۔ نِنِند کَرِنی۔ ۲۔ ڈُرَبس دُسُن۔

نِنِندِ باتھ۔ تَم ہُرِ بِستر یِم نِنِندِ رِکِ گِبوان چھِ۔

نِنِند دراو۔ ۱۔ یَتھ زِلالس نِنِند ژِرمِژ آسہِ۔ ۲۔ کِچھ بِستر یُس نِنِند دِتھ دال ڈۆرِ مُنزِ کوڈُمُت آسہِ۔

نِنِندِ قاب۔ سُہ بانہٕ یَتھ اَندر نِنِندرِس بَتہٕ نی دِ۔

نِنِند کاد۔ ۱۔ نِنِندرِ رِ۔ نِنِندِ کَرن داک۔ ۲۔ تَم یِم نِنِند دِنہٕ والبن پَلزَن۔

نِنِدا۔ [س < نِنِدا]۔ غائبتہٕ۔ وَنادُنی۔ بَد گُفتُرُن۔

نِنِندُر۔ نِنِند دِنہٕ وول۔ نِنِند کَرن وول۔

نِنِندُن۔ اَکِہ قِسمِچ ترکاری یَتھ نَل زِ لِچھ تہٕ مۆدُر چھُ آسان۔

نِنِندُن ووستہٕ ہاکھ۔ یِکہٕ دَٹہٕ رَدمُت نِنِندُن تہٕ دوستہٕ ہاکھ۔

نِنِنگ۔ [م۔ مۆل ، نِنِنگ < ؟ ]۔ ۱۔ وِز۔ کال۔ وَق۔ ۲۔ لَٹہٕ۔ پھیر۔ پھیٖر۔ ۳۔ بَتہٕ ڈنگ۔ بَتہٕ لاکھ۔

نِنِگہِ وُسُن۔ بَتہٕ لاکھ کھین۔

نِنِنگُر۔ وِزِ۔ وَقتہٕ۔ ساتہٕ۔

نِنِنگُر۔ ہ۔ بُڈِ اِدرارِچ گَٹ۔ مَل گُٹ۔

نِنِنگُر۔ [ن۔ مۆل : نِنِنگر < س : نِگرنہٕ]۔ ۱۔ گرہٕ ٹھہٕ نِنگلاوِ نِنگلاوِ کَتھ کَرن دول۔ ۲۔ شُکری۔ ژھۆکی۔ گَنڈی۔ ۳۔ اَکھ کاشُر کرام۔

نِنگلاوُن۔ [ن۔ مۆل : نِنِنگلاد < س : نِگلنہٕ]۔

۱۔ گبگہٕ ہوٗن واٗلُن۔ گوٗدٕ لٹھو واٗلُن۔ ہر واٗلُن۔ ۲۔ گرد پُس گرُن۔ ییٚب کرُتھ کھیوٗن۔

نبنگلُن۔ [ ن۔ مُول : نبنگل < س : نِگلنہ ]۔ وُچھو " نبنگلاوُن "۔

نبنگلتھ ژھٕنُن۔ ۱۔ ژاپھ دِنے ہر ہوٗن واٗلُن۔ ہضم کرُن۔ گبگہٕ ہوٗن واٗلُن۔ ۲۔ ییٚب کرُن۔ ییٚب کرِتھ کھیوٗن۔

نبنگلو ومُت۔ ہضم کوٗرمُت۔ کھیومُت۔ شرٛ دِ پرووُمُت۔

نبول۔ کہ تکہٕ تہج۔ دَن ژٕ ٹھ کہ نکج ہج۔

نبوارکھ۔ [ ن۔ مُول : نبوارک < س : نِوارکہ ]۔ ۱۔ دکھ بیترِ آسان وول۔ ۲۔ پاپھ بخشن وول۔ بخشن ہار۔

نبوارُن۔ [ن۔ مُول : نبوارن < س : نِوارنہ ]۔ کانٛہہ کھری دار ساپہ یا کام بیترِ جل جل سپداوُنچ عمل۔

نبوارُن کرُن۔ دوٗر کہ بیترِ دوٗر کرُن۔ بلاے بیترِ کاسٕنۍ۔

نبوارُن۔ ۱۔ دکھ کاسُن، دوٗر کرُن، مو کلاوُن۔ ۲۔ گوناہ بخشن۔ ۳۔ بار خودایا پاپھ نبار۔

نبواس۔ [< س : نِواسہ ]۔ ڈیرٕ بسن جاے۔ روزن جاے۔ گرٕ۔

نبواس کرُن۔ ۱۔ روزُن یا پننہ ڈیرٕ دِین۔ ۲۔ بسٕنے کرنی۔ بسُن۔ روزُن۔ گرٕ کرُن۔

نبواسی۔ [< س : نِواسی ]۔ بسکین۔ باشنٛدٕ۔ روزن وول۔

نبہہ طہٕ۔ [م۔ مُول : نبہہ < س : نِشا ]۔ ۱۔ راتھ۔ ۲۔ راژ ہند اَنہ گوٹ۔ ۳۔ نیٚندرٕ۔ شونگ۔

نبہہ اَنہنی۔ ژٕلراوتھ یا لارژٕ اَنہنہ بیترِ دوٗر راتھ پادِنی۔

نبہہ پینٛز۔ نیٚندرٕ پینٛز۔

نبہہ پھوٗل۔ گاشس پھولوٗنے۔ مُبحٲے۔

نبہہ ژراو۔ ۱۔ نکہ نکہ گاشہٕ دژامُت یا پھوٗلمُت۔ بیترِ مہ ہیہر پھوٗلمُت۔ گاشس پھولُنے ما اَنہ گٹی)۔ دژامت۔ ۲۔ گاشہراوُن۔ گاشس ہیٚوٗہ ٹس اَدہرِ زانہ کاشہٕ ہیٚوٗ گنی نیران چھ۔

نبہہ گھٹہٕ۔ داٗرٕ ہُنز گرکو۔ ہُنز مرہٕ بہرہ اَنہہ اَزبخنہٕ

نبہہ ہرٕ۔ ۱۔ راتھ ہینی۔ راتہ ہُنز راتھس

**نیارٕ۔** [<ہ : نیارا]۔ ۱۔ لوّب۔ بیوّن۔ اَلگ۔ بے نیاز۔ ۲۔ عجیب۔ وپرلہٕ۔

**نیارٕ تھوُن۔** اَلگ تھوُن۔ بیوّن تھوُن۔

**نیارٕ روزُن۔** ۱۔ لوّب روزُن۔ ۲۔ بے لاگ روزُن۔ دِل چسپی نہٕ دِنہٕ

**نیارِتُن۔** [<س : نکھ + کرنہ]۔ نآوِد نُندر نُم کاسنک ہتھیار۔

**نیاس ۱۔** [ن۔ مٕول : نیاس <س : نیاسہ]۔ اَمانتھ۔ کانٛسہِ حوالہٕ۔ عارِیتھ کانٛسہِ اَتھہِ۔

**نیاس تھوُن۔** اَمانتھ تھوُن۔ عارِیتھ کانٛسہِ اَتھہِ تھوُن۔

**نیاس ۲۔** [ن۔ مٕول : نیاس <س : نیاسہ]۔ پوٗزایہ وِزِ بدنکہِ اَنگ شوٗزراوُنہٕ باپتھ ہیٚنٛدِ ہٕنز اکھ کرِیا۔

**نیاس ۳۔** [ن۔ مٕول : نیاس <س : ناسا]۔ ۱۔ دار یا دَروازٕکہِ پیٚنٛٹھِمہِ اَنٛگچ پاو۔ ۲۔ ڈوٗرِنٛک بوٚنیُم حِصہٕ۔

**نیال۔** ۱۔ کیتھ کُن موٗرِ توٗمُت۔ ۲۔ ہٕلی سِنٛدِس تحویلس مَنٛز نٔودیِ مٕتِس تیٚرِ سٕنٛز کھل۔ ۳۔ نِشانہٕ۔ داغ۔ سُراغ۔

**نیال گالُن۔** مولہٕ موٗشہٕ ختم کرُن۔ ییٚب نِشانہٕ نہٕ باقے تھوُن۔ یُتھ کُن نہٕ کینٛہہ تہٕ موجود تھاوُن۔ ژوٗک ہیٚتھ گالُن۔

**نیال نہٕ روزُن۔** مولہٕ موٗشہٕ ختم گژھُن۔ ییٚب نِشانہٕ تہٕ نہٕ روزُن۔ یُتھ کُن نہٕ کینٛہہ تہٕ روزُن۔ ژوٗک ہیٚتھ وُڈُن۔

**نیال ہاوُن۔** ۱۔ نِشانہٕ ہاوُن۔ سُراغ ہاوِتھ دِیُن۔ ۲۔ نٔودیِ مٕتِس تیٚرِ سٕنٛز بٔنٛتہٕ ہاوٕنۍ۔

**نیامَتھ۔** [م۔ مٕول : نیامَت <ع : نعمت]۔ ۱۔ برکتھ۔ برژر۔ پھٔزیٚر۔ ۲۔ آرام۔ سوکھ۔ راحتھ۔ ۳۔ رُت کھیٚن۔ ضیافتھ۔

**نیامتس تھوکہٕ ژھٕنٛنہٕ۔** سوکھس نہٕ قدٕر زانُن۔ رتِس دکہٕ دِیُن۔ آرامس لتہ دِنۍ۔

**نیاوُن۔** [<س : نے نہٕ]۔ ۱۔ کانٛسہِ اَتھہِ واتناوُن یا سوزُن۔ ۲۔ ہیٚتھ ژلراوُن۔ کانٛسہِ اَتھہِ کھیاوُن۔ ۳۔ جیل سوزُن۔ نخالس لدُن۔

نیٖاے ۔ [ن ۔ مؤل : نیاے < س : نیایہٕ]
۱۔ تَناز ۔ فَساد ۔ لڑٲے ۔ ٹنٹہٕ ۔
۲۔ کَتھ کَتھ ۔ تکرار ۔ مُزکری ۔
بَحثا بحثی ۔

نیاپہ نیاے ۔ ہَرٕ ہَرٕ ۔ بحثا بحثی ۔
صِرف تناز ے یاتِی ۔ ٹنٹس پیٹھ ٹُنٹہٕ ۔

نیاے اَنٛدُن ۔ تَنازَس فاصلہٕ گژھن ۔ جگرٕ لگن ۔ مُقدمہ موکلُن ۔ لڑٲے بہٕتھٕ ۔

نیاے اَنٛزرُن ۔ (مُقدمَس) فاصلہٕ کرُن ۔ فَساد بیٖہناوُن ۔ جگرٕ مُکاوُن ۔ تَنازہ موکلاوُن ۔

نیاے بِہُن ۔ تَنازٕ خَتم گژھن ۔ فَساد موکلُن ۔ ہَرلو تیٚز ۔ لڑٲے بِہنی ۔

نیاے پیٚوُن ۔ فی پیٚوُن ۔ پھیرٕ ہیوٚن ۔ مَسلہٕ بُتھٕ یُن ۔ کھُریُن ۔

نیاے تلُن ۔ تَنازٕ کھڑا کرُن ۔ فَساد تُلُن ۔ ٹنٹہٕ لاگُن ۔ خوٚ جبہٕ کرٕنۍ ۔

نیاے زیٚچھُن ۔ مَسلہٕ ڈرا ٲے کھُری دار بنُن ۔ تَنازَس زیٚچھرٕ لگُن ۔ لڑٲے بیٚییر ہُنا پھٲہلنۍ ۔

نیاے ژٕلُن ۔ فَساد بِہُن ۔ مَسلَس کانٛہہ حَل اَتھہ یُن ۔ تَنازٕ اَنٛدُن ۔ مُزکری دوٗر گژھنۍ ۔ لڑٲے یا جگرٕ ترٕ روزُن ۔

نیاے ژھیٚپُن ۔ مَسلہٕ اَنٛدٕ تھٕ ترٕ دونی مِسکرُک کانٛہہ وَجہہ روزُن ۔

نیاے کرُن ۔ تَنازٕ تُلُن ۔ فَساد کرُن ۔ خوٚ جبہٕ کرٕنۍ ۔ ٹنٹہٕ لاگُن ۔

نیاے کاسُن ۔ تَنازَس حَل دیُن ۔ جُگرٕ اَنٛزراوُن ۔ جگرٕ مُکاوُن ۔ مُزکری دوٗر کرٕنۍ ۔

نیاے موکلُن ۔ مَسلہٕ اَنٛدُن ، حَل گژھن ۔ تَنازٕ ژٕلُن ۔ یتھ پیٹھ ٹنٹہٕ آسہٕ ترٕ اَنٛدمُن ۔

نیاے نٕنُن ۔ فَسادُک وَجہہ نٕنُن ۔ اَصلی تَنازُک باعِثہٕ کھُرسیدُن ۔

نیاے وٕچھُن ۔ سام ہیٚنز تَنازٕ کتھہ پیٹھ چھُ ۔ فَسادُک گوڈٕ وٕچھُن ۔

نیاے ووٚتھُن ۔ ٹنٹہٕ ووٚتھُن ۔ جگرٕ ووٚتھُن ۔ فی پیٚوُن ۔ پھیرٕ ہیوٚن ۔

نیاے ہیوٚن ۔ مُلکٕ کِنہٕ مُلکس اَنٛدر زنٛگ ژھیٚنِتھ پان لڑا پہٕ مُنزٕ پھساوُن ۔

**نیٚشام۔** [م۔ مٲل: نیشام (؟)]۔ کٔنیٖو یا کُترِ ژُو وہ کھُل یتھ مٔنٛز مسالہٕ شیٖر شٔربتھ مینٛز ژھٕٹی ترٕ۔

**نیٚک۔** [مٲل: نِک (س: نِکتہٕ۔ م: پنجابی: نِکا]۔ ١۔ آڈٕ باڈٕ کٔنی کم۔ بارٖیکھ زاوُل۔ ٢۔ نوزُک۔ توٚنُکھ۔ کمزور۔ ٣۔ لوٚکٕٹ شُر۔ لوٚک۔

**نیُک نیُک۔** لوٚکٕٹ پٔھتٕر۔ رَژھ پھیتٕر۔ زاوُل زاوُل۔ ہلکہٕ ہلکہٕ۔

**نیُک نیُک کرُن۔** مُلحِ کرِنی۔ پھیتٕر کرِنی۔ گُفتہٕ کرُن۔ پٔھتٕر کرِنی۔

**نیُک نیُک گاش۔** ١۔ سوٚت گاش۔ ٢۔ صُلہٕ صُبحاے۔ یوٗن صُبحہٕ۔ صُبحہٕ صادِق۔

**نیٚشُن۔** [(س: نیِنہٕ]۔ ١۔ رَٹُن۔ حاصِل کرُن۔ وُصوٗل کرُن۔ ٢۔ کٔن وٲتناوُن۔ ٣۔ مُلہِ ہیوٗن۔ خرید کرُن۔ ۴۔ ہیتھ ژلُن۔ ۵۔ شِکپہٕ دِتھ تُلُن۔

**نِنس کیٚتھ۔** ١۔ کِنہٕ خاطرٕ۔ قابِلِ فروخت۔ ٢۔ ییٚس دوٗرِ تلی یِوت تہٕ ہورِ نہٕ کٔنی۔

**نِنیَے۔** ١۔ یہِ نہٕ نیٚنہٕ مُت آسہٕ۔ ٢۔ مُلی ہیٚنے۔ ٢۔

سایِنے۔ کٔن وٲتناوِنے۔

**نِنہٕ وٕے، نِنہٕ وٕنہٕ۔** [م۔ مٲل: نِنہٕ وٕے (س: نی + پَنیَہ]۔ ادرِ یور وٲتناونچ توٗزوٗرٕ۔ ٥

**نِنہٕ وول۔** ١۔ اکھ جایہِ پیٹھٕ بٔیِس جایہِ وٲتناوَن وول۔ ٢۔ گرٲکھ۔ خریدار۔ مُلہِ ہیٚنہٕ وول۔

**نیٛوٗر ١۔** [ن۔ مٲل: نیر (س: نیٖڑ]۔ مرگ ۂ یور رِینہٕ کالہٕ گٔپن تراونہٕ یوان جاے)۔

**نیرہٕ کھسُن۔** کوہسارن سٲتِس گژھُن۔ مرگن پیٚٹھن تھوٗرُن۔

**نیرِ پوشِس۔** پوشِس یِم مرگن پھولان چھِہ۔

**نیرِ دزاو۔** ١۔ نیرِ پیٹھٕ تازٕ گژھُن وو تھُمت۔ ٢۔ (وُرگرٕ) دیتوٗٹھ پوٗٹھ۔ خوش۔ خوش حال۔

**نیٛوٗر کھسُن۔** گٔپن گاسہٕ کھیاونہٕ جنگل نیٚنی۔

**نیٛوٗر ٢۔** [ن۔ مٲل: نیٛوٗر]۔ اکھ لاگہٕ دار گٔپن بیماری، گٔپن کوٗن۔ رم: پٔڈرِی نیٛوٗر، آسہٕ نیٛوٗر۔

نیٚوٗرٕ ۳۔ [ن۔ موٗل: نیٚر]۔ نزدیکھ۔ نکھہٕ تل۔ سیٚتۍ۔

نیٚرِ نیٚوٗر۔ سیٹھا نزدیکھ۔ نکھہٕ تلے۔ نزدیکھِے۔ سیٚتۍ۔

نیٚرٕ نیک۔ [> وُچھو "نیٚوٗرٕ ۲"]۔ نزدیکھک۔ نکھہٕ تلک۔

نیٚرٕ آسُن۔ نکھہٕ آسُن۔ کِے دوٗر آسُن۔

نیٚرٕ روزُن۔ حاضر روزُن۔ نکھہٕ روزُن یا اَلَو بوزِ دُن روزُن۔

نیٚرٕ نیٚرٕ۔ نکھہٕ نکھہٕ۔ سیٚتۍ سیٚتۍ۔

نیٚوٗر پیٹھن۔ نزدیکھِے۔ نکھے سیٚتۍ۔

نیٚوٗر یُن۔ [> وُچھو "نیٚوٗر"]۔ نکھہٕ یُن۔ نزدیکھ یُن۔ سیٚتۍ یُن۔

نیٚوٗری۔ زالی دار پڑدٕ۔ نیوٹ۔

نیورِ پھیرنہٕ۔ پوٚت وٕڑ پھیرنہٕ۔ خوف اَژُن۔ لیٚڈرِ ژھٹہٕ پھیرنۍ۔ موتُن پھیرُن۔

نیورِ چھوکھ۔ گاو ہنٛدِ لٕتہٕ لاینگ چھوکھ۔

نیٚوٗریُن۔ زالی بیمار کرُن۔ زالی ہیٚتۍ۔ زالیَن دود گوژھُن۔

نیٚوٗڑ۔ [ن۔ موٗل: نیٚڑ (س: نِیچ)]۔ وُسر پایہٕ۔ کمینہٕ۔ کم ذاتھ۔ لُچ۔

نیٚڑِ پاپار۔ کمینہٕ گی۔ رزالَتھ۔ کم ذاتِل۔ لُچرگی۔

نیٚڑِ پاہ۔ کمینہٕ گی۔ رزالَتھ۔

نیٖل۔ [ن۔ موٗل: نیٖل (س: نِیل)]۔ ا۔ اکہٕ رنگ۔ نیٖلہٕ رنگ۔ ۲۔ خام۔ کونٛج۔ اَڈہٕ پوٚپ۔ ۳۔ سنٛنہٕ نگوٗر۔ اَڈہٕ پوک۔

نیٖلِس دٕروت دیُن۔ ا۔ خام اَناج بیترٕ لوٗنُن۔ اَڈہٕ پوٚپ ہیو بیترٕ ژٹُن۔ ۲۔ (دوٗرگہٕ پاٹھۍ) وٕنہ تلنہٕ یہٕ دیُن۔ اَڈہٕ ژوٹ کرُن۔

نیٖلِس دٕروت لگُن۔ ا۔ ئے گرٛوٚھن۔ اَڈہٕ ژوٹ گرٛوٚھن یا۔ لوٗنک، پھولنک موقہٕ نہٕ میلُن۔

نیٖلہٕ کھمّ۔ یلوٚن نیٖل دِنک دٕرٛی بانہٕ۔

نیٖلہٕ گوتہٕ۔ نرٕ یہٕ نیٖلِس رنگس منٛز بوٚڈراونہٕ آسہٕ آمُت۔

نیٖلی پھوٚل۔ اکھ نیٖل موختہٕ یُس زنانہٕ مٕنٛس گنٛڈان چھے۔

نیٖوٗل کاژھ ہیوٗہ۔ ا۔ سبزنہٕ نے (دیشُن ہیترِ

پاکہٕ نے ۔ ۲۔ بیمار بیترِ کنز کُسہٕ نیومُت، ذَرد یومُت ۔

**نیوُل ووزُل بوزُبرِنُ** ۔ ۱۔ صاف نہٕ لَبنہٕ یُن۔ دُگوشش گژھن۔ اُچھن ہنٛدِ سس گاشس کمی گژھنہٕ۔ دُزیوٛت گژھن ۔ ۲۔ شک گژھن ۔ ۳۔ ہوشس ڈٕلِنہٕ۔ وہسُرن ۔ گیوٗریُن۔

**نیوٗلُے** ۔ [س : نیلُ] ۔ ۱۔ پوٗختہٕ گژھنُے۔ خامے۔ اَڈٕ پوٗپ (اناج یا میوٕ بیترِ) ۲۔ چھاوِ پنُے ۔ اَڈٕ پوٗک ۔ اوٗمُے ۔ ۳۔ رَدنہٕ تَلہٕ نے ۔ رم : نیوٗلُے ماز۔ ۴۔ بیٚیمہٕ نہٕ کیٚنہٕ ہوٚ چھمُت آسہٕ۔ کوٗرے ۔

**نیوٗلُے آسُن** ۔ ۱۔ سیوٗنُے آسُن ۔ اَڈٕ پوٗکُے آسُن ۔ پوٗرٕ نہٕ تَلنہٕ بیترِ آمُت آسُن۔ ۲۔ سوٚکرُے اَپُز آسُن ۔ ۳۔ پَیپہٕ نُے۔ خامے ۔ اوٗمُے۔

**نیوٗلُے نکُن** ۔ ۱۔ سنٛخ مَنگ آسنہٕ۔ یَسلہٕ خُریداُری آسنہٕ۔ گژاکن ہنٛز خاسیے تھپہٕ تھپہٕ کرٕنہٕ۔ ۲۔ نایابی آسنہٕ، کمی آسنہٕ (کھینہٕ چیزَن بیترِ ہنٛز)۔ کال آسُن ۔ نہٕ میٚنی آسنہٕ۔

**نیوٗلُے چھُنتھ بیوٚن** ۔ ۱۔ (میوٕ بیترِ) خامے گُلہٕ پیٹھٕ دُسی بیوٚن، خام اناج بیترِ داوٕ بیترِ سیتیٚ دُسی بیوٚن۔ ہُرے گژھُن۔ لوٚ ننگ سیچھو لنگ موقہٕ نہٕ میلُن۔ ۲۔ اَڈٕ ژوٗٹ گژھُن۔ جانہٕ مُرگ گژھُن۔ ووتلُن نہٕ۔

**نیوٗلُے رودُن** ۔ ۱۔ ژھٹھ لگنہٕ کنز یا سرد موٗسم پلنہٕ کنز اناج بیترِ نہٕ پَیُن۔ ہنٛدُر گژھُن ۔ ۲۔ (ادگر یا مُڈ) رکھینہٕ نہٕ ہیوٚ چھُمُت آسُن۔ کوٗرے رُودمُت آسُن۔

**نیوٗلُے کھیوٚن** ۔ ۱۔ کوٚچ کھیوٚن۔ رَدنہٕ نے کھیوٚن ۔ ۲۔ زِنٛدے کھیوٚن۔

**نیوٗلُے کھیوٚن لایق** ۔ ۱۔ سبھاہ جان دکینہٕ کھینہٕ باوبیترِ ا مزدار۔ ۲۔ تازٕ تازٕ۔ زُلہٕ دُن۔ زُلہٕ دُن ۔

**نیوٗلُے وَنُن** ۔ سوٚکرُے ژٕ دُنُن۔ مُلہٕ اَپُز وَنُن۔ ریتھی راد دِنی دارِتھ یم نہٕ رہینی لایقے آسُن ۔

**نیوٚٹ** ۔ دُرِھس یا ژھاولس بیترِ سنٛزرِ زَنگہٕ ہُنٛد سُہ حصہٕ یُس سُہ تِھرِس دوان چھُ۔

**نیۆٹ ٹلُن۔** (گٲو ہُند) ٹھٕہ ٹلُن، لَتہٕ لایِنۍ۔ ۲۔ ہوڈ کرٕنۍ۔

**نیٖٹ یاَر۔** ژھوٚٹ گُدوم یُس وُڑھس نیٖٹس گنڈان چھہ۔

**نیۆٹھ۔** [ن۔ مۆل: نیٖٹھ < س: انگشٹھ]۔ نیوٕ ٹھچ واٗج۔

**نیۆک۔** ۱۔ اَتھہٕ چھانپہِ اَڈی جِر۔ ۲۔ دزس بیتریُس ووٚزہ گاو ہینٛدِس وُلیُس دِوان چھہ۔

**نیٚکر دِنۍ۔** ۱۔ سوٚٹھ وُٹھتہٕ اُٹس مانڈ دِنۍ۔ ۲۔ اَتھہٕ چھانپہٕ چٕ اَڈی جوٚسیتۍ لایُن۔

**نیۆکھ۔** مُش۔ ٹکہٕ۔ دوٚگ۔

**نیۆکھ دِیُن۔** ۱۔ مُش لایِنۍ۔ ۲۔ وُڑِس بیترِ سُند گاو دِوہنہٕ وزِ وُلیس دَر گرُن۔

**نیٚکر لایِنۍ۔** مُشتہٕ لایِنہٕ۔

**نیوو۔** [ن۔ مۆل: نیوو < س: نیپہٕ]۔ اَکہٕ پوٚشک کلٕیک ناو۔

**نیاَوی وُڈُر۔** سو وُڈُر یتہٕ نیاَوی نوان چھہ۔

**نٕوٕچھ۔** [< آوازِ پیٖٹھ]۔ کھیوٚن۔ کھینٕچ حالتھ۔ ہرِ لوٚن وا لنٕچ عَمَل۔

**نٕوٕچھ گرُن۔** کھیوٚن۔ ہرِ لوٚن دالُن۔ نبنگلاوُن۔

**نٕوٕٹھ۔** اَتھنٕچ اَنٛد کنٕچ اوٚنگج یوسہٕ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ آسان چھے۔

**نٕوٕٹھس پیٖٹھ نہٕ ہیٚوان۔** فکرِ دِ کھسُن۔ آنٛٹِ نہٕ کھسُن۔ (کانٛسہٕ ہُندا پرواے دِ کرُن۔

**نٕوٕٹھس تَل تھَوُن۔** ۱۔ پَنہٕ نِس قبضس تَل تھَوُن۔ اَتھہٕ تَلہٕ نہٕ گرُن۔ ۲۔ زیرِ تجویزِ تھَوُن۔

**نٕوٕٹھس ژوٚنگ دَزُن۔** ۱۔ ژوٚر گرُنس مَنز طاق آسُن۔ ژوٚرِ ہنٛز ہوٗنر آسنۍ۔ ۲۔ سَخ چالاکھ آسُن۔ تَرٛک آسُن۔

**نٕوٕٹھہٕ گوٚر۔** نیوٕ ٹھچ واٗج۔ نوٕ ٹھک داَیرٕ۔

**نٕوٕٹھہٕ وول۔** آن پرِ یُس نہٕ لِکھہٕ پرٕ آسہٕ یُس نہٕ دَسخط گرُن زِگان آسہٕ۔

**نٕوٕٹھہٕ ژٕہُن۔** ۱۔ شرِ لاز کرٕنۍ۔ شر لاگُن۔

۲۔ گوٚشس دیُن۔ کیٚتھ کھینیٚ۔

**نبوٗٹھ کرُن۔** ۱۔ اَنٛگوٗٹھ کرُن۔ کُنہِ تحریرس یا رٕسیدس پیٹھ نبوٗٹھک نِشانہٕ یا چھاپہ ترٛاوُن۔ رٕسید دیُن۔ یِقرار نامہ دیُن۔ ۲۔ (وٕرگہٕ یاٗلی) اَچھ وُٹھ مانُن۔ ۳۔ اَن پَرٕ۔ لیٚس نہٕ لِکھہٕ پَرٕ آسہِ۔

**نبوٗٹھ کرِتھ دیُن۔** ۱۔ کانٛہہ شرط مانٛنک تحریر دیُن۔ لیکھتھ دیُن۔ ۲۔ تَسرٕ یکھ کرُن۔ توبہ کرُن۔ ۳۔ رٕسید دیُن۔

**نبوٗٹھ کرِتھ ہیوٚن۔** ۱۔ کُنہِ تحریرس بیٚتر پیٹھ نبوٗٹھک نِشانہٕ یا چھاپہ ترٛاوناوُن۔ اَنٛگوٗٹھ کرِتھ ہیوٚن۔ لیکھتھ ہیوٚن۔ رٕسید ہیوٚن۔ یِقرار نامہ ہیوٚن۔ تصدیق کرِتھ ہیوٚن۔ ۲۔ تَسرٕ یکھ کرناوُن۔ توبہ کرناوُن۔

**نبوٗٹھ گٔلہٕ وُن۔** ۱۔ مُجرانہٕ ہیوٚن۔ فِکرِ نہٕ کھسُن۔ ٹارِ نہٕ کھسُن۔ ۲۔ یَب کرُن۔ اِنکار کرُن۔ صاف جواب کرُن۔ ۳۔ تاٗشس دیُن۔ ہینٛگ ہاوٕنۍ۔ روب کرُن۔

**نبوٗٹھ ترٛاوُن۔** ۱۔ یچھُن۔ آمادٕ سپدُن۔ ماٗنِس پیٹھ واتُن۔ رضامندی پُن۔ ۲۔ ژوٗرے کرٕنۍ۔ بنیٚس، لُجہٕ ژٕ سیتۍ ژوٗرٕ یاٗژ لجہٕ واتھ کرُن۔

**نبوٗٹھ ہاوُن۔** ۱۔ تاٗشس دیُن۔ ہینٛگ ہاوٕنۍ۔ روب کرُن۔ ۲۔ یَب کرُن۔ اِنکار کرُن۔ صاف جواب کرُن۔ بےٚ ایمانی کرٕنۍ۔ ۳۔ مذاق کرُن۔ ٹاٗنہٕ ژٕلنۍ۔

**نیٖبرٕ۔** اَنٛدرٕ نہٕ۔ اَنٛدرٕ کُنہٕ نہٕ۔

**نیٖبرٕ وُنُن۔** ۱۔ جُتھس بروٚنٛہہ کُنہٕ نہٕ وُنُن۔ ڈب بُڈب نہٕ وُنُن۔ ۲۔ یہ لوٗک وُنان آسن۔ لُکہٕ دُن۔ ۳۔ ٹلۍ شووَے۔

**نیٖبرٕ ہاوُن۔** ٹینٛتھ تھوٕنۍ۔ لوٗکن اَنٛک باسس دیُن (تٕلہِ نہٕ کھینۍ آسُن) پانس یژتھ تھوُن۔

**نیٖبرٕ کُنٛدٕ بوٗن تہٕ اَنٛدرٕ ژھوٗرٕ کوٗن۔** ژھرے شکلے یاٗژ آسنۍ تہٕ صیحتہٕ کنۍ سیٹھا لاغر تہٕ بیمار آسُن۔ (وٕرگہٕ) ٹلہٕ ٹینٛتھ۔

**نیٚبرٕ نیٚبرٕ** ۔ ۱۔ اَندر پٮ۪ٹھۍ ۔ ۲۔ بیٚپ ہٕ نٕ ۔
لوگہٕ نٕ ۔ ۳۔ (گرٕ سٕ) اَندی کھٕ ۔
اَندی مارٕ ۔ ۴: نیٚبرٕ نیٚبرٕ سَر گرُن ۔
۴۔ اَپزُٕ ۔ زیوٗ سیٚنتی ۔ ۵۔ ہاو باوٕ
خاطرٕ تھیکنہٕ پرٕٹھ ۔

**نیٚبرٕ نیٚبرٕ سَر گرُن** ۔ اَندی مارٕ
وِچھُن ۔ دوٗرٕ دوٗری سَر کھٔر گرُن ۔
ہَمسایَن پیٚٹھٕ ژُھن گرُن (آشنٲوی
کرٕنہٕ برٕونٛہہ) ۔ پیٚنٹھی پیٚٹھی ڈرٛریف
گرُن ۔ سَرسَری پاٹھی وِچھُن ۔

**نیٚبرٕ نیٚبرٕ وِچھُن** ۔ ۱۔ پیٚنٹھی پیٚنٹھی
وِچھُن ۔ سَرسَری نظرا دِنۍ ۔ ۲۔ دوٗرٕ
دوٗری سَر کھٔر گرُن تہٕ جاے ثٲے
وِچھنۍ ۔ ہَمسایہٕ ہُند پیٚٹھ وِچھنہٕ
یُن (کوٗر گوٗبرٕ کرٕنہٕ برٕونٛہہ) ۔

**نیٚبر مہٕ ژمہٕ** ۔ ہاو باوٕ خاطرٕ ۔ دِلہٕ نہٕ ۔

**نیٚبرِ یٚم** ۔ ۱۔ دِنہٕ پرٕ ۔ پرٕ ملکک ۔ پرٛاے ۔
۲۔ تہٕ یہٕ نیٚبرٕ پیٚٹھ اُمت آسہٕ یا
بٕتادنہٕ اُمت آسہٕ ۔ ۳۔ نیبرٕ دراو ۔

**نیٚتھٕر** ۔ [ ﴿س : نیترٕ ] ۔ اَچھ ۔

**نیٚتھرٕ پرٕ کاشِ** ۔ ۱۔ اَچھن ہُند گاشِ ۔
اَچھن ہُنز روشنی ۔ ۲۔ (دٔرگہٕ پاٹھی)
گُنٕ تہٕ خانہٕ سول نیٚچُو ۔ اَچھ گاش ۔
نوٗرِ چشم ۔

**نیٚترٕ کُمل** ۔ پمپوش ہِش اَچھ ۔ شوٗبہٕ وَنہٕ
اَچھ ۔ پیالہٕ اَچھ ۔

**نیٚترٕ گاشِ** ۔ ۱۔ اَچھ گاش ۔ اَچھ ہُند
نوٗر ۔ لال ۔ ۲۔ (دٔرگہٕ پاٹھی) گُنٕ
نیٚچُو ۔ خانہٕ مول نیٚچُو ۔ پوترٕ گاش ۔

**نیٚٹ** ۔ ۱۔ مُکھٲلی ۔ ۲۔ مانٛڈ ۔

**نیٚٹ دِنۍ** ۔ مانٛڈ دِنۍ ۔

**نیٚٹ لایِنۍ** ۔ مُکٲلی لایِنۍ ۔ مُش
لایِنۍ ۔

**نیٚٹھ** ۔ [م ۔ سٔول : نیٚٹھ ﴿س : اَنگُشٹی] ۔
بٔشرٕ ہٕ موٗزوٗر سِندس نیٚٹھس
لاگنک دٲبرِ چالہٕ اَوزار یَمہٕ سِتی
سہٕ ٹیبہٕ دِنہٕ وِزِ بٔشرٕ کلس ڈکہٕ
چھُ دِوان ۔

**نیٚندٕر** ۔ [م ۔ سٔول : نیٚندٕر ﴿س : نِدرا] ۔
شوٗنگتھ آسنُک حالتھ ۔ نِیسٔر ۔

**نیٚندٕر آسٕنۍ** ۔ ۱۔ شوٗنگتھ آسُن ۔ ۲۔
آرامس مَنز آسُن ۔ ۳۔ کاف آسٕنۍ ۔

۴. غافِل آسُن۔ بےٚ خبر آسُن۔

**نیٚنٛدٕر پاوٕنۍ۔** (شُر بیٚترِ) ساوُن۔ شُرِس لٔلِہ وان لٔلِہ وان کاف کھارٕنۍ۔

**نیٚنٛدٕر پیٚنۍ۔** ۱. کاف کھسٕنۍ۔ آرام یُن۔ ۲. غم تہٕ فکر ژٕلنۍ۔

**نیٚنٛدٕر ترٛاوٕنۍ۔** ۱. شونٛگُن۔ لَر ترٛاوٕنۍ۔ آرام ترٛاوُن۔ کٔلہِ ترٛاوُن ۲. (دٕرگہِ پاٹھۍ) دِیان نہٕ دِیُن۔ کنَ نہٕ تھوُن۔ گوٗش دِیُن۔

**نیٚنٛدٕر تہٕ موت۔** تہٕ ڈیٖشتھ گو: نیٚنٛدٕر چھےٚ موتَس برابر، نیٚنٛدٕر تہٕ موت چھےٚ لگ بگ ہِشی کتھا۔

**نیٚنٛدٕر دٕزٕنۍ۔** ۱. آرام نیرُن۔ قرار راوُن۔ نیٚنٛدٕر ناش گژھُن۔ ۲. (دٕرگہِ پاٹھۍ) سَخ شرارتھ آسُن۔ بھوشان آسنۍ۔ ۳. (دٕرگہِ پاٹھۍ) فکر آسنۍ۔ غم آسُن۔ پریشان حال گژھُن۔

**نیٚنٛدٕر زالنۍ۔** ۱. تہٕ کینٛہہ کھیٚنٛون ییٚمہِ کِنۍ نہٕ نیٚنٛدٕر پیٚیہِ۔ نیٚنٛدٕر حرام کرٕنۍ۔ ۲. (دٕرگہِ پاٹھۍ) رٕدلانہٕ ہیٚنٛنۍ۔ زورٕ غم تہٕ پریشانی ہیٚنٛنۍ۔

**نیٚنٛدٕر ژٕلنۍ۔** ۱. نیٚنٛدٕر کرِتھ موکلُن تہٕ دوونۍ نہٕ نیٚنٛدٕر نو سوس گژھُن۔ تہٕ کینٛہہ کھیٚنٛون ییٚمہِ کِنۍ نہٕ نیٚنٛدٕر پیٚیہِ ۲. (دٕرگہِ) فکر دٔر گژھُن۔ خطرٕ ڈلُن۔

**نیٚنٛدٕر کرٕنۍ۔** ۱. شونٛگُن، لَر ترٛاوٕنۍ۔ ۲. (دٕرگہِ پاٹھۍ) بےٚ فکر آسُن۔ بےٚ غم پاٹھۍ آسُن۔

**نیٚنٛدٕر کھسٕنۍ۔** نیٚنٛدٕر پیٚنۍ۔ کاف کھسٕنۍ۔ مٲری گژھنۍ۔

**نیٚنٛدٕر ہیٚنٛنۍ۔** ۱. کاف کھسٕنۍ۔ مٲری گژھنۍ ۲. (دٕرگہِ پاٹھۍ) غم ترٛاوُن۔ فکر ترٛاوٕنۍ۔

**نیٚنٛدٕر اژُن۔** پاڈٕ کینٛہہ سند کھیٚن چیٚن ترٛاوِتھ کنہِ وزٕ بدلاوُن۔

**نیٚنٛدٕر اچھ۔** ۱. نیٚنٛدٕر ہٕژ اچھ۔ نیٚنٛدٕر سیٖتی گو بیٚمٕژ اچھ۔ ۲. اڈٕ نیٚنٛدٕر گومُت آسُن۔

**نیٚنٛدٕر مُنٛڈٕٹ۔** نیٚنٛدٕر ووٚنۍ۔ ۱. زیٖن ژامُت بُسَت۔ ۲. نٔڈ۔ کھوژٕ بٔڈ۔

**نیٚنٛدٕر چل۔** نیٚنٛدٕر پاوٕنچ دَوا ٹِک۔

**نیٚنٛدٕر ہیوٚن۔** (دٕرگہِ پاٹھۍ) مرُن۔

**نیٚنٛدٕر ژٕلُن۔** وُزناوُن۔ ہُشیار کرُن۔ بیدار کرُن۔

نیٚنٛدرِ ٹاچھ۔ اَکھ پھینکہٕ دوایُس اُچھ داٰدِس لگان چھُ۔

نیٚنٛدرِ ٹاٰرۍ۔ نیٚنٛدرِ اُچھ۔

نیٚنٛدرِ ٹھولِر (اینہٕ)۔ رِپیہٕ (اگرٕھنیاٰ) سِنٛز کاٰف کھٮ۪سو، سِنٛز نیٚنٛدٕر کھسنہٕ کِنۍ گیوٚن۔

نیٚنٛدرِ دِلو۔ ۱۔ سِنٛز نیٚنٛدٕر۔ یُس شوٚ لگان تہٕ شوٚ لگان آسہِ۔ یُس نیٚنٛدرِ گوٚن ہودُمت آسہِ۔

نیٚنٛدرِ ڈنٛگ۔ تُے لول۔ کمے کالُچ نیٚنٛدٕر۔

نیٚنٛدرِ ڈٕس۔ ۱۔ یُس یژٕ پاٹھۍ شوٚ لگاہے آسہِ نہٕ کران کراوان آسہِ بلکہ۔ آرام طلَب۔ ۲۔ لیوٚژھ۔ زد پیٚر۔

نیٚنٛدرِ ہوٚت۔ ۱۔ یُس نیٚنٛدرِ گوٚن گومُت آسہِ۔ آرام طلَب۔ لیوٚژھ۔ زدپیٚر۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) سیوٚد ساد (انسان)۔ بنے خبر۔

نیٚنٛدرِ موت۔ مَس نیٚنٛدٕر۔ سِنٛز گوب نیٚنٛدٕر۔ سو نیٚنٛدٕر یتھ نہٕ کانٛہہ سَہل تَہل وُزناوِنہٕ ہیکہٕ۔ موتَس ہِش نیٚنٛدٕر۔

نیٚنٛدرِ موت گژھُن۔ ۱۔ نیٚنٛدٕرِ مَنٛز زُو ژُلُن نیرِتھ۔ نیٚنٛدرِ منٛزے مرُن۔ یہ چھُ اَکھ دوہ ہوٚ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) سِنٛز بنے خبر روزُن۔

نیٚنٛدرِ ناش۔ ۱۔ نیٚنٛدرِ گلُبی۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) سِنٛز فکر۔ پراگنٛدگی۔

نیٚنٛدرِ نوٚنٛٹھ۔ یُس اَڈ نیٚنٛدرِ گومُت آسہِ۔

نیٚنٛدرِ وُدٕ تھُن۔ بیدار گژھُن ہُشیار گژھُن۔

نیٚنٛدرِ ہوٚت۔ ۱۔ یُس نیٚنٛدرِ آسہِ۔ ۲۔ (دٕرگہٕ پاٹھۍ) یُس پوشہٕ لوٗریُس وُنہٕ وُڈِتھے آسہِ۔